سیتی پادٕ سپنان" (ہربرٹ) افلاطون وَنیوو زِ حُسن چھُ ژٕر یا پزر یا اُمیُک عکس تہٕ آرٹ چھُ بنچرل۔ یا فِطرتُک نقل، ارسطوٗہن دوٗن زِ فن چھُ سُہ ژٕر یُس خوش کرِ تہٕ لطف دِیہِ۔ ٹامس اکوئینس سُند خیال چھُ زِ حُسن چھُ تتھ چیزس منز یمہِ سیتی لُطف ییہِ۔ برک سُند کُف تہِ چھُ زِ حُسن گو لُطف یامِ، یمہِ دورٕکی نظریہِ دان چھِ وَنان زِ حُسن چھُ آسان سانٮ۪ن ذہنس منز۔ وُچھن والیٚن ہنزِ نظرِ منز، حُسنَس مُتلق سوچُن، اَیمہِ اصلیتہٕ حقیقتہٕ، ضروٗرت تہ اہمیتہ بدِ کڈنُک فلسفہٕ گو جمالیات، اَتھ برعکس خلاف چھُ دیم موزِ تہٕ اَمہِ دورٕکی بلکہِ فلسفی وَنان زِ حُسن پادٕ کرنَس منز چھِنہٕ اصل اہمیتھ مواَدس۔ حُسن چھُ تتھی چیزَس منز یُس فائد واتناوِ۔

اُردُوس منز سپُن لفظ "نقد" یا "تنقید" انگریزی (CRITICISM) کرِٹسزمہٕ خاطرٕ استعمال تہٕ یُہے گیہِ ادبی اِصطلاح زٕنگی ڈرِتھ۔ انگریزی پاٹھی گو کرِٹسزمُک اصل مفہوم عدل انصاف، ہٕڈسن چھُ وَنان زِ ادبی نقاد گو سُہ یُس کینہٕ فن پارٕ فکرِ ترٕ پنچ تہٕ تمتھ بیٹھ سوچنچ صلاحیت آسہِ، اَمہِ فنہٕ کِس ماہرٕ سِنزِ کاٚم چھِنہٕ یہِ آسان زِ فنی تخلیق وُچھِ، فکرِ بارِ، اَتھ بیٹھ سوٗنچہِ اَمچہِ خوٗبی تہٕ خامی یہِ کڈِ بدِ تہٕ پتہٕ لاگِہ اَمہِ قدرٕ و قیمتُک صحی اندازٕ۔ تنقید چھُنہٕ ہرگز تہِ تنقیص یا تاریف۔ نہ چھُ اَمہِ نہ فقط یہِ۔ کینہٕ چیز مولہٕ وان مولہٕ وان چھِ اُسی تمِکی صفت تہِ وُچھان تہٕ عاب تہِ۔ تہٕ یم دوٗ شوٗے نظرِ تل تھوٗتھ چھِ تتھ مول کران۔ کپُر آسہِ تہٕ رنگ وُچھوس۔ دٕرِ رس یا اَژرس .. موٗہٕ دِتھ۔ ہٕہہ دِتھ، کٔژنادِتھ وُچھوس زِ رنگ مانیرٕ یس۔ پٔشُل چھا کنہٕ پھوٚہر، نوٚموٚنہٕ کینٹھ چھُس، ساد یا پلین نے آسہِ تہٕ پرنٹ وُچھوس، پناہ کوٚت چھُس، وزنی چھا کِنہٕ لوٚت، چھلتھ مارٕ مہِ، گینہِ ماگژھنس، اِسترٕ ہنزِ مارٕ وزِ یس ضروٗرت تھ، کاکُد آسہِ تہٕ صاف چھا، پٔشُل

چھا؟ مِیل ماتریس جادٕ. موٚٹ یا جادٕ توٚن ماچھُ، بیترٕ تہٕ بِھتے پاٹھٕ چھُ کُنہٕ فن پارس وُچھتھ مول کرنہٕ یِوان. وُچھِن وول گژھِ امہِ کارک ماہر آسن، فن پارن ہُنٛد ماہر. اَوے ہیٚکہِ سُہ اَمکۍ عاب تہٕ ہونرٕ نیٚنۍ کڈِتھ تہٕ تَشرٕ کٔرِتھ آسہِ وزن.

یہ پیٹھٕ کَتہٕ لیکھنہٕ آو زِ فنون لطیفہٕ چھِ تِیٚلۍ فنون لطیفہٕ یِیلہِ یِمن منٛز حُسن آسہِ، اَدٕ کینٛہہ چھُ اَدبس منٛز تہٕ حُسن ژھارُن ضوٗروٗری. تہٕ کیاز حُسنہٕ چے قدرٕ چھے اَتھ اَدب بناوان. اَکھ اَدب پارٕ فن پارٕ چھُ، یہ کیٚتھ چھُ؟ مول وول کیاہ چھُس یہ دانی رُن گو تنقید تہٕ اگر سُہ حسین چھُ تم وجوہات چھِ ژھارٕنۍ یِم اَتھ حسین بناوان چھِ، لہٰذا گیہ امہِ قسمچ تنقید جمالیاتی تنقید. یِژھ تنقید چھے جادٕ توجہ فنی پہلوس کُن دِوان فن پارس یا اَدب پارس منٛز حُسن پادٕ کرن واجنہٕ خصوٗصیژ ژھاران تہٕ تِمہٕ کِنۍ تھٕشر اَنکہٕ وَن کرٲن زِ یہ باسہِ نہٕ ذٕری یہ بلکہ مقصد یا نتیجہ. یہ ترفکرِ زِ یِم خصوٗصیژ آسہِ نے چھُ اَمیُک مقصد تہٕ مُدا. یِم خصوٗصیژ چھنہٕ امہِ کینٛہہ زِ اَتھ گوژھ بدا، نتیجہ نیرُن.

رومانی اَدبی تحریکہِ منٛز یِم خصوٗصیژ بوزنہٕ یِوان چھے تم کیہ نہٕ اَتھ منٛز اکے ساتہٕ بلکہ مختلف موقن پیٹھٕ مختلف اَدیبن شاعرن ہنٛدِ دَسی پادٕ. مادام دے استیلہ تہٕ شالوبریان اَنۍ اَتھ منٛز انفرادیت تنہائی خاب تہٕ تصورات، مذہبی جذبہ، لامرتین اَوٚن غم، تشنگی چھُ زِ انسان چھُ اکہِ نامولوٗم پوشہٕ وِنہٕ مسترنک خاہش ہُنٛد. فطرت چھے عاشقس ہم راز تہٕ تنہائی منٛز تس ینٛن پان آیت تھاوان، موت چھُ غم تہٕ مکمل کرٲن تہٕ تم. آزادی ہنٛدی بَرتہٕ مژراوان. یوسہٕ پوشہٕ وِنہٕ زندگی ہنٛزِ خوش خبر دِوان چھے، سُہ چھُ دیان عشقچ زبان گیہ شار تہٕ سو غنائی شاعری چھے مکمل، یوسہٕ شاعرٕ سنٛد دِلچ آواز آسہِ. وکٹر ہیوگون دیُت فن پار یا اَدب پار

پأرنس شیرنس کُن تہٕ توجہ تہٕ عوامکس موحبتس کو نخچُھن آےٚ۔ الفردوسے میوٗشُنٛد موٗضوٗع اوٚس عشق ومو حبت۔ تَہٕندی کِنہ إُس یارٕ سُند غمے تھز جمالیاتی قدر۔ سُہ اوٚس بایرن ہٕندی پأٹھۍ حسنکُ تہٕ یاوٕنکُ شأیِر۔ یِمنہٕ دِلہٕ نِشہٕ اوس فاض لبان۔ تیوفیل گاٹےاوس "فن برائے فن" نظریکٕ داوا دار۔ تَہٕندی کِنہ یُس چیز مفید بَنہٕ سُہ چُھنہٕ حسین روزان، اصل حقیقت چھےٚ حُسن، فنکۍ پأٹھۍ گژھہٕ شأیِری تہٕ اَدب تہٕ پانہٕ پَنُن مقصد آسُن۔ اُمۍ ہٕندین تحریرن منٛز چُھنہٕ داخلی جذبہٕ، اُمِس چھےٚ نظرہٕ نہبرکُن۔ یِتھہٕ کٕنہ چھہٕ یہ روٗمأنی یَتہٕ نِشہٕ اَکھ قدم یرٕ وٗنہہ تلان حقیقت نگأری کُن۔

روٗمأنی یَتھ آیہٕ آخری دورس منٛز اَتھ نٕہج کُن زَرِن یارٕ وچھن وأنس یا ادب پارٕ پرن وألس گژھہٕ لذت یُن۔ تہٕ اَکھ خوشگوار کیفیژ مُنٛد باس لگُن۔ ہیٔت پرستی پیٹھ آو زور دینہٕ۔ یِمنُک مقصد جذباتی کیفیژ ہاوُنہٕ اوس، تخیُل پرستی ہُنٛد شِدت، لطیف نظارن ہٕنٛز عکاسی تشبیہہ، استعارٕ تہٕ لفظن ہٕندی دِلکش پیکر آے سارے کیفیژ ہیتھ پیش کرنہٕ۔ انگریزی اَدبس منٛز چھہٕ وردس ورتھ، کولرج، بلیک تہٕ شیلے روٗمأنی تحریکہٕ ہٕنٛز نمأیندگی کران، روٗمأنیَتچ خاص خصوٗصیتھ إُس داخلیتھ تہٕ جذبأتیت۔ فن برائے فن نظریُک ابتدا تہٕ سپُن فرانسے منٛز۔ دمیکرن اوٚن انگریزی اَدبس منٛز، آسکر وائیلڈن دِتُس پوچھر رِسکنن کرٕ س مخالفت، تہٕ تمۍ ہیُتھ ادب برائے اخلاق نظریچ وکھنے کرٕنی۔ تمۍ دیُت آرٹکس اخلاقی پہلوٗس پیٹھ زور، گواَتھ پیٹھ تہٕ اوٚسے روٗحأنیتُک اثر، تہٕندی کِنہ چھہٕ الوہیتک اظہار حُسن پرتھ چیزس شکل صوٗرتھ

تہٕ مقصد بخشان ۔ والٹر پیٹرن کٔر اَتھ مخالفت تہٕ کیپٹسن تہٕ ، کیٹس اوس دپان حسین چیز چھُ پانٛژِ پانٛسے اَبدی مسرت ، حُسن چھُ مقصوٗد بالذات تہٕ نیکی بدی ہنٛدیو حدٕو نیبر " یہ اوس فن برائے فن نظریہ ہُک سُہ تصوٗر یَتھ منٛز جمالیاتی قدرن خاص اہمیتھ چھےٚ ۔ والٹر پیٹرُنٛد خیال اوس زِ ادبُک مقصد چھُنہٕ اخلاق شیُرن سنبالُن بلکہ زندگی ہنٛز چلوٕنہٕ مشینہٕ نِشہٕ انسانہٕ ہٕنٛدین خیالن ہُنٛد توجہ کینٛژن ژٕہین ڈالُن تہٕ یتھ پاٹھۍ تِمس اَکہٕ قسمُک ذہنی سکوٗن واتناوُن ۔ یہ اوس " اثریت " ادبی تحریکہٕ ہُنٛد لُب لُباب ۔ یتہٕ آو یہ نظریہ تنقیدس منٛز تہٕ ۔ یِمہٕ ساتہٕ " اثریت " کس اثرس تَل اَدب پارٕ تیار گےٚ ، تہٕ تِم پرکھاوٕنہٕ وِزِ آیہٕ ، تنقیدس پیو یوہے زاویہ استعمال کرُن ۔ جرمنس منٛز سپُز یہ روایتھ وِکلمین تہٕ لیسنگ نہٕ دُسی شوٗرُو تہٕ ۱۸۰۰ء پیٹھہٕ ۱۹۳۰ء یَس تام لیکھنہٕ آمتین بے شمار اَدب پارَن پیٹھ چھےٚ اَمِچ چھاپ ۔ للنکارن ڈیہماں رِلکے ، ہومنتھال ہٕنٛز شاعری ، سٹارم ، فانٹینے ، تھامین تہٕ شنزلر ہٕنٛدین تحریرن پیٹھ چھُ تاثریتکے اَثر ۔ والٹر پیٹر چھُ وَنان " جمالیاتی نقادس پَزِ کینٛہہ ادبی یا فنی تخلیق پرکھاوَن وِزِ یہ وُچھُن زِ تَسنٛدِس ذہنس پیٹھ کم نقوش تہٕ اثرات ترٛاوی اَمی تخلیقہٕ تہٕ سُہ کَتھ حدس تام چھُ یِمَن تاثراتَن ہُنٛد احساس کران ۔ مثالہٕ پاٹھۍ اَکھ تصویر یا گیت کیاہ چھُ ۔ یہ تخلیق کرن ووٚل ہیکیاہ وُچھن والیس ، پَرن والیس یا بوزن والیس ذہنس پیٹھ کینٛہہ اثرات ترٛاوتھ ؟ کَمہٕ قسمکی اثرات ترٛاوی نَس ؟ اَمہٕ سیٖتی سپَدِ لطف حاصل کنہٕ نَہ ؟ یہ لُطف کَمہٕ قسمُک چھُ ؟ یِمَن سوالن چھُ جمالیاتی نقاد جواب دِوان ۔ اَمی سُنٛد مقصد چھُ یہ آسان زٕ کُنہٕ فنی یا ادبی تخلیقہٕ ہُنٛد سُہ پہلو گوڑ نوٚن نیرُن یُس مارٕ مونٛد آسہٕ

کینٛژ دلچسپ بنیومُت چھُ۔ اَمہِ سُند مقصد چھُ یہِ وَنُن تہٕ آسان زٕ اَمہِ پٔتہٕ سند تاثُرک ذٔری یہِ کیاہ چھُ۔ سُہ کیتھہٕ کٕنۍ سپُد پادٕ تہٕ کمِن حالاتن منٛز؟ اَمیُک تجزیہِ ہیکہِ کرنہٕ یِتھ۔ "[1] پیٹر چھُ اَتھ جمالیاتی تنقید ناو کران۔ پوز چھےٚ یہِ تاثراتی تنقید۔ یوٚدوے یمن دوٚن منٛز سیٹھا کم فرق چھےٚ۔ جمالیاتی تنقید چھُنہٕ تاثرس تیٚژراو کھٕنۍ کران سُہ چھُ تِم خصوٗصیژ ژھاران، تِم وجوہات ییٚنۍ کوشش کران یِموٚ سیٛتۍ کینٛہہ تخلیق حسیٖن بنیہٕ۔ پتہٕ چھےٚ یہِ کتھ ماننۍ یِتھےٚ زِ حسیٖن چیز نِشہٕ چھُ انسان متاثر گژھان تہٕ تاثراتی نقاد چھُنہٕ اَتھ سنان زِ کینٛہہ تخلیق کیازِ تہٕ کیتھہٕ پأٹھۍ بنیہ حسیٖن۔ سُہ چھُ صرف اَتھ کتھہِ سیٛتۍ تعلُق تھوان زِ حسیٖن تخلیق پٔرتھ یا وُچھتھ کیٛتھ تاثُر یا احساس سپُن پادٕ تہٕ تی چھُ باوان۔ کینٛژن عالمن ہُند خیال چھُ زِ جمالیاتی تنقید چھےٚ گٔیہِ تاثراتی تنقید۔ تِم چھِنہٕ یمن دوٚن منٛز فرق کران تہٕ دوشونٕی ہُند ذکر کران کران ڈوٚڈ تہٕ گژھان۔ جادٕ کھوٚتہٕ جادٕ وضاحتھ اَے کرُن تہٕ یہِ وَنان زِ جمالیاتی تنقید منٛز اگر حد کھوٚتہٕ جادٕ داخلیت پأدٕ سپنہٕ تیٚتھ چھِ وَنان تاثراتی تنقید۔ تہٕ چھُنہٕ مثالی کینٛہہ پوز۔ جمالیاتی تنقید چھِ فنی پہلووَس کُن تہٕ توجہ دِوان تہٕ یِتھ پأٹھۍ ہیُنٛز مُطلق تہٕ گَہے کتھ کران یمہِ کینٛژ سوٚ ہیتی تنقید نکھہٕ یوان چھےٚ۔ تاثراتی تنقید چھِنہٕ اَتھ کُن توجہ دِوان۔ جمالیاتی تنقید چھےٚ اَمہِ ساتہٕ نیٚرِت تہٕ نظر تَل تھوان تہٕ تاثراتی تنقید چھےٚ اَندرِس "داخلیتس" یا آرٕ لار۔ پیٹر چھُ وَنان آرٹ چھُ صرف حصولِ لذت۔ تاثریت کہِ نظریہِ حسابہٕ چھُ ادب تاثرن ہُند فنی

---

[1] برائیٹ فیلڈ۔ اِشوان لٹریری کرٹیسزم۔ صفحہ ۱۶

اِظہار ۔ اَدیبن یا فنکارن کیاہ تاثُر کوٚر حٲصِل کانٛہہ واقعہ یا حالتھ وُچھتھ تہٕ ظٲہر
کرُن گو اَدب ۔ ییٚمبرزلہٕ مِیو واقاتو یا حالاتو یِم نقوش ذہنَس پیٹھ ترٛاوی تِم باوُنی ۔
کیٚنٛژن لُکن ہُند تصوُر چھُ زِ کُنہِ تہٕ قِسمُک تاثر آسہِ تن اگر فنی خصوٗصیژو سان
پیش کَرِو سُہ چھُ اَدب ۔ اَمہِ تاثُرٕ سٟتی چھاپرَن وٲلِس لیکھن وٲلِس یا وُچھن
وٲلِس لَذتھ تہٕ یِوان کینٛہہ نہٕ یِم لُکھ چھِنہٕ تتھ سنان نہٕ تِم حالاتھ وُچھان ییٚمہٕ
سٟتی یِتھی تاثرات پٲدٕ سپدن نہٕ تِمن ہیٚتچن کُن کل کران یِم یہٕ تاثُر ظٲہر کرنہٕ کنۍ ذرٲیے
صرف چھُ یہُند مقصد لَذتھ حٲصِل کرُن ۔ اَمی نظریہٕ کہٕ اَثرٕ بنیوو تنقیدس
مُنز تاثرٲتی تنقیدُک دِبستان ۔ یِمہٕ چِہ خصوٗصیژ یِمَے چھےٚ زِ نقاد گژھہٕ تِمنٕے تاثرن
ہُند اِظہار کرُن یِم کانٛہہ تخلیق تَتھِس ذہنَس پیٹھ ترٛاوان چھےٚ ۔ سُہ چھُ صرف
تاثرات ظٲہر کران تِمن ہُنز نوعیت آسہِ تن کیاہ تہٕ ۔ مےٚ چھُ تہٕ پسند یہٕ مےٚ پسند چھُ
تہٕ کیازِ یہٕ چھُ مےٚ پسند" یوہے گو تاثراتی نقادن ہُند میزان ۔ تِم چھِ اَدبُک
مقصد اکھے چیز زانان زِ سُہ گژھہِ کُنہِ وُنہِ یا کھٹی دِلس زیر دِنُن ۔ کینٛہہ ذرٕ ی یہٕ
ییٚمن اِستعمال کرُنی ۔ یوٚزُ لُکھ گژھن پسند کرنہٕ آونی ۔ یہٕ باونہٕ ییٚمہٕ تہٕ گژھہ
کُنہِ بے مِثال اِنفرادی تجربُک داخلی اِظہار آسُن ۔ تاثرٲتی اسلوٗبہٕ چہٕ
خصوٗصیژ چھےٚ زبان شوٗزر نٕمتی وَرتاونی ، موخصر بیان تہٕ یہٕ باسہِ تہٕ تِمے آیہٕ ییٚمہٕ
آیہٕ باسیوٚمُت آسہِ ظٲہر کرُن ۔ اَتھ تاثرس منٛز کیازِ آسہٕ ابہامے ۔ یہٕ کیازِ
آسہٕ وَرل تہٕ کھُری دارٕ ے ۔ یہٕ اسلوٗب چھُ غنٲیی شاعری منٛز عام ۔ ۔ ۔
اِسپنگارنَن وزٕ اَتھ باقاعدٕ دبستانُک شکل ییٚمی اکھ مُستقل حیثیتھ حٲصِل کرٕ ۔
سُہ چھُ وَنان" کینٛہہ فن پارٕ وُچھتھ یِم احساس پٲدٕ چھِ گژھان "تِہُنٛد ے

اِظہار گو تاثراتی نقادس نِش تنقید . . . . کینہہ تصنیف پٔرِتھ چھِنے دِلس منٛز
خوشگوار کیفیتھ پٲدٕ گژھان ۔ یوٗہے چھُ اَکھ فٲصلہٕ تہٕ اَمہ کھوتہٕ قطعی فٲصلہ کیاہ
ہیکہ اَسِتھ . . . . یوٗہے چھُ تنقیدُک فن تہٕ تنقید ہیکہٕ نہٕ اَمہِ نِشبر گژھتھٕ[1]
کروچے ہُنٛز اِظہاری یتھ (EXPRESSIONISM) ایکسپریشنزم تحریکہ پیٹھ تہٕ چھُ بُنیٲدی
یوٗہے اَثر ۔ ویرن چھُ وَنان زِ "آرٹ گو جذبن ہُنٛز زیوٗ" ۔ تہٕ کروچے چھُ اَمہِ
خیالُک زِ . . . . . . . . . . "آرٹ گو اِظہار تاثرات یا
اِظہارِ وجدان" تَتُنٛد نظریہ چھُ اَکھ اَنٛدرِ منٛز پرستن (سمبولسٹن) ہِنٛز زٲلان تہٕ بیٛیہ
اَنٛد ہیٔت ۔ پرستن ہِنٛز تہٕ کیاز سہ چھُ بیتہٕ وَنان زِ آرٹ گو ہیٔت تہٕ پیتہٕ
وَنان زِ حُسن چھُنہٕ چیزن منٛز بلکہٕ وجدانس منٛز تہٕ وجدان چھُ حُسنٕچ قدرٕ ہُنٛد
اصلی آگُر ۔ فنی تخلیق چھُنے وجدٲنی بصیرت تہٕ خیٲلی تخلیقُک نتیجہ ۔ اَتہٕ چھُ سہ
داخلیتس نِکھہ یوان ۔ موخصر پٲٹھی بوزِ توٗزِ تاثراتی تنقیدُک اہم تھوٗنگی گے
لوتجائی نس پیٹر، آسکر وائلڈ، کروچے تہٕ اسپنگارن ۔ تنقیدُک چھُ یہ اَکھ
مستقبل دبستان یمیُک حال حالے سَنٛج شوٗہر اوٗس ۔ اگر اَتھ سَنوٗ تہٕ یہ
رُجحان چھُ دُنیہس کن لگنہٕ پیٹھٕ نظر گژھان ۔ اَتھ منٛز چھُنے تہذیب
شوٗروٗ گژھنہٕ برونٛہہ زمانہٕ کِس وحشی اِنسانہٕ ہُنٛز سارے نفسیاتی خصوٗصیژ
درِینٛتھ گژھان ۔ وحشی اِنسان تہٕ اوٗس جان چیز وُچھتھ خوش گژھان تہٕ پننہٕ
خوٗشی ہُنٛد اِظہار کران ، یہ نہٕ وُچھان زِ یہ کیاز چھُ جان یا مٲری موٗنٛد، خوشی ہُنٛد

---

[1] اِسپنگرن ، کرئیٹو کرٹسزم اینڈ ادر ایسیز (CREATIVE CRITICISM AND OTAER ESSAYS)

اِظہار کرنہٕ باپتھ آٲسس نہٕ الفاظ ییمہٕ کِنہٕ سہ اِشارن کآم ہیتھ اَمیُک باس دِوان اوس ۔ اَسی چھِ اَز تہٕ لذتُک باس دِنہٕ باپتھ زِلیوٚ ٹاس کڈان ۔ دورِ وَحشتہٕ کِس آرٹس تہٕ آسہٕ یِمے خصوصیژ۔ اَتھ منٛز ییٚمہٕ چھُ تاثرن ہُنٛد اِظہار سادٕگی سیٚتی کرنہٕ آمُت ۔ اِنسانس چھےٚ دورِ وحشتچہٕ وارِیاہ خصوصیژ ماچھِ تہٕ ۔ توٚے چھِ تنقیدی نظرِن ہِنٛدِس توارٟخس منٛز وارِیاہ ناو تِمن نظر گژھان یِہنٛد رجحان تاثراتی تنقیدس کُن اوسمُت چھُ ۔ اُردوٚہس منٛز چھےٚ اَسہِ مشاعرن منٛز داد دِنٛچ رِوایتھ یتھ کالہٕ ییٚمہٕ نظر گژھان تہٕ تذکرن منٛز شاعرن مُتلق کینٛہہ تاثراتی اِشارٕ ۔ یِمے گَے تاثراتی تنقیدٕ کِ گوڈنِکی نموٗنہٕ ۔ حالی، شبلی تہٕ آزادنین تحریرن منٛز چھےٚ اَمچہٕ ژھایہٕ گژھان ۔ اِمداد امام اثر، مہدی افادی، عبدالرحمان بجنوری ہِنٛدی تنقیدی نموٗنہٕ چھِ کُلہم پاٹھی نے وارِیاہس حدس تام تاثراتی ۔ دُوٚن گوٚو مستقل فن بنوو یہٕ تمہِ زمانَن یتھ منٛز جذباتیت تہٕ روٗمانیت طیس ییٚمہٕ آٲس یلہٕ ۱۹۳۰ءس تام تہٕ یہ اوس جادٕ یِہُن مغربی اثرات پیٚنُک نتیجہ ۔ نیاز فتحپوری تہٕ بییَو دوٚ یوٗ زورٕ اُدیوٗ کوٗر باقاید اَمیُک اَکھ دبستان قایم ۔ تِہنٛز تنقیدٕ ییٚمہٕ چھےٚ جذباتیت تہٕ روٗمانیت ۔ غالب اثر تژاوِکھ تہٕ اَتھ منٛز چھےٚ تاثراتی تنقیدٕ ہنٛز سارِے خصوصیژ ۔ "اِنتقادیات" چھِ گوڈٕ ییٚمہٕ تِہنٛزِ تال اَرِچ شہادت دِوان ۔ "موحبتھ یا عشق چھُ شدید قسمُک احساس پسندیدگی تہٕ اَمی احساسُک یا تاثرُک ناو چھُ شار ۔ اَسی چھِ وُچھان کینٛہہ پوش، تِمہٕ کہ رنٛگہٕ تہٕ خوشبوٕ سیٚتی چھُ متاثر سپدان تہٕ تِمکی تاریف کران یہ تہٕ گوٚو شار ۔ شفقچہٕ رنٛگینی نِشہٕ متاثر گژھان تہٕ اَمیُک اِظہار کران یتہٕ گوٚو شار ۔ رام رام بدرنی دوٚنی وُچھتھ

اَمِکۍ گوٗن گیوان پتہٕ گوٚو شار۔ یِتھے پاٹھۍ کایُناتس منٛز پٲنٛتیاد مُظاہرٕ تہٕ آثار چھِ
تِم ساری چھِ اِنسانہٕ سٕندِس احساسس پیٹھ اثر ترٛاوان تہٕ یوٚسہٕ کیفیت اَمہٕ سیٚتی پاد
سپدان تمِیُک اِظہار ہیکہ شار آسِتھ یوٗز شرط چھُ زِ اَتھ اِظہارس منٛز پیہٕ ترنُم قایِم
تھاوُنہٕ[1]۔ "شار چھُ صرف تاثرن ہُنٛز زلوٗ"[2] اَتھ نظریس تحت چھُنہٕ اِخلاقیات،
مذہبیات، اِقتصادیات، معاشیاتُک قدرٕ تہٕ بکُر مسلہ شاعری باپتھ ضروٗری۔ نہ چھُ
شاعرسُنٛز ذات، تٔمۍ سٕندِس پانس یا شخصیژ، تٔمۍ سٕندِس ماحولس تہٕ زمانس اہمیت دِنہٕ یوان
حُسن کاری، حُسن آفرینی تہٕ لذت اندوزی چھے کافی اہم تہٕ شاعری ہُنٛد بوٚڈ مقصد۔
آسکر وائیلڈ سُنٛز اَتھ رایہ مُتلق زِ شاعری گژھِ اِخلاقہٕ نِشہٕ الگ آسٕنۍ" چھُ نیاز
ذبان زِ شاعری ہُنٛدِس مادٕنس منٛز چھُ یہ "قابلِ عمل"۔ نیازن خیال تہٕ چھُ یِ زِ شاعری
چھُ وجدانس سیٚتی واٹھ، یہ چھے وجدانس پیٹھ سیدِ سیٚود اثر کران۔ تہٕ اَمہٕ کِنۍ
اِنسانس کیٚتھ لُطفُک باعث بنان۔ دُنیاوی زندگی کامیاب بناونہٕ باپتھ چھِنہٕ
شاعری۔ یہ گژھِ اَکہٕ قسمہٕ وجدانی تسکینُک ذریعہ آسٕنۍ۔ یہ چھُ خالص تاثراتی
نوقطہٕ نظر۔ تِمُو چھِ اسپنگارن سٕندِ اَمہٕ قولُک" نظم نہ چھے اِخلاقی آسان نہ
غار اِخلاقی سو چھے آسان آرٹُک اَکھ نوٚموٗنہٕ"[3] تہٕ حوالہٕ دِتمُت۔ اَمِس نِش
چھُ تنقیدُک بوٚڈ اُصوٗل ذاتی پسندیدگی۔ اَوٚ ہُنٛد انداز تنقید تہٕ تنقیدی نظرِیَن

---

۱ اِنتقادیات جلد ۲، صفحہ ۱۶۱

۲ اِنتقادیات جلد اول صفحہ ۳۳

۳ اِنتقادیات جلد اول صفحہ ۳۲۶

ہُندٕ رُجحان چھُ جمالیاتس کُن تہٕ نوٗیت۔ تِہُنٛدِس تاثراتی فراق گورکھپوری تہٕ مجنون گورکھپوری ہِندٕن ابتدآئی تحریرن منٛز تہٕ چھُ تاثراتی رنگ۔ فرق چھُ نیازس تہٕ تِمن یِہ زِ نیازس پیٹھ چھُ تاثراتی رنگ تیوٗت غالب زِ عقلہٕ چھُ سہ کمے کام ہیوان پوٚز مجنون تہٕ فراق چھُ عقلہٕ تہٕ شعورس تہٕ مدد ہیوان۔ تاثرات پیش کران کران یِہ وَنان زِ یِہ تاثر کیاز سپُن پٲدٕ تہٕ اَمِچ نوٗیت کیاہ چھےٚ۔ فراق چھُ لیکھان "۔ یِہ کتاب لیچھم اَمہٕ کنہ زِ یِم فوری اضطراری، وجدانی تہٕ موخصر اثرات پرانین شاعرن ہندِ کلامَن میانین کنن ہندین، دِماغہ کین، دِلہٕ کین تہٕ شعور کین پردن پیٹھ ترٲوی متی چھِہ تِم وآتناوِکھ بٔہین تام تیتھہٕ پٲٹھی زِ یِمن تاثرن ہنٛز زندگی ہنٛز حرارتھ تہٕ تازگی روزِ قٲیِم مصحفی ہندِس کلامس منٛز متہٕ آسی تن بے پناہ شار . . . پوٚز شبنمچ نرمی تہٕ پوشہٕ رنہٕ ہنٛز گرمی ہنٛز سو ملہٕ وَن چھےٚ یوسہٕ خاص تسندے چیز چھُ "[2] مجنون چھُ میر تقی میرنِس اَکِس شارس مُتلق لیکھان۔ شاید آسہٕ کانہہ بد ذوق تہٕ بےٚ حس یُس نہٕ زیوٗ نہٕ یِہ شار پٔرِتھ ہنگہٕ منگہٕ "داہ" نیر "[3]

کٲشر تنقیدی سرمایہ کوتاہ چھُ۔ وۄں گوٚو یُتاہ چھُ تہٕ تیوٗتاہ چھُ اَتھ منٛز چھُ جادٕ جصہٕ تاثراتی تنقیدکُے، شاعرن یادٕ وٚمین لکھارین ہنٛزن کتابن ہنٛز زان

---

۱ اندازے

۲ اندازے صفحہ ۱۱ تا ۳۰

۳ تنقیدی حاشیے

یاگوڈ کنھ ۔ آزادنی "کشمیری زبان اور شاعری" سانین شاعرن تہٕ نقادن ہنٛز رایہِ
تہٕ مضموٗن ۔ سارِنے جاین چھُ یی بوزنہٕ یوان ۔ راہی صابن چھےٚ کھوٚٹ "ہندین
مضموٗنَن منٛز تأثراتی تنقیدکہِ زالہٕ نشہِ واریاہ بچنچ کوٗشش کرمٕژ، کاٚہم پاٚٹھی
نہٕ پوٚزاَے بوٗزو امہِ کہِ زالہٕ نشہِ بچُن چھُنہٕ ممکن تہِ ۔ سائینٹفک تنقیدٕکی داوادار
تہِ چھِ اَتھ زالس لگان ۔

امہِ تنقیدٕ ہنٛد نوقص چھُ یہِ زِ اتھ چھےٚ ادبس منٛز افادیتچ خصوٗصیتھ
مُشہتھ گژھان ۔ اَتہِ چھنہٕ تنقیدٕکی خاص اوٗصوٗل بنِتھ ہیکان ۔ تہٕ کیٛنژ اَمینک توٚلُق
چھُ فردس سیٚتی روزان تہٕ نوٗعیت چھس اِنفرادی بَنان ۔ اَتہِ چھُنہٕ نقادسُند
شوٗعوٗر نوٚن نیرِتھ بلکہِ تیمچ بےٚبسی، یہِ چھےٚ تأثراتی نقادن ہنٛز مجبوری ...
خیالن منٛز سو بچنچ سمچنچ کمی آسنہٕ کنِ چھُنہٕ سنٛراہ دراکنہٕ ہیکان پاٚد سپدتھ ۔

# وٚرٹھنے

## کاشرس منٛز تحقیقی تہٕ تنقیدی مضموٗنن ہنٛز سوٗمبرن

## دویم ایڈیشن

## نظرثانی تَل

# علامہ اِقبالُن اثر کاشرِ شاعری پیٹھ

کاشرِس اَدبس خوصوصَن شاعری پیٹھ اُردُک اثر وُچھان وُچھان چھُ سون خیال اُردُکین دون بڈین تہٕ بہلہِ پایہِ شاعرن کُن گژھان، یمو منٛز اکھ غالِب چھُ تہٕ بیاکھ اِقبال۔

غالِبہٕ سُنٛد اثر چھُنہٕ تیوٗت نوٗن تہٕ ٹاکارٕ یوٗت اقبالُن چھُ تہٕ اقبالُن اثر چھُ اَسہِ گوڈٕ گوڈٕ مہجوٗرنِس کلامس منٛز باسان۔ مہجوٗرنِس زمانس منٛز یتھےٚ کنٛہ کاشرِ معاشی تہٕ اقتصادی حالاتو علاوٕ سیاسی بیدارِکنہِ ہندوستانہٕ نِشہِ متاثر سپنٛز۔ تتھےٚ کنٛہ لجہِ یتہِ کِس اَدبس خوصوصن شاعری منٛز تہٕ ہندوستانچہِ مشہوٗر تہٕ مُروج زبانہِ اُردوچہِ شاعری ہنٛز ترایہِ ژھایہِ گتہٕ کرنہِ ۔ تہٕ اُردو شاعری منٛز اوس اَمہِ ساتہٕ اقبالُن شورٕ شرٕ یمہِ کنہِ مہجوٗرَس تہِ یہِ رنگ پانہٕ ناوُن پیو۔

اقبالنہِ شاعری ہنٛد رنگ پاناونس منٛز آس نہٕ کانٛہہ مجبوٗرٕ یمہِ کنہِ مہجوٗر اوکُن لوگ بلکہ آس یہِ کتھ زِ زمانکہٕ روٗخ اوس اوکُن تہٕ منگ آس یِہے ۔ اَتھ کُن وچھتھ بوٗس یہِ کُشِش اہنٛدس کلامس منٛز موجوٗد آس تمہِ پھری یم پانس کُن یہِ کُش

نظریہ، کُس رنگ تہٕ کُس پأغام اوس یتھ منز یہٕ کٔشِش أس ؟ اقبالُن عملہٕ ہُندپأغام حرکتُک ہُند تہٕ جدوجہدُک سبق، قومَک دودتہٕ دگ، زندگی ہُند روان دَوان تہٕ جاوداں پوشہٕ دِنی تہٕ روزہٕ دِنی آسنچ شیچھ۔ ہمتک تہٕ غأرتک بجر۔ ٹاکارٕ کتھ وَنہٕ نک تہٕ کأنسہٕ نہٕ کھوژنک انداز۔ پننہٕ پان پرزناونک تہٕ مولہٕ ناونک اِشارٕ۔ پننین قأبلِ فخر رِلواٮژن ہُند اِحترام تہٕ بسہٕ آمژن تہٕ ولیسہٕ رِیامژن فوضوٗل رِلواٮژن فان کرنک تلقین طاقتک تہٕ مژھہٕ زورک قأمتھ۔ ساس قبلہٕ ترأوِتھ أکس قبٕلس نمنک جس ناوہ میدی تہٕ مویٔوسی، ذکہٕ دِتھ وہ میدتہٕ آش پوختاونک درس آلوٗژھ ترأوِتھ ہیکتس کأم ہینک مشورٕ۔ وطنک تہٕ عالمک لول تھاوِنچ ژیٖنہٕ وِنی۔ شکھ تہٕ گمان ترأوِتھ یقیٖنچہٕ رزِ تھپھ کرنک داے۔ مأدی رنگارنگی ہُند ژوک ننہٕ رأوِتھ۔ اصل اصل رٹن تہٕ فراہ فراہ رد کرنک آلو۔ تہٕ پانیو پانیو کرنہٕ بجایہٕ سارِنی اِنسانَن ہُند خأرکانچھنک تہٕ سارٕ دُنیہٕ ہکی لوٗکھ اَتھ خأرٕ کِس وژنکس منز اَنہٕ نچ تألیم رژ زندگی گُزارنک تہٕ شوٗد شیٔوہٕل وأنس کڈنک طریقہٕ۔ اکھ رُت نظرِیَے حیات بیترِ۔

یہوے اوس تہنزِ شأیری ہُند رنگ تہٕ انداز یُس تمو پننیو غزلو علاوٕ نظمن منز تہٕ ورتوو۔ اقبالن کٔر گوڈٕ لٹہٕ یمو چیزن خأطرٕ نظم استیمال تہٕ یہٕ وَنُک ہأوِتھ زِ غزلن منز تہٕ کیتھہٕ کٔنی ہیکو کھریم نوکتہٕ وژھنأوِتھ۔

مہجوٗرنس اوتاں روٗسل میرنس رنگس پیٹھ ناز کراں اوس تہٕ ونان اوس زِ
اَتھ دَردِ صوٗرٕ ژ بَرِ دِتلتھ گوشہ روٗسل میر مہجوٗر لاگِتھ آو بیٚیہٕ دوٚبارٕ اَتی روز
لوٗگ وَننہٕ ؎

اگر وُزٕ ناوَہن بستی گلن پٕننہٕ تراوِ زیروبم بُنیلُ کَرٕ، داوکرٕ گگرایہٕ کرٕ، طوٗفان پیدا کرٕ
بقولِ محی الدین حاجنی صأب، ۱۹۳۱ پیٹھ اوس کٔشیرِ ہُند شوعوٗر سیأسی۔ آزأدی ژھانڈنس پتہٕ لوٗگمت۔ یمہٕ موجُب عشقیہ شأیری کھوتہٕ قومی شأیری چلے جاوٕ لوٗگ

سون یہِ حاجت کوٚر مہجوٗرن تہٕ آزادن تہٕ داریہوٚ شأیرد پوٚرِ۔ یموٚ کٲشرِ کأشرٕ تہٕ کٔشیرِ ہندی نوٚی تہٕ پرٲنی کارنامہٕ شارَن منز اَنتھ غوٗلامَن ہٕشرزَن رَگن منز غارتکُ تہٕ وَطنکہِ لوٗلک خوٗن دورِ نوو۔ اَمہِ سارِیے شأیری ہُند مقصد اوس اُلکھ تھوٗد تُلنی تہٕ مُلکچ آزادی ژھانڈنی۔ مہجوٗرنہن کنن یامَت اقبالہٕ سُند یہِ مصرٕ گوٚو ع ہم بلبلیں ہیں اس کی یہ گلستاں ہمارا۔

تہٕ تمی کوٚر اَمہِ شارہٕ ستی ییتہِ چھِ غزلگوٚلی ہُند تصوٗر بنیکہِ آیہ۔ تہٕ گوٚیی زِیُس بُلبُل سأنی قریب ساری شأیرِ پوشن ہُند فریفتہ (باوجود) برابر غزل اَسی لیکھان ؎ بُلبُل بنیوٚ کٔشیرِ ہُند پٔرتھ کانٛہہ روزن وول کٔشیر بنے یہِ تَشنہٕ پوشہِ دار۔ یمیٚنیکُ خارِ پٔرتھ کانٛہہ دوٚیہ جانورس چھُو

چانہ باغکُ خارِ جگرس نیٚبرِ مین جاناورَن

ژاے باغسَ منز دِیان چھُکھ یم کرن میوٚنے بچاو

تہٕ بقول مظفر عازم: اُردو کِیو یموٚ شأیری کأشرس شأیرِ سُندِس دِماغس بیٹھ اثر ترٛوومت چھُ تِم چھِ اقبالَ تہٕ ترقی پسند شأیر۔ یہِ چھُ یٔژرِ زِ رتہٕ علامہٕ یمہِ غزلس منز دوٗرِس، وِصالس، نالہٕ زأری تہٕ رنگین روماٗنی خیالَن ہُند خأطرٕ مقرر آسہٕ تہٕ اقبالَن بیٚیو مانیوٚ خأطرِ ورتاو بلکل تِتھے پأٹھی دِیت تِمَن علامٕژن مہجوٗرَن تہِ نوٚو مانہ اقبالَن چھُ فرموومُت ؎

اُٹھ کہ اب بزم جہاں کا اور ہی انداز ہے

مشرق و مغرب میں تیرے دَرد کا آغاز ہے

تہٕ مہجوٗرن لیوٚکھ اَتھی اثرَس تحت پرانین علامٕژن نوٚو مانہٕ دِتھ یہِ شار ؎

| | |
|---|---|
| باغکی ریٛنژل وارلین گالن | بُلبُلہٕ غم نژاو کڈیکھن واش |
| ییٚتہِ یورِ چوٗنے مذہب پالن | سنگرِ مالَن ہیوٚ پیراگاش |

یتھ منز پیش کاریچ ژینہٕ ڈٕنی ہیتھ اکھ آش تہٕ اکھ وۄمید لبنہٕ چھےٚ یوان یاییمہ ساتہٕ مہجورٕ بہ شار چھُ ونان ؎

کری کُس بُلبُلا آزاد پنجرس منز ژٕ نالان چھکھ
ژٕ پننے دستہٕ پننین مُشکلن آسان پیدا کر

پننہِ کوٗشش ہتی کینہہ حاصِل کرہیٚچ، پننس طاقتس کامہ ہیٚچ تہٕ بییہ سنز ناگشہِ بہِ روزہیٚچ کرِتھ ننذہٕ باٗنی تصوپر چھےٚ بروٚنہکنُہ یوان ۔ میون خیال چھُ زِ اقبالنِس اثرس تحت ہیتھ مہجورن نظم تہِ لیکھنی ۔ نوٚ کشیرِ نظمِہ ہُنڈِس منظر چھُ قریب قریب تیتھے یُتھ خضرِ راہٕ نظمہِ ہُنڈ چھُ یتھ کٔنی چھُ لیکھان ؎

ساحلِ دریا پہ میں اک رات تھا محوِ نظر

تہٕ اَتھی حالس منز چھُس حضرت خضر سمکھان ۔ مہجور چھُ لیکھان ؎

ژھاران اوسُس پگہ مُہک روداد
باغ میون کر گژھہ ظُلمہٕ نشہٕ آزاد

بوزٕ ہا ہیٚژھ زٕنہٕ وانا تھاو، توکن
ہا متہٕ لالو لوٗکٕ وَنے افسانا

تھزرس آکس پیٹھ لٔرپان تژوٗم
ساٗدُم تہٕ تَن، مَن بیدار تھوٗدُم

بوٗزم اکھ نووٕ ترانا تھاو توکن
ہا متہٕ لالو لوٗکٕ وَنے افسانا

بُلبُلس حاصِل بنہٕ تاجدارٕی
وارِلی رزنس تابع ساری

شاہ پاز اَسہٕ ڈیٚڈی وانا تھاو توکن
ہا متہٕ لالو لوٗکٕ وَنے افسانا

گُل مولہٕ ناوٕن پانے پانس
ٹھٹبل فیس ہیٚمن پننِس ترانس

جلدے اَسہٕ تیٚتھ زمانا تھاو توکن
ہا متہٕ لالو لوٗکٕ وَنے افسانا

یاوٕ میز ہُنڈے یتھ منز ؎

ییٚلہِ کھسہِ نوٚ سمسار کٕ رو
گوڈٕ پیٚیہ چانے ڈٕبہٕ برٕ توٗ

اَد گژھہ روشن باقے جہاں پاٗد کر پننے باغچ زان

طاقتہِ. بجرُک اظہار کیتھ کنٛ چھُ یتھ شارس منٛز کرنہٕ آمت وُچھو ؎

منگہٕ منک تے زارہٕ پارُک وقت گوٚو دور آو

یس مژھن منٛز ورآسن روزِ سے وِنٛی کامیاب

شاہیٖن سٔندی تأریف چھِ اقبالن تہٕ کٔری مژ تہٕ مہجورن تہٕ ؎

نظرشہہ پاز ہنٛز چھنہٕ بٔسی تیٖن پیٹھ چھس تھزرِوار

پٔنن رٛوزی چھُ ژھا ان پانہٕ بالن سنگرن اَندر

اِقبال چھُ دیہقانس وَنان:

ے بھی تو مینا بھی تو ساقی بھی تو محفل بھی تو

تہٕ مہجور چھُ موٚزورس وَنان ؎

دُنیہِچ دولت تہٕنزِ کُلّی تہٕندی تہٕنزے زمیٖن

راج تہٕندُے باج تہٕندُے باجدار گوٚو تاجدار

مہجورس سٕتی سٕتی یمی شأیرن اقبالن اثر روٚٹ سُہ گو عبدالاحد آزادؔ۔ آزادنہٕ

شأیری منٛز چھُ یہ اثر مہجورنہٕ نِسبت صاف تہٕ ٹاکارہٕ نظرِ گژھان۔ پروفیسر محی الدین حاجنی

چھُ مہجورنِس وَرتاوس شأیرانہٕ تبلیغ وَنان تہٕ لیکھان زِ "اتھ شأیرانہٕ تبلیغس مقابلہٕ

رٛود آزاد جاگیردارانہ نظامس نٔنہٕ وانہٕ پٔنہٕ پٔنہٕ کران"۔ تہٕ یہ چھُ پزر زِ آزادن چھُ نہٕ صرف

جاگیردارانہٕ نظامے یوت پٔنہٕ پٔنہٕ کوٚرمُت بلکہٕ تمہٕ سارے رِوایژمن اتھ سٕتی توٚلق اوس

تمی ہنٛز نظر چھےٚ "سیٹھاہ سٔرزی تہٕ تجربہٕ جادصحی باسان۔ اقبالن اثر چھُ تیوٚتاہ نوٚن زِ آزادن

چھُ پٔنن غزل اَتھ رنگس منٛز رنگنہٕ علاوٕ مُستقل پاٹھی پننہٕ نظمہٕ تہٕ تمہٕ اَیہٕ لیچھی مژ۔ مثالہٕ

پاٹھی نالۂ ابلیس نظمہٕ ہندی پاٹھی شکوہ ابلیس، شکوہ کشمیر تہٕ باقہٕ نظمہٕ نالہ بٔڈشاہ بے خدی

خدی، ڈری یاو، وطن نغمہٕ بیدأری، سرمایہ دأری، انقلاب، لول تہٕ گاٹہٕ جار، غولامی، کنبر خاندان بیتر۔

شکوہ ابلیس نظمہِ منز چھُ آزاد بینہٕ پأٹھ شیطانہٕ سنز شکوٕ، شکایت ہاوان ییتہٕ پأٹھی اقبالن بأوِمژ چھے۔ شیطان چھُ ییمہ زمانہٕ کین لوٗکن نفرت کران۔ تس چھنہٕ ہمِ ٹارکھسان یمن ستی لڑنس چھُسنہٕ مزٕ یوان تہٕ یہِ دُعا چھُ کران ع

یا خدا ایک زندہ مرد حق پرست      لذت شاید کہ یابم در شکست

آزاد چھُ ونان ؎

بُھودرن ستی لڑان اوسس      شرا تہٕ واشا کڈان اوسس
چھِے بزدِلن ستی لڑُن حماقتھ      تہٕ زانہٕ دِلدار پہلوانا
اعوذُ باللہ پران کمہ کمہ      کران رندی تہٕ واظخأنی
کران ییلہِ چھُس بہٕ آزمایش      دران نہٕ رندا نہٕ واظخانا

سُہ چھُ تسندِس غأرتس اقبألنی پأٹھی مرحبا کران ؎

وٕنی ژٕ ازماو یہِ مینون طٔبی ییتھ خوٗدی تہٕ غأرتھ وچھکھ وٕنان کتھ
دِتم بیٚیس سجدٕ کرنہٕ باپتھ ژٕ سورگہٕ کھوتے زبر مکانا

سُہ چھُ پانہٕ یقرار کران ز:" علامہ اقبال کا جاوید نامہ میری نظر سے گذرا اس میں نالہ ابلیس والی نظم پڑھ کر یہ نظم (شکوہ ابلیس) لکھنے کے لیے طبیعت حاضر ہوئی"

اقبال چھُ کأشرِن ہیٚتھ یہِ وٕنتھ افسوس کران زِ" آہ ایں قوم نجیب وچرب دست وتر دماغ" تہٕ آزاد شکوہ کشمیر نظمہِ منز ییتھ کٔنی ؎

کٔرکھ فقیری تہٕ ژٕ فقیری کٔرکھ أمیری زبر أمیری
کٔرکھ دلیری تہٕ ۂڈ دلیری پٔرہ نہٕ کسا پتھرنہٕ کارا

گلان ربتہٕ کالہِ تاپہ چھکھ تَن دٔزان چھکھ ونہٕ ترٛہن ہن

شِہتھ ہکن کنیاوٕ رنتھ ہکن کیانہٕ چھکھ رفیقانہٕ غمگسارا

انسانہٕ سٕندِ وحدتُک تصوٗریُس اقبالَن پیش کوٗر سہٕ چھُ آزاد ِیتھ کٕنۍ وکھناوان

وحدتِ حق اوس گٔژھ ابتدا ؎

وحدتِ انسان گژھ انتہا

تہٕ وطنیتُک تنگ نظر تصوٗر یتھ اقبالَن "زہرِ ہلاہل" ووٗن چھُ آزادس تہٕ کھران ،وطنیت

نظمہِ منز چھُ لیکھان ؎

صوٗرتھا صوٗرت گرَن ہنٛز دلِفریب

سبز باغا مارِ مؤنٛد عاقل فریب

سہٕ چھُ اقبالنۍ پاٹھۍ غولامی اکھ بٔڈ بار لانتھ زانان تہٕ امکی عاب یتھ کٕنۍ ننۍ کڈان ؎

دِلُک ولولہ راوٕ راوان غولامی دہماغس پنُن دم نہٕ تھاوان غولامی

مگر ردِعمل کیا چھُ سپدان

چھِ آسرِ پھلین سنگرَن ستۍ آخر پنُن وقت واتتھ لڑاوان غولامی

یہِ چھِ "تژھ کتھ ز: "کنجشک فرومایہ کو شاہین سے لڑادو"۔

"انقلاب" چھُ اقبالَس سیٹھا ٹوٹھ تہٕ سہٕ چھُ یقینہٕ سان ونان زِ ؎

ثبات ایک تغیر کو ہے زمانے میں

آزادَن چھِ اَتھ موضوٗعس پیٹھ زٕ ژور نظمہٕ ییمہ منٛز کینہہ شار چھِ نوم ؎

بتہٕ گیے راوٕ ردو زندگیے ہنٛد حساب

انقلاب اَن انقلاب ' انقلاب اَن انقلاب

غولامی منز چھنہٕ زندگی گزارنس کینہہ لطف لہازا گژھن حالاتھ بدلنۍ ؎

دل پریشان عقل حیران زوٗ خراب

بندگی منز زندٕ روزُن بوڈ عذاب

دری یاو چھےٚ آزادٕنٕ مشہور نظم یتھ منز اقبالنہٕ سوٕ جدوجہدٕچ تالیم تہٕ مخالف

ستی پنجہ کرنچ ژینہٕ وُنی موجود چھےٚ

ہ بُتھن بیرن سنٛن دہ گننن ژٹتھ والان چھُس پوشے

درین تکرن ٹھرن شری بیٹھو گرٛھان ڈالان چھُس ہوشے

نہٕ چھُم تھارن نہ دل ہارُن ہے نیاین گا نگن اندر

یوان چھُم زندگی ہُند سوز سفرن منزی لن اندر

ہے عادت چھُم نہٕ پوٚت پھیرُن ہے نش گو برٕنکنے نیرُن

نہٕ چھُس گل پان چھُم شیرُن نہ بلبل اول چھُم بیرُن

بہٕ چھُس خوش پیچ وتابن انقلابن زلزلن اندر

یوان چھُم زندگی ہُند سوز سفرن منزی لن اندر

لول تہٕ گاٹہٕ جار نظمہٕ منز چھُ سہ سوال جواب آیس منز دہ شونی یتھ کنی وشرٕ ناوان

تہٕ یہ چھُ صرف اقبالُن رنگ۔ عقل چھےٚ ونان ہ

بخت تہٕ میراث میون تخت تہٕ میراث میون

عشق چھُ ونان ہ

بخت تہٕ بے اعتبار تخت تہٕ بے اعتبار

عقل چھےٚ ونان ہ

ژاٹہٕ ہالن دفترن خانقہن مندرن

لول بران گاٹلی دور کران گاٹہٕ جار

عشق چھ وٕنان ؎

یَس نہٕ وفائیس نہٕ درد روے سفید خوٗن سَرد

دردٕ نیٚے مٔنز سہٕ مَرد واتہٕ کرٕن سنگسار

عقٕل: عشق، جوٗنوٗن بے ادَب زانہٕ کتے رَب تہٕ سَب

کرٛانہٕ قبیلکٕ لقب مانہٕ شہٕ یُس دل ہُشار

عشق: کرٛانہٕ قبیلکٕ یہٕ بنیا۔ یُس نہٕ اندان تَس نہٕ پاے

یُس چھُ غریبَس خوٗدائے سٕے نہٕ اُمیرسَس بکار

عقٕل: عقٕل کران زِندٕ دِین، ژوٗر چھے کران دوٗر یقیٖن

لول موٗ جٔنتھ زمیٖن عَقلہٕ دوٗیکھ کاشس کار

عشق: عشق سراپا یقیٖن عشق نہٕ مذہب نہٕ دین

عَقلہٕ دوٗیکھ گرٕتہٕ زیٖن لولہٕ جوٗنوٗن شہسوار

آزادٕن مارکسَس "کافر بیدار دِل رُوشن دماغ" وَنُن چھُ اقبالنہٕ یمہٕ مِصرٕچ ہش کتھ "قلبِ او مؤمن دماغش کافرست" تنٛند یہٕ شارس ؎

چھُس یہٕ زانان خوٗدائی تہٕ چھے بوٚڈ دردِسرا

بندٕگی خوٗنِ جگر کھیٚون چھُ جناب عالی

چھُ اقبالنہٕ یمہٕ رُباعی ہُند عکس ؎

خدائی اہتمام خشک و تر خداوند اخدائی دردِ سر ہے

ولیکن بندگی استغفراللہ یہ دردِ سر نہیں دردِ جگر ہے

دوٚیِٕمِ وِچھتو آزادٕنِ غزلَن ہندی یِم شار ؎

دلیرَن سٕتی تھاوکھ لے گرٛزھی دِل تہٕ جِگر پیدا

چھےٚ صوٚ جینۍتھ بزدِلن ہینٛزِ ے کرِان وسواس ڈرِ پیدا
یُس ڈیکے ألراوِ عرشَس فرش ہیتھ وقتِ نیاز
سے ڈیکے درواز نِے پیٹھ کیٛاز تُرزٛ دوٗتھ تی یِزیا
ژیٚے کمہِ حالہ گنڈان ہالہ چھی فنڈباز گنڈن وألی
بَنِتھ اوے أنِتھ سالہ سِتم ژالہ ونیتو بوز
یُس دَرد نیِستا لَنَس مردانہٕ قدم ترٛاوے
اَہریزٕ، نیزٕ، خنجر، زَن پوشہٕ پھُلےٚ چھاوے
فنڈباز یارَو بأزی گارَو بازپنُن زیوٗن
ہاوُن ژیٚے تھوٚد ہے کعبہٕ تےٚ بُتخانہٕ وَنےٚ کیٛا
ڈیٚتھ کُٚی زونٛتھ اَزتاں سأ لا باطنا بوٚستی
ہیکیا تُنی ژوٗر تھأوِتھ صُبحکس نوٗرس نقاب آخر

مہجوٗرس تہٕ آزادَس پتہٕ تہٕ چھُ ساہِن سارِنے بڈِٕ ہن بڈِٕ ہن کأشرِ ہن شأعِرَن ہِندِس کلامَس منز یہِ اَثر لبنہٕ یِوان۔

ماسٹر زِندہ کول چھُ امیکُٕ اعتراف یِتھہٕ پأٹھی کران ؎

مومتین جذبَن چھُ بخشان شأعِرے نوٚ زندگی
نیٚندرِ مُتی وُزٕ ناوی ہِندکی حأیلِ ان اِقبأ لی یے

تہٕ آزأدی یِتھ کُنہٕ موٗلہ ناوان ؎

آزأدی چھےٚ یِتہٕ تَتہٕ بوڈ سوکھ
دۄکھ قأد خانکُٕ کیٛا گژھِ کمَ

سُہ چھُ یِتہٕ وَنان ؎

بیڑ یوٚد آسَن سونہٕ ہٕندی کٔری یے
رنگہٕ ژٔری یے کوٚہ ہیٚو تتھم دوٗر

تہٕ حَر کٔرٕ متلق ونان سہ

ییٚنھ نہٕ آبس گرٕاے تتھ پھومورِدہٕ ناو
پانہٕ وأنی گرٕاین چھُ لأزِم لاے لاے

مِرزا عارِفن یہِ ٹکھ بوٗزِو سہ

بنکھ شبنم گُلَن پیٹھ جاے سپدی ژٕنے کھاری سالہٕ سِریس ملے سپدی
بوٗزِر ہاوکھ بنکھ باہ ہیٚو گرٕتھتھ پیٚکھ رٕلکھ ریٚہہٕ سیٚتی میٚڑِتل جاے سپدی

اُہندس اَتھ شارَس "خبرچھا عقلہٕ ہُند منزِل چھُ کوٚت تاں
شوٗرُو اَدہٕ عشق لاحدوٗدتھ دوان یٚکھ" ہیٚٹھ چھُنہٕ اقبالنہٕ یمیہٕ شارکُ

اثر ثابت کرُن کینہہ مُشکِل زِ سہ

گزر جا عقل سے آگے کہ یہ نوٗر
چراغ راہ ہے منزل نہیں ہے

تنہا انصاری ہٕندِس یتھ شارس سہ

آدمس دِل زَن نِلہٕ وَٹھ دوٗر کتھ سیٚتی باضے اَتھ گژھِ وال

چھےٚ اقبالنس یتھ مِصرس سیٚتی لگنہٕ زِ سہ

" پھول کی پتی سے کٹ سکتا ہے ہیرے کا جگر "

تہٕ یُس فلسفہٕ یتھ رُباعی منز وَننہٕ چھُ آمُت سہ

کلمہٕ حق زندہٕ تھاوُن زندہٕ روزُن زندگی
گٔنڈِ اندرُوز مل نیٚنتھ تابندروزُن زندگی

فی سبیل اللہ پھرِتھ ماسوا اللہ ہکی یوٗ تلی
بَس اَکِس پروردگارس بنٛدٕ روزٕن زندگی

پیٹھ چھےٚ اقبالنہٕ فلسفچ چھاپ ۔ اقبالؔ چھُ وَنان ؎
جدا ہو دین سیاست سے تو رہ جاتی ہے چنگیزی

تہٕ تنہا انصاریؔ ؎
لِی ہےٚ مذہب تہٕ سیاستھ دوٚن نشانن تیٖر اکھ
دوٚن سِتارَن نوٗر اکھ دوٚن خابنِ تأبیر اکھ
لِی ہےٚ مذہب تہٕ سیاستھ پیکرِ اسلام تہٕ
تراو نظرا جلوٕ ہاوان وُچھ زٕ روٗخ تصویر اکھ

عأرِضَ یُس صِرف اکھ رومأنی شأیِر مانٛنہٕ چھُ یوان چھُ یہِ اثرِ ییٚتھکٕنی رٹان ؎
دُنیا دارٕ بختاوارٕ گوٚلُس فاقہٕ ڈوٚلُم ہوش
قورمہٕ تہٕ کُفتہٕ وضع چھون مو گرِتہٕ واتھ غذا میون

تہٕ سہٕ چھُ اِنقلابس ییٚتھکٕنی سال کران ؎
نازٕ سٕندرِکہِ تازٕ سٕہلابہٕ لولو اِنقلابس کرُو دٕسلابہٕ لولو

غلام رسول آزادنِس ییٚتھ شارس ؎
سیٹھا عالم چھِ وُنہٕ دَر پردٕ روٗزِتھ کھٔنٛتھ نظرو نیشہِ اَسہٕ ژٕدٕرِ روٗزِتھ

پیٹھ چھےٚ نہٕ وانہٕ اقبالنہٕ ییٚمہٕ شارٕچ پترٕ چھیٚش ؎
ستاروں سے آگے جہاں اور بھی ہے
ابھی عشق کے امتحان اور بھی ہے

رنجوٗرٕ نین یمَن شارن منٛز چھےٚ زندگی ہٕنٛز خأصی ییٚتھ ہأوتھ جو موٗد دسوکوتس

یتھ کنہٕ مذمت کرنہٕ آمژ ؎

چھہٕ زندگی وَنان تتھ یتھ منز نہ سوزِ ہستی تھ
ایمان، ضمیر، غارتھ ہیکہ یُس نہٕ زندٕ تھاوِتھ
دِیہ کتھ سہ تن تَلاً قفصین قفصَن تہٕ نیاین
یُس کھوژِ داوِ گژاین یُس روزِ ڈاپھ تڑاوِتھ
میر غلام رسوٗل نازکی چھُ ینس نمروٗد نامس منز پانہٕ لیکھان
"یمہ کنہِ ہُند تذکرٕ کرُن چھُ ضروٗری زِ اکثر خیالات چھہٕ حضرت اقبال رحمۃ اللہ علیہ
سنٛدی مے چھُ پانہٕ ترجمہ کوٗر مُت یا استفاد" لہازا چھہٕ اہندِس کلامس ییٹھ اقبالنہٕ
اثرِچ وضاحت کرٕنۍ ضروٗری صرف دِموٚاکھ مثال ؎
اگر فکرا کرَکھ واتکھ ژٕ پانَس
خوٗ دایس باز کاہہ واتی نہٕ شانس
مے چاۍ دِرے ژٕ نٕے نالس ژھنِکھ تھپھ
زٕ مینس آسمانس لامکانس
فانیٔ ین یم نظمہ کشیر بیدارٕی یا موٚزوٗرس ییٹھ یپھِ ہٕژ چھے تمن منز تہٕ چھُ یوہے رنگ
ڈِتھو کوٗت تال ٹر تڑاوِو کھوژو اۍ کیا زوٗس جانس ؎
چلاوو ناو کیاہ کرَواو
گیہ زندگی طوفانہ گژاین ہستی کرنی لٹہٕ
کلہٕ زور ڈیشتھ تاب کرِ کانہہ آبہ گزشن ما
کشمکشِ ہنٛدٕ لُطفک اِحساس چھُ المست سنٛدِس یتھ شارس منز تہٕ ؎
ناو میانے آدِ لنۍ ہے منز چھُ وہ دِنۍ رقصک سرُوٗر

اَسی تَن وۄنۍ دۄر یا نزدیک ساحلِ اَسی تَن

عشقُک بحر چھُ رساجاو دالی یِتھکنۍ ہاوان سہ

چھُ عشقے شولہٕ ناوان کأے ناتَس

چھُ عشقے سارِ سمسارُک زُوَن پاے

تہٕ اَمی شُند شار سہ

نِگاہِ مردِ مؤمن کیمیا زان | چھُنا تمہٕ سِتی ترامَس سون بنن کیا

چھُ نَنہِ وانہٕ اقبالَنہٕ "نگاہِ مردِ مومن سے بدل جاتی ہیں تقدیریں" مصرُک عکس۔

دینا ناتھ نادِمَنین یِمَن شارَن منزٕ تہٕ چھُ اقبالَنہٕ ہمہٕ گیر انسانیت کہ تصوُرُک پرتَو

سہ ڈٕھی توٚ نہناوٚ وِہم دۄسہٕ ہٹہٕ | ڈٕھی تراوٚو دِل جگرٕکی بر پٹہٕ

دۄبٕ شیرٕ دارِہن کا سوٗرٕ | دیوٕ راسی گژھن روتل اَنہٕ گٹہٕ

اَدٕ روزِیا کُنہٕ کُنڈی تار گنڈِتھ | کتہٕ روزَن دۄسہٕ دیوار گنڈِتھ

راہی شُند یہِ شار بوٗزِتھ سہ

روز جوان تا ابد پۄرون شہ رسمِ بُت گری

ٹوٚٹھ چھُ زندگی سیٹھا میوٗن تہٕ شوقِ دلبری

چھےٚ اَسہِ اقبالنہٕ یہِ رُباعی یاد پیوان سہ

تراشیدم صنم بر صورتِ خویش | بہ شکلِ خود خدا را نقش بستم

مرا از خود بروں رفتن محالت | بہر رنگے کہ ہستم خود پرستم

یا سہ | زندگی ہُنڈ راز رۄژھُک اضطراب

تشنہٕ لبہٕ وۄے کری بنا ے خانہٕ تے

یُس چھُ را اقبالَن رنگ چھُ۔

اوٚہند بیاکھ شار سہ

گُل وُچھتھ شاخ سنگن شاخ وُچھتھ باغکُ شر

عشق کُن دوت نہٕ اتھ ذوقِ جمالس یارو

چھُ اقبالنِس یتھ شارس لرِ لوٚر سہ

ز شرر ستارہ جویم ز ستارہ آفتابے

سر منزلے ندارم کہ بمیرم از قرارے

فراق چھُ دِلک ہٕد یتھکنۍ ہُر راوان سہ

اگر دل گاشراوکھ لبکھ گاشرٕ یہِ عالم

چھُ نوٗرٕ ے نوٗر ڈیشان شمع ییلہِ یاہ پیرزلان

یہ چھُ سے دِل یتھ اقبال ہمیشہ موٗل کھاران رُوٗد۔

کامِل چھُ زندگی ہندس بحرس ییٚمیک احساس اقبالن دیتُ یتھکنۍ وکھنے کران

سہ زندگی ہُنٛد مقام لامحدُوٗد وَتہِ اندر پیوان عدم تامتھ

تہٕ ہستی چھےٚ یکُن بروٚنہہ کُن مُستی چھےٚ گِندُن جانس

وُنتھ اَیچ تفسیر کران۔ گلالہ نظمہِ منز چھُ وَنان سہ

زولانہٕ کٔرتھ اَسہِ یُس بدلاوشہ تقدیر

سوٚنہٕ سٕنز تہٕ اگر آسہ بہر حال چھےٚ زنجیر

تہٕ آزادی ہندِ قیمتکُ باس دِوان۔ اوٚہند "یا یورکُن یا ہورکُن" پٔرتھ چھُ اقبالنہٕ

"یاچناں کُن یا چنیں" نظمہِ کُن خیال گژھان۔ کامِل چھُ وَنان سہ

ییٚمہ طرفہٕ چھےٚ موتس نُمن، سوداِ دِلس پننس کرن

ہُمہِ طرفہٕ چھےٚ ناراژھٕنُ ہستی سرٕ ذی لولا برن

یاہۆر کُن یا یۆر کُن

عأزی مینٛز یِم شار ــ

زٕ کرٕ ہمتھ پنٕنۍ مژھ زور آزماو ــــــ ڈُچھتھ کر شۆب آمژ زارٕ پارس

یینٛمہِ ظُلماتہٕ چھِ اَمرٕ تھ ارمان ژانگین زالان خوٗنِ جِگر

مَتہِ مجلوٗنو یینٛتہِ لو پاتھی آمین کھاسین منٛز خأراتھ

یُس دردِ جگر دِیہِ گاش اُچھن سہٕ چھُ بُلبُل ہنٛدی ٹھِپی بِچھراوان

سہٕ چھُ قطرن ہُنٛد ہاوس تراوان سہٕ چھُ سوٗدَرن ہنٛز کل گنٛزراوان

یا آوِ ہنٛز "نظمہِ ہنٛدی یِم شار ــ

تراو سأ پانا تراو سأ پانا

داوِ گلین پُشراو سأ پانا

گرایَن پیٚٹھ نژٕ ناو سأ پانا ــــ ناد بَہنٛز

پیٚرِتھ چھُ نَہِ وانہٕ ظأہِر سَپدان زِ یہِ کوٚہند رنگ چھُ ۔

رشید نازکی سُنٛد اکھ شار چھُ ــ

عُمر رأوِ ے تُکَن صِفات پران

کاش سیٚنی پننٛز یہِ ذات نصیب

یہ چھُ سےٚ خیال یمیُکُ اقبالَن پےٚ دیٚتُٹ تہٕ وٚونُن زِ پننٛ پان وَنہِ کڈُن تہٕ اَمیُکُ

منصب زانُن کوٗت ضۆروری چھُ ۔ بیٚنِس جایہ چھُ وَنان ــ

یِرادٕچ ناد تراوِتھ لولہِ سُدَرس منٛز ژٕ ڈُچھ پانے

نہٕ روزان قِسمتُک شکوٕ ے نہٕ روزان خأرو شر باقےٚ

ییٚتھ پیٚٹھ اقبالُن ٹاکارٕ اَثر چھُ باسان ۔

رادھے ناتھ مسرت چھُ ونان ــــ

جوٗہدتھ ہووُتھ بزونہ کنِ آکھ      جگرس رژھ کھنڈ شرہیو دژام
تمُو سپنز ہمتھ زوٗ وندہ ہس      وقتکۍ دُلدُل ییمی کوٗر رام

تہٕ مکھن لال کنول ــــ

اَمن، انسأنی یتھ، بخلاص، موحبتھ
چھُ میانے زندگی ہُند ثوٹھ معراج

مسرت چھُ جوٗہدس، تأریف کران تہٕ ہمتس مُبارکھ۔ کنول چھُ رژن انسأنی قدرن پننہِ زندگی ہُند معراج مانان۔ دہ شوٗے کتھ چھےٚ نہٕ وانہٕ اقبالنہٕ فلسفچ پأداوار۔

شمبھو ناتھ بٹ حلیم سندٕ یہ شار ــــ

شبس کل دوٚہہ دہ کران راٗژ ہند سنز
نہ سری یس فراغتھ نہٕ مہتابہ آرام

چھُ اقبالنہٕ ییمہٕ مصرچ تفسیر ــــ

سکون محال ہے قدرت کے کارخانے میں

علامہ اقبالنٕ چھُ شأیرس دوٚنمت

شاعرِ رنگین نوا ہے دیدہ بینائے قوم

تہٕ گوہرن چھس پننہِ نظم شأیر۔ راہی صابنس مصرس پیٹھ ختم کرتھ یہ کام ہنٛدکہ مزز شأیرس آسان چھےٚ زخمن زبو انہٕ ــــ

غلام محمد غمگینؔ بہ شار زــــ

پانے پانس آزأدی۔ پانہٕ پننہِ زولانہٕ چھِ لوکھ

زَنتہٕ اقبالنٕی زیٚو دِزامُت ۔
سیٚد سیٚود یادرگہ کاشُر شاعری پیٹھ اقبالنہٕ اثرٕ علاوٕ چھےٚ یہ کتھ یاد تھاوٕنی لایق زِ
کینہہ کاشرؠ شاعر چھِ اقبالس تیتی منّی گامتی زِ تِہنٛز کینہہ مستقل تصنیفہٕ چھِ کاشرِ زبأنی منز
تاریخ کوشش کران تہٕ تُرمرِتھ چھکھ ۔ سہٕ گو سلطان الحق شہیدی سُند ارمغانِ
حجازک ترجمہ ۔ اکھ مِثال دِمہٕ بہٕ ؎

شریک اوسُس گلاس درد و سوزس
تتُم ٹھانٹھ زندگی ہندِس خمیرس
وَنے یِم نوکتہٕ عشقکی کس سے مازون
کُنہٕ اوسُس گیوان منز یتھ زمانس

نازؔ کو لگامی یَن (حال کراچی) چھِ اسرارِ خودی ترجمہ کوٚرمُت ۔ اکھ مثال چھےٚ ؎

کوٚر خیالن میأنی سے روساشِکار　　یَس وُنِس تامتھ چھ زِہونُک انتظار

رشید نازکی چھِ لالہٕ طوٗرس ترجمہ یِتھہٕ کٔنی کران ؎

سحر می گفت بُلبل باغوان را　　صُبح پھوٗل بُلبلن دوٗن باغوانس
دریں گل جز نہال غم نگیرد　　غمکی سوسَن چھِ قسمتھ یتھ جہانس
بہ پیری می رسد خار مغیلاں　　سرٛان آوستھ سکندر پرتھ مرٛزی کونٛڈ
دے چوں گل جواں گردد بمیرد　　جواں مرگی چھےٚ پوشِس نوجوانس

اقبالنہٕ بہِ اثر چھُنہٕ یوٚتے تام ۔ یہ روز بونٛتھ کُن تہٕ چلہٕ وُن تکیاز
تِہنٛز شاعری چھےٚ اکھ تیتھ ناگہٕ راد یتہٕ پٔیتھ قسمک تریشہ ہوٚت ہینی تریش ہومہ راوِتھ
ہیٚکِہ ۔ یِژھ شاعری چھُنہٕ زمانہٕ مکانٕچ پابند ۔ یہ چھےٚ ہر ہمیشہ روزٕ وٕنی تہٕ پوشہٕ وٕنی ۔

ادبِکنِ زاتھ منز چھےٚ تِمَن ساریٚنٕے اِنسانی قدرن ہنٛز وکھنے کرنہٕ آمٕژ۔ یِمنہٕ زاتھن پرٛانان تہٕ
بسیہٕ یِوان چھےٚ۔ تہٕ اَتھ منز چھُ سُہ پأغام یُس دُنِیہس کُن لگنہٕ پتہٕ اَزتان سارِوٕے رِتھو
لوکو۔ خوداد وستو تہٕ پأغمبرو لوکَن دیتُٕ مُت چھُ۔ یُس زاہ نوٚو چھُنہٕ نوٚو نہٕ آستھ
تہٕ نوٚو چھُ۔ یہِ چھُ غلام السیدینُن وَنُن تہٕ اَمی سٕندِ ہے حوالس پیٹھ چھُ یہِ مضمون ختم
سپدان۔



دُہمہٕ صدی ہُنٛد دوٚیم ژٕہ باگ چھُ کأشر زبأنی ہٕندِس ادبی توارخس
منز مجبورن تہٕ آزادن زمانہٕ مانٛنہٕ یِوان' یہِ چھُ ہندناد مُشترک تکیشا زیمَن دوٚ شونی
شأیرن ہُنٛد دیتُٕ چھُ تیوٚتاز نہٕ ہیٚکون اَکھ ہیتھ تھاوتھ تہٕ نہٕ ہیا کھُ مُشراو تھ
کینٛہہ توارِیخ نویس چھِ اَمی حسابہٕ ادبی توارِیخ مرتب کران تہٕ یِس تہٕ ادیب
یا شأیرس کُنہ دورس پیٹھ مکمل چھاپ ترٛاوِتھ توٚژھ آسہ یا زیادہ
نامور ثابت سپدِ سُہ دور چھُ تَسی سٟتی منسوب سپدان۔

(عبدالاحد آزاد نی لولہ شأیری

(مضمونہٕ منز)

# مجبوٗر تہٕ آزاد

## نٔہِم کال کٲشِر نظم شٲیِر

نظمہٕ ہیٚنٛڈ کتھ کرن وِز چھُ عموٗمَن یِمہٕ وَجہ کھُر یِوان زِ شارٕ ذاتٕژ تہٕ شارٕ ہیٚیٔژ
ہنٛز فرق چھَنہٕ نظرِ تَل تھاونہٕ یِوان۔ شارٕ ذاتھ چھےٚ اَکھ چیز تہٕ شارٕ ہیٚیتھ بیاکھ۔
باضے چھےٚ کانٛہہ شارٕ ذاتھ صرف اَکہِ شارٕ ہیٚیٔژ کِنۍ اِستعمال سپدان۔ مِثالہٕ پاٹھۍ
یِمہٕ ساتہٕ کانٛہہ واقعہٕ مسلسل بیان کَرنہٕ یِیہ تہٕ غزلہِ ہنٛز شارٕ ہیٚیتھ وَرتاونہٕ یِیہ۔
کانٛہہ شارٕ ذاتھ چھےٚ پننہِ موضوٗعہٕ ہیٚیٔژ کِنۍ ییٚژ زناونہٕ یِوان۔ غزل چھےٚ اکھ
شارٕ ذاتھ تہٕ شارٕ ہیٚیتھ تہٕ یِتھے پاٹھۍ مثنوی قصیدٕ تہٕ رُباعے۔ مرثیہ چھُ
موضوٗعٕ کِنۍ اَکھ شارٕ ذاتھ ہیٚیٔژ کِنۍ تہٕ کیاز اَمہِ خاطرٕ چھےٚ نہٕ کانٛہہ ہیٚیتھ مُقرر
ایٚودوَے اُردو زبانۍ منٛز جادٕ ییٚہَن مسدس ہیٚیتھ وَرتاونہٕ آمٕژ چھےٚ۔ قطعہٕ،
ترجیع بند، ترکیب بند، تہٕ مسمط چھِ وارِیاہ صوٗرژ چھےٚ صرف شارٕ ہیٚیٔژ۔
شارٕ ذاتٕژ نہٕ۔

کٲشرِ زَبٲنۍ چھیٚے پَنٕنۍ زٕ شارٕ زاز، وَزُن تہٕ واکھ۔ وُزُن چھُ باضے مرف۔ اَکہِ شارٕ ہٕنٛز کینٛہہ اِستعمال سپدان۔ واکھ نہٕ کینٛہہ۔ نَتہٕ چھُ وزنس مۆضوٗع تہٕ گنڈتھ تہٕ ہیتھ تہٕ۔ واریاہ دوس چھ باضے وَزنس تہٕ غزل وَنان تہٕ مسمطچہ مربعٕ ہٕنٛز تہٕ ووج مصرٕ چھِتھ وُزن۔ وُزن شارٕ ہٕنٛز ہٕنٛز پہچان چھُنہٕ ووج مصرے لۆت، اَتھ چھ بی تہٕ کینٛہہ شرط، یِم وِشُرھناوُنگ یہ موقہٕ چھُنہٕ مثنوی اٲسۍ اَسہِ سیدِ سیٚود فارسی پیٚٹھے۔ یِتھے پاٹھۍ قطٕ، غزل، رُباے بیٚترٕ۔ قصیدٕ خاطرٕ اوس نہٕ یِتہِ ہوانوانتہٕ آسہِ ہایتہ اَسہِ فارسی پیٚٹھے اۆنمُت۔ رۆد مرثی تَمہِ کہِ موضوٗعکہ باس لۆگ اَسہِ فارسی کِنۍ، پۆز یہ شارٕ ذاتھ اٲنۍ نہٕ اَسہِ تتہِ پیٚٹھٕ۔ کاشُر مرثیہِ چھُ بیٚین زبانن منٛز لیکھنہٕ آمژن مرثین نِشہِ بالکل وَکھر۔

رۆز نظم سو دوٕ تلے یہ یتہِ مثنوی منٛز تہٕ پتہ کۆرُس وزنو تہٕ ڈکھ۔ اَمہِ پتہ ییٚلہِ اُردوک اثر پیوٚ بیاکھے صوٗرتھ ژٹن مےٚ چھُنہٕ اَتھ کُتھ سعتی زِنھے اِتفاق کۆرمُت زِ یہ شارٕ ذاتھ کیا اٲنۍ اَسہِ انگریزی پیٚٹھٕ نہٕ مانہ بہٕ یہ زِ اُردو زبٲنۍ تہٕ کیا آیہِ انگریزی پیٚٹھے۔ بہٕ چھُس نہٕ یہ کتھ ہٲنۍ مٲنۍ وَنان۔ اُردو مثنوین ہِندی منظر نِگٲری تہٕ جذبات مُسلسل بیان کرنچی نۆمونہٕ اوٗل طرفہٕ تراوِتھ چھےٚ اَتھ قُلی قطب شاہنہٕ لوکچہ لوکچہ نظمہٕ تٲیید کران۔ تِمن ہٕنٛز کیچھ تہٕ زَن ژٕلوٚ، نظیر اکبرآبادی سٕنٛزن نظمن کیا دَنوٚ۔ اٲں یہ کتھ سپنۍ ضوٗرور زِ انگریزی زبٲنۍ ہنٛزو نظمو تہٕ تروو واریاہ اَثر تہٕ یمو سٕتۍ ہیٚژن اُردو نظمہٕ ہنٛز ترایہ تہٕ بدلنہٕ۔۔۔۔ خیالچ تہٕ مۆضوٗعچ وحدتھ قٲیم کرنس منٛز کۆر انگریزی نظمو واریاہ مدد معریٰ نظم تہٕ آزاد نظم، یِم زٕ شارٕ ہٕنٛز یا سانیٹ بیٚترٕ لےٚ یِنٛزے انگریزی زبٲنۍ پیٚٹھ اَما یِم رۆزٕ نہٕ اُردو زبٲنۍ منٛز ییتھ تژھے ہٕنٛز ژھ

انگریزی زبانٕ منز آسہٕ۔ یِمن سیٹھاہ وارِیاہ ردوبدل تہٕ ووٚن چھےٚ تہٕ پنٛچ آزاد نظم انگریزی آزاد نظمہٕ نِشہٕ وکھر۔ تِہنز کتھ چھےٚ الگ یِم فنہٕ چہ نزاکژ زانان چھنہٕ یا اَمِچ اوٚصوٗل وِیدی چھکھ نہٕ تہٕ تِلی چھہ کھشری پاجامن زنگ ترٛاوِتھ پنٛنین ہندی پاٹھی اِنسان حرکژن نقل کران۔ انگریزی زبانٕ منز چھےٚ معرٛی نظمہ یِلنے بلینک ورس باپتھ معرٛی آیمبک پنٹامیٹر بحر مخصوص۔ یوٚز قافیہ روٚستے اُردوٗ ہس منز چھنہٕ یتھ کانٛہہ بحر۔ اُتی چھہ پرٛتھ بحرس منز بے قافیہ نظم لیکھتھ اَتھ معرٛی نظم وَنان۔ یوٚز سارے نظم گژھہ اَکی سے بحرس منز روٗزنی۔ انگریزی زبانہِ منز چھنہٕ آزاد نظمہٕ ہنٛز ہیٚژ باپتھ قافیہ علاوٕ عروٗضٕچ پابندی تہٕ یوٚز اُردوٗ ہس منز چھےٚ عروٗضٕچ پابندی لازمی۔ البتہ اَکھ کتھ چھےٚ سیدان زِ بحر کین ارکانن منز چھےٚ کمی بیشی کرنہٕ یوان تہٕ یتھہٕ پاٹھی چھہ کیٚنہہ مِصرٕ ژھوٚٹی گژھان تہٕ کیٚنہہ زیٖٹھی مگر بحر چھُہ سُے آسان۔ ووٚن چھُہ انگریزی آزاد نظمہ نِکھ یِنہٕ باپتھ نثری نظمہٕ لیکھنہٕ یوان یتھ نہٕ عروٗضٕچ پابندی بلکلے آسہٕ۔

کاشُر زبانٕ منز چھےٚ نظمہٕ اَکھ پنٛنی روایتھ۔ یوٚسہٕ شیخ العالمؒ سٕند گونگل نامہٕ تہٕ بیٚیو نظمو پیٹھہٕ شوٗروٗ گژھان چھےٚ تہٕ یتہٕ چھِس حبہ خوتوٗنہٕ ہِندی، تم وژن تہٕ ڈکھ کران یِمن منز جذباتن تہٕ وارِی داتھ مسلسل بیان کرنہٕ آمِتۍ چھہٕ۔ اگرچہ رلوایتھ آسہٕ ہاتیشہٕ مثنوٚی یَن ہندی منظر نِگاری تہٕ جذبات نِگاری ہندی نوٚموٗنہٕ کوٚت گژھہ ہِن۔ کیٚنژن صوٗفی شاعرن ہنٛز نظمہٕ مثلن رحمان ڈارن، شمس زنگ، ماچھ تِلر، شمس فقیرن، راز ہوٚننز، وہاب کھارن طوطہٕ زندن کُل، مختلف صوٗفی شاعرن ہندی ڈٔفی ہِتہٕ معراج نامہٕ تہٕ پد، پرمانندن، سنتوشہٕ بیالہ بوٚوِ آنندٕ پھل، بیٚیہ ہیٚکن نا کھینے رلوایتھ بناوِتھ۔ رمضان بٹن،

اَکھ نِندُن، مقبول شاہ کرٛالہٕ وآرؠ سُند "گرٛیسی نامہ" تہٕ "بہار نامہ" تہٕ گرٛ ٹھنا کال کھاتَس. نہٕ. یِم سآری چیز چھِہ کأشرِ نظمہ ہُنز اَکھ دُر رِوایتھ قأیِم کران. ووٚل گوٚپتہٕ یِنہٕ والِین شأیِرن ہُنز تِمہٕ نظمہ یِم وٚرٛن ہیٚتر منٛز چھَنہٕ تہٕ ژمصری بند تہٕ ووج مِصرٕ چھکھ چھےٚ فارسی، اُردو مسمطچہٕ مربع ہیٚتر ہندِس اَثرَس کُن اِشارٕ کران.

مہجورَ تہٕ آزادنہٕ زمانہٕ پیٚٹھے چھےٚ کأشرِ شأیِری منٛز نظمہٕ لیکھنَس کُن جادٕ یِہَن کل گَنان. تہٕ یہ اوٚس نوٕ زمانہٕ تہٕ نوٚین حالاتَن ہُند تقاضہٕ. کُلیاتِ مہجور شایع سپدنہٕ پتہٕ رٕوٗد نہٕ ووٚل اَتھ کتھِ منٛز کانٛہہ شکھ زِ اَتھ زمانَس منٛز لیٚچھی گوڈٕ مہجورنے نظم. کأشرِ زبانی منٛز چھےٚ تٔہنٛز گوڈنچ نظم سوٚہ یوسہٕ تِمو انجمن نصرُ الاسلام کِس اَکِس جلسَس منٛز پٔرٛ اَتھ منٛز آسی علمکی فأیدٕ بیان کرنہٕ آمتی تہٕ پَنٛنِہٕ دِنہٕ خاطرٕ مآل پھیرنہٕ رٕچ کوٚشِش سپٕنز. یہ اوٚس ۱۹۰۸ء. تٔہنٛز دوٚیِم نظم چھےٚ اَکھ ناتمام مثنوی ہُند ناتمام ترجمہٕ ناو چھُس "پھاپھا گُٹنی" یہ آیہٕ ۱۹۱۱ءیس منٛز لیکھنہٕ تہٕ امہٕ پتہٕ چھےٚ تٔہنٛز سوٚہ مشہوٗر نظم یوان یتھ جنگ یوٗرپ ناو چھُہ. یہ نظم آیہٕ گوڈنکِس عالمی جنگَس دوران لیکھنہٕ تہٕ ۱۹۱۸ءیس منٛز سپٕنز شایع. یہ چھُہ سہ زمانہٕ ییٚلہِ نہٕ مہجورٔ اُردو فارسی منٛز نیرانے اوٚس تہٕ کأشرِ لیکھُن آسِس تِتھے کنٛہِ کال باسان یتھِ پأٹھی تَس پتہٕ یِنہٕ والِین وارِیاہَن کأشرِن اَدیِبَن تہٕ شأیِرن باسان اوٚس تہٕ یِم پوٚتُس وارِیاہ وأنس چھیمی کرِتھ تِہندی پأٹھی پایِس پیٚیی. آزاد اوٚس اوٚت تام ژوٚہ دہ پنداہ وُہرٕ. پتہٕ ییٚلہِ مہجور اَٹھِ دہہ وُہری پٕزی پأٹھی کأشرِس کُن پھیوٚر تہٕ "پوشہٕ متہٕ جانانو" وٚرٛن لیوٚکھُن آزادن تہٕ آسی کأشرِ پأٹھی شارٕ ونِنہٕ ہیٚتی متی. آزاد دٕرٛاو نہٕ تیٚتِس کالَس نوٚن ہیٚتِس کالَس مہجورٔ شوہرٔ ٹیس ووت تہٕ ۱۹۳۵ءیس منٛز تٕس مہجورس سٟتی ملاقات سپٕن.

اُتھی دورانس اوٗس آزاد شہر ٹریننگ کٔرِتھ واپس وۄتمُت تہٕ نوو ہوا نو اوُن
وُچھمُت۔ کینٛژن جان اِنسانن سیتی تہٕ اوسُس مُلاقات سپدمُت۔ نتیجہ دژاو
یہ زِ سُہ لوٗگ پننٛہ بأتھ بٔرازِ ہندِین اخبارن یانے "وِتستا" تہٕ "ہمدردس" منٛز
شائع کرناوُنہٕ۔ سیتی ہیوٚتُن تَس ریڈیکل ہیومنزم نظریہٕ ہُک اثر تہٕ پیوٚن۔ کٔشیرِ ہندی
تہٕ دُنیہِ ہٕنٛدی حالاتھ آسی تیتھی زِ یہٕ نظریہ بأسیاو تَس سیٹھا وَیہ وُن تہٕ سُہ لوٗگ
اَتھ پٔننہِ شاعری منٛز جاے دِنہٕ۔ ہم عصر اُردوٗ شاعرن ہُنٛد کلام پرٛنہٕ تہٕ
پٔننہِ زمانہٕ کِہ ادبُک مطالعہ کرنہٕ سیتی ہیوٚتُن تِہندِین خیالن منٛز سنیر پأدٕ
سپدُن۔ تِمی ہیوٚت ڈاکٹر اِقبال، جوش ملیح آبادی، روش صدیقی، احسان دانش
بٔترِ واریاہن شاعرن نِشہٕ متأثر گژھُن تہٕ یہ اثر لوٗگ تِہندِس کلامس منٛز بوزنہٕ
یِنہٕ۔

مہجورٕ بیٚلہِ پوٚر پأٹھی کأشرِس کُن پھیوٚر، تِمی ہیٚتی وژن تہٕ لیکھنہٕ تہٕ غزل
تہٕ۔ یِمن وَژنَن منٛز اوس ذأتی وارِدات ہُنٛد بیان مُسلسل سپدان تہٕ تسلسل
بیان چھےٚ نظمہِ ہٕنٛز اَکھ خوٗبی مانیہٕ یِوان۔ اَمہِ لحاظہٕ ہیٚکون "تِندٕ" "پوشے
مَتہٕ جانانو" وژن نظمہِ نکھہ تھٲوِتھ۔ اَمہِ دورکین تِمَن وَژنَن یِمَن منٛز
کُنہِ تجربُک مسلسل بیان میلان چھُ۔ منٛز چھہ "لوٚکچار" تہٕ "گرٛیسی کوٗر" جادٕ اَہم۔
یِم دوشوے چھےٚ میأنی کُنٛز نظمہٕ، گوڈنیچ نظم چھےٚ ۱۹۳۲ءس تہٕ دوٚیم ۱۹۲۵
یَس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔ لوٚکچار نظمہِ منٛز چھےٚ لوٚکچارِچ کأفیتھ مختلف تشبیہن
تہٕ اِستعارن ہندِ مدتہٕ بیان کرنہٕ آمٕژ تہٕ "گرٛیسی کوٗر" نظمہِ منٛز چھےٚ گرٛیسی کوٗرِ ہٕنٛد
سراپا تصویر بِنہٕ بروٚنٛہہ کُن یِوان۔ اَتھ سراپاہس سیتی چھےٚ تٔمِس سیرت تہٕ کأم
کوٚٹ کرنک آے تہٕ شامِل، یوٚتے یوٚت نہٕ نوین خیالن ہٕنٛز زتہٕ تہٕ۔

سماجی نابرابری تہٕ اِقتصادی نظام چھِ ناہمواری کُن چھِ یِتھہٕ کُنۍ اِشارٕ کرنہٕ یوان۔

ژیٚنۍ تہٕ خوجہ باین چھا برابری ژٕ گلن ستین دِلبری یے
خوجہ بایہٕ تژو پرتھ دار تہٕ بَرِ یے گرٛیسی کوٗری نازنین سُندری یے

امہٕ پتہٕ چھےٚ یوانۍ نیٚبرزل، صبح چھم باغ چھُم، بہار، سنگرمالن پیٚو پژاگاش، وُزمل، ہشہٕ نظمہٕ، گوڈنچہ ژیے نظمہٕ چھےٚ غزل ہنٛز تہٕ پتمہٕ ژ وژن ہیٚژ منٛز۔ گوڈنچہِ نظمہ منٛز نیٚبرزلہٕ شٹر زبانۍ تسُندی وارِی داتھ، دوٚیمہ منٛز شاعرٕ سُند مخالف حالاتن بُتھ لگنک یراد، ترٛیٚیمہ منٛز بہارچ کانٛفیتھ، ژوٗرمہ منٛز راتھ ختم گژھتھ صُبح پشاریتھ تہٕ جان زمانٕچ اُمید تہٕ پانٛژمہ منٛز وُزملہٕ ہنٛز خارجی تہٕ شاعرٕ سٕنٛز داخلی کانٛفیتھ۔ یہ سورُے چھُ کُلہم پاٹھۍ مجبورٕ تہٕ شاعری ہنٛد رومانی دوٗر۔ تسُند دِلک لوٚہ سَر چھُ ژھیٚنہٕ ماران تہٕ جذباتن ہُند ناگہ راد گژھتھ کران۔ دون گوزرانکۍ نوی تقاضہ چھِ تس اتھ بی تہٕ کینہہ وَنہٕ ناوان۔ محمد یوسف ٹینگ صابنٛز رایےٚ چھےٚ زِ تسلسل آسنہٕ کنۍ چھےٚ نیٚبرزل مجبورٕ نظم نِگاری ہنٛد دس تُلان۔ یوٚزمےٚ دون ژرو نہٹےٚ زِ مجبورٕنہٕ جنگِ یورپ نظمہٕ سیتۍ چھُ پنٕنز نظم نِگاری کُن لگان۔ ییٚمہٕ کنہٕ ذِکر کرِمژن نظمن منٛز چھےٚ "سنگرمالن پیٚو پژاگاش" تھیکنۍ لایق۔ اتھ نظمہِ منٛز یوسہٕ اُمید آفرینی تہٕ حوصلہ مندی میلان چھےٚ تتھ چھُنہٕ جواب۔ ییٚمہٕ قسمہ قسمہ پیکر، مژرٕ تہٕ علامژ یِتھہٕ کنۍ چھےٚ اتھ منٛز خطا یمتۍ۔ یوٚز علامژن ہُند ورتاو چھُنہٕ اوٚکُن ظوٚ نے گژھنہٕ دِوان۔ زنتہٕ چھُ کانہہ کردار پردس ژھایہ رُوزِتھ پژھ بَڈاونہٕ، یقین تہٕ حوصلہ بخشنہٕ باپتھ غمہ پتہٕ خوٚشی حاصل یِدنہٕ چھِ تصویر فلمہ بندی

پاٹھۍ اکہِ اکہِ پوٗتُس پیٚٹھ بڑونٛہہ کنہِ تھاوان یێمہِ سیتۍ اِنسانہٕ ہنٛدِس ہیمتہٕ کِس ولبہٕ ہرے متین سوٗ تھین زنتہٕ سمیٹھ سپدان چھُہ۔

امہِ پیٹہٕ چھُ مہجوٗرنہٕ نظمہِ منٛز حُبِ وطن داخل سپدان تہٕ شہ چھُہ۔۔

"گاشن وطن چھُہ سوٗنے" نظم لیکھان یہ چھیے مرقع ہیٚر منٛزنہٕ اَتھ منٛز چھ

فنکاری سان کشیرِ ہنٛدی مختلف۔ نظارہٕ پیش کرنہٕ آمتۍ۔

اَنٛدی اَنٛدی سفید سنگر

دیوارِ سنگِ مرمر

منٛز باگ سبزِ گوہر

گلشن وطن چھُہ سوٗنے

وطنکہِ محبتُک جذبہٕ چھُ مہجوٗرنس دِلس منٛز تیتۍ زمول ووان زِ

اَمیُک اِظہار چھُہ نہٕ صرف تَنٛہنٛزن نظمن بلکہِ غزلن منٛز تہٕ سپدان تہٕ یوہے

جذبہٕ چھُ ہنٛہٕ تس اَتھ "نالۂ کشمیر"، "ولو ہا باغوانو"، "باغوانا میہر باناہ" نوٗ قسمہٕ نظمہٕ لیکھناوان۔ "ولو ہا باغوانو" نظمہٕ پیٹھ چھُ علامہ اقبالن تہٕ بیین اُردو

اِنقلابی شاعرن ہنٛد ما کارٕ اَثر لبنہٕ یوان۔

اگر وُزناوی بن ہستی گُلن ہنٛز تراد زیرو بم

بُلبُل کر داد کرلگرایہ کرہ طوفان پاد اکر

اَتھ نظمہِ منٛز چھُ حوصلہٕ تہٕ ہمتھ پادٕ کرنُک شہ طاقتھ زِ تحریکِ

آزادی ہنٛدِس زمانس منٛز آیہ یہ پرتھ کنہِ جلسس منٛز گوڑنۍ پرنہٕ یوان تہٕ

شیخ محمد عبداللہ اوس تقریر کرنہٕ بڑونٛہہ گوڑ یہ نظم پننہِ مُدرِ ہیٚٹہٕ گیوان۔

اَتھ چیزِ ہیٚز مقبولیتھ حاصل زیہ اوس بقولِ محمد یوسف ٹینگ تحریکِ آزادی

بدانتظٲمی ہُنٛز اِشارٕ۔ اَمہِ دورچہِ نظمہٕ چھےٚ بجادٕ پَہَن غزل ہیٖترٕ مَنٛز۔ یِمَن مَنٛز چھےٚ "نوٚوٕ ے شوراہ چھُ" "پوشہِ نوٗلو ہوشہِ سان روز" "ساقیا بے آب کوٚرتھس" "بجاد کونسلس کُن" "فاقہٕ سپٕد شونگہٕ مَتہٕ موٚزوٗرو" تہٕ "گوٚو لابن کُن" ناو ہیٚنہٕ لایٖق۔ یِتھی میوتر یِہےٚ یو نظموٕ دغار اگر باقیٖن غزل تہٕ وَنو، بے جا آسہٕ نہٕ تیٚلہِ ازیٚمن مَنٛز چھنہٕ خیالُک وحدت درینٛٹھ گژھان۔ اَمہِ زمانٕچَن نظمَن مَنٛز چھےٚ آزادی تہٕ گلالسٕ کُن خاص پٲٹھی ناو ہیٚنہٕ لایق۔ یِمہِ دورچَن نظمَن ہُنٛز اکھ اہم خصوٗصیت چھےٚ اوٚہُنٛد طنزیہ اسلوٗب۔ مہجوٗرن یِیہِ آزادی پتہٕ لیکِن ہُنٛد حال وُچھ تہٕ رہنماہن ہِندِس طٔریق کارس پیٹھ سوٚرٕچ، تَس باسے یہ بِرُو خاب چھلہِ چھانگر گژھان۔ تَسنٛدی زہرخندٕ گےٚ شعرَن ہُنٛز شکل رٹان۔

غریبی مُفلسی بے بوٗج سیتی ہیتھ خانہٕ وٲرٲنی

اَمے بپرِ تراوِیہ اَسہِ پیٹھ آیہ تراوان سایہ آزادی

مہجوٗرنِن سارِنے نظمَن مَنٛز چھنہٕ یِژی پٲٹھی خیالُک یا موضوٗعُک سُہ وحدت یوٚسہٕ نظمہٕ ہِنٛد کھٕنہٕ مانِنہٕ یوان چھےٚ۔ نہٕ چھُ کانٛہہ فکری عنصر، تِکیازِ یِم آسی نہٕ کُنہٕ نظریہٕ ہِس آویز۔ تِم آسی فقط اکھ شاعر تہٕ رودی تہٕ اکھ شاعرے۔ یُوزٲہٕنٛزَن نظمَن مَنٛز چھُ جذبُک سنر، خلوٗصُک یِزر، زبانی ہُنٛد میچھر، تشبیہن تہٕ استعارَن ہُنٛد نوٗر، احساسُک تیز، طنزُک مس، ترنمُک حُسن تہٕ دلہٕچَن دُبرایِن ہُنٛد ساز۔ تِمے نظمہٕ چھُ سوٚ وتھ شیران یُتھ پیٹھ یِنہٕ والین نظم نِگارن تِلمُن سہل سپُن۔

مےٚ وَنی یہ کَتھ برو نِہتھے زِ آزاد ڈراو ۱۹۳۵ء پتے ہیوٚنون۔ یَمنہِ شاعری ہُنٛد ابتدا کوٚر تِمی وژرن تہٕ غزل لیکھنہٕ سیتی۔ کینٛہہ کالاہ روٗزتس تصوفُچ چھاپ

تہٕ پتہٕ روٗمانی۔ تیٚتھ تہٕ اَتھ چھُنہٕ کانہہ شک زِ لولہٕ شاعری منٛز روٗد کامیاب تہٕ۔ شاعِری ہندِس دوٚیمِس دورَس منٛز ییٚچھی تمیٚ وُزمل ہٕہلی کوٗر تہٕ بٹہٕ کوٗر ہِشہٕ نظمہٕ۔ ابنِ مہجوٗرَن ہاوِس اَکہِ لٹہٕ اَکھ تصویر اَکِس ہٕہلی کوٗرِ ہنٛز تہٕ ییٚچھی نظم۔ میٚون خیال چھُ زِ تَس آسہٕ اَمہِ علاوٕ مہجوٗرٕنی نظم گرٕ یِسی کوٗر بوٗزِتھ یہ تحریک لَجمٕژ تِکیازِ اَمہِ وِزِ آسی سو نظم بازرٕ پیمٕژ۔ یمَن دوشوٕنی نظمن چھُ اَکے بحر تہٕ ہیتھ تہٕ کُنی۔ آزادٕنی کوٗشش تہٕ چھِ سیٹھاہ کامیاب باسان۔ یہ نظم تہٕ چھےٚ بڈٕ روان، میٹھ تہٕ دِلکش پوٗزِ اَتھ منٛز چھنہٕ مہجوٗرٕنی ہِشی سراپا نگاری، کِرداری سیرت ووتلاوُنٕچ تہٕ مزاز ہاونُک انداز چھُ زلان۔ باسان چھُ زِ اَمہِ وِزِ چھُ آزاد سماجی تہٕ معاشی نا برابری ہندِس مسلس سٕنیومُت اوٗسمُت، سُہ چھُ مہجوٗرٕنی پاٹھی لیکھان ؎

| | |
|---|---|
| کیٚنٛژن گرٕ تہٕ گوٚند جامہٕ سونہٕ ہاری | کیٚنٛژن سر تہٕ سرداری ییے |
| کیٚنٛہہ دِکان ووٚڈنی کھوزنہٕ واری | ہٕہلی کوٗری، لولہٕ وَن ہاری ییے |

بٹہٕ کوٗر نظمہِ منٛز چھےٚ تشبیہن ہندِ مدتہٕ اَکھ جان تصویر ووتلاونٕچ کوٗشش کرنہٕ آمٕژ۔ روانی، زبانی ہُند میٹھر تہٕ جذبہٕ پزر کِنی چھےٚ یہ نظم تہٕ ہٕہلی کوٗرِ ہِشی۔ پوٗز اَتھ منٛز چھُ آزادُن روٗمانی مزاز زیادٕ نوٚن نیران ؎

| | |
|---|---|
| ژاٹہٕ ہال ڈرِ اَکھ منٛزی بازری ییے | بوٚن تھوٚتھ شلوار نٕری ییے |
| تَن چھانی زومان دوہ تہٕ اَندری ییے | بٹہٕ کوٗری مٲری منٛزی سوٚندری ییے |
| تازٕ گلزارن گرٕ ہواخوری ئے | ہوشہٕ روز پوشہٕ گوٚندری ییے |
| تُلرِ تہٕ بوٚمبرٕ چھی بُکری ڈری ئے | بٹہٕ کوٗری مٲری منٛزی سوٚندری ییے |

یہِ کتھ چھےٚ اہم زِ آزادن گرٕ گوڈنچہٕ لٹہٕ تمِس کیٚرِس موبونچ کوٗشش یمہِ کُن کانٛسہِ اوٗتان وُچھمُن تہٕ بنان اوسُنہٕ۔

وُزمل نظمہِ منٛز چھِہ وُزملہِ ہِندی وِہی ہاوٕنٕچ کوٗشِش کرنہٕ آمٕژ۔ یِمن دوٚشوٛنی نظمن ہٕنز یِمہِ چھِہٕ وٕرٕچ ہِش۔

آزادنہِ شاعری ہُند تریم یا ٲخرِم دور چھُ سیٹھا بایکہِ پوٗرُت۔ غزلو کنٛی تہٕ نظمو کنٛی تہِ۔ ٲہنز شاعری ہُند یہِ دوٗرُ چھُ تہٕ امہِ دورٕچ شاعری پٔرتھ چھُ باسان زِ کاشُر نظم چھِہٕ آزادَس نِش واتِتھ سیٹھا واش کڑان۔ آزاد چھُ اَتھ دورَس منٛز نظمہٕ لیکھنہٕ خاطرٕ مختلف ہیٔژ ورتاوان مثلن غزلؔ، وٕژُن، مربع، مثنوی، قطعہٕ، ترجیع بند، بیتر تہِ امہِ علاوٕ رُباعی تہٕ ٹکُھ تہِ لیکھان۔ موضوٗ لحاظٕ تہِ چھِہٕ امہِ دورٕچن یِہنٛزن نظمن منٛز رنگا رنگی نظرِ گژھان۔ آزاد چھُ اَتھ زمانَس منٛز اَکِس مُحبِ وطن، اِشتراکی، اِنقلابی، اِنسان دوس تہٕ نظارٕ مِتِس شاعرِ سٕندی حیثیتہٕ برونٛہہ کُن یوان۔ اَمی سُند موضوٗ چھُ مناظرِ قدرت تہِ تہٕ زندگی ہِندی مسلہٕ تہِ۔ کٔشیرِ ہِندی حالاتھ تہِ تہٕ یتیٚہ کیٚن لوکن ہُند لُسُن بسُن تہِ۔ حُبِ وطن کِس موضوٗعس پیٹھ لیچھ ٲمِژن نظمن منٛز چھِہٕ سوٚن وطن، ترانہٕ وطن، میٚون وطن، وطندارو تہٕ ہا وطندارو ہو۔ یِمَن پیٹھ چھُ اُردوٗ زبانی ہِندِن تِمن شاعرَن ہُند اثر تہِ باسان۔ یِمَو یِمَتِس موضوٗعس پیٹھ لیوٗکھمُت چھُ، مثالہِ پأٹھی چکبست۔ اَکِس نظمہِ چھُ بحر تہٕ سُے۔ "ہمارا وطن دِل سے پیارا وطن"، بحرَس منٛز چھُ آزادٕنی نظم "یہِ سونُے وطن سُند بونُے وطن"، امہِ علاوٕ چھُ مہجوٗرُن اَثر تہِ ٹاکارٕ۔ وونی گوو آزاد چھُنہٕ چکبستنٕ پأٹھی وطنکی تارِیفہِ یأتی کران بلکہ تِژھ ہِش ژٕرینہٕ وُنی تہِ دِوان ؎

چھُ سارِنے کُنُے خُدا      ٲسِمتھ دِمو کُنُے صدا

الگ الگ جُدا جُدا

ٲسِمتھ وطن کرو      ترانہٕ وطن پَرَد

"وطن دارو" تہٕ "ہا وطن دارو ہو" نظمن ہُند لہجہ چھُ خطابیہ۔ تہٕ یمن منٛز چھُ وطن دارَن وَقتچ نٲبج پرٛزناوُنٕکۍ بانٛد بانٛدکرنہٕ آمُت تہٕ حوصلس تہٕ ہیمژ کاؔم ہینک تلقین کوٚرمُت۔

قدرتی نظارن پیٹھ لیچھمٕژن نظمن منٛز چھےٚ پانٛژادر مربع ہیٚژ منٛز۔ بُہار تہٕ آرٕول، غزلہٕ ہیٚژ مَنٛز۔ وۄیتھ، شمع، وَنٕنج ہٲر، تہٕ شینہٕ مٲنی، وُژان ہیٚژ منٛز تہٕ، دٕری یاو، مربع ہیٚژ منٛز، پانٛژادرٕ نٛز تصویرکٔشی چھےٚ ژٕرپوٚزینتین آزاد پٔنٛن فلسفہٕ برٔن ہیوان چھُ اَتھ چھےٚ دُکٲری لگان۔ اگر کانٛہہ کَتھ نظمہٕ ہِندے ڈمبہٕ پھٔٹٕ ہےٚ سہ یاسہٕ ہےٚ نہٕ گوٚب۔ مثالہٕ پٲٹھۍ یہٕ بنٛد ؎

چھکمہٕ مرٕنس تہٕ زیٚنس ڈران زندگی ہُنٛد سفر کران
زنٛدٕگٔژھان چھکھ مٕرۍ مٕرۍ یےٚ روز دماہ پانٛژادرۍ یےٚ

یوٚہے حال چھُ "وۄیتھ" تہٕ "آرٕولہٕ ہُنٛد۔ تہٕ وَنٕنج یٲر تہٕ چھَنٕہٕ اَمہٕ عابہٕ روٚس۔ "شینہٕ مانہ" منٛز چھَنہٕ یہٕ کَتھ۔ دوٚیۍ گوٚو سوہ چھےٚ تہٕ چھُرا بیانیہ نظم یہٕ زَن آسنہٕ گژھہٕ۔ "شمع" نظمہٕ منٛز چھےٚ نہٕ شمچ تصویرکشی ٹلمٕژ کہٕ اَمِچ سیرت بیان سَپدان۔ یمن نظمن منٛز چھےٚ "دٕری یاو" پنٕنیو مختلف وَصفو کِنۍ مشہوٗر تہٕ کیٚنٛہہ دوٚس چھِہ آزادیٔ ہٕہانے نظم تشٕرَن سارِنے نظمن سَرِس مانان۔ حامدی صٲب چھِہ اَتھ منٛز ووج مصرُو چھیتھ آزادَس یہٕ الزام دِوان زِ تٔمِسنٛد ذہن اوٚس رلوٲیتی۔ خبر تہٕنٛد کیاہ مطلب چھُہ؟ کٔلِس چھِہ نوٚوی پیوٚند تہٕ ژٕراونہٕ یِوان۔ پوٚزیٚلہ زمین منٛز موٗل دِتی میتہٕ آسان چھِس۔ نوٚو کل تےٚ لاگون، زمینے منٛز چھُ لاگُن۔ تتھی زمینس منٛزیُس براہ بِیَس۔ ہوہَس منٛز ماکھَنہٕ۔ تمِ چھِہ یہٕ تہٕ وَنان زِ یہٕ نظم چھےٚ خیالس بُرٕژٕر کرنہٕ تہٕ تھٕزٕر دِنہٕ بجایہ بیوٚن بیوٚن مُژرَن ہُنٛد البم ہشہ باسانؔ۔ شاید اَمے

۱۔ سوٗن ادب ۱۹۶۷ء۔ کاشُر نظم۔ حامدی کاشمیری

ووج مصر ہیتی۔ مےٚ چھُ باسان زِ یہِ نتیجہ کڈنس منز چھےٚ تموٗ ژٕتاوِلی کٔرمٕژ۔ یہِ نظم چھےٚ میانٕی کِنہ اَکھ ژٕھ تصویر ییٚمکہِ جمہِ پانہٕ وٲنی واٹنس منز یوٗ ہے مصر مدد چھ دِوان۔ آزاد چھُ ڈٔری یاو نظمہٕ منز زندگی ہُند فلسفہٕ پیش کران۔ تیتھےٚ پٲٹھۍ زِ یہِ چھُنہٕ فلسفہٕ باسان۔ اَتھ منز چھُنہٕ خطابتھ۔ ڈٔری یاو چھُ زندگی ہُنز علامتھ بنان۔ اَتھ منز چھُ کرِدار دوٚتلمان یُس پننہِ عمل پیش چھُ کران تہٕ وۄزھناوان تہٕ۔ اَتھ منز چھُ آزادانہٕ اِنقلابُک تصور فن بنہٕ پٔنچ کوٗشش کران تہٕ اَکھ نظریہِ تیتھہِ پٲٹھۍ شرپان زِ تِمۍ نے نہٕ نیران ؎

جگر چھُس سنگرن کتران رفتارَس سوٗ گرمی چھَم

مدنوارَن بدن ناوان اطوارن سوٗ گرمی چھَم

سنٕرِ رتے لول چھُم ٹٔری ٹٔری ورن ییچن وَلن اندر

دِتُم پرواز اڈوبرس راحتک تاٲثیر بارانس

ڈٔلم یِم نیٖلی جامہٕ لاجوروی جامہٕ اسمانس

ٹُلان چھُس ہوٗل گگرایَن تہٕ شولان وُزملن اندر

یہِ نظم چھےٚ موزون بحر آسنہٕ کِنہ، لفظٕ ژارکِنہ، روانی، جوشہٕ تہٕ زور کِنہ کاٲشُر شاعری منز ہمیشہ یاد تھاوٕنی لایق۔ اِنقلاب کِس موضوعس پیٹھ یِمہٕ نظمہٕ آزادَن لیچھمٕژ چھےٚ تموکِنہ چھُ نَنان زِ تِس چھُنہٕ اِنقلابُک کانہٕ صحی تصور اوٚمُت تہٕ اَتھ سلسلس منز چھُ تِسند مطالعہ سطحی باسان۔ تہٕنز چھُنہٕ کیٚتھے مارکسی فلسفک ڈوٗل واین والین تہٕ اَتھ منز واریاہ وٲنس تہٕ چھمبی کرن والین تہٕ ہیوٗک نہٕ یہِ فلسفہٕ پوٗر پٲٹھۍ فکرِ ترکتھ۔ اِنقلاب چھُ اَکھ خاص تاریخی عملہٕ ہُند نتیجہ آسان۔ یہِ چھُنہٕ کیٚنہ بوٗزِ یس اَتس تلمتھ اَنون۔ یہِ کتھ نظرتل تھاوِتھ کیاسنا

باسہٕ یہِ وَنُن " اِنقلاب اِن اِنقلاب ، اِنقلاب اِن اِنقلاب "۔ تہٕ کرٕتھ تہٕ چھہِ ژٕھو نظموٗ تلہٕ آزادنہٕ دِلک دود نوٗن نیران تہٕ تَسندِس خلوٗص ہیکوٕ نہٕ نکار کٔرتھ۔ ژٕھو نظموٗ سیٹی آو یہِ فایدٕ زِ پریشان حال لکن میوٗل پننِس حالس پیٹھ غور کرنک اِشارٕ تہٕ تِم سپنی اِستحصال کرن والیوٗنش خبردار۔ یہِ کام کٔر یمیو ہوبو شارو ۔

اکھ تہِ مارِس تہٕ بیاکھ مارِس دار خوٗن
ژھاوِس تیرِس ہیشوٗے تہٕ رامہٕ ہوٗن

ژٕھن نظمن مُنٛدہرِ تر چھُ صرف یتے باسان زِآزادنس ذہنس منٛز اُوس اِنقلابُک مطلب پریتھ قسمہِ چہِ غولامی نِشہٕ نجاتھ لبُن تہٕ سماجی معاشی تہٕ سیاسی مساواتُک نظام قایٔم کرُن ۔

وا یے مجبوٗری غلامی بندگی
بے قراری بےکسی شرمندگی

کینٛژن نظمن منٛز چھےٚ آزادن پنُن فکر و فلسفہ ویرادٕنچ کوشِش کٔرمژ۔ یِم چھےٚ " لول تہٕ کاٹہٕ جار (مناظرہ عشق و عقل) خوٗدی ، بے خوٗدی ، خاباہ خیالاو ہماگمانا ، یامرِن تہٕ بحر ، وطنیت ، خاندان ، کُنیر ، خدا ، شاعر ، لیڈر ، قوم ، تقدیر بیتر۔ یموٗ منٛز چھےٚ گوڑنچ نظم واراہ زیٹھ تہٕ سوال جواب چہٕ صوٗرژ منٛز۔ اَتھ منٛز چھےٚ عشقس ، عقلہِ پیٹھ فوقیتھ دِنہٕ آمژ تہٕ وَننہٕ آمُت زِ سارٕی فِتنہٕ چھہِ عقلہِ ہندی ، دوٗشوٕنی چھےٚ کِردارَن ہنٛز صوٗرتھ دِنہٕ آمژ تہٕ ہینٛزے زبانی واریاہن سوالن جواب دیتِ مُت ۔ مثلن ؎

عقل :۔

یارٕ رفیق دوٗس میانی دزا یے وُڈان اسمانی
فرش زمینہٕ کوٗر تموٗ عرشہِ کھوتے شان دار

عشق :-

میٚون مُدا چھُے کُنہٕ چوٗن مُدا سیمٕ وزر

میٚون مُدا لولہٕ نار چوٗن مُدا شورٕ نار

موضوٗعس لحاظٕ چھےٚ اَتھ قصیدس ہش تکنیک پٲنٛزِ ہیتہٕ لحاظٕ نہٕ۔ گوڈٕ کینہہ شار تشبیہہ کہٕ انداز بہارس مُتلق پتہٕ گُریز، پتہٕ مُدا تہٕ اَند، مُداکس حِصَس منٛز چھُ کشیرِ تہٕ کاشرین ہنٛزِ بدحالی ہندی وجوٗہات ژھارنہٕ آمتی تہٕ یہِ بدحالی دوٗر گژھنچ بشارتھ باسان چھُ زِ علامہ اِقبالس نِش، تسندیو خیالو تہٕ نظموٚ نِش مُتاثر گژھتھ چھےٚ آزادَن یہِ نظم لیچھمٕژ۔ اَتھ پیٹھ چھُ موضوٗعہٕ تکنیکہِ کنہِ علامہ اِقبالنہِ "پیر رومی و مُرید ہندی" تہٕ ساقی نامہٕ نظمن ہُنٛد ٹاکارٕ اَثر۔ پٲنٛز خیالات چھِ آزادٕنی، وۄزم نہٕ کُنہِ اَنٛز متی۔ پیٹھ کنہِ لیچھمٕژن دوٚیمین نظمن منٛز تہٕ چھُ علامہ اِقبالن اَثر لبنہٕ یوان۔ مِثالہِ پٲٹھۍ یہِ کتھ زِ حُبِ وطن چھُ جان پٲنٛزِ یہِ گژھِ نہٕ تنگ نظر بناوُن ؎

تھاوِنے اہلِ وطن کُنہِ رنگ یقین لول وطنُک چھُکھ کٔٹ منٛز دوٗر بین

آزاد چھُنہٕ وطنچہ، خاندانچہ تہٕ رنگ و نسلچہ بٔنۍ یاد پیٹھ مختلف خانن منٛز اِنسان بٲگرنُک روادار۔ تِہندی کنہِ گوژھ سوٗرُے دُنیا اَکھُے گرا آسُن تہٕ لُکھ گرٕ کین بٲژن ہِندی پٲٹھۍ زندگی گُزارٕنۍ۔ شاعرس چھُ یہِ ارمان، تِمنٛز نیتھ پژھےٚ صاف تہٕ سُہ چھُ یہِ کتھ سوٚ دِلہٕ ژھان۔ آزادَس ہُنٛد اِنسان چھُ ہمیشہ شوٗدی بوٗدی آسان تہٕ یتھۍ شوٗدی بوٗدی اِنسان چھِ ایکسپلائٹ تہٕ سیدتھ ہیکان ... مارکسی فلسفہِ کِس ناوس پیٹھ کٔرۍ رۄسن تہٕ اَمہِ فلسفہٕ کیو نامُ نہاد علمبردارو یِتھۍ شوٗدی بوٗدی لُکھ دوٚہے ایکسپلائٹ۔ آزادَن تہٕ ما آسہِ ہازو نمُت زِ یوٚہے فلسفہٕ

بناوِ سارِنے لکن اَکہ گرکی باثر توے چھِ تِم اَمہِ فلسفہٕ نشہِ متاثر لبنہٕ یوان۔ یمَن نظمن منزٕ یم اشتراکیت پسند شاعرٕ سِندِ حیثیتہٕ بڑونٹھ کنُ یوان چھِ تِم چھے سرمایہ دارٕی، اِنقلابِ روٗس، مارکسی ازم، خدا، مزوٗر، گُنہ بیترِ۔ تُہند خیال تہٕ چھُ زِ سرمایہ دارٕی چھے اِنسانہٕ سِندین سارِنے مسلن ہُنٛد گوٚڈٕ

پیٹھٕ عرشہِ ووٗلُن تقدیر سالہ
عالم تہٕ آدم کوٚرنَس حوالہٕ

گَیَے زیر ہَرنہٕ تہٕ گگی شیر زالہٕ۔ اَدٕکُس چھُ ماران یِم بڑآری زھالہٕ، سرمایہ دارٕی سرمایہ دارٕی۔ سُہ چھُ اِنقلابِ روٗسَس تہٕ تأریف کَران تہٕ مارکسی اِزمس تہٕ

زندگی ہٕندی وَلوٗلن ییٚلہِ دِیُت ظہوٗر
خواجہ بیوٗ برخاک تختس کھوٚت موٗزوٗر

تُہندی کنٛ چھُ مارکسی اِزم

عقلہِ ہُنٛد جوہر تہٕ عشقکٕ آب وتاب
زندگی ہٕنٛزن گٹن ہُنٛد آفتاب

سماجی تہٕ معاشی نابرابری متلق یہنٛز نظمہٕ چھے شاعرٕ سِندِ دِلک دود پیش کَران۔ یَثرھِ نظمہٕ چھے "موٗزوٗر، عید آہِ مظلوٗم تہٕ گزٕیسی نامہٕ۔ "موٗزوٗر" نظمہٕ منٛز چھے خطابتھ تہٕ عیدٕ، منٛز معاشی نابرابری ہُنٛد وَدُن یَثرٕ ھن۔ اکھ غزلہِ ہیٚتر تہٕ بیا کھ مُسدس ہیٚتر منٛز۔ اَمہِ زمانہٕ چِن نظمن منٛز چھے جادِ ہِن مثنوی ہٕنٛز ہیئتھ وَرتاونہٕ آمٕژ۔ یہِ ہیئتھ چھے بیان چہ روانی تہٕ ہٕنٛز خیالاتھ کُنہِ ٹھہراوِ ورأے پیش کَرنہٕ خاطرٕ سیٹھاہ موزوٗن

آزادَن یمَن نظمَن منٛز یَتھٕ فِکرِ فلسفہٕ پیش کوٚرمُت چھُ تِمَن منٛز چھے "شکوہٕ ابلیس"۔ تِتھے کنٛی مشہوٗر یِتھ کنٛی تہُنٛز نظم "دری یاو" چھے۔ یہِ نظم تہٕ چھے اقبالہٕ سِندِ اثرُک نتیجہ۔ آزاد چھُ پانہٕ لیکھان زِ جاوید نامُس منٛز اقبالٕنٛز "نالہٕ ابلیس" نظم پَرِتھ سپٕز مےٚ "شکوہٕ ابلیس" لیکھنٕچ تحریک۔ یہِ نظم چھے غزلہِ ہیٚتر منٛز

تہٕ ابلیسہٕ سٕنز زبو چھےٚ آزادن خدایس کیتھہٕ گژاو کرمژٕ یمہٕ گژاو کران چھےٚ ابلیس سٕنز شخصیتھ، تٔسند مزازٕ تہٕ کردار نظرِ تَل تھاوٕنہٕ آمژٕ تہٕ یہٕ دُنیاہ یتھ بوزنہٕ یِوان چھہٕ زندگی ہِیو مسلو یتھ برتھ چھےٚ تتھ مُتلق چھہٕ سوال کرنہٕ آمتی۔ اَتھ منٕز چھُ بوزاے بوزو آزاد پورٕ پاٹھی پَنُن ووٚنہٕ باداں۔ یہٕ چھےٚ اکھ طویل نظم تہٕ انکارِ ابلیس کہٕ واقہٕ پیٹھےٚ شورٕوع گژھان۔ اَتھ منٕز چھہٕ ابلیسہٕ سٕنز کتھ باتھ سِیدان تہٕ شاعیر چھہٕ اندکنہٕ منٕز باگ توٚرے چھُہ یہٕ نظم پرتھ سرور یِوان۔ اَتھ منٕز چھےٚ شوقی شکوہ شکایتھ، پوٚز پانٕنیاہ رسان۔ پانٕہ ننیاہ بوزتھ گژاو کرنک یہٕ انداز چھُہ تاثیر ہررٕاوان۔ کتھن چھہٕ نہٕ کھرانہٕ آمژٕ۔ بیاکھ روانی تہٕ زبانی ہٕنز سادگی چھےٚ اَمیک گہنہٕ۔

جہنمس منٕز چھےٚ یتھٕ گرمی قیامتس منٕز چھےٚ یتھٕ سختی ؎

یتھی یتھی رو یہٕ داہ دُنی وُنی دوہ ہے چلووتھ یہٕ کارخانا

آزادن چھےٚ نالہ بدشاہ تہٕ نالہٕ کشمیر ہشہٕ نظمہ تہٕ لیچھمژٕ یمَن منٕز کاشرن ہُنٛد لکن کیٛت سماجی تہٕ معاشی مساوات آسنُک تمنا کرنہٕ آمژٕ چھہٕ۔ گاندھی جیَس تہٕ سبھاش چندر بوسَس پیٹھ تہٕ چھہٕ تیتھہٕ نظمہٕ میلان یمَن منٕز آزادن نکتہٕ نظر میلان چھُہ۔۔ موٚزوٚرن ہندس اکس ہڑتالس منٕز چلےٚ یہٕ گولہٕ تہٕ ہڑتال آو خلافِ قانون قرار دِتہٕ۔ گاندھی جین کُر اَتھ حمایتھ آزادس گوٚو نہٕ یہٕ پسند کوٚرُن طنز ؎

موٚزوٚرَن خوٗن ہارَن وقتہٕ روزان ژھایہٕ قونوٗنس

دُچھم اِنسانیت دوہ نی یتھٕ ہٕن سرمایہ دارَس منٕز

آزاد اوٚس بوس سُنٛد مداح آسِتھ تہٕ جاپانی لکن ہٕنٛد مدتہٕ ہندوستان آزاد کرنس خلاف ؎

کرٲن گرداب گژھ پانس اَنانٕ اَدٕ گیوٗر طوفانس

شرف یُس صاحبِ خانس تہٕ سۭے چھا پرزنن اندر

آزاد اوس ۱۹۴۷ ییٚس اَرٚنس تام زِندٕ شخصی حکومژ وچھی تمی یانہٕ ختم گژھان۔ پوز تمی لیکھی نہٕ آزادی ہِندی ترانہٕ۔ شاید مائنس نہٕ تس یہِ آزادی، آزادی باسان۔ امہٕ کِنۍ چھُ باسان زِ تسند ذہن تہٕ سوٚچ اوس مہجوٗرس تہٕ تھوٚد۔ تمی لیکھی نہٕ مہجوٗرنی پاٹھۍ کأشرِ ہِندی قصیدٕ۔ تمی چھِ اکی بیٚیہِ شخص تأریف کرِمژ سُہ گوٚو مارکس تیٚتہٕ تمی سٕندِ فلسفکِ کِنۍ بیٚیہِ نہٕ، امہِ فلسفہِ چہٕ کأمیابی ہُندِ سَنہٕ شوٚہراوس سُہ روٗد امہِ فلسفہِ چہٕ خأمی وُچھنہٕ خأطرٕ زِندٕ۔ یِمن فکرِ و فلسفہٕ نظمن منٛز آسانی تہٕ کأمیأبی سان وِہراونہٕ کِنۍ چھُ باسان زِ تس کأژاہ چھیٚے زبأنی تہٕ بیانس پیٹھ قوٚدرٕ آسمٕژ۔ پوز تمی چھنہٕ یہِ فکرٕ و فلسفہٕ جذبہٕ بنأوِتھ ہیٚوکمُت۔ یہِ زن اَسہٕ اقبالنہِ شأیِری منٛز بوزنہٕ یِوان چھُ۔ مہجوٗرس نِش چھنہٕ موضوعن ہِنٛز بیٚیِرِ رنگأرٛنگی، نہٕ چھُ تسٕندِن نظمن کأنٛہہ فکری پہلو۔ تہٕندِن نظمن ہُندُ دنیا چھُ وارِاہ محدوٗد مگر دِلکش۔ آزادَن اوٚن کأشرِ شأیِری منٛز گوڈنچہِ لٹہِ اِنقلأبُک تصوٗر تہٕ عملہِ ہنٛز اہمیتھ وہمن گمانن ہندی پوتلی پھُٹراوِنۍ کرِنۍ کوٗشش تہٕ تقدیرِ چہٕ بالادستی نِشہٕ کرِنۍ بغاوتھ کرِنہٕ نوو کأشرِ شأیِری اکِس نوِس لہجس سیتۍ زان۔ کأشرِ شأیِری ہُند لفظٕ راش ہُر روٗدُن تہٕ لفظن دِتِن نوۍ مانہٕ۔

آزادَن چھیٚے ترٛہ نظمہِ تہٕ لیچھمٕژ یِمہٕ سُہ صرف اکِس شأیِرٕ سٕندِ حیثیتہٕ برٛونٛہہ کُن یِوان چھُ۔ مثالہِ پأٹھۍ، صُبح صادق، میوٚن یاوُن تہٕ "جلوٕ" بیٚترٕ۔ میوٚن یاوُن چھُ مہجوٗرنہٕ لوکچار نظمہِ نِش متأثر سپدِتھ لیکھنہٕ آمژ۔ پوز اَتھ منٛز چھ مأری ہنٛز تشبیہہ تہٕ اِستعارٕ اَتھ منٛز چھ صرف شأیِری نہٕ زِ فلسفہٕ

یاوُن میٚون اوُس نارٕ تندوراہ — نارٕ وُز ملہٕ نے خارٕ تھاوان
جوش ییٚلہِ سوریوس ادٕ موٗر یوہ سوٗرا — سَن دِتھ گوٚم ٔسمنی زوٗراہ اوُس

آزادَن چھ ہیٚر ہندی کینٛہہ تجربہٕ تہٕ کرٕ نی ییٚتی مِتی مثلن "میانی سلام نکھنا" نظمہِ مَنٛز یَس شارَن ہُنٛد تیداد تہٕ دوٚج مصرٕ کِنی ترجیع بند چھےٚ یوٗز بندن ہندی شارٕ چھنہٕ ہم قافیہٕ۔ بند چھ مثنوی ہِنٛز ہیٚئیر مَنٛز۔ آزادنین نظمن منٛز چھےٚ خیالٕچ بلندی، مہجورنین نظمن مَنٛز جذبٕچ شُدت، آزادنین نظمن منٛز خطابیَتھ تہٕ مہجورٕنین نظمَن منٛز ایحساسٕچ گرمی۔ آزادنین نظمن منٛز چھُ موضوعٕچ وحدت تہٕ خیالٕچ مرکزیت بوزنہٕ یوان تہٕ مہجورنین نظمن منٛز ریزہ خیالی نظر گژھان۔ مہجورٕ چھُ صرف اکھ شاعر تہٕ شاعری چھُ ییٚنین جذبَن تہٕ ایحساسَن ہُنٛد اَنہٕ بناوُن یژھان۔ آزاد چھُ اکھ مَنٛز فلسفہٕ یَرٕچ کوٗشش کرَان۔ یوٗزیہ فلسفہ چھُنہٕ ایحساس یا جذٕبہٕ بنِتھ ہیکان۔ کُلہم پاٹھۍ اے دُچھوٚمَن دوشوٚنی شاعرَن ہُنٛد مقام چھُ کاشُر شاعری مَنٛز اَمہِ کِنی سیٹھاہ تھوٗد زِموٚشیر پٕروٚنٛٹھ کُن ییٚنہٕ والین شاعرَن خاص کر نظم نگارَن ہِنٛدِ خاطرٕ دَتہٕ۔ دوٚن گوٚو اگرٕ بہتٕرن نظمن منٛز اَسی تِم خوٗبی ژھارَنہٕ یژھویم از ژھارنہٕ یوان چھےٚ تیٚلہِ مایَید موٚیوٗسی۔ تِتھ زمانس منٛز اوُس غزل یا وُژن داخلی ایحساسَن ہِنٛدِ خاطرٕ موزوٗن مانِنہٕ یوان تہٕ نظم خارجی ایحساسَن ہِنٛدِ خاطرٕ۔ نظم تہٕ غزل پرکھاونہٕ خاطرٕ اوُس تہٕ اَکے مُعیار۔ اَز چھُ وَننہٕ یوان زِ تجربہٕ گژھِ ایحساس بَنُن تہٕ پتہٕ گژھِ یہ ایحساس شارٕ بنِتھ ہیکن۔ اگر یژھِ داخلیت اَسی بہتٕرن نظمن مَنٛز ژھاروٗشہ مامیلہٕ نہٕ۔ بقولِ حامدی کشمیری "نظمہِ مَنٛز چھُ اکھ مرکزی تجربہٕ لفظن ہِندِ اشارتی طاقتہٕ سیٚتی ارتقاہس کُن پکان"۔ نظمہِ ہِندِس فنَس مُتلق اَسی اُردوٗ ہَس منٛز "حلقہ اربابِ ذوق" انجمنہِ

سیتی وابستہٕ شاعرن ہنٛز تہٕ ہیٚے رائے۔ ترقی پسند اُدیب اٲسۍ اتھ اکھ خارجی صِنف مانان۔ ترقی پسند تحریک موٚکلیہٕ تہٕ ترقی پسند ادیبن ہنٛز کتھ تہٕ گٔیہٕ گال کھاتس۔ ہوٚنز کتھِ کھوٚت موٚل تہٕ یہٕ ہیٚژن معیار بنیٚ۔



پاٚنژٕمہِ صدی دوران سٕپدۍ یتھۍ گٕژتاں لوٚٹھ تہٕ سیٹھا خونریزی۔ ساسہٕ بدی لوٚکھ رٕوٗد قتل گژھان، بستین تاراج سپدان تہٕ مالس جاداس ڈوٗلگان۔ ۴۱۰ ءیس منٛز روٗد روم شہرس ترین دوہن تام بدگژھان۔ ۴۷۶ ءیس منٛز تاہ کھٕتےٚ ژٕزن دوہن روٗمۍ شائستہ تہٕ تہذیب یافتہٕ لُکھ گے سیٹھا خوفزد یمن اُوس پننہٕ تہذیبک سیٹھا بوٚژھ۔ تمو دوٚن یمن BARBARION باربرین، تہٕ گوٚو بربر یعنے جنگلی، وحشی خونخوار ملحد بیتر۔ لاطینی آٲس روٗمن ہنٛز زبان، مذہبی، سرکاری تہٕ دفتری زبان، عام لُکن ہنٛز زبان یوسہٕ بربرن ہنٛز زبانۍ سیتۍ رَل گژھتھ بولنہٕ یوان آٲس تہٕ یم سارے بولہٕ یم روٗمکین شمالی سرحدی علاقن منٛز بربر لُکن ہنٛز زبان یوسہٕ بربرن ہنٛز زبانۍ سیتۍ رَل گژھتھ بولنہٕ یوان آٲس تہٕ یم سارے بولہٕ یم روٗمکین شمالی سرحدی علاقن منٛز بربر لُکن ہنٛزن بولین ہنٛز ملہٕ مشہٕ مروج روزٕ، تیمن رد میٚنک ROMANIC یا روٗمانس ناوۍ مشہور۔ روٗمانٹک لفظ چھُ اَتی پیٹھٕ بارسس آمُت۔

(اقتباس) روٗمانیت کیاہ گٔیہٕ، مضمونہٕ منٛز

# کاشرِ زبٲنؠ منز گوڈنیک

## سماجی ڈرامہ — اکھ سام

پروفیسر محی الدین حاجنی مرحوم ُسند لیوکھمُت "گریسی سُند گرٕ" ڈرامانہٕ چھُ اوٚ
کنٕ اہم زاتی پیٹھ کیاہ سین کاشرِ زبٲنؠ منز ڈراما لیکھنس ڈسلابہٕ تہٕ ہنہٕ اوٚ کنہٕ زِ بہٕ
چھُ ٹیکنیکی لحاظٕ کانہہ بوڈ تہٕ تھیکنُن لایق کارنامہ۔ اَمہِ چہِ اہمیتھ چھِ بدل وجوہات۔
کنٕ منز چھِ کاشرِ زبٲنؠ ہندی لکھارؠ ڈراما لیکھنس کُن تمہِ دوہن متوجہ
سپدان ییلہِ اُردو زبٲنؠ منز امتیاز علی تاج جدید اسٹیجکؠ لوازماتھ نظرِ تَل تھٲوِتھ
ہنٕ مشہور ڈراما "انارکلی" لیکھان چھُ تہٕ یمہٕ سیتؠ اردو ڈرامہ۔۔ جدید دورٕس ژ
گژھان چھُ۔ یہِ اوس ۱۹۳۲ء۔ اکھ گوڈنیم ڈرامہ لیکھنہٕ آئے تم آسی دھارمِک نوعیژ
مثالہِ پاٹھۍ پنڈت نندلال کول مندلوٗنُن لیوکھمُت ڈرامہ "ستچ کہوٹ"۔ بقول
اوتار کرشن رہبر "اتھ ڈرامس چھِنے ساٗنس اَدبس منز سو یُس تہٕ یکھ حاصل
یُس یہِ زن امانتہٕ نس "اندر سبھا" ناوکِس ڈرامس اردو ادبس منز چھے"۔ اَمہِ
پتہٕ لیکھ تارا چند بسمل "ستچ وَ تہٕ راہٕ اوتارٕ اکہِ نندن، ییرتچ کہوٹ ہوی
دھارمک تہٕ نیم مذہبی قسمکی لوکٕٹ لوکٕٹ ڈراما۔ غلام نبی دلسوز ن لیکھی کینہہ تفریحی

تہٕ بولہٕ ڈرامہٕ مثلن شوٗدٕ، لاٮ۪ل مجلوٗن، شیرین خسرو بٮ۪ترِ تہٕ پنڈت نیل کنٹھ شرماہن
بلوامنگل تہٕ سوٮ۪پنہٕ واسہٕ داتا ہوی ڈرامہٕ، تیکنیکی لحاظہٕ چھہٕ یم سارے کوششہٕ
یمہٕ پہن ٹارکھنہٕ لایق۔ سیٹیج لوازمات تہٕ چھےٚ منسادنے ہوی آمتہٕ۔ تہٕ کرتہٕ تہٕ چھہٕ
پرنہٕ کھوٹ رۄہ گناتھ منٛدرہٕ سیٹیج سپدان۔ یہ دور چھُہ پنٛدہن شرہن ؤرین تام
روزان۔

بالکل اَتھی دورس منٛز نند لال کول نٛندرٕ "پنہٕ کھوٹ" ڈرامہٕ لیکھنہٕ پتہٕ
ستھ اَٹھ ؤری پیٚلہٕ پروفیسر حاجنی ایس پی کالجہٕ پرٲنی آسان چھُہ سُہ چھُہ "گرٮ۪سی
سٛندرٕ" ڈرامہٕ لیکھان۔ ظاہر چھُہ زِ تمن برونٛہہ کنہٕ آسہٕ نہٕ کاشرٕ ڈرامہچ کانٛہہ ڈرر یوایتھ
اَمہٕ زِ نگہٕ یہ اوٗس تہٕ اوٗس اُردوٗ یا انگریزی پاٹھی تہٕ دوٗ شونی زبانن ہُنٛد مزاز تہٕ ماحول
چھُہ کاشرِ نشہٕ بیون تہٕ بدٕ ٕن۔ سوال چھُہ پادٕ گژھان زِ حاجنی صاٮ۪بن کیتھہٕ پاٹھی گیہ
یتھ ڈرامہٕ لیکھنس کُن کلٕ یتھ منٛز اَکھ بدہٕ موضوٗع آمُت چھُہ۔ مےٚ یادٕ زِ چھہٕ
اَتھ زوجہٕ اَکھ یہ زِ حاجنی صاب اوٗس تِتھی ماحولس منٛز بسان یتہٕ یم مسلہٕ
کالہٕ پگہٕ لُکن نوز دیاوان آسہٕ تہٕ زوٗد سیٚس آسنہٕ کنہٕ آسہٕ مرحوٗم یہ سوٗرے کینٛہہ
اظہارس منٛز اَنُن یژھان۔ بیاکھ اَمہٕ کھوتہٕ اہم وجہ یہ زِ حاجنہٕ کی دہاب پرے
مرحوٗمن آسہٕ یتھی حالات برٛونٛہہ "درویشی" منٛز اظہارس منٛز اَنی متہٕ یدوٗے
یہ نظمےٚ اَندر اوٗس۔ حاجنی صاٮ۪بن ژار بدل صنفیا نے نظمہٕ بجایہ نثرہٕ تتھ منٛز
تہٕ ڈرامہٕ۔ یہ ڈرامہٕ لیکھنُک زمانہٕ چھُہ ۱۹۳۸ء کُن تہٕ اَمہٕ ؤرِ یہ چھہٕ اَمکی کینٛہہ
قسطہٕ ایس پی کالجہٕ کِس "پرتاب" میگزینہٕ کِس کاشرِس حصس منٛز چھپان۔ اَتھ مُتلق
چھُہ "کاشرِ نثرِچ کتاب۔" ہندِس پیش لفظس منٛز حاجنی صاٮ۪ب لیکھان" سنہ ۱۹۳۱ء پیٹھ
ژٕ تہٕ جس ناں یہ کاشرِس نثرس منٛز صرف ترٛےٚ کتابہٕ لیکھنہٕ" سنہ ۱۹۳۳ء یس منٛز

آنند کولنہٕ زٕ کتابہٕ "کأشرِ پریٚژھ" تہٕ "کأشرۍ محاورٕ" تہٕ گرٕ یسۍ سٕنٛد گرٕ (سٕہ عملی ڈرامہ) ییمبرزل تۄٚ نکرن بکرن ۔ سنہ ١٩٣٨ ءیس منٛز پرتاب ۔ میگزینس اندر چھیپ، شاید چھُ کأشرِس نثرس منٛز یہِ گۄڈنیُک سٕہ عملی پأٹھۍ ۔ اَتھ منٛز چھُ ہاونہٕ آمُت زِ کتھہٕ کِنۍ چھُ بچارِس رزاق بٹس پننۍ زٕ کٹھۍ تہٕ لیڈر، ساہوکار تہٕ چکدار، حکومت تہٕ باقے تھل شاملات تار کھ ہاوِ وۍ دوٚنہٕ والان تہٕ تنہٕ ژمہٕ سوشۍتہٕ نیتھ ہرِ نیتھ ہیوان ۔ اَمہِ پتہٕ سیٛن یہٕ ڈرامہ گرٕیزٕ ناوِ وِ رسالس منٛز قسط قسط چھپوٚزنا مکمل مکمل صورژ منٛز سیٛن اکہِ کتابہٕ زٕنگی سنہ ١٩٥٤ ءیس منٛز شایع ۔ شائع کار اوس ۔ ہانہ پردہ فیر حامی ناکھرٕ ساس جلدآو چھاپ کرنہٕ ۔ موٗل روٗدس سواد زِ نیم روپے سری نگرٕ چھپوو کے پی سٹیم پریس منٛز، ضخامت ١٦٠ صفحہٕ، کاغذ وسی تھے، رسم الخط منٛز کتابت موٗمولی تہٕ چھپائے اوٚگر تھوٚ گرٕ ۔ یہِ نیٛو وہٕ زِ حاجی صابن کوٗرا یہِ نظرِ ثانی گرٕنٛد شایع کِنۍ ژمہٕ روٗستے ۔ چھپے متی قسط رسالن منٛز و چھتھ چھپے نہٕ نظرٕ ثانی کرینٛگ شہادتھ میلان ۔ مرزا عارف صأبنہٕ (ییم ژمہٕ وقتہٕ سری کلچرُک ڈائریکٹر آسۍ) ڈٕلائے نظارٕ ذٕرھ یہِ کتاب ۔ اَتھو اَتھ، پرٕسھ کرم کٕشس آیہِ اَکھ اَکھ کأپی دِنہٕ تہٕ سوٚن گرٕ تہٕ وأژ یتھے پأٹھۍ، کأشرِ یوٗجنا نامو، لولہٕ مثنوی تہٕ کأشرِ مسلہٕ کتابہٕ پتہٕ آسۍ یہِ گوڈنیُک کأشر کتاب یوٚسہٕ مٕنے اَتھمہِ جمار منٛزٕ نظر گیہِ ۔ اَتھ ڈرامس چھُ ژموٚ یانہٕ پأٹھۍ وونمت تہٕ اداکارن چھکھ پأٹھۍ چارن والی لیوٗکھمت ۔ یوٗز ڈرامہ چھُ بأگراوان ایکٹن تہٕ سینن منٛز ۔ یہِ چھُ ترین ایکٹن ہنٛد ڈرامہ ۔ گوڈنکس ایکٹس چھِ پأنژھ، دوٚیمس شیٚنے تہٕ تریمس ستھ سین ۔

پلاٹ چھُ یہِ زِ اکس گرٕ یستس یس رزاق بٹ ناو چھُ، چھیٚنے زنانہٕ نیائے تٕلان زِ شرکائے بالغ گأمتی چھِ تمن کیاز چھکہ نہٕ خاندرٕگ سٕنٛد بند کران ۔ گرٕ یستس بچارس چھیٚنے پننین کوٗٹھین ہیٹھ نظر، تمس چھُ نہٕ پزوٗنے قرض ہلم وسان، بتہٕ کِفیٖ

نہ جوران ، یہ زراعتہٕ منٛز نیران تہٕ چھُ وۄڈدارو ، چکدارو معتبرو تہٕ ہیٚنیو لوٚڑو بٔزی گٔژھان . خاندر کیٛاژی ہیٚکہٕ کٔرِتھ . مگر زمانہٕ ہندِس دباوس تَل ییٚتھ چھُ آمادٕ گٔژھان مزید قرض چھُ تُلان یوٚز اَتھ خاندرَس چھِ ساری پیٚشرِ ڈار تہٕ آدمی فحطکر زِ ہیٚٹھی مخاٰلِف گٔژھان . ییٚلہِ نہٕ رنگہٕ رنگہٕ تھوٚس اُنھ تہٕ تمہِ کامیاب گٔژھان چھہِ . رزاق بٹ ییٚمہِ وِزِ یٔژھل کرنہٕ گٔژھان چھُ ، اُمِس چھِ یَتٕہ کٔنۍ گرس نار ڈیاوان . بچارِس وۄوٕ تاں چھیٚس دَزان ، یمہِ ظاٰلِم چھیٚس موتیس تہٕ مُسلَس خریدار ژھانڈان ، کیٛاہ نمُوس قرض منٛز ، کیٛاہ دِموباقیٚ قرضدارن ، کیٛاہ گٔژھیس رشوتہٕ بٔزی ، یہ دوٚلاہٕ چھُ ییٚلاٰنی زِ کامہٕ برادری چھِ غاٰر کتھ یوان ، کوٚرِ مول چھُ رزاق بٹس تِمنُ اَکھ مکانہٕ بنہٕ باپتھ دِوان ، فتح لون چھُ اَکھ ساس ڈبل نقد اَنان تہٕ سوٗرُے قرضہٕ دٔرضہٕ نٔکھ والان . خضر بٹ چھُ خاندرچ سانتہٕ تھٕ تیار کٔران تہٕ خاندر چھُ فلفور کرنہٕ یوان . گاٰمکۍ ساٰری گٔزیسی چھِ اَکھ اَکھ کنالہٕ زمین بخشان یُس وآیتھ دُوتہ رزاق بٹس گرہ واتناونُک فاصلہٕ چھُ سیٚدان . ساٰری ظاٰلِم تہٕ دُشمن چھِ ۂژ نہٕ بکی گٔژھان . ییٚتھ پاٹھۍ چھُ ییلہٕ ۔۔ خضر ، سیٚدِ سیٚود تہٕ رہ راست پکان ، اَتھ منٛز چھَنہٕ کانٛہہ ہیچیدگی ، کانٛہہ مۄڑ چھُ نہٕ ورٕ ہول ، تمہِ موقعوٕ روٚس ییٚتہٕ رزاق بٹس چو نیٚہ کھیوان تہٕ تھِن تراوان چھُ ، یمہِ تس دردِلی باوان زودی تہٕ یمن سٕہ مددگار زانان چھُ خاص کٔرِتھ یمن سٕہ یٔژھلہِ ہیٚٹھ ساٰلس اَنان چھُ تہٕ تمے چھُس نیاٰیُک باعث بنان مثالہٕ پاٹھۍ معتبر ، چوکیدر تہٕ مقدم بیٚترِ . واقعاتن ہُند سِلسِلہٕ قاٰیمہٕ کران کران چھِ کیٚنہہ ضمنی واقعاتھ تہٕ شاٰمِل سپدِ کِرِ ہتھ ، مثالہٕ پاٹھۍ ، سرکاری مدرسہٕ قاٰیمہٕ سپدُن ، شخصی راجس خلاف تحریکہٕ ہندِس سِلسِلس منٛز نمایندُن جلسہٕ کٔرُن تہٕ کمیٹی بنٕنہِ . رزاق بٹنِ نیچوٚس رستمس گیہٕ راٰجھی دوستن سیتہٕ درباراہ ، سرکاری کارندن ہندین ینہٕ

آیہٕ مال وٕٹنہٕ یِنۍ ، یِم ضمنی واقعات چھِ اہم واقعہٕ ہِنٛ ہندی کٔرۍ رلاونس منٛز مدد
کران ییٚمہِ کنِۍ پلاٹس منٛز ڈیکبر چھنہٕ ہیکان پٲدٕ سپدِتھ۔ یِتھہٕ پاٹھۍ چھُ بظاہر
سوٗرُے ڈرامہ مطلب تمام واقعاتھ رزاق بٹنس ییٚچوس خاندر کرنہٕ کِس مرکزی نقطس
اَنٛدۍ اَنٛدۍ نٔتران یوٗز امہِ کِس پوٚت منظرس منٛز چھُ وُچھمہٕ یِتہِ لکِس تریٚمس ڈہرِس
دوران شخصی راجس تہٕ جاگیردارانہٕ نظامس تحت کامہٕ کرِیستِن ہٕنزِ سماجی، اقتصادی
سیاسی، مذہبی تہٕ نفسیاتی حالژہ ہیٚنٛدۍ آنہٕ برونٛہہ کنہِ تھاونہٕ آمژٕ۔ سماجی حالت چھےٚ
یہِ زِ کرِیستِس چھُ خانہٕ جاداد کتریوی بانہٕ پوشہ، لیچہٕ ترٛومبرٕ پیٚتجہ کھنچہ جوراہ، ژادر
شُکھراتہٕ ناگال مل ترٛژھ ہیوٚمنٛلۍ، ییٚنزار خآل کآنسہ، ستھوٗل کوکراے نوٚیس تہٕ سرکاری
کارندن کرِژُن، تیٚشوراژھاوُلا اُوسس، شہ چھُس کار دارس سوزُن۔ نیتے ڈرۍ تھے
گوس تہٕ ژادر وادر کرِنۍ تیار سو گیہ موتبرس یا مقدس، وٗرۍ یس حِکمتھ جوٗرتھ
چھُس نہٕ اَن تہِ پوشان۔ ہردے چھیس کھل ڈوٗتھ تھاوان، کآنسے خال مسہ بانا
اُوس ترامہِ بانہٕ چھُ بڈین لوٗکن ہندے کرِ نظرِ گرژھان۔ تآلیم پرنس چھُس ٹھاکھ۔
اوکُن گرژھنہٕ ستی ڈٔلہِ۔ یانے دِماغ روزِس نہٕ ڈنجہ، ژٔرۍ معاش چھُس دُج ڈدر،
معتبر آسے ژکھِ گوٚس۔ چھلناوس تمہِ نشہِ تہٕ اَتھ، یُرنۍ تام چھس نہٕ پیٚنٛز۔ یہِ
چھُنہٕ لسکین، یہِ چھُ پیر در پیر لسِتھ بسِتھ تہِ وانگج واری سے، روپیہ بٔتھ وُچھن
چھُس خاب ہیلیس تیے وڈ ژھتھ یا سوٗدس پیٹھ وو زُم تُلتھ، زاہ کآلٲ اے سٹھوٗل
کوکر تھوو ہس تہٕ ژور ژھیہ کِنتھ ہیوٚکُن، شہ چھُس تھپلن کرِژُن قرضک لرز
چھُسنہٕ برنزِس تہٕ ستہ کھ دِوان۔ تژے روپیہ کھآرِ ہے وڈ تلہٕ، ہوٚر تھرٕنے ہیکہ
وڈ پھُٹھ چھیٚس اَتھی کھآر بنداہ روپیہ جمع گرژھان، ستن پیرن تام چھیٚنس
بہآسے لار، سیاسی لحاظ چھُ چاروای شِنٛد کھوتہٕ بتر۔ اَمس چھُنہٕ کانٛہہ حق،

ظُلمس خلاف ہیٚکہٕ نہٕ دندس پیٹھ دَنٛد تُلتھ، ادٕ آزِیو مُثرٕ رتھ ۔ اُمس چھُ پریتھ ظُلمہٕ ژالُن، اَدٕ ہیٚکہٕ دوہ گُذٕرتھ، مذہب دار چھُ تیٚلہٕ ییٚلہٕ نہٕ زِ ہتھ زیٚٹھس بڑونہہ کَنہٕ کتھ کرِ، یہ گامہٕ ملہٕ ونِس تی چھُس کرُن، تَس اے موٹھ مانگے دِیہ، خدمتھ کَرِ، سورُے بوٗر لوہ تیٚس، خود اگر ژھِس خوش تہٕ جنتی بنہٕ، زَژھ تیے ہیٚور بوٗن نَوس، جہنمس گَژِھ، نفسیاتی لحاظہٕ چھُ توہم پرست، ظُلم پرست، پننیٚن پننیٚن رِھاین کھوژان ۔ گرَس منٛز تیٚنہٕ کھولہٕ ڈُلہٕ کتھ کَرِنس بہران، پننے کانٛہہ باژِ ماوآتناد ظالمن شیٚنچھ، کانٛسہٕ پیٹھ نہٕ پَژھ، اعتماد چھُس رُووُمُت، چوب کھیتھ چھُنہٕ شہہ تراوان، نہٕ چھُس ملالہٕ گژھان ۔ امہٕ خاطرٕ دِمہٕ بہٕ زٕ ترٕ نے مثالہٕ ۔ منٛزٕم یوٗر چھُ گوٗبر ماجِس سیٚنزِ منٛزٕ چھِتھ مبارک کَرنہٕ گومُت تہٕ ملہٕ چھُ وآتان ۔ اورٕ پَچ یوٗر پچ کتھا کَرِتھ چھُ وَنان' بہٕ تہٕ چھُس پننی کِنی ہمتُس تُلتھ دِیو لگہٕ نایہٕ ناو بٕتھٕس ۔ خارٕ فلحال اُنی تو کاٹھ مانگے، گاسہٕ مانگے، مونگہٕ مانگے تہٕ بیٚیہٕ باقے چیزن ہنٛز مانگے نتہٕ روزٕ نو وُرِ یِچہٕ نمازٕ تہٕ روزٕ الانزٕ ے" (ایکٹ اسین ۵)

بیاکھ مثال ۔ ملہٕ چھُ کورٕ مالِ سٕندِ بوٗزان زِ منٛزٕم یآرٕ کیاہ کیاہ چھُ گوٗبرٕ مالِ سٕند کھیوٗکمُت تہٕ وَنان چھُ فتح لوٗنس کَرِ سکراتُک اَمہٕ اَپزِ، نہٕ چھِنے رزاق بٹس گاو تہٕ نہٕ دوٗرٕ ژھ، نہٕ ترٕ یے ژوٗرٕ تیر، چھِ رُو اکھ چھُس کَتہٕ تاں اُڈٕ پچ اُنی مٕنز بی چھُس بڈ دانٛدٕ ایتِمس نہٕ بِس تہٕ چھُ یِوان ڈُنٛدی ۔ ۔ ۔ ترٕ اَمہٕ بانو منٛزٕ چھُس ژکہٕ روٗس بٕتٕلہٕ تہٕ جالہٕ روٗس سماوار، بی چھُس دقیانوسی وقتُک ژادر رہ دا اکھ تتھ تَل چھِ وندس منٛزٕ دہ باژ سردی سیتی چُو چُو تہٕ ہِچ ہِچ کران ۔ (ایکٹ سین ۳)

ترٕیمہٕ مثال: ۔ رزاق بٹ چھُ باپارس نٕش حساب کَرِتھ گژھان، معتبر، نمبردار، تہٕ گامہٕ زیٚٹھ چھِ باپارِ سٕندی سیٚے وآتِس پیٹھ آسان ۔ رزاق بٹس چھِ برات

لیکھمِنۍ ہیوان ۔ معتبر چھُ باپاأرس کنُ وَنان ، یوہی گرٔ ھِس پرٕ سکِس نیرٕ خس
وائُن ۔ آخرٕ گگرائے فی کھاأر سیر جوراہ نِوان چھِ تِمہ کتہٕ نیرٕ نَس ، فی کھاأرٕ ہے
سوٗنتَس تاں ترٕ کھ تار موشِران چھِ یاتُلنس تراونَس تہ ہے پرٕ یتھ کھاأر پانزِ وا
چھوٗنان چھُ ، سہٕ کسرٕ کُس دِیس ۔ ( ایک سین ۲ )

یوتاں ڈرامکہٕ مرکزی خیالُک توٗلق چھُ ، یہٕ ہیکو نہٕ وُنِتھ زِ حاجنی صاأبن
کیاہ مقصد اوُس ۔ یہٕ از گرٔ یستین ہنٛز ہر لحاظہٕ یہٕ قدوٕ نی بِرٔ ژھوٕ نی زندگی
کاکدس کھاأیتھ محفوٗظ تھاأوِنی ، کِنہٕ اکھ ڈراما لیکھن اِستحصالس خلاف آیا ،
کُنہٕ بدل مقصد کِنہٕ ۔ یوٗز ڈراما پرٕ یتھ چھُ باسان زِ مرکزی خیال چھُ ظُلمس تدارُک
تھاوُن ۔ اتحاد تہٕ ایثار کِنہٕ ہیکہٕ ظُلمس کامیابی سیتی مقابلہٕ کٔرنہٕ یِتھ تہٕ ظاألمن ،
دُشمنن تہٕ جاأبران شکست دِنہٕ یِتھ ۔ مرکزی خیال وُچھتھ تہٕ ڈرامہٕ ہُک انجام
نظرِ تَل تھوٚتھ چھُ باسان زِ یہٕ چھُنہٕ انقلابہٕ چہ گگراأوِ سیتی متاثر گرٔ ھتھ لیکھنہٕ
آمُت ، یہٕ چھُ اکھ اصلاحی پاأٹھر یِتھ منظرِ یہٕ ہاونہٕ چھُ آمُت زِ اتحادُک تہٕ
ایثارُک ثبوٗت چھُ مخالف طاقتن ہنٛد زور پھُٹان ۔ رزاق بٹس گرٔ س نار
دِیُن خبر بوٗزِتھ اگر گرٔ یسی دُشمنن خلاف طاقتُک اِستعمال کرٔ ہن یہٕ
گَیہ یہٕ بغاوتھ ، یہٕ گیوو انقلاب اَنہٕ بابتھ عملی قدم ۔ یوٗز تِمہ چھِ اتفاق
کرٔ تھ تہٕ سمُت کرٔ تھ رزاق بٹس مدد کران تہٕ دُشمنن ہنٛز چالہٕ ناکام کران ۔
ٹالسٹاین تہٕ پریم چندن چھِ تہٕ واریاہس کالس ژِھ کوٗشش کرٔ مژٕ ، تِم چھِ انسانس
اندر موجوٗد نخاأرکین طاقتن وُزناوان ۔ تہٕ ہمدردی ، موحبتھ تہٕ قرباأنی
ہندِ ین جذبن وُتش دِتھ سماأجی حالات بدلاوِنی یِژھان ۔
گرٔ یسی سُنٛد گرِ ڈرامہ چھُ کردار نگاأری ہنٛدِ حسابہٕ تیزِ نہٕ پاأٹھی اکھ موٗلُل

ڈرامہ، اَمکی کردار چھِ نہٕ میٚنٛزِ مونِھتھی یِم چھِ زِندٕ جاندار تہٕ سماجس منٛزٕ پننہِ وَقتہٕ متحرک، باعمل، حِسہٕ ہوشہ وأرلی تہٕ لبنہٕ ہینہٕ وأرلی کردار۔ رزاق بٹ چھُ گامہٕ گرٛیسی سٕنٛد نمائنٛد کردار، شریف، نیک نیت، دیانتدار، صأبر، برداشت کرنُک عأدی، ظُلم ویٚترأوی ویٚترأوی چھُ تٕسنٛد پان پھوٚٹمُت، تٕسنٛدی جذبہٕ دبے ہیٚتی بلکہ میٚٹے ہیٚتی، تسٕنز اَنا ختم گأمژ، چوٚب کھیٚنی کھیٚنی تہٕ چھُنہٕ تٕسنٛد غأرتھ بیدار گژھان، اَمی چیٖزَن چھُ سُہ بُزدل بنوومُت۔ تس یٚیلہِ نیٚچوٚ پرژھان چھُ زِ بابأری کیٛازِ لوٚینے ژٕ ی۔ سُہ چھُس وَنان "گوٚبراتٕرٕ زانکھ ناوُنہٕ دُنی یا بساوُن کیٛاہ گوٚو، لالہ نہٕ سیٚتی چھا کانٛہہ لوچہٕ ماجہٕ ہٕنٛد بنان۔ آخر یَسٕنٛد کھیٚنی زِ تٕسنٛد کیٛازِ ہیٚزِ نہٕ، میٚ چھےٚ نہٕ توٚے تٕسنٛد یوچہٕ چوبوچشی ٹوٚپھٕ تہٕ لگان۔ بی چھا بیقلا غرییس آسان چوبن لودیٖنٕ" (ایکٹ اسین ۳) اَمی سٕنٛز خٕژ یِتھ چھےٚ یِتھ ڈرامہس منٛز سوٚے یوٚسہٕ منشی پریم چندنہٕ گئودان" ناولہِ منٛز ہوری سٕنٛز چھےٚ۔ بیٚچھے یأٹھی باقے گرٛیسی رفتح لون، صدیق ماگرے، ملہ گُلہ، اسمال، خضر بٹ، گامہ ملہ، معتبر، نمبردار، چوکیدار، بابأری کلٕہے چھُنہٕ بےٚ زوٚ کردار، سأری چھِ فطری تہٕ حقیقی، یعنے یِژی کردار، یِن یِنہٕ طبقکی اصل نمائند، ییم تہٕ تھیل اَتھ ڈرامہس منٛزٕ ہادنہٕ آمتی چھِ، تِمن چھےٚ یِن یِنٛن گرٕ برٛونٛٹھ فکر، پوٚز پانہٕ وأنٛی کتھ، سأری چھِ یوچھن گرٕ یدن ہٕنٛدی یأٹھی یِمِس گرٛیستس تکہٕ تکہٕ کھیٚنٛچ کوشش کران، اَتھ منٛز چھُنہٕ تِمن کانٛہہ رحم، تِہنٛز انسانیتھ چھےٚ شونٛگِتھ، ہمدردی ہٕنٛد چھُکھ احساس گوٚلمُت۔ تِم چھِ خود غرض، ہِتھ تژکأری، خونخوار، گرٛیستِس پوٚس والنس منٛز چھِ تِم اَکھ اَکِس مدد کران، تہٕ کیٛازِ تِہنٛد مفاد چھُ اَکھ اَکِس سیٚتی وابستہ۔ توٚے چھُ معتبر بابأرس یُٹھنے

کران تہٕ ملہٕ معتبر سٕندِس اِشارس پیٹھ رزاق بٹس نابد پھوٗل تھاوِتھ، کور مألِس نِش گرٕھان تہٕ تس وَگوٗژٕتان۔ ١٩٣١ءیس یتہٕ یِمہٕ آیہٕ لُکو کٲشرِ منٛز لرِ پھِرُن دِیُٛن ہیوٚوت تمِنُک شہِہ پتاتہٕ چھُ اَمہٕ ڈرامہٕ منٛزٕ میلان نُمایٖندٕ سٕندِ کِردار، قومی شاعرٕ سٕندِ کِردار، گامہٕ والنٹیٖرٕ سٕندِ کِردار، سارٕی چھِ پَنٕنہٕ جایہِ صحی تہٕ مناسب، اَتھ موقس پیٹھ گرٕستین ہُنٛد ردِ عمل، تِہنٛدٕ آشن ہُنٛد باشہ کرُن، تِمَن اَکھ وو میدٕ پادٕ گژھٕنۍ، تِمَن اَکھ ہِمتھ لبنۍ، تِمَن اَکھ حوصلہٕ میلُن، یُتھ زِ نمائندٕ سٕندِ جلسہٕ پتہٕ چھُنہٕ اَکھ گرٕ یوٚس تہٕ کارٕدارٕ سٕندِ چِک گنڈٕنہٕ باپتھ بیگار پاٹھٕی تس کامہٕ گرٕھان تہٕ معتبر چھِ مادٕرایان پوٗز پوٚتُس، چھِ کیٛنہہٕ کِردار اَمہٕ لِحاظٕ مثال باسان زِ تِم چھِ ترٛٹھ عمل کران یِمَن تھٕنٛز پتھین لُکَن نِش توقع کرِتھ ہیکو۔ ڈرامس منٛز چھِ مکالمہٕ کِردارن ہٕنٛز شناخت قایِم کرٕنۍ تہٕ تِہنٛز اصلیت ہاوٕنۍ کھوٗژ۔ کَتھ باتھ گژھِ کِردارن سٕتۍ ہشر تھاوٕنۍ تہٕ تِہنٛدِ مزاز، رتبہ، وانٛسہ، پیشہ، بیترِ مطابق آسٕنۍ۔ مکالمہٕ گژھن نہٕ آراوی مِتۍ باسٕنۍ، یِم گژھن پوشہٕ ٹوٗرٕن ہنٛدی پاٹھۍ پانے پھوٚلۍ۔ اَمہٕ لِحاظٕ تےٚ وُچھو، ڈرامہٕ نِگار چھُ باسان اَتھ نُقطس واقف، تہٕ تِمۍ چھُنہٕ اَتہٕ تہٕ کیٛنژھ کڈٕنس وار تھووِمت۔ یَدوَے ژھوٚچر مکالمہٕ اَکھ خوٗبی چھےٚ، کَتھ ژھوٚٹ تہٕ موٚٹ آسٕنۍ چھِ یتھ تہِ اَکھ ہِوٕ نہٕ زانٕنہٕ یوان۔ یُس نہٕ اَتھ ڈرامس منٛز نظرِ گژھان چھےٚ تہٕ یِمہٕ کمزوری ہُنٛد خود ڈرامہ نِگارس تہٕ احساس اوٚس تس یِیلہِ اَکِس انٹرویوس دوران اَتھ ڈرامس مُتلق پرٛژھنہٕ آو، تِمۍ وون اَکے خٲمی چھَس زِ مکالمہٕ چھِس زیٛٹھۍ (وُچھو شیرازٕ، حاجنۍ نمبر) یِم مکالمہٕ چھِ کیٛنژن جاین تقریر ہیوٚی باسان، پوٚز اَتھ پیٹھ رائے دِنہٕ برٛونٛہہ چھُ

سوئچنُ پیوان زِیم مکالہٕ ادا کرٕن وٲلۍ کم لکھ چھہِ تہٕ تِمَن لُکن کیاہ چھُ کَتھ کرنُک طور طریقہٕ۔ گرٕیسی طبقکۍ زبانہٕ ٹیلہِ پانہٕ وٲنۍ پامہٕ پام کرٕن تِم چھہٕ اکۍ سے کَتھِ تانتھ کھاران۔ اکھ سندِ ین عاین ہُنر کھتونی بناوان۔ یِہتے پاٹھی ٹیلہِ امہِ طبقکُ کانٛہہ شخص کینٛہہ وَنان چھُہ، سُہ چھُ سارٕے دٲدٕی کانگر وٕتھنتھ تٕراوان سپتی چھُہ زتیس تھاوُن زِسہ اوُس ٹیلہِ فرصت ہُند وقتا اُزٕچ ہِش لارِ لار اُس نہٕ زِ سلام تہِ نہٕ جواب دِینٛچ فرصت کَتھ زیٹھراونُک اوس یِتہِ اکھ وجہ۔ اَمہِ کِنہٕ اگر مکالہٕ زیٹھی چھِہ تہِ یِم چھہِ واقعہٕ پیٹھ مبنی۔ ڈرامہ نِگارس چھُہ اَمیُک ضرور زَتھ پاسیومُت۔ وُچھو یہِ مکالہٕ۔ رزاق بٹہٕ نِین دۄن بازٕرن ہٕنٛدُ۔ تِمہِ وزِ ٹیلہِ تِم دونٛکھ دونٛکھ کران چھِہ۔

رزاق بٹ:۔ تقدیرَن واجنم وُنہ تہٕ رانٛٹسا گییم اَکادِ، دُنیہ بیچہٕ زنانہٕ موٕ کلاوان ہاکس زوٗر کرٕتھ، مِیانہ خانہ دارنہِ ہنٛدی دٲسی نہٕ یوان سوٗر پھوٗت چھکنہٕ۔ کوٗکر پوٗتی نوٗی تَن ملکس، رُستمنی مٲج نوٗی راوان گانٛٹن تہٕ نوٗلن کرٕ، چاروٲین نیری تَن ترٕیشہ ترٕیشہ زلو کھٹھ تہٕ اُمس آسہٕ نہٕ آب اَنہٕ نُک چیاشی گومُت۔ آخر ووٕنہ منزرٲے چھُس اکینٛہہ زنی اَنٛدی اَنٛدی جمع سِیدان) ہایارِ وَنوکم صفت بہٕ یِنہٕ گرٕ واجنہِ ہنٛدی۔ چایہٕ پاوانہٕ تہٕ کڈِ یم تِتھ زوٗرِ زارِ پھا، نوٗنہٕ روپے اَنہٕ تہٕ نِصف راوِ رادِ طاقچو پیٹھی نِصف زٕھنہِ دارِ کِنہٕ تہِ کِیاز تہِ چھُہ اُمی سُندی کِنہٕ آسان بوٗہٕ نوٗن۔ نتہٕ وَتہِ پیٹھ لوٗیمُت، تلہٕ منٛٹا اَنہٕ تہٕ موٕ کلاوِ کھٕشرٕ کرٕتھ۔ یِہتے پاٹھی چھُہ تقریر جٲری۔

گرٕ واجنہِ:۔ (شرارتہٕ سیتی دَند ژاپھتھ) اوٗژِ ہاو تہٕ پنُن کینٛژھا، منٛدچھن

لانٛژھ تہٕ تِم کھیوان ژٔژی ژٔژی ژیٚے وٕرِیس منٛز افسوٗس تہٕ چھےٚ نہٕ گژھان
پھِتہ کُن، ژٕ گیلکھ بیٚنِن، ژیٚے وٕرِیَس اَتھ کھوٗر پھاٹوٗتھ پھَلس وۄہ کھارٕ
دٕرلےیہ، تہٕ کُنٛوٕہ ژٕلی لوٗکھ ہیتھ، تِمنے بہریوٗکھ نہٕ اَکھ کتھ وَنہٕ نَس،
ژیٚے بنِیاے نہٕ دانِس ژوٗرتَرکھ ژٔری بہناو نہٕ خاطرٕ" تقریر چھُ زیٹھان
یِنیٚتہ یِیتہ موقہٕ محل ژھوٹین مکالمن لایق چھُ، تتہٕ چھِ مکالمہٕ ژھوٚٹی
ہِوی۔ بٔ دِمہٕ مِثال، اَژھلہِ پیٹھ یِلہِ اَنٛدر کُنٛھ شوٗر ووتھان چھُ۔
شقدر:۔ ہے اَتھی ہسا، اَتھی ہسا گوٗبرٕ مٲلی سندِ ہن سالہٕ رَن ہسا آیہِ شوٗب۔
دِیہ بوٗزِتھ چھِ ژٕ ژور سالرٕ کانٛگر سیٚود کران۔
چوٗکی دار:۔ خبر کاتیٚہن دِزن یلواز، گوڈٕ ہے یِیتہ ہیٚیہِ نہٕ میٚنٛدرِ پھوٚل تہٕ
یتھ، ہینٛڈن ہِنٛدی پاٹھی چھِ سالرٕ پٔتھ آمتی۔
ملہٕ:۔ تلہٕ ساز ھوپہ کرٕ، ظاہرا اَوژھی یِیتہ کانٛگر، خبر یہ قہوٕ تولہٕ مانیرٕ نَستہ کنٛہ۔
اَتھ ڈرامہس منٛز ورتاونہٕ آمٕژ زبان چھےٚ سادٕ صاف تہٕ شوٗژ کاشُر زبانٕ
بامحاورٕ زبان، سوے زبان یوٚسہٕ گامَن منٛز، گرٕ ییٚتین ہنٛز زبان چھےٚ،
یہ چھنہٕ کُنہٕ تہٕ جایہِ کِنٛہ گوبان یا کھران، نہٕ چھےٚ کُنہِ جایہِ شایستہٕ سان،
شایستگی ہُنٛد حد کھوتہٕ زیادٕ خیال تھونہٕ کُنٛہ چھےٚ کُنہٕ کُنہِ جایہِ زبان غار فطری
باسان۔ مقدم، چوٗکی دار، شقدر یا معتبر اَسی گرٕ ییٚتین لیکھے ٹلان تہٕ لیکھے بہناو، ان
بوٗز ڈرامہ نگارن چھُ اَمہِ نِشہٕ لوٗب ہیٚوتمُت، تِہنٛزِ زبانی ہے کانٛہہ سیٚٹھ لفظ
شرارتہٕ وزٕ دٕرامُت تہٕ چھُ سُہ چھُ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ، ہوٗنِن ہُنٛد صاحب زادٕ
یا" وزیر نیوٗل سُنٛد نیچو" گوڈٕ شرارتہٕ وزِکس کاشرِس چھےٚ نہٕ زیوٗ پیٹھ
آسان، سُہ تہٕ یِلہِ خاص کرٕ مُڈٕ، ان پڑھ تہٕ گرٕ ییٚس کاشُر آسہِ، کانٛہہ سٕتی

ژُدِ نی وِزِ چھِس لیکھ زیوٚ پیٚچھِ مِیٹھے آسان ۔ پنٕنہٕ خاندارنہٕ ہے آسیٚس شرارَتھ
کرُن تہٕ زیادَے پیٚہن ۔ یوٚز حاجی صابن چھُنہٕ کُنہہ تہٕ جایہِ پٔرِتھ زبان وَرتاوِمٕژ ۔
اَمہ ڈرامہٕ ہِنٛدِ زبٲنی ہِنٛدُ بیاکھ وَصف چھُ مزاح تہٕ ظرافتٕچ مسلہٕ وَن ۔
یہِ مزاح چھُ گاہے لفظو یا کتھو سیتی پٲدٕ کرنہٕ آمُت تہٕ گاہے سنجویشنہٕ سیتی ۔
ییلہِ نارٕ وارٕی داہک موقعہٕ ملاحظہ کرنہٕ ذیلدار واتان چھُ ۔ اَتہِ چھُ نارٕ دزٕ گٔب
وُچھِتھ ، یوسہٕ مرنَس تیار چھے ، کار دارس کُن وَنان " او کار دار صاب
آپ اِس گبی کو ذبح کرو " اَکہِ ساتہٕ چھُ منٛزِ مِ یوٚر رزاق بٹس وَنان ، " نے
خورا اوٚر جان دی نے ، " تمی وُنُم گرِ نیرِتھ کوٚر ہِنٛدِس ماسترِس بٲے شُنٛدِس
یوٚ پھٔترِس ٹٕہرس نِش گرٕ ھھِتھ سہٕ آوٕ ناوُن " ملہٕ چھُ اَکہِ ساتہٕ جلسہٕ پتہٕ ،
رزاق بٹس ژکھ تہٕ شرارتس منٛز وَنان " سہٕ او سے نیٚبو مٕٹ کیاہتاں دِپان
والن ژٕ ۔ یوٚز گوٚو نااِی زِ جلسَن منٛز چھِ یِم آسمانہٕ ژٕرے والان " نمائنٛدٕ
شُنٛدِس جلسس منٛز ییلہِ والنیٚ ڈ لکن ہیٚچھٕ داان چھُ زکنہٕ تھ نعرس کیاہ جواب
گژھِ دِیُن ۔ اَکھ گژٕ نیوٚ س وَنان ہیٚیس کُن " ژٕ ریٚے روٗدیہِ سا یا داِمی کیاہ کیاہ ووٕن
سہٕ چھُس وَنان " اَہن سا آیہِ کینٛژٕ ھا اوٕ رٕ وَن ، یوٚرٕ وَٕن زندہ باد یا مردہ باد
یا خدایَن گول ۔ یہِ کیاہ مشکل زُونہِتھ ژٕ ۔ ـ " ییلہِ جلسس منٛز نمائنٛدٕ وَنان
چھُ زِ سائنس جنٛڈس تل اَژِتھ ہیٚکو بربادی نِشہٕ بچِتھ ۔ اَکھ ترک شُراہ چھُ
مٲلِس پٔرِژھان " بیا اَکھ جنٛڈٕ کس کیراڈٕ گزِس تل کِتیاہ تَنا بیہن ۔ نے صدرٕ
پیٚشس برابر چھُنہٕ " کینٛژٕن جایَن چھُ کاشرِ زبٲنی ہِنٛدِ مارمتہٕ کِس جوشس منٛز
بےٚ محل محاورٕ ، ضرب المثل ییلہِ کَہاوٕ ژٕ تہٕ ورتاونہٕ آمٕژ ۔ رزاق بٹ ییلہِ گوٚڈٕ کٕہ
ایکٹرٕ کِس گوٚڈٕ نکِس منظرس منٛز پنٕنہِ خاندارنہٕ شرارتھ کران چھُ ۔ دِپان

چھُس سوکھس چھی ڈیس گامتۍ۔ کھینہٕ منٛز چھُی ووکُس آمُت۔" دۄشوٚنی محاورن ہُنٛد چھُنہٕ اَتھ جایہِ کانٛہہ موقہٕ محل۔ رزاق بٹ چھُ تِہنٛس مۄدی مِتِس ماٲلِس اکہِ پھِر سوٚرگہ وآسی ڈٕنِھ یاد کران۔ یہ لفظ چھُ بے محل، مصنفن چھہ کینٛہہ اچھاوی محاورٕ تہٕ تشبیہہٕ یا ضرب المثل تہِ وَرتاوِمٕژ یِم کینٛہہ مقامی چھِنے تہٕ کینٛہہ عام۔ مثلے اوس ناوٕ سال، سکہٕ تیل تہِ وسھتھرِنہٕ صابن، نارن درکُ سوٚ رسِچھ، گرٛیوس بوزی تون ہچھو کنٛز یہ کُن سھپروان تہٕ توکُن، ہیٚترِ یمِتھٕ پاٹھی چھہٕ زبان وُتہِ لبان تہٕ اظہارچہٕ سہولیژ بَدس یوان۔

ڈراماکین واقاتن منٛز چھُ اکھ جان تَسلسل نظرِ گژھان۔ اَکھ زیٖن چھہِ تھتھ ہمورٕوس تہٕ ڈرامہ مکمل باسہِ یہے مثالہ پاٹھی رۄستمن گبہِ راچھِن سیتی دربار یار نے ترٛیمہِ ایکٹک دۄیِم سِین، یتھٕ پاٹھی چھُ ڈرامہ برٛونٛھ پکان تہٕ کلائمکس وآتان۔ سارِنے دُشمن ہنٛزو بدخاہیو تہٕ جبری ترٛاونہٕ باوجود چھُ کوٗرِ مول منٛزِم پارِس سکار دِوان تہٕ وادٕ قرار کران۔ پۄزِیمہ دوہہ پٔرھِل آسان چھِنے۔ تمی دوہہ چھُ رزاق بٹس گرِس نار دِنہٕ یوان تہٕ یتھٕ پاٹھی چھُ سیتی انٹی کلائمکس ہیچ نوبت وآتان۔ اَتھ پیٹھ چھِنے ڈرامہ نگارن سیٹھاہ تابِل کاس ہیٚژمژٕ۔ زَن چھُ سُہ تھوکمُت اوسمُت تہٕ تمی چھُ ڈٕلی ڈٕلی دفترٕ دِنٛچ کوشش کرمژٕ تہٕ ڈرامہ ژٕ ییٚ تہٕ مے کتھ کرٕ ی انجامس واتنوومُت۔ رزاق بٹس کیاہ یہ ہا پیش تہٕ وچھن کوٗرِ ماٲلِس کینٛہہ تذبذب گژھِ تہٕ کتھٕ پاٹھی کرِہانس دُشمن باز پھیرِنس پیٹھ مجبوٗر، سُہ سینس ووتھ تلاوِتھ گوٚژھ ڈرامہ اَندٕ واتُن۔ اَتہِ چھہِ زَن ساری پَنٛن پَنٛن رول موکلاوِنہٕ باپتھ ہیچھنا دِتھ آسان۔ کوٗرِ مول چھُ گوٗبرِ ماٲلِس اکھ مکانہٕ بخشان تہٕ اَمی سُنٛد عیال گرٕ نوان۔

فتح لون روپیہ ساسا قرض دار موکلاونہٕ باپتھ وۄزمٕہ، مدد ژنگی دِوان تہٕ گژھیس اکھ اکھ کنالہٕ زمین دِتھ وآیتھ ڈِنگ وتھ کران۔ یتھ پاٹھی چھُ انجام تمار فطری باسان تہٕ کردار مثالی۔ ڈرامہ نگار چھُ اصلاحی مقصد پورٕ کرنہٕ۔ بوڑ شانو بیہہ وال، تہٕ اتحاد تہٕ ایثار چہ برکژ ہیند۔ سبق دِوان۔ پوز ڈراماہ، رود اخفیفت نگارٕ سیتی واڈکنہٕ تووٗن چھُنہٕ ظوٗن، روزان۔

ڈرامہ لیکھن والِس چھُ سٹیجکی لوازمات نظرِ تل تھوٗرمت خبرِ اوسا تہٕ ذیہنس منز یہ ماگژھ سٹیج تہٕ تژھن، سہ اوسا سٹیج ڈرامہ لیکھنہ کِل تھوان کینہ کتابی تہٕ ادبی ڈرامہ لیکھن ژھان۔ یہ چھِنہٕ بدل کتھ زیتہٕ اد یہ کینہٕ نتہٕ کینہٕ پاٹھی سٹیج کرنہٕ تہٕ۔ تیکنیکی لحاظ تہٕ چھِنہٕ اتھ وارِیاہ خامی۔ زمان ومکان چھُ زنتہٕ مشراونہٕ آمت۔ ڈرامہٕ ہس کتھ زمانن پیٹھ چھُ پھہلیتھ، حملہ یا واقن ہنز جایہٕ تہٕ مقامہٕ کتہ چھِنہٕ۔ سیٹنگ کیتھ پاٹھی چھِنہٕ کرنی۔ سین کیتھ کنی گژھِ بدلُن۔ یمن کتھن ہنز چھُ نہٕ ذکرے۔ نتہٕ ما آسہ ہاجنی صائبس اوپن ایر تھیٹر OPEN AIR THATUR ذیہنس منز تہٕ سہ آسہ ہا یتھے پاٹھی چارنا دُن یژھان تہٕ یتہٕ مشکلات یہن تتہٕ آوازن یا اشارن کامہ ہیتھ یا یتھی نے ژہلن ہند مدتہٕ یہ کمی پور کرنی یژھان۔

ڈرامہٕ ہس منز چھِ کشمکش یا تصادم، جاگیر دارانہٕ نظامس تہٕ کاشتکارن، جاگیر دارس نے تہٕ کار دارس تہٕ تسندین کارکنن ہند ہند چھُ اکھ دوٗر تہٕ بیاکھ دوٗر ہالین، تہٕ کمی لین ہیند بیاکھ سرکاری

کارندا اَکہِ پاسہٕ تہٕ رعیت بیکہٕ پاسہٕ ۔ اَکھ دور چُھ کمزور تہٕ لتہٕ مونجہٕ گوٚمُت ۔ بیاکھ چھُ طاقت وَر تہٕ کلہٕ ٹھاسن وول ۔ پوٚز زور وَر درچہٕ سارے کوٚشش چھنہٕ رزاق بٹس نیچوی سُند خاندر انجامس واتنہٕ نشہٕ تیھ رٹتھ ہیکان ۔ یتھ پاٹھۍ چھِہ تم ناکام سیدان تہٕ رزاق بٹ کامیاب ۔ تذبذب

SUSPENS

یاد سیدنکی موقہٕ تہٕ چھنہٕ مصنفن راورہٕ میتی ۔ گوڈٕ ییھٹے چھ زرزاق بٹس بنیا نیچوس نیتھر ؟ پتہٕ یہ زیہٕ ہیکیا خاندر کرِتھ ؟ یہ کتہٕ آنہ جاداد تہٕ پوٚنسہٕ ٹوٚنک ؟ پتہٕ یمہ ساتہٕ نار لگان چھُس ، باسان چھُ یہ ہیکہٕ نہٕ تھوڈے دُتھتھ ، خاندرک چھنہٕ سوالے ، کورِ مول کرِہ یس کھوٚش اَتھس کیٛتھ جواب ، پوٚز تہٕ چھنہٕ سیدانے ، کورِ مول چھُ خلاف توقعن وعدنباوان تہٕ ینہٕ قولے یوٚت نہٕ پورہٕ کران بلکہ غأرمعمولی ایثلر تہٕ ہاوا یتھے پاٹھۍ فتح لون تہٕ باقے گرٕ ہیی ۔

فنی تہٕ تیکنیکی لحاظ وَنو اَتھ کأشر زبأنی منز ڈرامہ لیکھنچہٕ ابتدائی کوٚششہٕ ۔ وون گوو ابتدائی کوٚششو منز چھیٚے یہ کوٚشش سارِنے سرس ۔ یہ چھُ سمأجی حقیقت نِگاری ہُند اکھ شوٗبہ دار نموٗنہٕ تہٕ یتھ چھنہٕ اسہٕ بیٚیہٕ کانہہ نموٗنا اَتھ دورس منز یامہٕ پتہٕ نظر گژھان ۔ اِمتیاز علی تاج چھُ اردوٗ زبأنی اکھ موٚلُل تہٕ لاجواب ڈرامہ دوان " انارکلی " پوٚز آغا حشرسٕنزن کوٚشش ما آیہِ امہ ستی پھیٚش دِنہٕ ۔ حاجنی صاب چھُ نہٕ سہٕ روایت پالان یُس آغا حشرن قائم کٔرِ ۔ تمٕ سُند ڈرامہ چھِ ستی کأشر زبأنی منز جدید دور کین ڈرامہ ہنٛد خاطرٕ وتھ ہموار گژھان

# مہجورنہٕ کأشِر نظم

کأشِر نظم چھِنہٕ کُنہِ خاص وقتس پیٹھ کُنہِ خاص وجہہ ہنگہ منگہٕ تھٕنہ پیمژ یا ہیٹہٕ میٹہٕ
رِوٲیَتی غزلہٕ ہنٛدِ ہلہ تلہٕ پھٹمژ ۔ امیُک سفر چھُ زیوٗٹھ تہٕ بے شوٗنٛگ اگر تسلسلِ خیال یا
تسلسلِ بیان نظمہِ ہنٛد بنِیٲدی شرط مانوٗ تیٚلہِ چھےٚ کأشر نظمہِ ہنٛز تأریخ شیخ العالمس
سِتی منسوب گوٗنٛگل نامہٕ پیٹھ شوٗرُ سپدان۔ صوفیانہٕ رنٛگچ اکھ تمثیلی، علامتی تہٕ تبلیغی نظم
چھےٚ امہِ قسمچہِ نظمہِ عام سپدنہٕ وأرے رؤز کأشِر نظم سانہِ شأیری ہنٛدس منٛز کالس منٛز
خیالہ یا مضموٗنٕکہِ تسلسلہٕ حسابہٕ مثنوی ہنٛز شکلہِ منٛز تہٕ موجوٗد۔ لولہٕ کتھن ہنٛزن مثنوین
منٛز چھِ منظر نگأری ہنٛدی رِتی نموٗنہٕ تہٕ نظرِ گژھان ۔ یِژھو مثنوی یو علاوٕ چھےٚ کیہنہٕ
یِژھہ مثنوی یہِ تہٕ لیکھنہٕ آمژٕ یمن منٛز سماجی حالاتہٕ اِظہار کرنہٕ آمتِ چھِ مثالہٕ پأٹھی
مقبوٗل شاہ کرالہٕ وأری سٕنٛز طنزِیہ تہٕ ہجوِیہ مثنوی گریسی نامہٕ ملہٕ نامہٕ، پیر نامہٕ تہٕ میرزٕ میرٕن
موقدم نامہٕ ۔ بہارکس نظارس پیٹھ تہٕ چھےٚ مقبوٗل شاہ کرالہٕ وأری سٕنٛز اکھ مثنوی بہار نامہٕ
موجوٗد ۔ وہاب پٔرین چھِ صوٗفیانہ رنٛگس منٛز وارِیاہن غزلن اندر تسلسلِ بیان قأیم تھوٚومت
تہٕ کیہنہٕ تِتھ وٕژن وُنی متی یم اکہِ حسابہٕ نظمس نکھہٕ چھِ ۔ مثالہٕ پأٹھی تہنٛد وٕژُن "راوٕرے مے لوکہ

چارٕ" آمہٕ علاوٕ تہند سہلاب نامہٕ شہر آشوب تہٕ مخمس حسن گنہ یُن ہُبلی نامہٕ تہٕ لالہ لکھمنن
کھاندر نامہٕ ہوی مزاحیہ چیز۔ یم چھِ کأشرِ شأیری منز نظمیکی گوڈنکی نمونہٕ۔

یِتھ پأٹھی اُردوٗ شأیری منز گوڈٕ گوڈٕ مُروجہ ہیٔژِ نے منز نظمہ لیکھنُک ابتدا سپُن
تہٕ اصل توجہ رُوٗد موضوعس کُن تتھے پأٹھی آیہٕ کأشرِ زبأنی منز تہٕ مُروج ہیٔژن کینہہ تبدیلی
کرنہٕ ورأے کأم ہینہٕ۔ اُردوٗ زبأنی منز آے تزٕمصری، ژٕمصری، شئے مصری بندن ہیٔژٕ
ہیٔژِ یانے مُثلث مربع مُسدس علاوٕ مثنوی ہندٕ تہٕ قصیدُک فارم۔ ترکیب بندٕ تہٕ ترجیع
بند ہیٔژٕ ورتاونہٕ۔ کأشرِس منز آسہٕ نہٕ یم ہیٔژٕ ہیٔژٕرے۔ اَمہ کنی پیو غزلُک تہٕ وژنہٕ کے
شارٕ قألب نظم لیکھنہٕ خأطرٕ اِستمال کرُن۔ یہ کتھ چھے یاد تھاونٕ لائق زِ شیخ العالمؒ
سُند گوٗنگل نامہٕ تہٕ چھُ وژُن ہیٔژِ منز۔

مہجورنِس تہٕ آزادنِس زمانس تام واتان واتان اوس نظمُک سُہ تصورٕ تہٕ کأشرِ
شأیری منز آمُت یُس یوٗرپی زبانَن خصوٗصَن انگریزی یَس منز لیکھنہٕ آمژٕ اَمہِ شارٕ
ہیٔژِ یأدٕ کوٗرمُت اُوس۔ یہ تصور اوس یاتہٕ سیدِ سیوٗد انگریزی ادبہٕ کہ ذریعہ تہٕ اُردوٗ
کِنی کأشرِ شأیری تان وُوتمت تہٕ کرِتھ تہٕ آیہٕ نہٕ یمن دوٕن شأیرن ہندِس زمانس منز
مُروج شارٕ ہیٔژن گوڈٕ گوڈٕ کینہہ تبدیلی کرنہٕ۔ غزلہٕ کِس تہٕ وژنہٕ کِس فارمس آیہٕ کأم ہینہ
مہجورن سورُے کلام دستیاب آسنہٕ کنہٕ تہٕ اہنزن سارِنے نظمَن ہُندٕ صحی زمانہٕ مُشخص
نہ سپدنہٕ کنی چھے یہ کتھ وَننی ہنا مُشکل زِ کأشرِس منز لیچھ اَتھ دورس منز نظم گوڈٕ مہجورن
کِنہٕ آزادن یوسہٕ نوٗنیچ اَمہٕ زمانہٕ کأشرِ شأیری منز یأدٕ سپز تمیُک دستار چھُ اَمین کأمل عبدالاحد آزادؔ
گنڈان تہٕ محمد یوسف ٹینگ مہجورس۔ اَتھ سِلسِلس منز چھُ خوش قسمتی کنی عبدالاحد آزادنی ہُنز
تِم بیان اَسہٕ اَتھ روٗٹ کران یم "کشمیری زبان اور شاعری" کتابہٕ ہندِس ترٕیمِس جِلدس منز

مہجورس مُتلق میلان چھِ ییمِو علاوٕ چھےٚ ییٚیہِ تہٕ کینٛہہ ترٛٹھ شہادٕژیمِ وُچھتھ اَتھ کتھِ منٛز شکیچ کینٛہہ گنجاٚیش روزان چھِنہٕ زِ اَمہِ نوٚنہِ ہٕنٛد باس دِیُت مہجوٗرنے۔ مہجوٗر چُھ ۱۹۲۶ء یس منٛز پنٛن مشہوٗر وَژُن "پوشہ مَتہِ جانانو" لیکھان۔ یُس تٔمۍ حبہ خوتوٗنہِ ہُنٛدٕ ولو میانہِ پوشہ مدنو" وَژُن بوٗزِتھ لیوٗکھ۔ عبدالاحد آزاد چھُ لیکھان "۱۹۲۶ء کی بہاریں "پوشہ مَتہِ جانانو" والی مشہور غزل لکھی[1]۔ تہٕ ییتھکۍ اَتھ وَژُنَس غزل ناو کران۔ یہ چھِنہٕ نظٕم یوٗز اَتھ منٛز چھُ تسلسلِ بیان موٗجوٗد۔ اَمہِ وَژُنُک ترجمہٕ چُھ تٔمِہ ساتہٕ پروفیسر دیوندر ستیارتھی۔ انگریزی پاٚٹھی کران ییٚلہِ سُہ ۱۹۲۷ء یس منٛز کشیر آو۔ پتہٕ چھُ یہِ وَژُن تہٕ امیُک ترجمہٕ مشہوٗر انگریزی پرچہ "ماڈرن ریویو" وس منٛز چھاپ سپدان تہٕ ٹیگورس نظرِ گژھان۔ پرفیسر ستیارتھی چُھ اکتوبر ۱۹۳۴ء یس منٛز بیٚیہِ کشیر یِوان۔ آزاد چھُ لیکھان زِ تٔمۍ کوٚر مہجوٗرنیٚن کینٛژن نظمن ترجمہٕ تہٕ واپس گژھتھ ہیٚوٚتُن ماڈرن ریویو پرچَس منٛز کاشُر شاعری مُتلق مضموٗنن ہنٛد اکھ سِلسِلہٕ لیکھن۔ تنٛدگُف چُھ زِ تسنٛدی سےٚ فرماش پیٹھ لیچھو مہجوٗرن "ترانۂ وطن" تہٕ "وتھ" نظمہٕ۔ اَمی وِزِ یہِ چھِ مہجوٗر سرینگرٕ نمائش کمیٹی ہنٛدِ اہتمامہٕ بلاونہٕ آمتِس اَکِس اردو مشاعرس منٛز اُردوٗ نظمہِ سٟتی "باغِ نشاط کے گلو" کاشُر نظم تہٕ پران۔ اَمی وِزِ یہِ چھِ مہجوٗرس تہٕ آزادس مُلاقات سپدان تکیازِ آزاد اوس محکمہٕ تاٚلیمہِ ہنٛز پیشہ وارانہ تربیت پراونہٕ سرینگر آمت۔

مہجوٗرن اٚس نہٕ اَمہِ زمانہٕ صرف کاٗشری پاٚٹھی نظم لیکھنۍ ہیٚژمٕژ۔ تٔمۍ آسہٕ فارسی تہٕ اُردوٗ پاٚٹھی اَمہِ تہٕ بوٚنٛتھ کینٛہہ نظمہٕ لیچھمژٕ۔ مثالہِ پاٚٹھی تسنٛز فارسی نظٕم نالۂ مہجوٗر یتھ منٛز تصوفُک رنگ چُھ یا گُلِ ویرانہ یتھ بے وسیلہ تہٕ ناو اوس تہٕ اُردو نظم "خطاب بہ مُسلم کشمیر" یوٚسہٕ لاہورٕ نیرن

---

[1] کشمیری زبان اور شاعری جلد سوم۔

وٲلِس "کشمیر" ناوٕ اُردو اخبارس منز ۱۹۲۴ءیس منز چھاپ سپز ۔ ۱۹۳۵ءیس منز چھ مارتنڈ ناوٕ اخبارس منز دیوندر ستیارتھی سُنٛد اکھ مضمون چھاپ سپدان یتھ منز مہجورنہِ ہنزو باقے نظمو علاوٕ تسٕنز "لوکہ چار" کٲشِر نظمہِ ہنٛد تذکرٕ کٔرتھ یمَن نظمن ستھا تأریف چھ کران ۔ عبدالاحد آزاد یمَن نظمن کُن خاص کر اشارٕ کران چھ ۔ تِم چھِ لوکہ چار، دِل، وسھ، گریسِی کوٗر تہٕ گُل ۔ آزادَن چھُنہٕ مہجورنین کٲشِر زنانہ" تہٕ "سنگرمالن ہیو پراگاش" ہشَن کٲشرِن نظمن ہنٛد کینٛہہ ذِکر کوٗرمُت یِم بقول محمد یوسف ٹینگ مہجورن آزادنہِ زندگی ہنٛدی سے دوران لیچھ مٕتۍ[آہن] آزاد چھُنہٕ یِمَن نظمہٕ وَنان بٔلکہِ خاص خاص موضوعَن پیٹھ لیچھ مٕتۍ غزلہٕ ۔ یوٗزِ یمَن ہیکو نہٕ کُنہٕ تہٕ لحاظہٕ غزلہٕ ؤنتھ ۔ بقول محمد یوسف ٹینگ مہجور کی "ترانہ وطن" "گریسِی کوٗر" "کٲشِر زنانہ" کو بھی موضوع اور اسلوب کے لحاظ سے نظمیں کہنا ہی مناسب ہوگا ۔ اور اس لحاظ سے اُن کے ہی سر کشمیری زبان میں نظم کو فروغ دینے کا سہرا بندھ جاتا ہے"[1] یا نہٕ عبدالاحد آزادُن خیال تہٕ چھُنہٕ امہِ نِشہ مختلفِ ، سُہ چھ لیکھان "یہ نہیں کہا جاسکتا کہ کشمیری زبان کا کوئی موجودہ یا گزشتہ شاعر اس صنف کی نظمیں نہیں لکھ سکتا ۔ یا زبان میں وسعت نہ تھی ۔ لیکن یہ یقینی امر ہے کہ کشمیری زبان کے شعراء میں سب سے پہلے مہجور ہی پر اس کا اثر پڑا ۔ اور آپ نے تسلسلِ بیان اور خاص خاص موضوع کی غزلیں لکھ کر یورپ کی مایہ ناز ہستیوں سے ہمسری کا دعویٰ کیا"[2] ٹینگ صاب چھ وَنان زِ امیُک مطلب گوو نہٕ یہٕ زِ مہجورن کیا چھُ پانہٕ یتھ کانہہ داوا کوٗرمُت ۔ میأنۍ کنہٕ گو امیُک ملنٕے یہٕ زِ تِمۍ لیچھ تِتھۍ نظمہٕ ییٚتھہ یورپ کیو جان شأیرو لیچھ مٕتۍ چھے ۔ غزلہٕ تہٕ نظمہِ ہنٛدِس اسلوٗبس منز چھُنہٕ آزاد واضح پأٹھۍ کینٛہہ فرق ہیکان کٔرِتھ ۔ أتی چھ سُہ یمَن نظمن خاص خاص موضوعَن پیٹھ لیچھ مٕتۍ غزلہٕ وَنان تہٕ أتی نظمہٕ ۔ أتی یہٕ گژھ اوکران زِ "اس قدر قادرالبیان ہوتے ہوئے دیگر نوع کی نظمیں

[1] کشمیری زبان اور شاعری جلد سوم ۔ [2] کشمیری زبان اور شاعری جلد سوم ۔

کیوں نہیں لکھتے"۔ تہ امی زیوٚیہِ ڈنتھ ز "آپ کی "ترانہ وطن" نظم میں تغزل کے رنگ کی جو لطافت اور جوش بیان موجود ہے، کشمیر کی شاعری میں اِسکی نظیر مشکل سے مِل سکتی ہے"

"ترانہ وطن" نظم عانان۔

مہجور نِہن یمن نظمن ہِنٛد ذکر مٔنے کوٚر تمہٕ سارینے چھپے "وٲژن" ہیٚتر منز لیکھنہٕ آمژ۔ مثالہِ

پاٹھی "لوکہ چار" نظم

میون لوکہ چار وَنہٕ کے اوس دودار

لبِ دریا چھاوان تازٕ بہار

متوژ ھتم ہا تیر دارو ہو

نو بہارو میانہ لوکہ چارو ہو

ترانہ وطن تہٕ وِتھ نظمہٕ ہِنٛد، یم بقولِ آزاد پرفیسر دیوندر ستیارتھی ہِنٛز فرمائشہِ پیٹھ لیکھنہٕ آیہٕ، اکھ اکھ بنٛد سپدِن ملاحظہ

ڈیٖٹھی کوٚت چھکھ گژھان خاموش۔ بہٕ لاگے پوٚش دامانس

یکاں آہستہ گاہ ڈٕلی ڈٕلی - ہٕری زن سرو کلہِ وِتھ ٹلی

گھے ننی پاٹھی گاہ روپوش۔ بہٕ لاگے پوٚش دامانس

أندی أندی سفید سنگر۔ دیوار سنگ مرمر

منز باگ سبز گوہر گلشن وطن چھ سوٚنے

"گٹِ رلسی کوٚر" نظمہٕ ہِنٛد اکھ بنٛد چھ

ژٕے تہٕ خوجہِ باین چھا برابری یے

ژٕے گلن ستین دِل بٔری یے

خوجہِ بایہِ ترژ پرژتھ دارِتہٕ بٔری یے

گرٛلیسی کوٗری نازنین سونٛدرٟ یِیے

یِتھے پأٹھۍ تِہنٛزٕ کینٛہہ باقے نظمہٕ مثالہٕ پأٹھۍ وزمل، سنگرٛمن پیوٚپرٛاگاش، جان بن جان بن جانانہ بن، زوٗن، آزادی، آیہ بأنٛ، کأشِر زنانہٕ، یِیے بوزِکے تھاوزمانس ستی، بأدٕ کر پینہٕ نے بانٛغ زان، بُلبُل سنٛدرٟ افسانے بوز بیترِ تہٕ چھِے وٕنٛچے مروج ہیٖشرٕ منٛز نظرِ گژھان شأیری ہنٛدِس ابتدأیی دورس منٛز چھِ تِمو کأشِر نظم لیکھنہٕ خأطرٕ عام طور وٕژن فارمے ورتوومت سِٹھاکم نظمہٕ چھِے قصیدہٕ چہ یا غزلہٕ ہنٛزِ ہیٖشرٕ منٛز مثالہٕ پأٹھۍ بہار، گُل نوٚو دُنیا، قومی ترانہٕ، نالۂ کشمیر ملہٕ ژارک سبق بیترِ۔ پوٚز پینہٕ شأیری ہنٛدِس آخری دورس منٛز کوٚر تِمو جادٕ تٕر غزلہٕ ہنٛد فارم نظم لیکھنہٕ خأطرٕ استیمال۔ یِژھن نظمن ہنٛزٕ مثالہٕ چھِے گلاس کُن، موٚزوٗرس کُن، بچاوکونسلس کُن، پیغامِ شیروانی، پوشہٕ نوٚلو ہوشہ سان روز، نوٚوٕ شوراچھ، ساقیا لیتاب کوٚرتھس بیترِ مہجوٗرٕنی چھِے میٚے تِژھ صرف اکھ نظم نظرِ گأمژ یِمہٕ چہ ہیٖشرٕ منٛز تبدیلی کرنہٕ آمژ باسان چھِے یہٕ نظم چھِے "نوٚکشمیر" اَمِچ ہیٔت تہٕ چھِے وٕنٛچی وون گوٚو دویم مصرٕ۔ یُس بار بار پھرِ نہٕ یوان چھُ چھنہٕ باقے مصرن ہنٛدِس وزنس پیٹھ یہٕ زَن مروج چھُ۔ یہٕ چھُ زیوٚٹھ تہٕ ترٛیٚم مصرٕ چھُ باقے دوٚیو نشہٕ ژھوٚٹ۔ اکھ بنٛد بوٚزِو ؎

| | |
|---|---|
| دوہ گوٚو أدا زوٗنہٕ تٕرٛدو پرتو | سارٕی ہے عالمس نوٚرک گاہ یوٚ |
| تارکو لوٚگ دکانا تھار نوٚن ہا متہ لالو | لوٚ اُکے وَنے افسانا |

اُردو شأیری منٛز چھُ نظم لیکھنس کُن شوٗعوٗری طور توجہ کرنہٕ کُنی آزاد تہٕ حالی نظمہٕ ہنٛد دور شوٗرٕ کرن والین ہنٛدِ خشتی یتہٕ تھوٚد مقام تھاوان۔ تِمو تہٕ کوٚ سہ جدت کرٕ مروج ہیٖشرٕن منٛز بأدٕ۔ مجازس، جذبی یس تہٕ جوشس ہوی بہلہٕ پایہٕ اُردو نظم نگار تہٕ کوٚ سہ نوٚ شارٕ فارم آسہ ورتاوان۔ مگر تِہنٛزٕ اہمیت گژھنہٕ امہٕ ستی کم۔ مہجوٗرٕ نی خشتی یت تہٕ چھِے کأشِر شأیری منٛز مروج ہیٖشرٕن منٛز کینٛہہ خاص جدت نہٕ کٔرتھ تہٕ نظمِ خأطرٕ کانٛہہ نوٚ ہیٔت نہٕ ورتأوتھ

تہِ سوٗ یوسہٕ اُردو شأیری منٛز حالی سٕنٛزتہٕ آزادٕنی چھےٚ۔ مہجوٗرنہٕ پیٹھےٚ گوٚ کأشِر شأیری منٛز باقأیدٕ پأٹھی نظمن ہُنٛد دور شوٗرٕ۔ مہجوٗرٕنٛ شأیری چھےٚ ارتقاکھ وار یہو منٛزٕ لوٗدرامہٕ تہٕ اَمی ہٕنٛز شأیری منٛز چھُ کأشِر نظمہٕ تہٕ ارتقاہکیٚ یِم موڑٕ وُچھنہٕ یِمتی۔ یتھ زمانس منٛز تِم صِرف غزلہٕ تہٕ وژن لیکھان آسی تیلہِ تہٕ چھِ آسی تِمسنٛزن کینٛژن غزلن تہٕ وژنن منٛز تسلسل بیان چہٕ کینٛہہ خأمی وُچھان یِم اَمہٕ کتھہ ہٕنٛز ژینہٕ دِوان چھِ زِ شأیرُ سُنٛد ذہن چھُ نظم لیکھنہٕ خأطرٕ تیار گژھن ہیوان مثالہٕ پأٹھی ے

"پوشہٕ مَتہٕ جانانو" وژن۔ اتھ زمانس منٛز اوس مہجوٗر رِوایتی، رومأنی شأیری کٕن لوٗگمُت سُہ اوس جادٕ تر حُسنٕکی تہٕ عشقٕکی ترانہٕ گیوان۔ یِمن منٛز کُنہٕ کُنہٕ تسلسلِ بیان تہٕ موجود چھُ ے

یارٕ سٕنٛز کتھہ چھَس وارٕ یاد تھاوان

دٕہن وٕٹھن زاہ تہٕ کرباوان چھَس

گُل وَنہِ بُلبُلس بوزِ کیاہ باغوان

یارس لَرِپان ساوان چھَس

حُسن و عشقہ کین یِمن نغمن منٛز چھُ کُنہٕ کُنہٕ فلسفکُ تہٕ تصوفکُ نوکتا تہٕ میلان ے

حُسنس زوالکُ چھُس نہٕ ڈر

پٕرتھ رنگہٕ دِلبر جلوٕ گر

ثأبت کرآن تکرارِ گُل

کرُ بلبُلو دیدارِ گُل

یا ے شیشہ دِلہٕ کےٚ مُیس رٕچھن توٗگ سےٚ چھُ شاہ

سُےٚ چھُ کأمِل جامِ جم یمی زون دِل

ے دٕہ تارٕ ژھوہ مار ساز و سامانس بُتہِ چھےٚ کأم طوٗفانس ستی

ٹکھ بَسَن چانِس اَتھ دیواں خانَس        پےبوز کے تھاو زمانَس ستی

یہ اوس سہٕ زمانہٕ ییٚلہِ کشیرِ منز سیاسی بے چینی پادٕ گمٕژ آس تہٕ اکہِ انقلابہٕ خاطرٕ اوس مأدان ہموار سیدان۔ بقولِ امین کامِل" اس تحریک کا بلاواسطہ اثر مہجور کی عشقیہ شاعری پر بھی پڑا، بلاواسطہ اس لئے کہ مہجور نے اس تحریک کی ابتدائی منزلوں میں اس کی ترجمانی تو نہ کی (ابلکہ قدرے تشویش وتشکیک کی نظر سے دیکھتے رہے) لیکن اُن کے عشقیہ خیالات میں بے بسی اور نسائیت کی بجائے رجائیت کے عناصر سرایت کرنے لگے"

یِمنے دٕہن چھُ مہجورٕ ییٚتھی شار ونان ؎

خوش تھوٗن مہجورٕ دِل وسواس تراو

خوش چھُ ڈٕنی یا خوش اگر تھاوِن دِل

اَتھ دورانَس یِم نظمہ مہجورَن وژن فارسَس منز لیکھنہٕ ہیٚژٕ تم چھےٚ لوکہ چارٕ وبتھ تہٕ ترانہٕ وطن۔ یِمَن نظمن ہنٛزِ خاص خصوصیت چھےٚ منظر کشی۔ ترانہ وطن نظمِ منز چھےٚ منظر نگأری ہنٛزٕ تھٕکنی لایق مثالہٕ موجود۔ جُزئیات تام چھِ بیان کِس دأیرس منز انہٕ آمتی ؎

گُلمرگہِ اُلہٕ پتھرے۔ نِلہ ناگ گو گجہ پتھرے

مخمل بہاروٕ تھرے۔ گلشن وطن چھُ سوٗنے

پننہِ وطنچہ یِمہ تصویرٕ وچھتھ چھےٚ اَچھ ماے جادٕ کھوتہٕ جادٕ گنان تہٕ اَتھ لول برنس کُن چھےٚ کل گژھان۔ خبر مہجورَن مُدا تہٕ ماوس یی ؎

مہجورٕ دیس سونے۔ باغا چھُ نُنٛدٕ بونے۔ اَتھ لول گژھِ برٕنے۔ گلشن وطن چھُ سوٗنے

ئہ ماہنامہ تعمیر۔ مہجور نمبر۔ مہجور کی شاعری اور شخصیت۔ امین کامل

گرِیسی کوٗری نظمہِ منز چھےٚ منظرکشی ہنٛز جایہِ سراپا نگاری تہٕ وصف نگاری طیس بیٛٹھ ے

سٹیوٗد سادٕ جامہ چھی شامہ سوٗندری یے

نہ ژٔر چھی گوٹےٚ نے زرٕی یے

کاژٕ زوٗنہ زَن چھہِ کالہٕ اوٗبرٕ کی ٹھری ئے

گرِیسی کوٗری نازنین سوٗنٛدٔری یے

حیہٕ ہکہٕ آبہٕ چھے چشمہٕ بٔری بٔری یے

غارٕتھنچ چھےٚ دلاوٗری یے

شرمہِ چانہ تاٗریف حوٗرٕ کٔری یے

گرِیسی کوٗری نازنین سوٗنٛدٔری یے

تہٕ اتھی سٕتی واقہ نگاری تہِ ے

وَنہٕ وان درایکھ بیٛٹھی تھزٔری یے

وگنیو شاباش کٔری یے

چینٛگہٕ سازوایان چھکھ دیدٔری یے

گرِیسی کوٗری نازنین سوٗنٛدٔری یے

"وُزمل" نظمہِ منز چھےٚ اِچ مثال یہِ ے

شامہٕ ژھایہِ اوٗبرٕ دار جامہٕ ڈٔلی ڈٔلی یے

وارٕیوٗ یتھ چھکھ پھیرِتھ گرٛژھان

بٕیٕہ چھکھ مالیٔنٛ گرٛژھان ژٔلی ژٔلی یے

نوٗرٕ وُزملی یے یوٗرٕ ہاو پان

"زوٗن" نظمہِ منز چھےٚ وصف نگاری سٕتی لوٗلچہٕ تصوٗف چہٕ، غمٕ چہٕ، فلسفہ چہٕ تہٕ قومی

ایحساس بُوزناوِنیچہ ژھایہِ گژایہِ تہٕ موجوٗد ؎

یادے آسی سأنی گاٹہٕ جأری　　　وقتہٕ اَکھ کرِ ملک دأری ے

از وُچھان آسکھ سأنی نابکأری کاژ زُونی بوزمیأنی زأری یے

"نالۂ کشمیر" نظمہِ منٛز چھُ یہ قومی ایحساس تیز کرنٕچ کوٗشش کرنہٕ آمٕژ ؎

عالمکی بیمار گرمیون آے واپس گےٗ بلتھ

ترِیشہِ ہتی ہیمتی وَتن ہیتھ زوٗ دوان بیمار میأنی

جان بن جان بن جانانہٕ بن ، یأدٕ کرِ پننے بأنٛچ زان تہٕ سنگر مالن ہیو پراگاش

نظمَن منٛز چھےٚ قومی ایحساس تہٕ اخلأقی تأریمہِ علاوٕ موئیُسی نشہِ لوٚب ہیتھ

اَکھ وۄمیدتہٕ اکھ پژھ قأیم کرنَس کنُ اشارٕ کَرِتھ ییٚنہ والہِ زمانٕچ خوش خبر وَننہٕ آمٕژ ؎

وَنٛدٕ ژلہِ شہین گلہِ ہییٚہ ییہ بہار

مہجوٗرٕ لولکُ ساز تھاو تیار

گُل پھولن پانٕے ژٕ ذرا بہانہٕ بَن

جان بَن جان بَن جانانہٕ بَن

؎ کھسہٕ ییٚلہِ نوٗ سمسارُک رَد　　　گوڈٕ ہییٚہ چانے ڈَبہِ پیٚرتو

اَدٕ گژھ روٗشن باقے جہان　　　یأدٕ کر پننے بأنٛچ زان

ہرِ دُک طوٗفان پوشہِ تھرِ ژالن　　　سونت ییہ دۄہہ اَکہِ تُلہِ پرِخاش

سے پھولہِ تَن ییُس دیہ جنجالن　　　سنگر مالَن ہیو پژاگاش

مہجوٗرنی شاعری چھےٚ پتہٕ رَسہ رَسہ تتھ مُقامَس کُن پکُن ہیوان ییٚتہٕ سو جوشُک

ولولکُ عملہِ ہنٛد ژوٗک موٚدرُ ژالنکُ تہٕ سخت کوٗشی ہُنٛد پأغام بنان چھےٚ۔ اِچ مثال

چھےٚ قومی ترانہٕ ییتھ اندر دعاہس سیتی سیتی اِنقلابہِ کہِ آلوٗک گرِزتہٕ کنٛن گژھان چھُ

۵ کری کُس بُلبُلا آزاد پنجرس منز ژٕ نالان چھکھ

ژٕ پینٕے دستہٕ پنہٕ نین مُشکلن آسان پاُدا کر

اگر وُز ہ نادہن بستی گلُن ہنز تزاو زیروبم

بُنیل کو واو کر گگرایہ کر طوفان پاُدا کر

چھُ باغس جانور بولان مگر آواز چھہ کمہ ہیٚون ہیٚون

یہندٕن آلون یارب اثر یکسان پاُدا کر

یا بیٚیس اکِس " نظمہِ منز ۔

ولولا جوشا حُبابا اِضطرابا ہمتاہ

پاُدِ یامت گرٕ ژھٕ دِلن اَندر تہٕ سے گو انقلاب

جوشس تہٕ عملہِ ہندس پاُغامس ستی چھےٚ جان مستقبلچ پیشین گوئی تہٕ ۔

| | |
| --- | --- |
| بُلبُل تہٕ کستوُر وایِن سرود | وارِ وارِ وارِ گرٕ ژھن نابوُد |
| بُلبلہٕ غم تزاو کڈ پکھن واش | باغکی رینزل واربن گالُن |
| سنگر مالن پیہو پزا گاش | یینہٕ یور چوُنے مذہب پالُن |

۵ راتہٕ موغلس زرٕ وِکُس پنجرس اَندر

پنجہِ دِتہٕ تس پنجہِ کڈِ شہباز میون

آسہِ یوٚد فولاد تن اسفندیار

تس اَچھو کنی مارِ تیر اَنداز میون

منگیہ ٹنگ تےٚ زار پارکھ وقت گونو ودور

یس مژٕ ھن منز زور آئس روز سے وونی کامیاب

جوشک، ولولک تہٕ عملہِ ہندِ پاُغامک یہ رنگ دیُت کاُشر شاُیری مہجوُرن تمِ

شیری اتھ منز ییٛنہٕ والہٕ وقتکی رٕنٛلی خاب تہٕ امی خاطرٕ کرٕن کاشر نظم استیمال یِم رٕنٛلی خاب چھِ "نوٚ کٲشیر" نظمہِ منز جادٕ ٹاکارٕ پاٹھی لبنہٕ یِوان ؎

شِنی یا چانی نِسا روزن شِنیا

شِنی یا ہن اندر بسہِ نوٚدُنیا

گلشن بنہٕ دارانا۔ تھاوتوکن ہامتہٕ لالو لولکٕ ونے افسانا

ڈلہٕ منز ڈنگل کھالن جواہر ودہ برکہٕ سوٚدرٕ نشہِ موکھتہ گژھ ظاہر

ژھارنہِ پیہِ اکھ جہانا تھاوتوکن ہامتہٕ لالو لولکٕ ونے افسانا

تارسر مارسر بنہٕ امرت سر توسہ ماداں بنہٕ سوٚرت بنٛدر

کونگہ وٹن لگہِ کارخانا تھاوتوکن ہامتہٕ لالو لولکٕ ونے افسانا

آزادی ہنزِ تحریک شوٚرٕ سپدنہٕ پتہٕ گوٚو ریاستہٕ کین سارِنے لُکن ہُنٛد توجہ اتھی کن۔ ہُتی لین ہنزِ غولامی ہنٛد بوٗ دادٕ ہوتہٕ دٕ کھوکرناوی کاشری پننہِ تمام وٕ میزٕ اتھی ستی وابستہٕ تہٕ یقین سپُن زِ شخصی حکومت ختم گژھنہٕ پتہٕ لبوٚ اسی سارِوے دادٕ ہوتہٕ دٕ کھونِشہِ نجاتھ شخصی راج ختم گژھنہٕ پتہٕ ہیٚوت نہٕ لکو وشرٕن کُنہ مجوٗرن تہٕ گیٚوی امکی نغمہ ؎

| | |
|---|---|
| بُلبُلو آزاد گژھنس چانِ بر | پوٚشن کرٕ او کرٕ چھاو گلزار |
| پنجرس منز خوراک اوٚسے مویسر | پھیر سبزارن وَن پھلی دانہِ ژار |
| آزاد روزٕتھ کم کھیوٚن چھُ بہتر | پوٚشن کرٕ او کرٕ چھاو گلزار |

امہِ شارہٕ ستی چھُ مجوٗرسہ ایحساس تہٕ یادٕ کران زِ اسہِ پزِ وَن کھلہِ دِلہٕ میحنت کرِتھ نوٚ کٲشیر تامیر کرٕنی۔

گریسی سُنٛد نغمہ چھُ امہِ شادمانی ہنز بیاکھ مثال ؎

بایہ میانہِ غم ترٕاو مناو شادی

## اَسِ وُچھ یُٹھ کاٗلی آزاٗدی

یہِ آزاٗدی اُس شیر کشمیر سٕندِس قیادتس منٛز نیشنل کانفرنسن دیاٗومٕژ توٚرے آو وَننہٕ ـــ

ووٗنی یہ کماوٚتہٕ رُوزپانس

نو قصان وَاتہٕ نہٕ اَکس دَانس

شیرِ کشمیر بنیو سون ہاٗوی

اَسہٕ وُچھ یُٹھ کاٗلی آزاٗدی

نیشنل کانفرنسک جنڈ اوس اَلہٕ باٗنی یُس وُں سون قومی نشان بَنیومُت اوس توٚرے اَے اَتھ تہٕ ترانہٕ لیکھنہٕ ـــ

یِیمہٕ وَتہٕ رَفتار چھکھ ژٕ تراواٗنی

تتھ وَتہٕ مو کھتہٕ ہراٗنی یے

مٔیٛژ منٛز لال زَن کھٔتی بدخشاٗنی

مٲری منٛزی ساٗنی اَلہٕ باٗنی یے

کاٗشری اَسی ہندُستانکی شکر گزار زِ تِم آے سانہٕ آزاٗدی رٲچھ کرنہٕ تہٕ اَلہٕ بانہٕ ہنٛز حکمراٗنی قاٗیم تھاوِنہٕ ۔ اَتھ کتھِ کُن اشارٕ کرِتھ چھُ مہجورٕ وَنان ـــ

| | |
|---|---|
| دِلہٕ ویٛر کاٗشری تہٕ ہندُستاٗنی | ویٛر چانہٕ آے لاراٗنی یے |
| بَرقرار تھاٗوکھ چاٗنی سُلطاٗنی | مٲری منٛزی ساٗنی اَلہٕ باٗنی یے |

اَتھ دورس منٛز یمہٕ ہندو مُسلم فساد سپدٕ نی ہیٚتِن تہٕ یمیُک اثر کشیر پیٹھ تہٕ پیٚنہٕ لجیاو ۔ تِمن ہندُوک تھامہٕ خاطرٕ لیچھ مہجورن "مِلہٕ ژارک سبق" نظم ـــ

| | |
|---|---|
| ذات بُتراتہٕ کاٗشرین ہنٛز چھوٚیٛنی | خامخا دوٚرِ برمہ پاٗدِ پانہٕ واٗنی |

دوٚد چھ مُسلم ہیُوٚنڈ چھُ شکر صاف صاف دوٚد تہٕ شکر ملِہ نأوِ وِپانہٕ وأنٛ

اَتھ نظمَس منٛز چھےٚ واظہٕ نفٔی ییتھاتہٕ بس۔

آزأدی پتہٕ خوشحال زندگی ہندی یِم خاب کأشرٕ ہو وچھمتی آسی تِہُنٛد تأبیر ہیُوٚتُن جلدے نشُن۔ سیأسی مخالفن انتقام ہنٛزِ واقاتھ تھٔپل ہوس، مددگارن تہٕ یارن دوستن ہنٛز بدنیتی، عام لُکن ہنٛز بدحألی اَکھ بٔرم اوس یُس پھُٹن ہیُوٚتن تہٕ مہجوٗرس پیوٚ تِتھی آزأدی ہنٛز کرُن ییمکِ تمیٚ نغمہٕ گیوٚی متی آسی ؎

یہِ آزأدی چھےٚ سو رٕہِچ حوٗر پھیر یاخانہٕ پتھ خانہ
فقط کینٛژن گرن اندر چھےٚ مارن گرٛایہ آزأدی
یِمےٚ چیز اَسہٕ غولامن آسی ظأٔلِم زدرٕ ملی ہیادان
کینان تی بازرن اندر کٔرِتھ مُلہ مایہ آزأدی

تمیٚ دوٚن سنجیدگی سان تہٕ ؎

دُشمن سنگین سزا دِیُن بدلہٕ ہیُوٚن چھُنہٕ کینہہ کمال
تیتھٕ شُلوٚ کاکرٕ ژٕ تس یتھ لولہٕ سان ہمیٚیہ چون ناو
دٕرأے وارِلی باغہٕ منٛزٕ جانأورن پھیر زندگی
ژٕ تہٕ اگر وارِ ژِلُ بنکھ پس گو برابر آدجاو

یتھی خیال چھِ "گلأٔس کُن" نأوی نظمہٕ منٛز تہٕ میلان ؎

تَتہٕ تہٕ چھا کنٛٹرول انتظام گول مول تَتہٕ تہٕ چھا چوٗر بازار
تَتہٕ تہٕ چھا رایہٕ نوٗن تیل باگران تَتہٕ تہٕ چھا یِتھی خانہ دار
تَتہٕ تہٕ چھا تس تھوان پنجرس اندر پوٚز یس آسہٕ گُفتار
تَتہٕ تہٕ چھا زِہو زیٹھی بتہٕ سازنٛدر دورٕوان موٚٹر کار

یا بییس جایہ ؎

فأض گو ئسے واتہٕ یُس عامَن تہٕ خاصن وَرِنہٕ کیاہ

کَس ہہٕ رٲژھ راوِنۍ تگن بییتہٕ ہٲے بندٕ تےٚ اَشناو

سہٕ چھُ خبردار کران زِ اَزِچ دوستی چھےٚ مفاد پرستی۔لہٰذا پزِ نہٕ اتھ دوستی پیٹھ اعتماد کرُن

چانہٕ باغکُ خارِ جِگرس نیٚبرٕ مین جانا وٕرِن ؎

زاے باغس منٛز دِیان چھکھہ یم کرن میوٕ تہٕ بچاو

دوٚیمِس ہندِس مدتس پیٹھ تکیہ کرِتھ بجایہ گرژھ پانہٕ اتھ کھورواین ؎

نظر شہپاز ہُنز چھےٚ نہٕ اَسی تین پیٹھ چھُس تہٕ زرواراہ

پنُن رُوزی چھُ ژھاران پانہٕ بالن سنگرن اندر

کشیرِ پیٹھ یوٚ سہٕ دَب ہندستانس تہٕ پاکستانس پانہٕ وأنۍ لٔج تمہِ نِشہ تنگ یِنکُ اظہار

چھُ مہجوٗرنہٕ "بچاو کونسلس کُن" نظمہِ منٛز میلان ؎

اکھ چھُ پاکستان ونان بیاکھ ونان ہندوستان

اَسہِ سِپُن فِلحال ڈاکستان یتھ مُلکس زبر

بخش تَن اَسہِ ترٲوی تَن ڈٲنی تو کھ اَسہِ کُنیتٕ تی چھُ جان

اَسی سنبالوگرِ پننُ یم نیرِ تن ساری نبر

تَس چھُ اَمہِ کتھِ ہُندپوٗرِ ایحساس زِ سأنی جدوجہد چھےٚ نہٕ وُنہ تہٕ ختم سپزمٕرش

سیٹھا ٹِکی ٹِکرٕ تہٕ تھکی تھکی کاروان چھُ ہہٕ مُنزِی تَس واتان

خرأبی قسمچ چھایا چھےٚ خأمی رہبرن اندر

مہجوٗر اوس پننہِ شأیری ہندِس آخری زمانس منٛز اشتراکی نظریہ سٟتی تہٕ متأثر گومت

تہٕ موٗزوٗرن ہندِس آخری زمانَس منٛز اشتراکی نظریہٕ سٟتی تہٕ متأثِر گومُت تہٕ موٗزوٗرن ہندس

حمایتس منز اوس شار لیکھان ۔ اَمِچ شہادت چھےٚ تسٕنز "موٗزوٗرس کُنؠ" نظمہِ منز موٗجوٗد۔

ہا موٗزوٗر دگریسی تیوٚ اتھ واس تھاوٕ تھوٚد ؤتھو

حق یِنؠ حاصِل کرِو ترأوِو کرُن وِدٕنؠ زار پار

یُتھ نہ بوٗزِو ذات بُتراتھ خاندان مُلکھ تہٕ قوم

چھُو موٗزوٗرن ہُنٛد کُنؠ اکھ قوم وِدٕنؠ سپدان شُمار

یمہ چھےٚ تمہ خصوٗصیتہٕ یموکِنؠ مہجوٗر کأشر نظمہِ ہِنٛدس تأریخس منز ہمیشہ تھدِس مُقامس پیٹھ روزِ۔ محمد یوٗسف ٹینگ چھُ ونان "مہجور کے سر ہمارے ادب میں کھُلم کھُلا سیاسی رجحانات اور سماجی حقائق کو تعارف کرنے کا سہرا باندھا جائے گا" یانے مہجوٗرس چھےٚ کأشرِس ادبس منز یِم چیز اَنٛنچ اولیت حاصِل ۔ مے کٔرِ نہ یتھ مضموٗنس منز اَدبی لحاظٕ مہجوٗرٕنؠ نظمہٕ پرکھاونچ کوٗشش مے اوس یُوتے یوت وَنُن زِ تأریخی تہٕ موضوٗعی لحاظٕ کیاہ چھُ کأشر نظمہِ مہجوٗرن دُیت موقعہ آو اَدبی کھوچہ دِموٚیِمن نظمن بیٚیہ کنہ ساتہ ۔ ۔ ۔



# "ہی وُل"

مشعل سُلطانپوری سٕنز شارہٕ سوٗمبرن یوٚس ہٕ سنہ ۱۹۷۴ ہٕ منز چھاپہ آیہِ ،

(دوٚیم ایڈیشن چھپن دوٚل)

# تنہا انصاری ہٕنز کأشر شأیری

تنہا انصاری (مرحوم) چھ اۆردوٗ تہٕ کأشرِ زبأنۍ منز نثر تہٕ نظم لیکھان اٚسۍ یتہ ۱۹۵۳ءیس تام اٚسۍ تِم اۆردوٗ شأیِر تہٕ نثار سِندِ حیثیتہٕ زٲنہٕ یوان۔ تِہُند کلام اوس ۱۹۴۷ برونٹھ مُلکہٕ کِین مختلف اۆردوٗ رِسالَن تہٕ اَخبارَن منز شائع سپدان۔ تِمَن اوس نہٕ کأشرِ پأٹھۍ کیہہ دَنہٕ کُن خاص ظون۔ تِہنٛز یاد کتھ چھےٚ نہٕ۔ کشیرِ ہِندۍ اَزکۍ سأری کأشرِ شأیر تہٕ اَدیب تہٕ اٚسۍ گوڈٕ اۆردوٗ زبأنۍ منٛزے لیکھان۔ شایداَدکِنۍ زیٛمِن اٚس نہٕ کأشرِ زبان ٹارے کھسان تیتھے پأٹھۍ یِتھہٕ پأٹھۍ مرزا غالبَس اۆردوٗ زبان دارِہِس کالَس بےٚ مول باسان اٚس تہٕ تِمۍ دیتُوو بٔڈ فخر سان ؎

فارسی بین تا بہ بینی نقش ہاے رنگ رنگ

بگذر از مجموعۂ اردوٗ کہ بے رنگ من است

مہجورن تہٕ آزادَن تہٕ اوس گوڈٕ اۆردوٗ پأٹھۍ لیکھُن ہیوٚتمُت پوز تِمَن سِنٛز کأشرِن شأیرن ہِندِ حیثیتہٕ شوہرت حاصِل تِمَن دوٗہَن سأنۍ اَزکۍ بہلہ پایہِ کأشرِ شأیِر اۆردوٗ زبأنۍ منز لیکھان اٚسۍ تِمَن دوٗہن اوس مہجورُن تہٕ آزادُن سیٹھا شوہرتھ اَمہِ سِتۍ تہٕ پیوٚو نہٕ تِمہ

زمانہٕ نوٚین لیکھن والین کیہنہٕ اَثر۔

یہِ چھُ ہندوستانس منٛز ترقی پسند تحریک بارسس ییٚنہٕ کےٚ فاَض زِ مختلف زبانَن منٛز لیکھن والین پیوٚ مقامی زبانَن منٛز لیکھنس کُن توجہ دِین یہِ تحریک چلاون والیو دیُت اَتھ کتھِ پیٹھ خاص کٔرتھ زور زِ مادری زبانۍ منٛز اظہارِ خیال کرُن چھُ جان تہٕ اَمہِ ستۍ چھےٚ یہِ اظہارس رُکاوٹھ ییٚش یوان کٔشیرِ منٛز ہیوٚتن کاشرِ پاٹھۍ "کونگ پوش" رسالہٕ نیرُن اَتھ منٛز اَس کاشرِ پاٹھۍ لیکھنَن زیادہ حوصلہٕ افزائی سپدان یِمَن دوہن اوٚس بیاکھ گٔریزِ تہٕ نیران یتھ منٛز اوٚردوٗ تہٕ کاشُر دوشوے زبانہٕ اظہارِ خیالکۍ ذٔری یہِ بناونہٕ آسہٕ یوان۔ تنہاؔ صابن تہٕ دیُت کاشرِ پاٹھۍ لیکھنس کُن توجہ۔ یوٚدوے اہندی فاَضِل برادر نشاط انصاری دعوا کران چھِ زِ تنہاؔ صاَب اٗسی شارونک اِبتدا کرن وِز پیٹھے کاشرِ پاٹھۍ لیکھان۔ پوٚز سہ کلام چھُنہٕ وُنہِ تہٕ دستیاب۔

تنہاؔ صابنہِ کاشرِ کلامُچ سوٚمبرن چھےٚ تہندِ یِمہٕ عالمہٕ گُذرنہٕ پتہٕ نشاطؔ انصاری صابن "فرات" ناوی چھاپ کٔرمژ۔ یہِ سوٚمبرن پٔرِتھ چھُ باسان زِ اہندس کلامس منٛز چھےٚ کافی رنگارنگی، خیالو تہٕ موضوعو کنۍ تہٕ ہیٚتر کنۍ تہٕ۔ تِموچھُ لکھ رُباعی، غزل، نظم، ترجیع بند، ترکیب بند تہٕ مختلف ہیٚتر ورتاوِ مژٕ تہٕ ہیٚتر ہندی کیہنہٕ تجربہ تہٕ کٔری متۍ۔ اَتھ حدس تاں زِ فِلمی باتن ہندس طرزس پیٹھ اکھ زِ باتھ لیٚکھتھ چھکھ کاشرِ شاعری اکھ نوٚ شارِ ہیت دِنچ کوشش تہٕ کٔرمژ۔ اَکس زمانَس منٛز اوٚس ناگُن "فلمہٕ ہُند یہِ نغمہٕ "مَن ڈولے میرا تن ڈولے میرے دِل کا گیا قرار رے کون بجائے بنسریا" کٔشیرِ منٛز جایہِ جایہِ سیٹھا مقبوٗل۔ تنہاؔ صابن لیوٚکھ اَتھی ہیٚترِ منٛز یہِ باتھ ؎

بالہٕ یار کوٗت گوم نوبہار کوٗت گوم تراوِتھ مے ژوٚلے بأے

ژھلہٕ ژھلہٕ اَنتن ساگرے

زاجِ نم ہَن ہَن تَن لولہِ نارَن زندگی کرٕ نم وۄ بأگی ۓ
ژھلہِ ژھلہِ اَنتَن سأگی ۓ

تِم أسی زبردَس وطن دوس۔ تہندِ ترانہٕ پرٕتھ چھُ باسان زِ تِمَن اوس پننِس وَطنس پیٹھ نازتہٕ اَمہِ چہِ بہبوٗدی ہُند سیٹھاہ ژٕگ۔ تہندِ ین یمَن ترانن ہنٛز ہیٔیت تہٕ چھےٚ رِیوایتی طرزَن منٛز تبدیلی ہُند ثبوٗتھ تہٕ اَتھ اَندازس پیٹھ چھہِ دینا ناتھ نادم سٕنز رِیوایتھ شکنی ہُند اَثر باسان، اکھ زِ مِثالہِ وُچھو سہ

سہ شہپر کاروان دژاو      بصد شکوہ و شان دژاو
مجٲہدا گرزان دژاو      کمر گنٛڈِتھ بہ شان جم
قدم تلوٗ تلوٗ قدم سہ

یہِ میون وطن یہِ سون وَطن      عنبر چھوٚ کمُت قوٗ دُرتَن
یییِتہِ چھَن جوین یییِتہِ چھَن وَتن      یہِ سون منزلِ مراد
زندہ باد، زندہ باد

شأیِری مُتلق یم مُختلف نظریہِ بارسَس آمتی چھہ۔ تِموٚ منٛز چھہِ اکھ یہِ زِ نفظن ہٕنٛز ترٛٹار صنعتَر تہٕ پٲرا و واجنہٕ زبٲنی چھُ مول خیال کرتھ شرٛہی زٲنی منٛز باوُنہٕ یِن۔ اَمیُک مَطلب گو بادتھے یاژ چھےٚ شأیِری۔ بیا کھ یہِ زِ باوتھ أسی تن کاژہ جان تہٕ مَقصد نےٚ آسہٕ س افأدی ییتھ نےٚ آسہٕ س شأیِری چھُنہٕ کیہنہٕ ہٕ قیمتھ۔ توے چھُ وارِیہو شأیِر و شأیِری کانہہٕ خاص مَقصد پراونکٕ ذٔرِ ۓ یوت مأنی ہٕژ۔ علامہ اِقبال چھہِ ہنٛھی ہنےٚ شأیِرَن منٛز شُمار سیدان مےٚ چھُ باسان تنہا صأبُن نقطٔ نظَر تہِ اوس یو ہے۔ اقبالس نِش متاثِر گٔژھِتھ کتہٕ پننے مزاژٕ سوٚ چھےٚ الگ کتھ۔ تنہاصأبن چھُ شار اِصلاحُک ذٔرِیہِ بناوُن دیوٗژھمُت تہٕ امی اِصلأحی نٛہج کِنۍ چھُ تہندِس کلامَس منٛز طنز تہٕ ظرافت پأدٕ ہِنۍ ہٕژ۔

ظرافتھ کم تہٕ طنز جادٕ۔ تِم چھِ سماجہٕ کِہن مختلف طبقن پیٹھ طنز کران۔ سیاسی بازیگرن۔ پیٹھ طنز کران۔ دُنیاکِہن طاقت وَر مُلکن ہندِین زِٹھین تہٕ تہٕنزن سوچن ترٲین پیٹھ طنز کران۔ اَتھ طنزس منز چھےٚ تلخی سو تلخی یوسہٕ یتھ فریب کار دنیاہَس تہٕ دنیاوالین منز لسنہٕ بسنہٕ کِنی شاعرِ سٕندِس دِلَس منز بادٕ سینی پٕژ چھےٚ۔ کینہہ مِثالہٕ وُچھِو

چھُ سہہ پنجرن اندر چھےٚ شادٕ شالَن
کو کرٕ بانگن ہنٛدٕ ے رَتھ ژانگہِ زالَن
کران خوش گفہٕ ونگان رانس موکرکھتھ
دِہس پھیرِن دوان سہہ رنگ نِشالَن

دیان جمہوریت لفظن تہٕ معنن
چھےٚ یتھ قومس الطاف بخشن

یمے الطاف نوٚی نوٚی از عوامس
پیٹھے لیڈر دسان ٹھاسِتھ چھپرکِنیل زن

ژٕ از مشہور مومن چھُس یہٕ بدنام
مٔے زانَن وٲلی زانن شہر کہو گام

وَنان أسی یوٚے "پٕزٕ ژور" ونتھ
بنیاہم راتٔی منزٕ کِتھ کِنی "پٕژس رام"

حمایتی میون ہیوٚ امنک تہٕ چھاوَن
یہٕ پھیوٚرس اُمنہٕ باپتھ ژوٚن جہاتن
دِژُن گو سامانہٕ جنگُک کیاز سوٚ مُبرم
دیان چھُس أسی تن یتہٕ ایحتیاطن

یہ طنز چھےٚ تہندین ہکُن تہٕ رُباعیین منز بلکہ تہندین غزلن تہٕ نظمن منز تہٕ ژھایہِ گژٲیہِ دِوان۔ تِم چھِ محبوٗبس مخاطِب آسان تہٕ تَس سٕتی کتھ کران کرانٕے اَمہِ تلخی ہُند اظہار تہٕ کران س۔

پأرتھِ قباتہٕ دستار قومَس کران چھُ تُرِ پار

دپنس کران چھِ باپار ییٚتہٕ کی امام وٚیسی یے

کتھِ بازِ وے شہبازوٕ ون قومَس تہٕ زہنکھ باز۔

اَتھِ باز ترٛوُوم پوٚز مے مابو ہتانہٕ بَنٛاُوم

ہِنٛ ناساز گارتہٕ ناموٲفق اوٚندپوٚک تکن ہنٛز خود غرضی۔ ایٚخلاقی قدرَن ہُنٛد دبول کاوَن ہنٛد رازِ ہوشرٛ ہٕس پرٛنٛ، دُنیا طلبی تہٕ جاہ پرستی، طمٕہک تہٕ حرصُک چلے جاو موٚخیٚچ رٚبے قدری تہٕ فوٚطچ قدر دأنی وٚچھنھ اوس نہٕ تہندس زٕحس کنٛے سکوٗن۔ تہندِ مزاز کٕ ٹٕھچھر اوس گرِ کھوہ تہٕ گرِ ہِران، تہٕ تہنٛد طنز اوس جادِ تیز نہٕ تیہل بنان گژھان ییٚمنیک نتیجہ دژاو یہِ زِ تمَن ہیوٚ چھیکرس سہٕ کلام وَنُن ییٚس شہرآشوٗب ناوٕ دی تہنٛز سوٚمبٕرنٕ منٛز شأمِل چھُ۔ یہِ چھےٚ تہنٛز مشہوٗر نظم تہٕ میانہِ خیالہٕ اکھ زندٕ روزن وول چیز اَتھ منٛز چھےٚ غضبچ روأنی، زبأنی ہُنٛد شوٗزر، کتھ باتھِ ہُنٛد انداز، چُست بندِش، ژھوٹ بحرتہٕ بیانچ پوٚختگی۔ باسان چھُم یہِ نظم چھِ تمَن علامہ اقبالَ سنٛد ساقی نامہ نِشِ متأثر گژھِتھ لیکھنٕک ظوٗن پیوٚمُت۔ کوٚڈنِکیٚ شار چھُ ہاوان زِ تمَن چھُ سیاقے نامہٕ لیکھنک خیال اوسمُت ؎

ولہِ یارٕ داماہ چاو     بَس روزِ تَٹھنٛد ناو

تہٕ یہِ شار چھُ ہاوان زِ علامہ اقبالَنہِ ساقے نامَن چھِ متأثر کٔری ہتی ؎

مے چاو حجازی     دَے روزِ نَے راأضی

عربی ژٕ لیا تراو     بَس روزِ تہنٛد ناو

بنان چھُ تمن ما آسہ ہا زندگی ہُنٛد کانہہ فلسفہ باوُن۔ پوٚزیُس ٹٕھچھر ناموافق

حالاتَن ہُند زہر چیتھ تہٕندِس دِلَس منٛز پادٕ سپٕنمُت اوس، تِمی دِژ گرزکھ تہٕ لوٗبُن اظہار یِمہٕ کِنی یہِ اکھ طنزیہ کارنامہٕ بنیوٚو تہٕ پوٚزاے بوزو تِموٚ بوو اَتھی پردٕس منٛز زندگی ہُندا اکھ فلسفہ سُہ گوٚیہ زِ یِژ ھوغاَر ایخلاقی قدرٕ ونشہٕ روٗزو باز۔ اَمہٕ سیٖتی ہٕر ہنٛز زندگی موٗل۔ اَتھ نظمہٕ منٛز چھُنہٕ کانٛسہِ بخشنہٕ آمُت۔ سارِنے ہٕنٛد اول اَنٛگن چھُ نوٗن کڈنہٕ آمُت ؎

| | |
| --- | --- |
| حاکِم بنے مِتھ اَنی | ژھانٛڈان آبَس تھنی |
| ٹھگٕنی چھے لُچِر ننگ | راچھن چھِ دِیان ٹھگ |
| اَپزُس چھُ اپٕز راضی | پزرُس چھُ تاران بازی |
| کھوٚتمُت چھُ گرٕہن بوش | موٗردار کھیتھ مدہوش |
| یِمہِ دورکی زٕر دار | اکثر چھِ ریا کار |
| دٕہن ناوِنے پیٹھ تَتھ | تھاَوِتھ چھِ کراَن کتھ |
| وُچھتکھ دٕہ سفید پوش | ایمان فراموش |
| اردٕلی تہٕ منٛشہ | حِصہٕ دار برابر |
| سوٚرُس ڈٕنتھ سیٚمٹھ | کتریوٚ بنان مُلہٕ بتھ |
| نوکری ژٕ یوٚد ژھانڈکھ | ہنتھ پونشہٕ اَن دٕہ پکھ |

یہِ چھےٚ پزرٕ ہنٛز خیالَن ہنٛز ہُنز باوتھ، سیدِ سیوٚد کتھِ اوٚلتِ وٕلتِ بغاَر اعجاز بیاَنی ہنٛز نمائشہٕ روٚستے۔ پرتھ کانٛہہ شار دِلَس وَیَن وول تہٕ پسندینہٕ وول میٚ وَنٛزِ یہِ کتھ بوٚنٛتھے زِ تِنہٕ ہٕنہاصابنہ شاَیری ہُنٛد غالب رجحان چھُ اِصلاح پسندی تِمی چھِ غزل تہٕ وَنٛزٕ مِتی۔ یِموٚ کِنی باسان چھُ زِ زندگی ہندِس اَکِس خاص مُنٛزلَس پیٹھ چھُ تہٕنٛد مزاز سیٹھا رومانی اوسمُت۔ تِموٚ یِم غزل وَنٛزٕ مِتی چھِ تِم چھِنہٕ یارٕ سٕنٛد زلفَ وخالہٕ کےٚ یوت بیان ہجرٕ کی ویداکھ تہٕ وَصلک اور زوٚی یوت بلکہِ زندگی ہٕندِ بَن

دۆیمین وأری داتِن ہُند اظہار تہٕ ۔ یِتھ پأٹھی زَن مہجوٗرَن تہٕ آزادَن غزل ورتوو دٕہں گو عام طور چھُ یِہند انداز ربواتی ٗ کینٛہہ مِثالہٕ چھےٚ یِم ؎

ہ چھم حرام آرام گومُت یِنہٕ دِلس رودُم قرار
دِیہ قراراہ یُس دلس تس دِلقرارس وٗنۍ زِکیا

ہ لگےٚ مخموٗر چشمن چھُے یِمَن مِلہٕ ژار چشمن سپنۍ
یِمَن مَس کھاسہٕ نےٚ گوٗڑھ لولہٕ کےٚ خوشوٗن خمار آسن

ہ عارٕ رستیو مارٕ کوٗر تھس ہٕیٚڑارٕ کوٗ تاہ کال ووٚنۍ
راتھ دٕہ چھم بے قراری دِلقرارہ چأنۍ دزٕ ے

زندگی ہِنٛدی باقے مسلہٕ چھِ تہنٛزن غزلن منٛز یِتھ کٔنۍ جاے رٹان ؎

تانٛ پوشن ہُند کنڈن کیا بُلبُلن کیا لارٕ لار
بدلہ نا دوٚستو چمنک تھوتہٕ ناما ساقیا

؎

ہ گبود کیا بأتھ أسی وصل و فِراقکی
کشیرے دِل گوٚمُت بسمل نِگارو

ہ چھُ مذہب ناگہٕ راد آبِ حیاتُک
زہر مِلہٕ وُس ملو گورَو تہٕ بابو

ہ ڈٕہ لان کم رِتی کران کم کھوٗرو وقتس
سِتم گر سِفلہٕ تےٚ جاہل نِگارو

پننو نوٚو تشبیہو نبرٕ ل خیالو تہٕ مُنفرد انداز بیانہٕ کنۍ چھِ یِمی ہوی شاریاد تھاونۍ لائق ؎

ہ یہ کینٛتھ لولاہ چھہٕ تنبہٕ لاوُن تہٕ اَنبہٕ ناوُن تہٕ مشراوُن

نہ گوڑھمی انتظار آسُن نہ تس پانس قرار آسُن

ہ مَنز نشاطس زوٗنہٕ یامتھ موخت تہٕ دامَن وُچھ گُلَن

رشکہٕ سیتی نچ تارکن ہنٛدی فوط پھٔلی چھکراوٕ نے

ہ ووٹھ تلِتھ کھوت موجنے پیٹھ ژھوٹھ سمندر کوٗل گوٗمت

کم گژھیاسنہٕ رس بہتھ موختک کمالا ساقیا

اہندس کلامس منز گئے مے اکھ زٕ غزل تتھی تہٕ نظر یم رِوایتی اندازٕ نِشہٕ بلکُل

وکھر چھہٕ باسان چھُ یم چھہٕ تہنٛدِ پنٕتی مین وٲری ہنٛدی یادگار تہٕ موتن اے

فُرصتھ دِژ ۲ انکھ یتھ وے چیزو. بر ہن وون کاشرس اَدبس ہلم۔ وُچھِو اکھ زٕ شارہ

اَنہٕ گوٗٹ، طوٗفان، اَنر پھٹ ہانز

ڈرچھم ناو زاہ لگہٕ تیٚیا بال

کَن تھکی بوزان لاٗل نجلون

وَنہٕ ناکانہہ ناگٕ راے ہی مال

تہنٛدا انصاری صابٕن اصلاحی رُجحان چھُ تہنٛز و نظمو کنٛز تہٕ نوٚن نیران۔ تِم چھہٕ اسلامی

قدرَن پوشنے کران۔ اسلامی قدرَن یم انسانی قدر چھے۔ مثالہٕ پاٹھی تہنٛز نظم "روزِ عید"

یہ شار وُچھو ہ

عید چھے تس بوچھہٕ ہتین یمی پھوٚر جھکتھ زینتھ بوٚرن

ہیتھ ننین یمی کوٚر دوٚلت تس بخت وارس آیہٕ عید

تہنٛدِ کلامک اکھ خاص حصہٕ چھُ مناجاتھ، نعت تہٕ منقبتھ۔ یِمَن موضوعن پیٹھ چھے

نظمہٕ تہٕ لیکھنہٕ آمژ تہٕ ٹنکہٕ تہٕ، مثمن تہٕ۔ یتھِ کلامہٕ کنٛز چھُ تہنٛد عقیدہٕ تہٕ نوٚن نیران تہٕ

اسلامی رہنماہن ہند احترام تہٕ حضور مکرم ؐ، حضرت علیؓ امام حسینؑ علیہ السلام سُند موحبتھ چھِ تم باعثِ نجاتھ زانان۔ نعت شریفو منز حضرت شیخ سعدیؒ ہِندِس تہٕ جان محمد قدسی صابنِس نعتس پیٹھ ہِتھنز آپچھمژ تضمین چھےٚ تہنز شاعرانہ مہارژہند پاس دوان۔ اکھ زِ بند چھِ یِم ے

"والشمس" چونے اکھ نمُا "واللیل" گیسو یک رُماہ
نوٗرانہ چونے پرتھ دماہ جارٔی زِ ماہی تا بماہ
گٔنڈِ منز ژِ نوٗرک عالماہ پرتھ عالماہ زن مہر و ماہ
انورٕہ چانیک مُشتری کشف الدجیٰ بجمالہٖ

ے

اکھ نظر چانٔی آدمس دنیاوان خوداس نشہ تھزر
یس نظر ترٲو کھ ژٕہ تس درکار کیا لال وگہر
سیدِ کو نینہ تروٗوم ڈیڈٕ تل چانے مے سر
چشمِ رحمت بکشا سوے من انداز نظر
اے قریشی لقبیؐ ہاشمیؐ و مطلبیؐ

اتھ موضوعس پیٹھ یم نٔکھ لیکھنہٕ آمتی چھِ، تہنز مثالہ چھےٚ یم ے

چھُم تمنا کر بنم دیدار چون دِل مے کرٕیشان ڈیشہ نادر بار چون
دین و دُنیا پرزلہِ ہے میٚونے گوژھم یا محمدؐ جلوہٕ انوار چون

ے محمدؐ بیٚیہ علیؓ ڈٕھی چشم بد دوٗر
مُدا ہیتھ کعبہ کین بوتلین کرو سوٗر
حضوٗرنؐ تلٕ علی بیٚیلہِ دوشنے پیٹھ

نِدا غائبی سِپُد نورٗ علے نورٗ

حضرت علی مرتضیٰؑ سِندِس شانَس منٛز چھےٚ تِموٚ اَکھ نظم لیٚکھمٕژ۔ یَمیُک اَکھ شار یہِ چھُ سہ

عالی علیؑ اعلیٰ علیؑ صدر العلا علیؑ

والی علیؑ اولیٰ علیؑ روحِ ولا علیؑ

حضرت امام حسینؑ علیہ السلام سِندِس منقبتس پیٹھ یِمہٕ نظمہٕ تِموٚ لیٚکھمٕژ چھےٚ تِمَو منٛز چھےٚ "شہیدِ اعظم" پننہٕ روانی تہٕ اندازِ بیانہٕ کِنۍ سرس اَکھ بَند چھُ یہِ سہ

یَسُند عزمِ صمیم تنہا

چھُ خالقِ انقلابِ عالم

یسنٛز اِمامتھ چھےٚ کائنات

دِوان درسِ بقاے باہم

یسنٛز شہادتھ عروجِ آدم

شہیدِ اعظم، شہیدِ اعظم

حضرت امام حسینؑ علیہ السلامس سٟتی چھِ تِموٚ پننِن مٕتکن منٛز تہٕ اظہارِ موجبتھ کوٚرمُت۔ مثالہِ پأٹھۍ سہ

دِین و دُنیا چون غم چھُم یا حسینؑ

یوٚت غم ہیمہ تیوٚت کم چھُم یا حسینؑ

چون غم ہیتھ ہار چشمو دارِ خوٗن

یِتھ دَس ہمدم سۍ دم چھُم یا حسینؑ

کأشرِس ادبس خدمتھ کرنک آو تنہا صابس سیٹھا کم موقہٕ

اگر تمن موت فرصتھ دِیہِ ہاِ تم تژادہن پننہِ مادری زبأنؑ منز شارن، ہندی تتھی دُرداِنہ یم ہمیشہِ تھیکنؠ لایق مول پژادان روزِ ہن۔ تہندیہ کلام تہِ آسہِ ہانہ پرن والین تام ووتمُت اگر تہند مخلص، ایحسان شناس قدردان، ادب نواز تہٕ اُدیب بوے نشاط انصاری صأب اُتھ شیرژأر کٔرِتھ چھاپ کرناونکُ بندوبست کرِہانہ۔ خُدا تھٔوِن تمن زِندہٕ تہٕ تنہا صأبن رُوح رُوٗزِ نکھ ہمیشہِ رأضی۔



موجود زمانہٕ چھِ زنگہٕ زنگہٕ ترقی کٔرِ تہٕ دُنیاہس چھِ رگہٕ شروٗکنہٕ ستۍ ییتہِ دوٗر دوٗر آسن وأٹ ہیوٗن ہیوٗن مُلکھ اکھ اکھس نکھہٕ آیٔ تہٕ علمن ہندی نبہ زٕندی کُشادٕ سپدنہٕ کہِ نتیجہ زٕنگی مختلف قوم اکھ اکۍ شند تہذیبہٕ تہٕ تمدن نشہ زأنی یاب سپنٕ تتہِ ہیوٗت تمو پننس تہذیبس تہٕ تمدنس، علمی سرمایس تہٕ فنی ریواژن سام ہیتھ، ییتہِ دٕ چھن زِبی کانہہ قوم کمہِ کمہِ زٕنگی چھُ اسہِ نشہ برٛونٹھ تہٕ تہندِس درجس تام واتنہٕ باپتھ کیا پزِ اسہِ کرُن۔ یہ گیوٗو جاننے تہٕ ئی پزہٕ کرُن، پوز تیٚلی ییٚلہِ پننہ عملی تہٕ فنی سرمایچ پوٗر پوٗر خبر اَتر آسہِ۔

اَسہِ کأشرِ لُکو (ظأہر چھُ زمیوٗن مطلب چھُ پرۍ متۍ لیکھۍ متۍ کأشرۍ) ہیژ اکثر کوٗڈ بنین قومن ہند علمہٕ ادبہٕ تہٕ فنہٕ نشہٕ زأنی یاب سپدنچ کوٗشش کرنۍ تہٕ اَتھ کوٗششہِ دوران ہیوٗٹھ تمن قومن ہند تیوٗت اہرزِ پننس سرمایس کُن وُزبہٕ لٔگے پیہن نظر۔

(روٗمانیت کیا گیہِ، مضموٗنہٕ منزٕ)

# پروفیسر محیؔ الدین حاجنؠ
## سندی ادبی خدمات

اُردوٗ زبانہِ تہٕ ادبس یِتھ بختہٕ بوڑ دورسر سیدُن اوس تیتھے اوس کاشرِ
زبانہِ تہٕ ادبس پروفیسر حاجنی صابُن تہنٛد پورناو اوس پروفیسر غلام محی الدین
حاجنی تہٕ عام طور آسکھ پروفیسر حاجنی دَنان تہٕ کیاز حاجنکی آسی روزن والی۔
یم چھِ تمن دوہَن ہندی پروفیسر آسی متی ییلہِ گامن ہندی لکھ ہالی آسی زانہٕ
یوان تہٕ سیتی چارِ پھیارَی تہٕ۔ تم آسی اکثر اَن پڑھ تہٕ جاہِل آسان۔ کُنہٕ کُنہٕ
آسے کانہہ پور رٔٹ لیوکھ۔ ت نظر گژھہ ہاتس اوس شہرچین نش ... یوان
توے اوس تمو محمود شاہ آبادی یس تہٕ محموٗد گامی دوٗنمت۔ لہٰذا اوس حاجنہٕ
کس دستارَس امہِ کتلہٕ کتھ یہ گوڑنیک ہنٛدہ پینو ... پیٹھ اوس نہٕ حاجنی صاب
اکھی بانہِ مشز پروفیسر زیہ اوس کالجہ ... مشز پرناداد یتھکنہٕ عام پروفیسر
چھِ۔ تس آسی لتہ کھفیچ پریٖخ کل تہٕ۔ مطالعہ کرنک شوق جنون کس ندس ہام
تہٕ یہ شوق روٗد تمن یوت سوار زِ تمو دِیت مَن اچھِ کاش تہٕ اکھ گلی میٹھ

سُہ اوس اکھ پادٲئشی دانشور، اکھ دِل ہُشیار خبردار تہٕ خوٗد آگاہ کاشُر شیٹھ حدس تام وطنُک لول تھاون وول۔

حاجنی صابنٕ شخصیتھ ٲسی واریاہ پاسل۔ تم ٲسی ووستاد آسنہٕ علاوٕ تِتھی ادیب یمَن پنُن اکھ منفرد اسلوٗب اُس بہلہٕ پایک محقق۔ تحقیقہٕ کین اصوٗلن ہنٛز زان کٲری تہٕ تحقیق زبان ورتاونس منٛز شوٗبن باقے یمَن ژاٹھ تم ٲسی اوَل درجکی نقاد، تواریخ دان، فن تواریخ نویسی ہند رمز شناس، کاشرِس تواریخس کُن تہٕ اَمِچ سنٛز ووگنٛز ژرزناونس کُن کل کرن والین یِنٛیمہٕ زمانہٕ کین نکتہٕ ورن منٛز سرفہرس۔ لوکہٕ ادبُک موٗل زانن وٲلی۔ اِسلٲمی تواریخ پوٚختہٕ خبراتھ تھاوان وٲلی، سیٹھاہ ژٔق نثر نگار، کاشرِس ادبس منٛز سمٲجی ڈرامہ نِگٲری کُن دنہٕ وٲلی، صوفیانہٕ فکر و فلسفن تہٕ اِسلٲمی علومن پیٹھ اُوسُکھ جان دس رس۔ ترتیب کٲری منٛز ٲسی ماہر، معتبر حاشیہ نویس، عمدٕ خطیب تہٕ مقرر ذندیہھاوَن وٲلی مناظر باز۔ عربی زبٲنی تہٕ ادبچ ووستاد آسنَس سیتی سیتی ٲسی سائنسی علومن ہنٛز یمَن شوٗبن ہندی ووستادو کھوتہٕ جادٕ زان تھاوان خصوٗصن ریاضی تہٕ طبیعات شوٗبن منٛز وار بہوٚ وکیلو کھوتہٕ جادٕ قونوٗن دان۔ تہنٛدِس ذاتس منٛز ٲسی کیٛتیاہ وصف جمع گامتی۔ خوٗددار تہٕ دردمند کاشُر آسنس سیتی سیتی اوٚل درجکی مجاہد، جان کھین چینک شوق پوٗز دیار سومبراونک تھیکنٕ لائق مہمان نواز، مصلحت پسندی نشہٕ دوٗر، پٔز تہٕ ٹیٛٹھ کتھ بروٚنٛہہ کنہٕ ونن وٲلی۔ کشیرِ ہنٛز تحریکِ آزادی ہندی گوڈنکی مجاہد، ڈوگرہ راجس منٛز مدرس پرنس دوران ننہٕ نیٚشانن کین کھیتھ، وِز وِز جیل گژھتھ تہٕ کشیرِ ہنٛز تحریک آزادی سارِسے دٲنشہٕ دربرد مد تھ

گرِتھ نہٕ ژھوٚرُکھ کانٛہہ ماوضہٕ زانٛہہ تہٕ نہ دوٗرکھ تامہ پتھرن یا وظیفن اَتھہٕ .

مےٚ چھ ارادٕ وَنکہن یِہندٚین ادبی خدماتن ہُنٛد تذکرٕ کرُن خاص کرِتھ کاشرِ ادبکہ تولقہٕ. حاجنی صاۍبن کوٚر گوڈٕ انگریزی پاٹھی لیکھُن شروع ہُکشیرِ کاشرِین تہٕ کاشرِس سیتی لول تھاونہٕ کِنۍ تہٕ ماحولہٕ کہ اثرٕ ہیتِکھ باتھ تہٕ لیکھنۍ. پوٚز جلدٕے ژور تِموٚ پننہٕ خاطرٕ نثر نِگاری ہُنٛد شوبہ. یُدوٚے اَتھہ سِلسِلس منٛز تواریخی ترتیبہٕ تہٕ کتھ کرِتھ ہیکو یانے زمانس ادلیبَتھ دِموٚپوز بہٕ وِثرھ مکانی اعتبارٕ کَتھ کرُٕنی. حاجنی صاۍبَن یُس لول پننہ وطنک اوس نَنہ اوس حاجنہٕ پیٹھ دُسلابہٕ سیدان. اَمِچ شہادَتھ چھےٚ یِہنٛزٕ تِموٚ کوٗشِشو کِنۍ یِہ میلان یِم تِموٚ کاشرِس اَدبس دِتھ بوڈنہٕ خاطرٕ کرٕ. تِمن اوس اَمہٕ کِتھہٕ ہُنٛد سَخ احساس زِ کاشرِ زبان پیٹھ کھور آسنہٕ کِنۍ چھ اَمہٕ زبٲنۍ ہندۍ وارِیاہ شاعِر گمنامی ہِنٛدِس آدٕ لنس منٛز ہینہٕ آمتۍ تہٕ یہ چھےٚ پوت پیٚیہ ہُنٛد فرض زِ تِہندۍ کارنامہٕ ین نۍ گُڈنہٕ. یِہ باس اٚسۍ تِم پرٚیتھ ادبی ادارَس متعلقہ سرکاری محکمن تہٕ یارن دوستن دِوان. اٚسۍ چھِ وُچھان زِ یِہ فرض نباونس منٛز کیاہ اوس تِہُنٛد مُنٛ رول...

کاشرِ پاٹھی یہ کینٛژھا تِہنٛد اَتھہ دِراو، تتھ منٛز چھ باگہٕ پوٚرُت حِصہٕ تِہنٛز ترتیب دِژمژ کِتابہٕ. تِموٚ دیت حاجنہٕ کینے ترٚین بہلہٕ پایہٕ شاعرن ہِندۍ کلام ترتیب. سُہ گوٚو وہاب پرے، اسد پرے تہٕ مولوی صدیق اللہ. یِہنٛد کلام نوٚ زمانہٕ کِنو جدید تقاضو مطابق ترتیب دِنہٕ سیتی شُد یِہ کلام محفوظ تہٕ حاجنی صابنہٕ تعارفہٕ، مقدمہ تہٕ حاشیہ نویسی کِنۍ کھوٚت حاجنُک ناد عرشس حاجنہٕ کےٚ اوس گوڈنیک شاعر یُس ناوِ تہٕ تصویرٕ حاجنی صابنہٕ فاضہ ایرانہٕ کِس شاہ میوزیمس منٛز ووٚت. حاجنہٕ کین یِمن ترٚیشوٗنی شاعرن

ہنٛز اٰسی نہٕ کاشرٮ۪ن پوٚرٕ زان ۔ یوٗتے اٰسی زانان زِ حاجنی کٔمۍ تام وہاب پرٕ ریٚن چھُ شاہنامہٕ ووٚنمُت تہٕ کٔمۍ تام مولوی صدیق اللہ ہن سکندر نامہ تہٕ اِسلامہٕ کہِ برکتہٕ اٰسۍ یِہنٛزٕ بدایع منظوم کامہٕ شہر وارِ یِہن گٔمن تام واتٕنٛمژٕ ۔ یہٕ اوٚسُس شٕری پانے ماٰلِس تِشہِ بوزان دوٚپ تمۍ یِیس اِمام اعظمؒ ناو ۔ فرض ژورٕ نے چھِ درو ضوکن تھاو“

یہٕ اٰسی کمنٕے گٔکن خبرٕ وہاب صاٰب چھُنہٕ رزم نِگارٕ یوت بلکہ بیار گوٚو غزل وَنن وول تہٕ یہٕ اٰسی نہٕ دیوان وہاب چھاپ سپدنس تام کانٛسے خبرٕ وہاب صاٰب چھُ سُہ گوڈنیک شاعر، یمۍ کاشرِ زبانی منٛز پرٮ۪تھ اچھرٕکِس ردیفس منٛز غزل وٕنی مٕژ چھےٚ تہٕ کاشرِس غزلس منٛز گوڈنچہ لٹہٕ معلمِ اِخلاق سٕنٛز کامٕ انجام دِژٕمٕژ چھےٚ ۔ حاجنی صاٰبن چھُ وہاب پرٕین دیوان دوٚن جِلدن منٛز ترتیب دِیتمُت ۔ یُس جموں وکشمیر کلچرل اکیڈمی ۱۹۷۱ءٕ پیٹھ ۱۹۷۳ءٕ یس تام چھاپ کوٚرمُت چھُ ۔ امہِ دیوانہٕ کہِ اِشاعتہٕ سٟتۍ چھُ وہاب پرٕینٛز تصویر تہٕ تہنٛدِ تحریرُک عکس تہٕ محفوظ سپدمُت ۔ گوڈنیُک جِلد چھُ ۱۶۸ ہن صفن تہٕ دوٚیُم ۷۰۸ صفن یانے سورُے دیوان ۸۸۶ صفن پیٹھ مشتمل ۔ گوڈنکِس جلدس منٛز چھُنے الف، ب، ت، ث، ج، چ، ح، خ، د، ڈ، ر، ڑ، ز، ژ، س، ش، ص، ض، ردیفن پیٹھ غزلہٕ ۔ یانے فارسی اچھرن ہُنٛد زیادٕ خیال آمُت تھاونہٕ ۔ یانے پ، پھ، ٹ، ٹھ، اچھرن پیٹھ نہٕ کٕنہہ غزل ۔ پرٮ۪تھ اَچھرٕکِس ردیفس تحت چھُ غزلو برونٛہہ اُتھ ردیفس منٛز مناجات، نعت تہٕ منقبت تہٕ تھاونہٕ آمٕژ ۔ گوڈنکہ جلدچ خاص کتھ چھےٚ پروفیسر حاجنی صاٰبنٕ لیوٚکھمُت گوڈٕت تہٕ زان، گوڈتس

منٛز چھےٚ دیوانہٕ کِس ترتیبس مُتلق کتھ کرنہٕ آمژ تہٕ اَتھ پیٹھ فارسی اثرُک جواز ژھانڈنہٕ آمُت۔ "زان" عنوانس تحت چھِ وہاب صابنہٕ زندگی ہندی حالات تہندی پیشہٕ، ذریعہ معاش، گرِ ماحول تہٕ پراونٛد پوک، شاعری ہنٛد ڈسلابہٕ اَپُرم کُل گنہٕ بیٚی وجوہات تہِند تفصیلہٕ تہٕ وضاحتہٕ سان بیان کرنہٕ آمژ یوٚسہٕ صرف حاجنی صابنٕی کام چھےٚ، کیٚژن کتھن واٴش کڈُن، زندگی ہندین واقاتن، تہنٛز شاعری سٕتؠ واٹھ دِنُن، تہنزن تخلیقن ہنٛد تعارف، یِمن تخلیقن ہندین گوٚنن ہنٛز زان، یِمن ہندی نوٗمونہٕ، وہاب صابنین غزلن ہنٛز خصوٗصیژ، یِمن ہندی فنی زاوی جارنٕی راوٕنؠ یوٚسہٕ سیٹھاہ محنت طلب کام چھےٚ تہٕ حاجنی صابن چھےٚ یہِ کام جان پاٹھۍ اند واتناوِمژ۔ یہِ زان پرٛتھ یِتہٕ رمزشناسی تہٕ نکتہٕ دانی ہنٛد قایل سیدن پیوان چھُ تتہٕ چھےٚ علم بدیع تہٕ علم بیانس پیٹھ یہندِ دسرسُک ثبوت تہٕ میلان...

پروفیسر صاب چھِ عربی ادبُک ووستاد، لہذا چھےٚ یِمن علمن پیٹھ یہند دسرس آسن کانہہ تأجبُب کتھا۔ دوٚیمِس جلدس منٛز چھےٚ ط، ظ، ع، غ، ف، ق، ک، گ، ل، م، ن، و، ہ، ی اچھرن ہندین ردیفن پیٹھ غزلہٕ میلان۔ یِتہٕ حاجنی صابنہٕ تگن گری ہنٛد اعتراف کران چھُ مےٚ یہِ وَنُن مناسب باسان زِ وہاب صابن دیوان شیرنس منٛز چھُ اُہنٛد وطیر تیتھےٚ رودمُت یتھ مولانا حالی یُن، پننس ووستاد مرزا غالبس مُتلق یادگار غالب لیکھان رُودمُت چھُ، وہاب صابنہٕ غزلہٕ ہنٛد بتھیک کانٛہہ کانٛہہ شُتلی آکھ چھُ وہاب صابس پیٹھ حاجنی صابنہٕ لولہٕ کین زُلفن ژھایہ گومُت۔ وہاب صابنہٕ غزلہٕ ہنٛد واریاہ حِصہٕ چھُ منظوم جذبہٕ نہٕ رٕشار۔ اَتھ چھِ تنقیدچیرِ زبانی منٛز بیان بازی وَنان

تہٕ اَتھ کتھِ کُن چھُنہٕ حاجنی صأبن کانہہ اِشارٕ کوٚرمُت ، ووٚں گوٚو وہاب صأبنہٕ کلامُک انداز چھُ زیادٕ پٲٹھ اِخلأقی ، دُنیاہٕچ ناپائیداری وٕرٕشناوٕنۍ تہٕ تمہِ بابتھ چھُ راست بیان موزون روزان ۔ توٚے ما چھُ تمن جذبن تہٕ تجربن ہُندِ تخلیقی اِظہارُک کُمہِ پٲٹھ ضرورتھ پیوٚمُت ۔ حاجنی صأب چھُ علم اِصنافِ شعرٕکین نوکتن کُمہِ پٲٹھ سنے مٕتۍ ۔ تِم چھِ وہاب صأبنین ٹکُن رباعی ناو کران تہٕ وژنن "گیت" وَنان تہٕ اَمہِ علاوٕ وٕژنن کُنہِ کُنہِ عنوان تہٕ دِوان ، بہٕ زن نظمن شوٗبان چھُ ۔ البتہٕ واریاہن اِصطلاحن وضاحت کٔرِتھ ، تمثیلن تہٕ تلمیحن شرح لیکھِتھ تہٕ فنی نوکتن واتش کٔڈِتھ یٔیتہِ یموٚ پننہِ دوستادلہِ ہُند ثبوٗت دِیتمُت چھُ ، تہٕ چھکھ وہاب صأبنہِ کلامُک موٚل تہٕ سِر کھرٕ کوٚرمُت تہٕ اَتھ ہُدہُر رٕدوٚمُت ۔ مشہور صوفی شاعر اسد پریُن کلام ، یُس پروفیسر حاجنی صأب واریاہن ؤرِیَن ژھاران گاران جمع کران رٕوٗدی متۍ چھِ ، چھُ یمہٕندے ترتیبہٕ جموں و کشمیر کلچرل اکیڈمی ۱۹۷۶ءس منز شائع کوٚرمُت ۔ یہٕ کتاب چھےٚ سواد ژٕہتھ صفہٕ ۔ اسد پرینِس کلامس تہٕ اَمہِ کلامہِ کِنۍ موضوٗعس سٟتۍ یوسہٕ دِلچسپی حاجنی صأبس اوسمٕژ چھےٚ تمیُک ثبوٗت چھُ تمہِ مضموٗنہٕ سٟتۍ مِیلان یُس حاجنی صأبن " اسد پرے بحثیتِ صوٗفی شأیر " عنوانس تحت مقالات کتابہِ منز شایع کوٚرمُت چھُ ۔ یہٕ مضموٗن پٔرِتھ چھِ صوفی تجربن نے تہٕ علم تصوٗفس سٟتۍ سہی ۔ حاجنی صأبنہٕ وسیع زانکٲری ہُندٕ پے لگان ۔ کلام اسد پرے کتابہِ ہُند خاص چیز چھُ اَمیُک گوڈٕ ، یُس کتابہِ ہندِس لگ بگ دوٚنس ہتس صفس وحاطہٕ کٔرِتھ چھُ ، پروفیسر صأبن تمہِ مٕنزٕ ہٕتۍ ساتی چھُ یہٕ کلام مختلف گیون والین تہٕ اسد پریہٕ نِین مُریدن نِشہِ

موٗلوٗم گٔرِتھ جمع کوٚرمُت۔ تمیُک انداز چُھ یِہ گوڈٕ ت پٔرۍ تھٲے سٔپدان، تحقیق
تٔمبرِ کٔتھ حدس تام چھےٚ اہندس ذیٛہنس منٛز برادان روٗزمٕژ، تمیُک پےٚ تہٕ
چُھ اَتی میلان۔ تٔہنٛزِ زندگی ہندۍ حالات سٔرکٔھرِ گٔرِتھ قلمبند کرنہٕ علاوٕ تٔہنٛز
شاعری ہنٛز موٗلہٕ آنکون ییٛمہِ انداز کَرنہٕ آمٕژ چھےٚ۔ سُہ چُھ محقق آسنس سٟتۍ
سٟتۍ حاجنی صابٔنین نقادانہ صلاحیژن ہنٛز پرٛژھ بہناوان۔ جان کلامُک معیار کیا
چُھ، تخلیقی تجربٕچ اہمیت کیاہ چھےٚ، نقاد سُند تہٕ صوٗفی سُند انداز فکر کِتھ کٕنۍ
چُھ وکھرٕ، حاجنی صاب چھِ تہٕ پرٛزناوُن ہیٛچھناوان۔ بلاغتہٕ کٔتھ وَنٕو، اَتھ کِتھ
واش کڈان کڈان چھِ لیکھان " اسہ پرین چھِ کمہٕ کھوتہٕ کم لفظن منٛز جادٕ کھوتہٕ
جادٕ روحانی احوال بیان کٔرۍ متۍ تہٕ خالے حشوز وائد شارَن منٛز بٔرۍ متۍ ییٛتھو
فنی تجربو سٟتۍ چھُنہٕ صرف پرَن والۍ سُند وقتے یوت بچان بلکہ چُھ ییتہٕ مانُن
پیوان زِ فنکار چُھ پننِس کسبس منٛز واقف تہٕ تہٕ ماہر تہٕ۔ علم تنقیدکین زاوی
جارَن تہٕ امہٕ فنہٕ کین نوکتن واقف آسِتھ تہٕ چھُنہٕ تٔہنٛز باوتھ کرنَس یا تمن ہنٛز
وٕٹہٕ روےٚ وائنس منٛز حاجنی صابٔنۍ مخصوص انداز فکر، ییٚتھ پیٚٹھ
اسلامی فلسفٕچ موہر، اسلامی عقیدٕچ چھاپ تہٕ مشرقی اصولن ہند ٹھپہٕ چُھ،
مُچھرِ تراونس پیٚٹھ تیار۔ تِم چھِ وَنان " شاعری اندر تبلیغی اسلوب ورتاونس
پیٚٹھ یُدوَے کینہہ یورپی نقاد تہٕ بییہ تِم مشرقی نقاد یِمن یورپی طرز فکرُک
کُلُر چُھ، بُتھس گینٛز ہش کھاران، اَما یوٗز تنقیدک یہٕ جدید اصوٗل وٕنیہٕ سرف
تِمنے یِم ینٛنہٕ فنی بے راہ روی تہٕ طاغوتی فکرٕ ہند خاطرٕ الحاد، شہوت،
ابہام تہٕ دماغی عیاشی ہندٕ کڈھی چھِ تھاوان، اسہ پرےٚ بچوراوس مذہبُک

قایل، تصوفک سالک تہٕ اخلاقن ہند ژھہ دار" نقاد ہندِس دعوہس جواب دعوی دِوان چھِ وَنان" اگر نقادَ تہٕ یوٚہے جوابِ دعوی پیش کرِ زِ صوٗفی شاعر سُند تخیل تہٕ چھُ محض اکھ ذاتی تہٕ انفرادی تجربہٕ، یتہٕ آسی مطلق صداقتھ ونِتھ ہیکو نہٕ۔ تَس سُند یہِ دعوی چھُ یِمہِ سببہٕ کمزور زِ صوٗفی شاعر سِنز رایہِ تہٕ نقادٕ سِنز رایہِ چھِ بنیادی یہِ تفاوت زِ صوٗفی چھُ صاحبِ حال آسان تہٕ نقاد صاحبِ قال۔ صوٗفی چھُ تمہِ عالمکی تجربہٕ شاعری منز پیش کران یم نہٕ نقادن زانِہہ ژٕری میتی چھِ آسان، امہِ کوٗڈ نہٕ کِس" صوٗفی اندازِ فکر" عنوانہٕ کِس حصس منز چھُ اسد پرینہٕ کلامہٕ کہ تولقہٕ داریاہن صوٗفی نوکتن واتش کڈنہٕ آمُت تہٕ داریاہ صوٗفی زاودِ بارو ژھنداونہٕ آمتی یم پرتھ علم تصوفس پیٹھ حاجنی صابس سُنز ننلر آسنس پَرھ کرنی چھیٚ پیوان۔ یمو چھِ کتیشرن سلسلن ہندی مقام تصوفکی منزل، حال، عالم، تہٕ سلسلن ہنز اکھ کُزانکھ ہانکل عالمانہ اندازٕ برونہہ کنُن اُنی مژتہٕ امہِ علادٕ اسد پرنیب کلامس منز آمتین تمام مشکل لفظن وضاحتھ کرمژ تہٕ شرح لیوکھمُت یِمہِ سیتی یہِ کلام سمجھنس منز داریاہ سہولیتھ پیتھ ہیکہِ۔ امہِ کلامہٕ کِس فنی پہلوس پیٹھ کتھ کران چھِ اُکِس دون بیاین تم یاتہٕ سرسری ذرلتی نتہٕ کمے پہن سنے میتی۔ اَتھ چھُنہٕ کانہہ شک زِ صوٗفی شاعرس چھِ فن شارس سنہٕ یغ یا تمیک پرواکریغ کمے ضرد رتھ آسان تکیاز بقولِ غالبؔ "نالہ پابند نے نہیں ہے" پیٹھ ییلہِ صوٗفی شاعر پوٚرمُت لیوکھمُت تہٕ آسہ نہٕ لیکن اسد پرینہٕ کلامہٕ منز یہِ مثال دِتھ۔

فنافے الرسول تتی منز چھُ ئُبتھ زندگی ئُستھ زان!

یہِ وَنُن زِ قافیہ نظامُک پابندی چھےٚ نہٕ کرنہٕ آمژ، چھُ ویوٗٹھ پہن باسان۔ حاجنی صابن چھِ اتھ غزلہ ہُنٛد قافیہ نظام مدِ نظر تھوٗومُت یا عامٕ وَژنُک پوٚز اکھ کتھ چھےکھ مُشرآدمژ زِ کاشرِس وَژنس یوسہٕ اکھ منفرد شارٕ ذاتھ چھےٚ چھےٚ یہِ خصوٗصیتھ تہٕ زِ اَتھ منٛز چھِ رِوایتی قافیہ نظام علاوٕ اکھ اندرونی قافیہ نظام تہٕ آسان تہٕ گھےٚ سےٚ یوت، اَمہِ کِنیٚ چھےٚ نہٕ یہِ اسد پرینہٕ کلامُک اکھ فنی کمزوری۔ تیم چھِ ییتہِ وَنان زِ غارٕ موزون لفظ چھِ موزون مانِتھ قافیہ بناونہٕ آمتی۔ تیٚمیچ یہِ مثال چھےٚ ؎

| | |
|---|---|
| کرکھ ژھٕدن سیتی سودا | سرن گرژھ چشمہ وےگاہ |
| برن گرژھِ راتھ تےٚ دوہ | میلہِ موٗزوٗرِی میحنتہ سائے |

وَنُن چھُکھ یہِ زِ سودا، گاہ تہٕ دوہ شوبنہٕ قافیہ . . . پوٚز اَتھ چھنہٕ شاید سٕنے مِتی زِ یہِ چھےٚ پد۔ یہِ چھُنہٕ وَژن یتھ ژور ژورِ مصرٕ چھِ۔ یم چھِ زِ ےمصرٕ لہٰذا کتہِ آو ییتہِ ناموزون قافین ہُنٛد سوال۔

مولوی صدیق اللہ صابن کلام چھُ حاجنی صابن وہاب پرینہ تہٕ اسد پرینہٕ کلامہ پتہٕ ترتیب دِتھمُت تہٕ یہِ کلام چھُ جموں وکشمیر کلچرل اکیڈیمی ۱۹۸۳ءیس منٛز چھاپ کوٚرمُت۔ یہِ کتاب چھےٚ لگ بھگ دوٗن ژور ہتھ صفہٕ تہٕ اَتھ منٛز چھےٚ مولوی صابنہِ پانٛژھ تخلیقہ شامل۔ سکندر نامہ، مغازی النبیؐ بدایع منظوم شکل وشمائل آنحضرتؐ تہٕ معجزات نبیؐ۔ اَسی ییلہِ کاشرِس اَدبس منٛز دینی تہٕ مذہبی اَدبچ تواریخ لیکھنہٕ وِژھو، مولوی صابن ناو ییہِ سرِفہرس شاعرن منٛز ینہٕ باسان چھُ زِ یُہنٛد مقصد تہٕ چھُ تی اوسمُت۔ حاجنس منٛز اکی زمانہٕ ترِ ن مختلف

اَدبی مٲدانن ہندی شہسوار آسنن چھُ مشہور کاشُر ادیب تہٕ نقاد محمد یوسف ٹینگ اَتھ گامس، ہندوستانُک مشہور علمی مرکز بدایون وَنمُت پیٹھ مجبوٗر کوٗرمُت۔ اَتھ کُلیاتس پروفیسر صٲبن لیوٗکھمُت مقدمہٕ وُچھتھ چھِ ٹینگ صاب حاجی صٲبنہِ عالمانہٕ ختۍ تِژ داد دِوان لیکھان زِ تَس چھےٚ کاشرِس اَدبس، اسلامیاتس تہٕ جدید علمن پیٹھ زبردس نظر" تہٕ "کُلیاتہٕ کِس پرٛیتھ صفس پیٹھ چھُ تہنٛز نوکتہٕ دانی ہُنٛد نقش زوتان"۔ حاجی صٲبن یِنہٕ مولوی صٲبنِس مقصدس، علمی تہٕ ادبی خدمژ گُلہ آلوی ہتی چھِ تِتہِ چھکھ بِنہٕ توآریخ دانی ہُنٛد ثبوت دِوان دارِہن جاین مولوی صٲبنِس بُل چُکس کُن تہٕ اِشارٕ کوٗرمُت تہٕ وونمُت زِ سکندر اعظم یِنٛدی کارنامہٕ سکندر نامس منٛز بیان سپدی ہتی چھِ، چھِنہٕ سکندر ذو القرنین یِنٛد ذِکر قرآن شریفس منٛز سپدمُت چھُ خاص کرِتھ چھکھ مغازی النبیؐ کِتابہٕ منٛز ذِکر سپدی متین واقن وِژھنے کرٛمژ تہٕ اِسلامی توارِخس پیٹھ چھکھ پننہِ سنہ نظر ہنٛدِ باس دِتیمت۔ بدائع منظوم کتابہٕ ہندِن دارِہن نوکتن چھکھ تِتھ پانٛژھ واش کوڈمُت یِنیمہٕ سِتۍ علم فقہس سٟتۍ تِہنٛز پوٗرٕ زان کٲری ہُنٛد باس لگان چھُ۔

"کاشُر شاعری" ناوٕ کتاب یوسہٕ ہِمَن ساہتیہ اکیڈمی تفویض کوٗرمُت اوس، چھےٚ ١٩٦٦ء یس منٛز چھاپ سپزمژ۔ اَمیُک اِنتسابے چھُ تحقیقس سٟتۍ حاجی صٲبنہٕ زبردس دِلچسپی گواہ۔ یہِ اِنتساب چھُ تِمَن شٲیرن ہُنٛد ناوِ یِم اَسہِ تیتھے کنٛز ادبی کہکشانس منٛز وَنہٕ آے نہٕ یِمِہ کنٛز دارِیاہ ہُنٛدی تارکھ سیٹھاہ دوٗر آسنہٕ سببہٕ یا دارِیاہ لوکٕٹ تارکھ یِمَن ہندِس گاشس تَل لگنہٕ سببہٕ موجود آسِتھ تہٕ چھِنہٕ لبنہٕ یوان۔ اتھ "کاشُر شاعری" چھےٚ شٲیرن ہنٛز زِندگی ہُنٛدوق تِہنٛد زمانہٕ تہٕ دُنیہِ ہس یِنکہِ تہٕ گرٛزہکہِ تاریخ زانِنس منٛز مدد دِنہٕ واجِنہٕ...

ۓ کُلیات مولوی صدیق اللہ۔ عرضِ ناشر

عبدالاحد آزاد نہٕ "کشمیری زبان اور شاعری" پٮ۪تہٕ گوڑنیُک کتاب۔ یِمَوٚے نو
تحقیقہٕ مطابق کیٚنٛژن شاعرن ہٕنٛزن زاجاین تہٕ پاداہ گژھنہٕ کین تارٟخن پھیر
پیٚومت چھُ تو تہٕ چھُنہٕ یہٕ کتاب تیار کرنس منٛز یِہنٛز مبحثر کُنہٕ صورژموٗل قسان
کأشرِ شأعری ہِنٛدی یِم دور یِمَو مقرر کٔری مٕتی چھِ، تِمَن سٕتی تہٕ ہیٚکو اختلاف
کٔرِتھ۔ اَدٕیِن چھُ یِن تِیٚن نوکتہٕ نِگاہ آسان، کیٚنٛہہ چھِ زمانہٕ حسابہ شأعری
ہِنٛدی دور مقرر کران تہٕ کیٚنٛہہ شارِ ذأژ ؤحسابہ۔ حاجنی صأبن چھِ توأریخی انداز
دور مقرر کٔری مٕتی۔ یِتھی پٲٹھی حسابہٕ دور مقرر کٔرِتھ چھِ تِمَو کُنوہمہٕ صدی برٛونہِم دور،
پٮ۪تہٕ کُنوٗہم صدی منٛز کال، پٮ۪تہٕ وُہمہٕ صدی گوڈنیُک دور تہٕ موجود دور۔
کُنوٗہمہٕ صدی ہٕنٛد گوڈ کال تہٕ پٔت کال چھُنہٕ الگ کٔرِتھ آمُت۔ یِم شأیرٕ وُہمہٕ
صدی ہِنٛدِس گوڈ کالس منٛز ہاونہٕ آمٕتی چھِ، تِم چھِ مینٛز کنٛہ کُنوہِمے صدی
ہِنٛدی شأیر، تِکیازِ تِہٕنٛد تخلیقی زوٗ زیٚتہٕ چھُ وُہم صدی شروع گژھنہٕ برٛونٛہے سوٗتان
مثالہٕ پأٹھی وہاب پرے، یِتھے پأٹھی چھِ وُہمہٕ صدی ہِنٛدِس موجود دورس منٛز
تِتھی شأیر تہٕ شأمِل کٔرِتھ آمٕتی یِمَو وُنہٕ کانٛہہ ناو برٛووُمُت اوٚس نہٕ مثالہٕ پأٹھی محمد
سُلطان گلزار یا شام لال دربہار تہٕ کیٚنٛہہ تِتھی شأیر تراونہٕ آمٕتی یِم شأمِل کٔرِی
مٕتی گژھِی آسنہٕ مثالہٕ پأٹھی موتی لال ساقی تہٕ رشید نازکی۔ شارِ ذأژن ہٕنٛز خصوصیت
نظرِ تَل نہٕ تھاونہٕ کنٛہ چھِ یِہنٛدین ناون تہٕ اوٚر یوٚر گومُت۔ وٕژنس چھُ گیٚت ناو
کٔرِتھ آمُت تہٕ مُمکِن رٕژان پرے۔ مثالہٕ پأٹھی غلام رسول نازکی تہٕ مرزا عارف صأبنہٕ
گُکھ یِمَن نہٕ ہرگز رُباعی وٕنِتھ ہیٚکو۔

"کأشر شأیری کتابہٕ ہٕنٛد اہم چیز چھُ اَمِیُک گوڈٕ ت یِتھ" زانہٕ عنوان
دِنہٕ آمُت چھُ۔ یہٕ چھیٚ اَمہٕ کتابہٕ ہِنٛدین وٕنہِن صِفَن احاطہٕ کٔرِتھ۔ اَتھ منٛز چھُ

کوڈ لِسانی حسابہٕ کأشرِ زبأنۍ پیٹھ بحث کرنہٕ آمُت تہٕ اَتھ ہُند ایرآنی سِلسِلس پیٹھ واتھ دِنہٕ آمُت۔ اَتھ منز چھُنہٕ کانہہ نوٚو تحقیق۔ کأشرِ زبأنۍ پیٹھ مختلف زمانن منز فاتحن ہندِ سببہٕ پر قومن ہُند اثر ہاوان چھِ تِہندین لفظن ہنز نشاندہی کرنہٕ آمٕژ یِم بیٚیِن زبانو منز آمتۍ چھِ۔ اَتھ منز چھُ دیدرانہٕ ہندِس تہٕ فرمانس کُن تہٕ اِشارٕ کرنہٕ آمُت یُس کأشرِ زبأنۍ منز اوس تہٕ بُہلر صأبن لوٚب ۱۸۷۷ء یَس منز لوہہٕ رِکس عجائب گرس منز۔ کأشرِ زبأنۍ تہٕ کأشرِ ن لُکن سۭتۍ پننہٕ کِتھ لولُک پِہند بیتھ کھورِ آسنُک تہٕ پہندِ مولہٕ وَسنُک یُس دو دی پروفیسر صأبنِس دِلَس منز چھُ سُہ چھِ یِمہٕ جملہٕ سۭتۍ ننان "امہٕ زمانہٕ کِس اِبتداہَس منز ابو الفضلُن یہٕ لیکھُن زِ کأشرِ ن چھےٚ پننۍ اکھ زبان" اگرچہ اَسہٕ کینژ کانہہ لوٚ شیٚچھا چھِ نہٕ مگر یہٕ چھےٚ اکھ حقیقتھ زِ نہٕ ہیٚوک سُہ نہٕ تَس پتہٕ کانہہ کأشُر مؤرخ یہٕ لیکھتھ یازِ أنتھ زِ اگر موغلو بروٚنہہ تہٕ پتہٕ سرکأری زبان فارسی أسۍ مگر تو تہٕ کیازِ اوس کأشرِس ادبس تِمن اکھ خاص مقام یُس موغلن ماتحت وری وری گُڈان ہنہٕ ہنہٕ کأشرِ ن راوان گوٚو" تہٕ تِتھے پأٹھۍ پِہند یہٕ وَنُن زِ کأشرِس روٗدی "عام لُکھ لولہٕ متہٕ لاے کران تہٕ خاصو تروو سیر راہ" چھُ تِتھے پأٹھۍ ازتہٕ یوٗز پیتھ کِنژ تِمہٕ زمانہٕ اوس۔ حاجنی صأبس آیہٕ واریاہ لَٹہٕ پاکستانی مسلمان " آہٕ پیٚنہٕ ہانژھ لاگنہٕ تہٕ تِتھے پأٹھۍ " آمریت پسند " آہٕ پیٚنہٕ پام دِنہٕ۔ یوٗز یِلہٕ أسۍ یہٕ وُچھان چھِ زِ سُہ چھُ کشیرِ تہٕ کأشرِ ن مول کھالن والین ہِندی بادشاہن تہٕ تأریف کران تہٕ کشمیر تہٕ کأشرِ ن ظُلم کرن والین مسلمان پادشاہن تہٕ کشیر ہنز آزأدی کھینہٕ والین موغل اعظمن ییٚٹ کڈان تہٕ تِمہٕ شخصی حکومژ پیٹھہٕ عوأمی رضامندی آسہٕ "ہش مُش راج" وَنان۔ اَسہٕ چھےٚ یِم دوٚ شوٚوے کِتھہٕ مَین مُتلق

پروپیگنڈا باسان۔ اَتھ چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ سُہ چھُہ وۄرٕھ وآنجہ تہٕ پٔرِتھ پٔرِتھ مسلمان پوٗز متعصب نہٕ۔ سُہ چھُہ تمہِ "طرز جمہوری" نِشہِ نِشہِ ناخوش یَمہ منٛز تھپلن ہُنٛد راج آسہِ تہٕ تہُنٛد "پوختہٕ کار" ہٕنٛز غلامی پسند کران یِس سارنے لوٗکن ہٕنٛز حمایتھ تہٕ رضامندی سیٖتۍ آسہِ۔ یُس اَتھ ظلم و جبرک تصورے ہینکہِ نہٕ سٕیدِتھ تہٕ یُس خلفائے راشدین یا عبدالعزیز اموی ہوٗین حکمرانن نِشہِ نظر گٔژھان چھُہ۔ حاجنی صابنہِ علمی مکُ اَکھ آگُر چھُہ یِہنٛد سوٗن مشاہدٕ تہٕ۔ اَمی مشاہدٕ کنہِ چھُہ یِمَن کشیرِ ہُنٛد قدرتی حُسن سانہِ جمالیاتی ذوقُک تہٕ جمالیاتی ذوق کشیرِ منٛز قدمس قدمس پیٹھ گوٚنہٕ ماتھ میلنُک باعث باسان تہٕ یہِ چھِنہٕ کانٛہہ اِیز کَتھ زِ کأشری چھِہ تیٚتۍ شارٕ ہٕزأزی زیٚہنٕزے کَتھ چھِہ' عاشور ہٕرتی علاوٕ عام مکھ تہٕ وونس زیٚٹھ تہٕ کھنجہ کروٕنی لہرٕ ترٛاوان" کأشِر شأیری ہُنٛد پوٗت منظر سوٗن شارٕ ذہن بناوُن وألی اسباب تہٕ کأشِر شارٕ ذأژ یادِ گٔژھنکی چھِہ سماجی وجوہات تہٕ دِنہٕ آمتی، سیأسی تہٕ تہٕ نفسیأتی تہٕ۔ قصیدٕ گوٚیی نہٕ پھِنس چھِہ تِم اَمہِ کنہِ خوش زِ "غلامی ہندس دورس منٛز تہٕ چھِنہٕ سأنی پوختہٕ کار شأیرٕ ٹِ خاطرٕ گاوخرس" اسپ تازی وَنِتھ پیٹھ تیارٕ سپنٕہ متہٕ" یہِ زان پٔرِتھ یِیتہٕ یِہنٛدِ تحقیقی نہارٕ ژ ہُنٛد آن مانُن پیوان چھُہ تتہٕ چھِہ یِہنٛز تنقیدی بصیرژ پیٹھ تہٕ ایمان اَنُن پیوان۔

اَکھ ادیبہٕ تہٕ اَکھ نثر نگارٕ سٕندِ حیثیتہٕ حاجنی صأب پٔرزٕناونہٕ باپتھ چھُہ یِہنٛز "مقالات" نأوی کتابہِ ہُنٛد مطالہٕ تہٕ ضروری۔ اَتھ کتابہِ چھُہ مُلکُک بٔڈ ادبی ادارٕ یانے ساہتیہ اکیڈیمی ہُنٛد ایوارڈ تہٕ میوٗلمُت۔ یہِ کتاب چھپیٚے مارچ ۱۹٦٧ءٔ یَس منٛز چھاپ سپٕزٕ مٕژ۔ اَتھ منٛز چھِہ سَتھ مقالہٕ یِم اَکھ دوٚن ورأے ۱۹٦۵ءٔ

یس مشر چھاپ جمہ کِس جیلس مشر لیکھنہٕ آمتی چھِ۔ کتاب ہُند یہ اِنتسابیٕ تس کُنہٕ بێنہٕ ہندِ ناوِ ییمی زندگی ہندِ پتمہ دوہہ ووشِن ترادِتھ مےٚ متلق پژر ہمت اوس، کیاہ تس تراوَن نا ازتہٕ جیلہٕ مشر تہٕ یہ گرژھا تس مشتھ؟ نہ اِنہ اِسہ تہ خدایس حوالہٕ تہٕ یہٕ تہٕ" چھ اَکِس وچایہٕ قسمہٕ کِس ظلمس کُن اِشارٕ کران یُس حاجنی صابس ہوِس دانشورس تہٕ ژالُن پیوٚمت چھُ۔ اَمہ کِتابہ ہُند اسلوب چھُ آغازِ سخن" ناوی مقالیٕ مشر پنُن پان نپہٕ ناوان تہٕ اَکھ خاص حقیقت برونٹھ کُن انان، یتھ مشر طنزٕ چ تلخی تہٕ چھےٚ تہٕ مزحک میچھر تہٕ۔ حاجنی صابنہ بناوٕمژ کأشر اِصطلاح تہٕ انگریزی لفظن تہٕ اِصطلاحن ہندی کأشر ترجمہٕ یاتی چھ حاجنی صابنہ پوشوٕ زندگی ہنز ضمانتھ۔ یِم گژھن زبان زد تہٕ بنن کأشرِ روزمرٕ ک حصہٕ۔ حکمرانِ طبقس طبق نال، وفادار، وَنُن، بے محل طمہس، بریٹھ آرزوٚ OBSESSION" نس، اَنٛدرِی وربیٚتر روزن ہمیشہ یاد۔ حاجنی صابُن لیوکھمُت یہ جملہٕ زِ" اگر یِم مقالہ پرِتھ کأشرِ کأشرس ہینز" کشمیریت" ژتس ہِش پیٚیہِ یہٕ زانہٕ ز زنتہٕ پروفیسر راہی ین تسی کُن یہ باتھ وونمُت اوس ... ے

ژٕ اتھ غل گوشس اندر قادتے قادِ کی بستم مُشرکھ
چھُنو اِد دوہ کڈُن کیٚنہہ کریوٚٹھ قادن کالہٕ کوٹھن مشر

چھ یہ سمجنہٕ خاطرٕ کأفی زِ حاجنی صابُن مشن تہٕ مقصد کیاہ چھُ روٗدمُت۔ کأشر زبأنی ہُند اَکھ ارتقأئی خاکہ عنوانس تحت چھ کأشر زبأنی پیٹھ ناگن، پشاچن، یہودین تہٕ آرین ہُند اثر ہاونہٕ آمُت تہٕ وارِیاہ ترژھ پیٚیہ چھ کَتھ وَننہٕ آمژ یِم صرف حاجنی صابےٚ وٚنِتھ ہیکہِ ہا۔ کشیرِ پیٹھ عبرأنی اثر ہاونس مشر چھ یِمو نذیر احمدنہٕ JESUS IN HEAVEN ON EARTH کِتابہِ نِشہٕ وارِیاہ اِستفادہٕ کوٚرمُت یمیُک

تِم اعتراف کران چھِ۔ بودھ دورس منز وسط ایشیاہس سیتی کشیر ہُند تولق تہٕ وسط ایشیاہُک اثر تہٕ فارسی اثرٕ سیتی نب، زوٗنگ، بُتراتھ ہوی اصل کاشرِ لفظ غاۓب گژھتھ آسمان نار تہٕ زمین عام گژھنہٕ تہٕ شاردا بجایہِ فارسی رسم الخط ورتاوُس منز ینیچ حقیقتھ چھےٚ نفیس پاٹھی ننہٕ راونہٕ آمژ۔ کاشرِ نثری لکہ ادبُک خاکہ مضمونہٕ سیتی چھےٚ ساروٕے برٛونٛہہ یِموٕے سانہٕ نثری لکہ اَدبُک اہمیت برونٛہہ کُن اَنی مژ۔ کاشرِ زبانی ہندی کینٛہہ تلمیح ویژھناوان چھِ تِم ینہِ توآریخ دٲنی تہٕ ویسع مشاہدُک ثبوتھ دوان۔ خاص کتھ چھےٚ یہ زِ اَتھ منز حاجنہکی مقامی تلمیح درج کٔرِتھ چھِ تِم، حاجنہ چہِ زبانی اکہ ضرب خاہُک درجہ دِتھ۔ حاجنہٕ کس ہنگس تہٕ تاج لاکان کاشرِ ثقافتکی کینٛہہ تاریخی نِشانہٕ مضمونَس منز چھِ تِم کشیر ہُندِ توآریخہ چہ ستہ خبراتر ہُندَے دِوان تہٕ سیتی ینہٕ ویسع مطالہٕ ہُک تہِ۔ کشیر پیٹھ موغلن ہند حملہٕ تہٕ قبضہ" مضمونس منز چھِ تِم وارٕہن متنازعہ کتھن ہُند اصل نتیجہ رٲوِتھ کیٚژ غلط فہمی دور کران۔ مثالہِ پاٹھی یہ کتھ "ژِکن مخالفت تہٕ وضاحت کرنہٕ خاطر رُود کشیر منز ییرِن ہُند اکھ طبقا چلہٕ وُن یِمن صرف یُوتے یوت یتہٕ چھِ زِ ژِک آسی حضرت شیخ مخدوم رحمتہ اللہ تعالیٰ علیہ سُندی مخالفِ۔ اگریِم ان پربیر تاریخ پرہن یِمن ترِہے فکرِ زاول آسی نہ ساری حکمران ژِکہِ حضرت شیخنہ سُندی مخالف دوٚیِم ژِکن اندر اگر کینٛہہ عاب تہٕ آسی اما پوٗز یِمن اوٗس تیوٗت حبُ الوطن زِ موغل آسی تِمن وُچھتھ نوزٕ دِوان، ژِریِم چھےٚ نہٕ سانِین واریاہن ییرِن خبر زِ یِمہِ وقتہٕ حضرت ایشان صاب (شیخ یعقوب صرفی) تہٕ دید بابہٕ صاب (بابا داؤد خاکی) اکبر باشاہس کشیر پیٹھ حملہٕ کرناونہٕ گۓ تِمہٕ برٛونٛہہ آسی مغلو بترٕہن ژٕ دِری ین کشیر رٕینہٕ خاطر حملہٕ کٔرِ ژھتی۔ اکبر بادشاہ تہٕ ژِریمہ سفر کشیرُک ذکر کران تہٕ لیکھان۔ یتہٕ منوٗن عید گاہس اندر اکھ کنونشن یتھ اندر قرٕ ہن شیتن سامن کاشرٕ ن یڈ برٕتھ بتہٕ تہٕ ناٹہٕ دِژن سالرن رس باگران کوٗرٕن اعلان زِ" وُنی کنیاہ گیہِ کشیر ییٚزی

پاٹھۍ آزاد"۔ تمہٕ وقتہٕ کیوٚ موغل نواز کاشُر لوٚکوٚر ضروٗر ضروٗر" یہ جملہٕ ییتہٕ اکِس خاص واقہٕ ہس کُن اِشارٕ کران چھُ تتہٕ چھُ کاشرِن ہنٛز نفسیاتھ تہٕ بروٚنٹھ کُن اُمان۔ اسد پرے بحثیت صوفی شاعرِ مضموٗن چھُ حاجنی صابنہِ علم تصوفچہٕ زان کارٕ ہنٛد اکھ نموٗنہٕ۔ یوہے مضموٗن چھُ ییتہٕ واش کڈتھ "کلامِ اسد پرے" کتابہٕ ہنٛد کوٗدت بنیوٚمُت۔ یتھ کُن مے بروٚنہٕ اِشارٕ کوٚر۔ ٹیگور بحثیت ڈراما نگار چھُ مقالات" کتابہٕ ہنٛد آخری مضموٗن تہٕ یہ پرِتھ ییتہٕ ٹیگورس متلق واریاہ زانکاری حاصِل سپدان چھےٚ تتہٕ چھُ ٹیگور سٕندِ ذہنی اِرتقاہٕچ اسباب تہٕ بروٚنٹھ کُن یوان تہٕ تِہنٛدِس ذیہنس متلق کتین اثرن ہنٛز نشان دِہی سپدان۔ اَمہِ مضموٗنہٕ سیتی چھُ یہ تہٕ ننان زِ حاجنی صابس چھےٚ نہ صرف تواریخس بلکہ ہم عصر ادبس پیٹھ تہٕ گنٛنہِ نظر۔

"کاشُر نثرٕچ کتاب لیچھی یموٚ تمن طالب علمن ہنٛز درسی ضروٗرتھ پوٗر کرنہٕ خاطرٕ یم طالب، ماہر تہٕ کامل ہوٚی کاشرِ امتحان پاس کرنٕچ وٕتھ ہان آسی تہٕ یہ چھُ ہنٛز زِ یہ کتاب آیہ تمن سیٹھاہ بکار تہٕ یتی سیتی چھُ امہٕ سیتی اعلیٰ امتحانن ہنٛدِ خاطرٕ کاشرِ پاٹھۍ درسی کتابہٕ لیکھنک دُسلایہ تہٕ امہِ کتھِ ہنٛد بوٚگ تہٕ ترٕ حاجنی صابس۔

ساہتیہ اکیڈیمی کرناوِ یم "الف لیلتہٕ و لیلتہ" ناوِ عربی کتابہٕ تہٕ ترجمہٕ۔ اَتھ اوس رِچرڈ برٹنن شُرہن جلدن منٛز انگریزی پاٹھۍ ترجمہٕ کوٚرمُت یمیک انتخاب جولین فرانکلین صحبن کوٚرمُت چھُ۔ یہ انتخاب تہٕ اصل عربی نظرِ تل تھاوِتھ ییہٕ یمن "الف لال" ناوِ کتاب لیکھنٕ۔ یہ کام سپُز ١٩٦٠ء یس منٛز تہٕ چھےٚ یہ کلچرل اکیڈیمی ہندٕ ڈسمبر ١٩٦٧ء یس منٛز۔ اَمہِ کتابہٕ ہنٛدِس آگرِس متعلق چھُ محققن واریاہ اختلاف۔ پروفیسر صابن چھےٚ اندرونی شہادژ

کأم ہیٚر مژٕ تہٕ وونۍمُت زِ یہِ چھُ مختلف قومن تہٕ تہذیٖبن ہُند دیٛت ۔ اَتھ
منز چھےٚ عربچہِ دلیلہٕ تہٕ ہندوستانہٕ چہ تہِ ۔ اَمہٕ زَن تحقیقی صلاحیژن ہُند
ثبوت آسنہٕ علاوٕ چھُ یہِ ترجمہٕ صاف تہٕ شوٗد کأشُر محاورٕ تہٕ روزمرٕ برتاوس کُن
اَنان ۔ ۱۹۵۷ءیس منز آیوٚ اَمہِ ندِ سی عمہٕ سپارٕ تہٕ کأشر تفسیر کرنہٕ ونہٕ پوٚز اَتھ
گوٚو پتہٕ کیاہتام وَکانہٕ تہٕ چھپیوو نہٕ کینٛہہ ۔

حاجنی صأبن چھُ پننِ ادبی سفرٕ منز کنہِ ڈرامہ نگارہٕ ہنٛدِ حیثیتہٕ شروع
کوٚرمُت ۔ "اَمہٕ ندٕ ڈراما" "گریسی سُند گرٕ" چھُ اَمہٕ زَن تصنیفن منز گوڈنیٚک نمبرس
پیٹھ یوان ۔ یہِ لیوٚکھ تِموٚ تمہِ وِزِ ییٚلہِ تِمہٕ ایس ،پی ، کالجس منز پران آسی تہٕ اَمکِ
کینٛہہ حصہٕ سپنی کالجہِ کِس "پرتاب" ناوِ میگزینس منز ۱۹۳۸ءیس منز چھاپ کتابی
صورژ منز چھپیوو یہِ گوڈٕ ۱۹۵۲ءیس منز تہٕ پتہٕ بییہٕ اکہِ لٹہِ ۔ "گریسی سُند
گرٕ" ، چھُ کأشر ڈراما ؛ تواریخس منز سِلہٕ کنہٕ ہنٛزِ حیثیژ تھاوان ۔ اوٚتام یِم
ڈراما لیکھنہٕ یوان آسی تِم آسی مذہبی موضوعن یا روٗحانی قصن پیٹھ لیکھنہٕ یوان ،
باقے آسی یہنٛدی پلاٹ پردیسہٕ چن ڈلیلن پیٹھ مبنی آسان ۔ صرف لیچھوو بتہٕ ہرے
ناوی ڈراما پردیسی صأبن یُس اَکھ حقیقت پسندانہٕ ڈراما اوس یوٚز اَتھ گوو اَکھ
دکانہٕ تہٕ یہِ آو نہٕ برتاوس کُن ۔ لہٰذا چھُ حاجنی صأبُن "گریسی سُند گرٕ" ڈراما ییٚمیک
موضوع سماج واد چھُ ۔ یُدوے حاجنی صأبس سماج واد زہے اَکھ نظریہ اوسمُت
چھُنہٕ یہِ ڈراما چھُ تِمن ظٲلمن کُن صاف صاف اِشارٕ کران یِم تمہٕ زمانہٕ گامہٕ کین
لُکن خصوصاً گرہستین پیٹھ کرنہٕ یوان آسی ۔ میٲنی خیال چھُ زِ یہِ ڈراما لیکھنس
منز چھُ یِمن وہاب صأبنیو شارو تحریک ذٕرمژٕ تہٕ اَمہِ علاوٕ چھُ یہنٛد مزاز
تہِ اَکھ ذمہٕ دار ۔ ڈرامُک مقصد چھُ اِصلاحی نہٕ زِ انقلابی ۔ اِمکی کردار چھ

دِیدِی وِکھی، زنٛد، پھیرِ وِنی سھتورٕ وِنی۔ یہِ چھُ پنٛنہِ زمانچہ گأمی سماجُک آئنہٕ اَیمِ زبان چھےٚ شوٚد تہٕ بامحاورٕ۔ مکالمہٕ چھِ کُنہٕ کُنہٕ جایہِ زیٹھی پہن تہٕ بےٚ زوٗ ہوی اَندس پیٹھ چھےٚ تصوریت IDEALISM یامثالیت پسندی نٔنی نیران۔ کورِ موٗل چھُ مخالفن ہنٛد خارٕ اوٚڈ جادادٕ ے گوٚبرٕ مألس حوالہٕ کران، فتح لون بینہِ سوٚمبراوِمتی ساری دِیار آیہِ تَن تھاوان تہٕ خضر بٹ بأقے اخراجات ذمہٕ ہوان اِسلامس منٛز چھُنہٕ یتھ اِیثار کانٛہہ ٹٲڈی کتھ پوٚز تمہِ زمانٕکِس کأشرِس گأمی معاشرس منٛز یُتھ اِیثار آسُن چھنہٕ ہٹہِ وَسان۔ حاجنی صأب چھُ پریم چندنی پأٹھی پنٛنین کِرداران یہِ اِیثار ہاوِناوان۔ اَتہِ چھُ حاجنی صأبس گوڈٕ کالہٕ کین مسلمانن ہنٛد اِیثار یاد پیوٚمُت۔ سُہ چھُ ثرِھان زِ لُکھ گژھن ضمیرچہِ آوازِ پیٹھ عمل کرنہٕ تہٕ خوفِ خدا تھاوِنی۔ ملہٕ شُنٛد تہٕ اسمال گنیُن یَس کمیٹی ہنٛد صدر چھُ، منافقانہٕ کِردار ہأوِتھ چھِ تِموَ اِشارَن اِشارَن منٛز کشیرِ ہنٛدِ سیأسی توأریخہٕ چہ کٔژ کتھ وَننہِ منٛز۔ اَتھ ڈرامہَس منٛز چھِ تیز طنز تہٕ مزاح میلان۔ رول کرَن وألِ تِہٕنٛدی ژھل تہٕ چالبأزیہِ چھےٚ پُر اثر طریقس منٛز پیش کَرنہٕ آمٕژ۔ اِسٹیج لوازماتَن ہنٛدِ حسابہٕ چھےٚ اَتھ کینٛہہ خأمی تہٕ پوٚز کُلہم پأٹھی چھُ یہِ پنٛنہِ زمانہٕ ساہتیہ اکیڈمی ایوارڈس لایق اوسمُت۔

کأشرِس لوک اَدبس منٛز تہِ چھُ حاجنی صأبَن پنُن ناوِ زنٛد تھوومُت۔ لکہٕ رس تہٕ گامو منٛزی پھیری پھیری یُدوَے زِلوٚکچہِ کِتابہٕ چھےٚ پوٚز اَمِنٛز چھےٚ پنٛنہِ جایہِ اہمیت۔ اَمِنٛدِ ذٔرِیہِ چھےٚ اَکہٕ نتہٕ نہٕ شِنٛز لُکہٕ دٔلیل بہوٗدر گنہ یِنہ زِ یوٚ محفوٗظ سپنٛز مژٕ تہٕ حبہٕ خوتوٗنہٕ ہنٛز دٔلیل تہِ یوٚسہٕ ملہٕ حبیبن دُنی مژٕ چھےٚ۔ یتھ کٔنی چھےٚ حبہٕ خوتوٗنہٕ ہنٛز زندگی مُتعلق کینٛہہ اہم کتھ بروٚنٛہہ کُن آمژٕ۔ شُری گنٛدن مضموٗن

تہٕ چھُ یِنہٕ جایہِ اہم، ہتہٕ ہتہٕ وٕری گٔژھتھ عنوانس تل چھ کاشُر شاعری
ہِندی کینہہ نۆمۆنہٕ دِنہٕ آمٕتؠ، زٲنہ لانکہ پیٹھٕ پرسپور تام تہٕ سانہِ تٲرٟخکی کینہہ
حوالہٕ یِدوے زٕ سرسری لیکھمٕتؠ مضموٗن چھ پۆز تواریخی اہمیژ کِنؠ چھ جان مول
تہٕ اوان۔ بتہٕ بتہٕ مضموٗن چھُ نفسیاتی حسابہٕ کاشرِن ہندؠ ڈی مُرید آسنکؠ
وجوٗہات ہاوان۔ اکھ زٕ جُملہٕ بوٗزِیو" اَمی آرژھ سببہٕ چھِ سٲنؠ چالاکھ بتہٕ درال
اکبر بادشاہن وقتہٕ پیٹھٕ بخشی عہدس تام ہمیشہ کنونشنن ہندِس ناٹہٕ بتس پرٲران
روٗدی متؠ، سٲنؠ مبلغ یا اللہ غلہٕ ارزاں دُعا کران' ہدیہ وٕٹان روٗدی متؠ تہٕ سٲنؠ
کامہِ ژور گوٗنژھِ تلی اسان روٗدی متؠ زٕ یتھ کالہٕ چھکھ غلہ دٲری کرنس پیٹھٕ ضمہ
مکائیس دار کاسمژ"۔

پروفیسر حاجنی صاٮ۪بن چھ اُردو تہٕ انگریزی پاٹھؠ واریاہ مقالہٕ تہٕ مضموٗن
لیکھمٕتؠ یمو منز چھ کینہہ کینژن رسالن منز چھاپ تہٕ گامٕتؠ تہٕ یہنز
چھےٚ پننی اہمیتھ۔ اُہندی انگریزی مضموٗن وُچھتھ چھُ باسان زٕ اگر تمو انگریزی
پاٹھؠ لیوکھمُت آسہِ ہا اُہنز شوہرتھ آسہِ ہا ہندوستانہٕ نیبر یورپ تام واتٕنژ
تہٕ لولہٕ منتہٕ لاے آسہ تکھ کرنہٕ آمژ۔ یمو علاوٕ چھ یہندی خط یم پننہِ نوعیتکی
خاص چیز آسنہٕ کنؠ مولانا ابوالکلام آزاد سندؠ خطو نشہ کم پایہ چھنہٕ۔ ضرورتھ
چھےٚ یہ زٕ یم ساری مضموٗن تہٕ خطٕ ین جمع کٔرتھ کتابی صوٗرتن منز چھاپ کر
ناونہٕ۔ ادبی مرکز کمرازس تہٕ حلقہ ادب حاجنس علاوٕ چھُ یہ تہندین دوستن پیٹھ
تہٕ فرض۔ حاجنی صابٕنؠ زِندٕ کارنامہ یانے زِندٕ تصنیف چھےٚ ادبی مرکز کمراز تہٕ حلقہ
ادب حاجن، یِم تنظیمن ہندِ فاضہٕ تِنؠ دراہمتؠ تہٕ پرونہٕ ٹیکی متؠ تمہ ادیب،
یم وٕنکینس شوہرتھ پرادنہٕ لگی متؠ چھ۔ اُہند بوڈ کارنامہ چھُ یہ زِ یمو بناو

کاشِر زبانِ اَکھ تحریک یہ زبان لَجہٕ پننۍ حقوق ژھانڈنہٕ تہٕ پننٕ مقام لبنچ کوٚشش کرنہٕ۔ یہ اوٗس اَتھۍ کوٚششِ ہُند نتیجہ زِ کاشرِ زبٲنۍ منز کرِی کینہہ وٕری برونٹھہ کشمیر یونیورسٹی طالب، ماہر تہٕ کامل امتحانن ہٕنز شروعات۔ کشمیر یونیورسٹی مانہٕ ناد کھ کاشرِ زبٲنۍ ہنز تہٕ ادبٕچ اہمیتھ تہٕ یتھے کینہہ باقے ادارٕ تہٕ یہ چھ اَمہِ ہِند سارِوے کھوتہٕ بوٚڈ احسان۔



# عبدالاحد آزادٕنۍ لولہٕ شٲیری

(مضموٗنہٕ منز)

یِمہِ ساتہٕ آزاد شٲیری ہنز شاہ پری مانز اوٗن ہیوٚت، کاشرِ شٲیری منز اَسۍ زہ ٲوی رُجحان سایہ کرتھ۔ اَکھ صوٗفی شٲیری ہُند رجحان تہٕ بیاکھ لولہٕ شٲیری ہُند۔ شارِ ذاتن ہِند حسابہ اوٗس وٕرن گوڈنہٕ کس درجس پیٹھ مقبوٗل یتھ منز تصوفُک موضوع تہٕ ورتاونہٕ یوان اوٗس تہٕ لولہٕ شٲیری ہُند تہٕ۔ دوٚیمس درجس پیٹھ اَس غزل، مثنوی لیکھنُک سِلسِلہ یُدوے ژھوکُن ہیوٚتمُت اوٗس پوٚز ختم اوٗس نہٕ گوٚمُت، یِہِنیُک ثبوٗت خود مجبورنہٕ تہٕ آزادنہٕ مثنوی چھِ۔

قدرتی کتھ چھِ زِ آزادن تہٕ کر وٕژنہٕ تہٕ غزلہٕ سیتی شٲیری شوٗرو۔ تمہِ پانہٕ نوو سے رنگ یُس تمہِ وقتہٕ پسند کرنہٕ یوان اوٗس۔

# نادِم تہ مارکسزم

"میری شاعری میری شاعری
زندگی کے میدان میں مارنے اور جلانے کے لیۓ ہے
زندگی کی مضبوط کلیت ہٹاکر
اس کے حقیقی معنے تلاش کرنے کے لیۓ ہے
حوادث و واقعات کے اسرار میں اصرار کرتے
بہرے اور گونگے کو گویائی عطا کرنا چاہتی ہے"

روسی شاعر ڈی لگو وسکی' حوالہ از اُشتراکی شاعری'
سعادت حسن منٹو۔ شاعر' آگرہ' سالنامہ ۱۹۳۷ء

"زلزلو آؤ، دہکتے ہوۓ لاوو آؤ، بجلیو آؤ گرجدار گھٹاؤ آؤ
آندھیو آؤ جہنم کی ہواؤ آؤ۔ آؤ یہ کرۂ ناپاک بھسم کر ڈالیں"۔

"موت کا گیت" مخدوم محی الدّین

"دۄ یہ زیرِ دمٕوا ز طوفانس' مظلومس بے کَس اِنسانس

اَلہِ قودرت چھلہِ چھلہِ گرٛزھِ عالمَ ۔ ییلہِ وٕمرٛ ملہِ ین شیٚچھی باوٕنے

"یہ محنتوں کے خدا یہ تخلیق کے پیمبر
جو اپنے ہاتھوں کے کھردرے پن سے زندگی کو سنوارتے ہیں
لوہار کے گھن کے نیچے لوہے کی شکل تبدیل ہو رہی ہے
کمہار کا چاک چل رہا ہے
صُراحیاں رقص کر رہی ہیں
سفید آٹا سیاہ چکی سے راگ بن کر نکل رہا ہے
سنہرے چولہوں میں آگ کے پھول کھل رہے ہیں۔
پتیلیاں گنگنا رہی ہیں"

"اودھ کی خاک حسین"۔ سردار جعفری

"لۄنگر ہیتھ وُچھم آرمینٛز ڈۄرشیران
تہٕ آروم کرِمِن رأیلا ہیوٚ
مٔنٛز ھو منٛز حرارتھ کڈٕتھ
تولہِ دأرِس کٔرِتھ ہیوٚر تہٕ بون
ہِنٛدکٕٹ اول ییران
یہِ ہیٛنٛز ہنٛد گوٚبرٕ، ہیٛنٛز تہٕ گمہٕ آٗرھِ ناوان
"واوَن وۄن نم"۔ دیناناتھ نادِم

مےٚ دِتی یم حوالہٕ یہ کتھ دأنٛز نہٕ کہِ غرضہ زٕ ترقی پسند ادبی تحریکہٕ ہنٛدس نیتجس منٛز کمہِ قسمک ادب اوس گوڈٕ گوڈٕ بارٕسس یوان تہٕ اگی ہے زمانس منٛز کرٛزھ نٔہج اُس مختلف مُلکن منٛز پھاپھلان ۔ ترقی پسنٛدی ہنٛز ادبی تحریک اُس مارکسزٕمچ پأداوار ۔ یہِ چھُ عام خیال ۔ پۄز یہِ

خیال چھُ میأنۍ کِنۍ اکہِ غلط فہمی ہُند نتیجہ ۔ یہِ تحریک أس نہٕ سیٚدِ سیٚود مارکسزمچ پأداوار۔
یہِ أس مارکسزمکہِ تمہِ تعبیرٕچ تہٕ تشریحٕچ پأداوار یوٚسہٕ لینن تہٕ تس پتہٕ سٹالن ہوٚو لیڈرو
پیش کٔر۔ اَتھ تعبیرس أسی رٔوسکو سیأسی، سمأجی تہٕ اقتصأدی مسٔلہ ذِمہ وار۔ نوٚو رٔوس
اوٚس تعمیر سپدان۔ اَمہِ کِنۍ اوس مُلکس اندر تہٕ نیبر مکمل امن آسُن ضروری۔ اندرٔنی امن
بَرقرار تھاونہٕ باپت گٔژھ اکی پارٹی ہنٛز بالادستی آسنۍ، لیہٰذا آیہِ مخألِف خیال تھاوَن
والین لاگم دِنہٕ، یِمو توتہٕ رَم ہیٚتی کرِنۍ تِمن آیہِ قیچہِ والنہٕ تہٕ یِیلنہٕ توتہٕ سیٚدۍ یِمن آے
موٗل گالنہٕ۔ یِمہِ کتھہِ ڈرایہِ نہٕ نیبرٕ نیرٕنَس تہٕ کتھ پأٹھۍ؟ نشر و اشاعتکی ادارٕ أسی
پارٹی ہِندِس پنجس منز۔ اَتھ بر عکس آو خوشحألی تہٕ برٛیتھ رنگہٕ ترقی ہُند ڈول وایِنہٕ
تہٕ نیبرِمِن مُلکن ہِندٕین لُکن یہِ باس دِنہٕ زِ اگر دُنیاہس منز جنت لَبُن یِیٚڑھان چھِو
تیلہِ وُچھِو رٔوسس کُن تہٕ ٹِکوأمی وَتہٕ۔ بیرونی سطحس پیٹھ اوس یہِ مسلہٕ زِ فاشزم
اوس ژنٛدَن کھٔہرَن دِتھ رٔوسس اوس اَمیک بیم۔ یِمہِ کِنۍ فاشزم کِس نظریس پرٛیتھ
رنگہٕ مخالفت کرِنۍ أس تہٕ اَچھ کٔرتھ تصویر لُکن بوٚنٛتھ کُن اَننۍ أس جانِب دأرۍ نۍ
کأم ہیٚمو تہٕ فاشزم کیو بأنی کار اوس پیٚننین لُکن ہنٛز پایہ جأیی باپت یہِ نظریہ تیٚتھے
مُنأسب زونمُت یُتھ مارکسزم عملاوَن والیو پننہِ مُلکچہِ بجأیی باپت کمیونزم مونمُت
اوس . . . سون قریبی ہمسایہِ۔ أمی تۄ ہندُستانس پیٹھ تہٕ اثر۔ رٔوسس منز اوس
وۄن مارکسزم، لیننزم تہٕ سٹالنزم بنیومُت پوٚز ناو اوسُس مارکسزمے۔ اَتہِ اوس
اَدب تہٕ أتھی کامہِ لاگنہٕ آمُت، یعنے مُلکچہِ تعمیر ترقی ہُند پروپیگنڈا کرُن۔ مارکسی نظریہ
اسمانس کھالُن تہٕ فاشزمس بدرد ونٛناوُن۔ عالمکی لُکھ اَتھ خوفس منز مبتلا کرِنۍ زِ ہٹلر
تھاوِ دُنیاہس فان کٔرِتھ، نہ روزِ کُنہِ تہذیب تہٕ نہ تمدُن۔ ہندُستانس پیٹھ أس انگریزن
ہنٛز حکومت۔ تِم نہ أسی ویٚژھان زِ رٔوسک اثر گوٚژھ بڈُن نہ یہِ زِ فاشزم گوٚژھ

پیٚر یتھٕن ۔ تَوَے رُوٗدی ترقی پسند یعنے مارکسزمکی حامی تۄتام ظلم وستم تُلان ۔ یوٚتاں
دوٚیمس بڈس جنگس منٛز انگریزو روٗسس ہتی اکھ واس کوٚر ۔ روٗس اوس یژھان زِ
عالمی رأے عامہ گوٚژھ تہنٛدِس حقس منٛز آسٕن تہٕ امہِ خاطرٕ کوٗشش تہٕ کران ۔ یمیُک
نتیجہ یہ دراو زِ ہنٛدُستانس منٛز ہیٚتِن لوکھ متأثر گژھنہٕ باقے مُلکن تہٕ ہیوٚتُن مال
پھیرُن ۔ یپارِ اوس برطانیہ ہس تہٕ روٗسس نظریأتی ٹکراو تہٕ اکھ اشتراکیت چہ عملہ
تَل تہٕ بیاکھ سرمایہ دأری ہنٛدِس شہلس ۔ روٗسس کتہٕ یِیہ ہاخوش زِ ہنٛدُستان
روزِ برطانیہ چہ موچھِ منٛز یُس ۔ اوس یِیتہٕ پنُن نظریہ پھانٛپھلان وُچھٕن یژھان تہٕ
تَوَے ہندستانیَن تمن کوٗشِشن پوشنے کران یم یِیتہٕ آزأدی حأصِل کرنہٕ باپت
سپدان آسہٕ ۔ اسہٕ تہٕ اوس امہِ کنہٕ روٗس پنُن غمخوار باسان ۔ اسہٕ زون روٗسکی ہوی
قدم تُلنی مُنأسِب ۔ یِیتہٕ کینہہ ادیب ہیوٚ تہٕ شأعِر وتہٕ پانٛنو سے طریقہ کارِیُس روٗسہ کین امہ
وقتہٕ کین ادیبن ہنٛد اوس ۔ سٕے اسلوب سے لہجہ تہٕ موضوٗع عُن ہنٛد یُتھے ورتاو۔
تہنٛدُرے ادبی نظریہ زِ صرف گرِتھ موضوٗعس اہمیت دِنی ۔ ہنٛدُستان اوس نہٕ امہ سأتہٕ
تتھ مُنزِلس ووتمُت یتیٚن روٗس اوس ۔ تمن اُس یژھے تژھے پننی حکومت تِم ٲسی
تعمیر ترقی ہنٛدِس مُنزِلس منٛزتتہٕ اوس کمیونزم عملاوتہٕ یوان ۔ ٲسی ٲسی وُنہٕ سیأسی لحاظہٕ
غلام ۔ اَسہِ اُس آزأدی حأصِل کرٕنی ۔ ٲسی ٲسی نہٕ وُنہٕ جاگیردأری ہنٛدِ وانگہ منٛز نیران سرمایہ
دأری ہنٛز چھنہٕ کیتھے ۔ کمیونزمس تانی پلِن کرٕنی کتہٕ اوس مُمکن ۔ یہ توٗرنہٕ سیاہن
دانشورن تہٕ ادیبن فکرِ ۔ لیڈرَن ہنٛز کتھ چھے بیاکھ ۔ تِم چھِ نُنہٕ گرُک تہٕ تلہٕ تلاو ہاوانہٕ ۔ اَسہٕ
ہٕیٚز سرمایہ دأری مخالفت کرٕنی تہٕ کمیونزمس تعریف ۔ ٲسی ٲسی یہ روٗسچ کأم کران نہٕ زِ
پننہٕ مُلکچ ۔ روٗسس منٛز اوس ہوالنوا تیُتھے ییمہٕ چہ کتھ تکی ادیب کران ٲسی ۔ تمو اوس
انقلاب وُچھمُت تہٕ مخالِف نظریہ تھاوَن والین ہتی کیا اوس تتہٕ کرنہٕ یوان تتہٕ

اوسکھ اُچھن تل ۔ تم اگرچہ خونچہِ ، نارچہِ ترٹن ہنٛزٕ طفلنٛچہِ کتھ کرٕہن بجا اوس اَسہ ہیٚشرٕ یم کتھ بلی کرٕنہٕ ۔ یہ اُس چھُر انتقالی۔ وُن گوٚر رٕوسہٕ کہِ انقلابہٕ سٕتی توٚر اَسہ کینٛہہ فاَض تہِ ۔ تہٕ گوٚاُ دِژا اَسہ اکھ وۄمیدٕ اکھ یژھ جد وجہد نہٕ ووتھ ژھانٛٹھ کرٕہنچ تہٕ اَتھ منٛز کامیاب گژھنچ یژھ ۔ اکھ حوصلہ ۔ اُیٚ ہیٚچھنا اوی اَسی جرأت مَندی اَسہ لوٚب امیرتہٕ غریب ادبیٚ تہٕ اعلاٗ لوٗک تہٕ بوٚڈ زانٛنک درس یسائٕس سوشلزم کِس نظریس دیُت اُمی کٔن ۔

کشیرِ ہنٛز حالت اُس ہندستانہٕ کھوتہٕ تہِ گژھتھ یتہِ اَسی پیٚوٹھس پیٹھ زٕ حکمران اکھ ہری سنگھ تہٕ بیاکھ انگریزی ریذیڈنٹ سٕنٛدِ حسابہٕ برطانیہ ۔ نظام اوس جاگیردارانہ غُربت اُس عام تعلیم اُس نہٕ آسنس برابر ۔ لیہٰذا اَسی مسلہ سارٕنے وکھرٕ ۔ سیاسی تہٕ معاشی نظامس چھُہ سیدِ سیوٚد واٹھ ۔ ینٛھی پاٗٹھی معاشی تہٕ سماجی نظامس ۔ سیاسی نظام بدلاونہٕ برونٛٹھے ہیٚتر اَسہ سرمایہ داری یٹ کڈٕنی ۔ آزادی ہنٛزٕ بر گژھ چکاوٕ اَسہ اَمکی نغمہ تہٕ گیٚوی یتہٕ پہن پوز شخصی حکومتٕ خلاف تل اَسہ کیٚہ پہن قلم ۔ آزادن یتھ انقلابس سال کوٗ، تمیُک مطلب اوس نہٕ شخصی راجہِ نِشہ آزادی بلکہِ رٕوسی طرزُک انقلاب تہِ سہ تصوٗر اوس اُردو شاعرن ہندی پاٗٹھی بلکل اکھ رومانی تصوٗر ۔

کشیرِ تہٕ یُس مارکسی نظریہ ووت اُسہ اوس نہٕ مارکسزم بلکہ اَمہِ زمانُک سٹالن ازم یُس ہندستان وُوتمت اوس تہٕ یمہ کنہِ ہندستانی شاعرو خصوصن اردو شاعرو تمہ قصیدہٕ لیکھی تہٕ سٹالن ازمس تعریف کٔری ۔ کاٗشرِ یوٚ پوز براہ راست مارکسزم سیٚٹھا کم نہٕ مارکسزم سمجھنکہ تمن رسالن تہٕ پمفلٹن ہنٛدِ ذریعہِ یم ہندستانہٕ منٛز شایع سپدان اَسی مثالہِ پاٗٹھی نیو ایج 'New age' نیا زمانہٕ ، نوٚ یگ ، نیا ادب ، نیا ساہتیہ تہٕ اَمہِ علاوٕ اَسی تم رٕوسی ادیب گورکی چیخوف تہٕ ٹالسٹایی سٕنٛدی فن پارٕ اردو ترجمن ہنٛدِ ذریعہِ نقوش ، سویرا ، تحریک تہٕ شاہراہ ہیٚوٚن رسالن منٛز تہٕ پران ۔ پوز یم اَسی نہٕ رٕوسکہِ ہنگامی زمانکی ادیب اَمہِ زمانہٕ

أسی مارکِسزم کِس موضوعس پیٹھ کینژن کِتابن ہِندِ ترجمہٕ تہٕ سپدِ ہتی۔ سبط حسن تہٕ باری سُنٛد انیگلزنہِ کِتابہٕ "سوشلزم ہُک سوشلزم تہٕ ہِندُستان" رالف فاکس نہِ کتابہٕ ہُنٛد بالشویک پارٹی ہنٛز تأریخ، انڈیا ٹوڈے بیترِ۔ یوٗزِ یم کِتابہٕ آسہٕ تیاہ یتہٕ کأنسہِ ڈیچھمژ تہٕ ہیوٚت نہٕ مے نِشہِ کأنسہِ ترقی پسند ادیبن مٔژہِ۔ صرف چھ پُشپ صأبن اکہِ لٔژِ "سوشلِسٹ سِکستھ آف دی ورلڈ" کِتابہٕ ہُنٛد ناوہیوٚتمُت۔ یُس خلیفہ عبدالحکیمس نِش تِمن نظرِ گمژ آس۔ یوٗزِ تہٕ اوس نہٕ کأنسے دِوان۔ مارکسزم اوس رِسالن تہٕ پمفلٹن ہِنٛد کھوتہٕ زیادٕ تقریرن ہِنٛد ذٔریِہ سمجاونہٕ یِوان باقاعدٕ أسی کلاس رٔٹنہٕ یِوان، تہٕ کمیونسٹ دانشور أسی لیکچر دِوان۔ رٗوسی کمیونسٹ نظریہٕ چھُ نہٕ اِنفرأدی سوٗنٛچ وٕہ تُلنہٕ دِنہٕ کِس حقس منٛز اوسمُت۔ کِتاب پٔرِتھ ہیکہِ پٔرن وول اتھ مُتلق پانے اکھ رائے قأیِم کٔرِتھ۔ توٚے ما آسہِ ہا کِتابو کھوتہٕ زبأنی بیانن پیٹھ زور دِنہٕ یِوان یِتھ تصویرِک اکے پہلو بٔرونٛٹھ کُن ییہِ۔ مارکسی نظریہ عام کرُن أس ییتہٕ ہِندُستانچہِ کمیونسٹ پارٹی ہنٛز ذِمہ دأری تتھ أسی ادبی مقصدو کھوتہٕ زیادٕ سیاسی مقصد تأثِھ تِمو وٕنوژھ ادب تِمنٛے مقصدن ہِنٛد بابت استیمال کرُن۔

وٕہں ڈٔنی تو "نأدِم تہٕ مارکسزم" موضوعس کُس معنہِ کڈہٕ بہٕ۔ یا زِ نأدِمس کیٛاوا مُھ اوس مارکِسزمس سیتی؟ اگر تی مانو، کتھ مارکسزمس سیتی؟ یُس آتمہِ زمانہٕ سٹالن ازم اوس رٗوسس منٛز، کِنہٕ یُس پتہٕ بنیوو چینس منٛز ماوِ ازم؟ یا یتھ تمیک پرچار مارشل ٹیٹو ہن کوٚر؟ کِنہٕ أزیکہِ روٗشنک گوربا چو فزم؟ کِنہٕ سُہ مارکسِزم یُس نأدِمنہِ وقتہٕ ہِندُستانچ کمیونسٹ پارٹی وٕہ رُھنا وان آسی؟ اگر تتھی سیتی تعلق مانو، تیلہِ دِنہٕ بہٕ زِ نأدِم اوس ییتہٕ تمیک رُکُن اکھ کارڈ ہولڈر؟ تتھے یا أٹھی ییتھ کُنہٕ تتھُدرے وٕنہٕ صادق صأب، بخشی غلام محمد غلام محی الدین قرہ، غلام محمد راجپوری، اپورب سومناتھ، رحمن راہی، سومناتھ زُتشی، ارجن دیو مجبوٗر، این۔ این رینہ، غیاث الدین تہٕ موتی لال مصری بیترِ أسی اکتھ مارکِسزمس

پیٚٹھ أساتس پٔرِتھ تہٕ کِنہٕ اتھ منٛز أس کینٛہہ مَصلحَت؟ تہٕ کوٚر نہٕ تٔمۍ واضح یِمَو ن خیال
چھُ یہِ أس اکھ مجبوٗری۔ تِکیازِ ییٚلہِ ۱۹۵۳ ہس منٛز شیخ صأب گرفتار گوٚو۔ نأدِم سیٚپُن الگ
تہٕ پتہٕ کوٚر سردار جعفری یَن یوٚت یِتھ مجبوٗر زِ تِمَو پٔن حالاتَن دِساتھ ' پارٹی لائین چھیٚ یِہأے۔
وۄں اگر یِہ سوال چھُ زِ نأدِمنہٕ شأعری کیا واتھ چھُ مارکسزمس ستی تیٚلہِ پیٚیہِ میٚ یِہ
ویٚژھناوُن زِ ادبُک مارکسی نظریہ کیا چھُ ' مارکسی ادب کیٛا گوٚو ' ادبس منٛز مارکسزم کیٛا
معنہٕ چھُ تھوان بیترِ یِمَن کتھن کُن کرہٕ ژھوٚٹہِ پأٹھۍ اِشارٕ۔ مارکس پٔنٛدٕ بوٚ پأرو کارۍ یتھ
ادبُک مارکسی نظریہ وۄنٛن ' سُہ چھُ تِہنٛدے ذہنُک پأداوار۔ گوڈٕ چھُ یِمَن اصطلاحَن تہٕ
کھُر آمُت مارکسی نظریہ چھُ اکھ سُہ نظریہ یُس مارکسَن تہٕ اینگلزَن ' دۄیو زٕنو پیش کوٚر
اَتھ چھُ ناو جدلیاتی مادیت۔ یِہ چھُ ژٕکہِ اکھ اقتصأدی معأشی نظریہ۔ یِمیٚچ بُنیاد اَتھ
کَتھ پیٚٹھ دٔرِتھ چھیٚ زِ مادس چھیٚ اولیت تہٕ شعوٗر چھُ اَمِک تابع۔ شعوٗرچہ تمام حالژھ چھیٚ
مأدی نِبرہٕ پلین ستی بدلان ' تہٕ فن یُس سمأجی شعوٗرچ اکھ ہیٚتھا چھیٚ تہٕ روزِ بدلان۔ یعنے یِہ چھُ
تبدیلی تہٕ اِنقلابُک اکھ فلسفہ۔ تہٕ اتھ کُس کرِ انکار زِ فن کیٛا چھُنہٕ موضوٗع یا ہیٚتھرِ کِنۍ بدلان
روزان۔ کرسٹوفر کاڈویل چھُ تِمۍ ونان زِ فن چھُ سمأجُک پأداوار۔ یِتھہِ کِنۍ موکھہٕ تہٕ بھوٗل
ہانگِنہٕ ہُنٛد چھُ۔ یعنے یُتھ سماج آسہِ تیٚتھُے گژھِ ادب پأدٕ۔ مگر اتھ ستی چھُ مارکس یتہٕ
مانان زِ فنس تہٕ ادبس منٛز چھُ کیٛاہ تاں تیٚتھُے چیز اتہٕ آسان یُس اتھ پیٚٹھ زمانس منٛز
لول برناواں چھُ۔ یعنے سُہ چھُ اَمہِ کِنۍ فنی قدرَن ہنٛدِ ابدیتُک تہٕ قأیِل۔ سُہ چھُ موادس
تہٕ ہیٚیتہٕ منٛز ہم اہنگی وُچھنِ پسند کران۔ ادبہٕ بنِہٕ لُطف اندوزی تہٕ ژھاران تہٕ ادب
پران پران سیأسی تہٕ سمأجی توہمات اُڈکطرف ترٛاوان۔

مارکسی ادب گومیأنٛ کِنۍ تہٕ سوٗرُے یِہ مارکسس تہٕ تٔہنٛدِس نظریس مُتلِق
لیکھنہٕ آمُت آسہِ۔ تِہنٛز ییچہ پٔژ کتابہٕ ' تِمَن ہنٛز تشریح۔ تہٕ تِہنٛدِ نظریچ وضاحت

بیترِ - اَدبَس منز مارکسزم ژھارُن گو ادبَس منز اَمہِ فلسفچ ترجمانی اَچ تشریح اَچ وکالت بیتر
مےٚ ووٚن برونٹھے زِہندُستانکی ادیب سٮ۪تے ییٚی نہٕ اتھ کتھ زِ مارکس کمہِ قسمُک ادب اوس
پسند کران تہٕ تٔمسندِ نظریہ حسابہٕ کیتھ گژھِ ادب آسُن - تمِ گژھی ہتس کتھس اَکے معنہٕ زانِنی
زِ ییٚلہِ مارکس ادبَس حالاتن مُنز نتیجہ زانان چھُ ہندُستانکی حالات کتھی چھِ نہٕ یُس ادب آسی
یادِ کران چھِ سہٕ چھُ ییٚتہِ کہین حالاتن ہنز نتیجہ - ییٚمہٕ چھا اتھ اَدبَس منز سو سکت زِ یہٕ یی
واراہ کال ییٚتہٕ تہٕ پسند کرِنہٕ - تموٚ لیوٚ کھ تی یہِ کمیونسٹ پارٹی مُنز ہدایت اوس - کأشرِ ن
ادیبن ہنز چھِنہٕ کتھے - یِم سینی بہرحال اُردو ادیبوٚ نِشے مُتأثرِ تہٕ تہنزے وتہٕ پکی تہٕ -

ییٚنہِ زمانکی بین الاقوأمی حالات تہٕ یہندِ تعلق رُوسی بالشویک پارٹی ہندی نظریات
مدِنظر تھأوِتھ - یتھ اَدبی نظریہ ہس اُردو ادیبوٚ ترقی پسند نظریہ ووٚن تہٕ اتھ نظریہ ہس
تحت یُتھ اَدب بارسس اوٚن سہٕ اوس مارکس سٮ۪ندِ ادبی نظریہ نِشہٕ ہنا دوٗرِ یہٕ اوس
نہٕ فنی لِحاظہٕ موٗثِر - اتھ منز اوس جیرِ ینہٕ کیس حدَس تاں ہشر - اَکے کتھ آس پھِری
پھِری وَننہٕ یوان - سیدِ سیوٚد کتھ وننی آس پسند یوان کرنہٕ وٕلِتھ کتھ وَننی ناپسند - لہجہ
اوس خطیبانہٕ نہٕ زِ ادیبانہٕ فن پارچ بُنیاد آس نہٕ پنزِس تجربس پیٹھ آسان - موضوع
آسی گنڈِتھ تہٕ پوٚتُس کیا نتیجہ گوژھ نیرُن - تتہٕ اوس مُقرر - ترقی پسند نظریہ ہس منز رُوز
ترقی پسند مُصنفن ہنز ییٚرِتھ کانفرنسہِ ہندِس اعلان نامَس منز تبدیلی یوان - کمیونسٹ
پارٹی ہنزِ پالسی سٮ۪تی سٮ۪تی رُودی اعلان نامہ تہٕ بدلان - ترقی پسندی ہندی موضوع آسی ہنگامی
گوڈ گوڈ تشدد تہٕ دہشت پسندی - دوٚیمہِ بڈِ جنگہٕ وِز گوڈ جنگس نفرت تہٕ پتہٕ حمایت کینہہ
کال گژھتھ بنگالک قحط - مُلک تقسیم سپدن وِز اتھ مخالفت - آزأدی ٹھسنہٕ تہٕ امہِ نِشہِ
بے اطمینانی ترییمہِ جنگہٕ کہِ خطرٕ وِز امنچ تحریک - پتہٕ جمہوری حکومژ حمایت بیترِ -

دوٚن موقن پیٹھ رُوز ہندُستانچ ترقی پسند ادبی تحریک خاص کٔرِتھ انتہا پسند

اکھ گوٚ، ڈگوڈ دوٚن ژٔدن ڈریٚن۔ یُس امہِ تحریکہٕ ہُند گوڈنیک دور اوس، تمیُک پھوٚ کشیرِ منٛز خاص کینٛہہ اثر۔ مثنوی مس دورس منٛز سپٕنۍ آزاد، عارض، عارف تہٕ زار ہوٚی شاعرٕ کم قلیلا مُتأثرٕ۔ امہِ کِس آخری دورس منٛز۔ییٚمہِ پتہٕ یہٕ تحریک ژھوکنہٕ لیچ، درِاے تم کأشری شاعر سٕنۍ۔ییمن اَسی عام طور ترقی پسند وَنان چھِ۔ مثالہِ پاٹھۍ نادم تہٕ راہی یہٕ اوس نہٕ یہنٛزِ پوٚختگی ہُند زمانہٕ، بلکہ پٔرہ تھکنک زمانہٕ لِہٰذا اَرٹ یمو سوٚ پے نٔہج یوسہٕ اُردو ترقی پسند شاعرن ہنٛزٕ اَس۔ ہندستانہٕ کِین ترقی پسند ادیبن آسٕ ژٕسوشلسٹ نظام مارٕتہٕ پترانہٕ نظام پچ جاے یوسہٕ نہٕ پوٚر سپز۔ تم سپٕنۍ آزادی نشہٕ بدل۔ یہٕ دور اوس ساری سے برصغیرس منٛز ہنگامی دور۔ ہندستانکی ادیب اَسی عالمی جنگ دوٚ تھہٕ کِس خوفَس منٛز مُبتلا۔ پوٚز کشیرِ منٛز اوس جنگ چلان۔ ییتہٕ اَسی کینٛہہ ترقی پسند اقدامات تہٕ سپدان، زمین گریستس دِنہٕ یوان تہٕ تم سودی قرضہٕ کہٕ چنگہٕ نشہٕ پھِکرنہٕ یوان۔ امہِ کنٛی اَسی ییتہٕ حالات بدٕل۔ اَمن ژھانڈٕن تہٕ اَمن کانٛچھن اوس پزٕے سون مسلہٕ تہٕ ترقی پسند اقدامن تعریف کرٕنۍ تہٕ اَسی ضروری۔ تہٕ کٔرتھ تہٕ چھُنہٕ مے باسان زِیتھی ہوٚی شعر کیا اَسی مارکسی ادبی نظریہ ہس مُطابِق ؎

۱۔ ٹھہر لعینہٕ برد نہٕ مہ پکھ فساد فتنہٕ کپنہٕ ہیتھ
ژٕ بم تہٕ گن مشینہٕ ہیتھ موکٔر کرٕژن یہ سینہٕ ہیتھ
ہیرو شیمایہٕ چھُے نہٕ یتھ کر کھٕ ژٕ لوٚرٕ پارٕ وُچھ
گرزٕن چھِہ آبشار وُچھ نشاط شالمار وُچھ
وطن یہٕ میون چھُے بدار نو بہار دار وُچھ
اِرادٕ استوار وُچھ ٹکوی تہ ونگل تہٕ نار وُچھ

۲۔ وُشن وُشن وہ ژُل وہ ژُل

وٕزُل وٕزُل وُشُن وُشُن

وُشُن وُشُن وٕزُل وٕزُل چھ خوٗن میوٗن

جوان چھُس طفان ہیوٗ جنوٗن میوٗن

ییٚتہِ چھُ نادِم تمی انتہا پسندی ہُند شِکار سپدان یُیمہِ مُنزی اکہِ ساتہٕ ہندُستانچ ترقی پسند ادبی تحریک گُزران آس - طبقأتی نابرابری ہُند احساس دُیت آزادَن تہِ تہٕ عأرضَن تہِ نادِم تہِ چھُ دِوان - کتھ چھےٚ کُنی

زرس بوش زردار نے راج روزیا

ژھرِن لورِ کٹھن سَرَس تاج روزیا

اکس ہرتہٕ چھوٗن بیاکھ محتاج روزیا

وُچھس پیٹھ کھٕسِتھ تاجدارَن پیٚرزُھن چھُم

پیٹھے بأنہٕ کہِن نوبہارن پیٚرزُھن چھُم

امہِ نظمِ ہندِ بندچھُ بدل انداز ک - یوٗز ساری سے نظمہِ منز چھُنہٕ بہِ انداز قأیم روزان

دَپان پوٗری کنہٕ گاش لوٗگ باشہٕ کرنے

سیاہ بخٚتہٕ نے موکھتہٕ دامانہٕ جیرنے

اما آد بنجرَن یہِ مابرمژ رنے

نبَس پیٹھ کھٕسُن چھُم ستارَن پیٚرژھُن چھُم

یہِ مضموٗن لیکھان چھےٚ اکِس کتھِ گیٛنہٕ کڈٕنۍ ضروری ، سو گیہِ یہِ زِ مےٚ چھُنہٕ نادِمنِ شایری
ہندی گوٚن گنز راوٕنی - اتھ چھُنہٕ کوٚنَن ہنز کمی - مےٚ چھُ وُنُن زِ یہِ کتھ حدَس تام چھےٚ مارکسی ادبی نظریہ ہس نکھہٕ - مارکس کرِ ہامیأنی کنہٕ یتھ اظہار پسندے

قدم ٹھپکرٲوِتھ ؤچھُم سروٕ کُل        تھوٚد ؤنِتھ گاسہٕ تلُ

ٲس ؤہرتھ ؤچھِم کارِ پٹتی زاگہٕ زَن

ڈیکس دزٕ لدِتھ عشقہٕ پیچان پرٛژران

یہٕ زیٖمہٕ قسمچ بیان بٲزی۔ سپاٹ انداز تہٕ سطحی خیالات سہ

چھِ ہُشیار ٲسی دوس دُشمن تہٕ زانو

یہٕ کونسل یہ انجمن یہٕ کمیشن تہٕ زانو

نمٹر میکناٹن تہٕ ڈیکسن تہٕ زانو

یمے گاجہ رتمہٕ بزیڈِ بیٚیہ دوٕڑ گرد کیا

زرٕوما زرٕوما زرٕوما زرٕوما

نادمنہٕ شاعری چھُ پننس أندی ہکھس سیتی دوٗر واتھ۔ سُہ چھُ تشبیہہ، استعارہ تہٕ پیکر کأشرِ بن ہنٛز زندگی تہٕ تہنٛدِ کامہ کارِ منزٕ ژاران۔ تس چھےٚ زندگی ٹاٹھ یوٗنی زندگی، پھولوٗنی زندگی، پیرٕ ستھ ووٗنی زندگی۔ زندگی ہنٛد یہ ٹاٹھنیار چھُ تس سیتھی شعر لیکھناوان سہ

نوٗ وجوش چھُ کھوتمت پوشہ نُمرِ بن        باڈٕ ٹی گلہٕ نے تے بُشنگرِ نر بن

دوہے ہُند دہ دِشُتر ہنہٕ پوٗنرُ        کھوٗنہٕ کھوٗنہٕ پھِروتھ لجہٕ ہاوٕنے

آرٕ ڈَل چھوٗت سُہ چھُم واٹہٕ ہج ہیوٗ

چھوٗن تہٕ نوٗن ہترِ ہوٗت سپنہ ٹچ ہیوٗ

اوٗش ہران آب زن پیٹھ کھلےٚ ہے

ہے وٕلے ہے وٕلے ہے وٕلے ہے

مےٚ چھےٚ نادمنہٕ امہٕ دورچ نظم مےٚ چھُم آش یِکہٕ ہیچ "زیادہ جان باسان۔ اتہٕ پیٹھ

چھُ زِنتہٕ نادِم بنیس ٹمنزِ ریس کنُ قدم ترٛاوان ۔ اَتھ منٛز چھِ نہٕ خطابت تہٕ نعرہ بازی۔ اَمن پسندی ہُند موضوع ورتاونس منٛز چھےٚ شاعرانہ مہارت ہاونہٕ آمٕژ ۔ اَتھ منٛز چھِ خیالنہٕ منٛز تِم منظر وۄتلان، یِم حقیقتس سیٹھاہ نکھ چھِ ۔ اَکِس زنانہٕ ہنٛدین پٔزین جذباتن ہنٛز تصویر یٔس ییٚژ کالہٕ پتہٕ باڑ وانٛنچ آش چھےٚ تہٕ یوسہٕ کَم کَم شٲیر کران چھےٚ ۔ موضوع تہٕ موضوع کِہ ورتاو وۄشہ یوکنہٕ چھےٚ یہ تعریفن لایق ؎

سیٹھا ہو نگنہٕ رٕڈتن بہٕ تھو کارٕ بون کنُ

تہٕ ییلہٕ ڈلی رٹہِم تیلہٕ وُچھس اُداچھن کنُ

رٹہِم نالہٕ اَدٕ اوٗش درٛن ما چھُ ممکن

پگاہ وعدِ چھم تس

اَتھ منٛز ییتھ وۄمیز لولہٕ متہٕ لاے کرنہٕ آمٕژ چھےٚ، سو چھےٚ مارکسزمُچ علامت نادِم چھِ نہٕ ناداری، مُفلِسی، لاچاری، بوچھِ تہٕ بدادچہ کتھہ تخئیلکہ مدتہٕ کران، نہ صرف مُشاہدِس بنہٕ ہس ییٚتھ ۔ اَمِس چھُ یِمن ہُند تجربہ تہٕ حاصِل، تۄے چھُ باسان زِ یِہنٛدِس بیانس منٛز چھُ پزر تہٕ تاثیر ۔ یہ چیز تہٕ چھُ مارکسی اَدبی نظریہس مُطابق ۔ اَکھ مثال چھےٚ ؎

پانژ پور ہو وُچھ تماشا یِڈ برِتھ

طاقہ دارین پیٹھ اُسن ژھن چاپہ کھأسی

کنہٕ دار یوکن مَن ڈیٹھ کنہٕ ڈول دیٹ

ژھیئہٕ پہر گیہٕ آو ستھ رۄدچ شِکار

نادِمس چھےٚ تارکی ہِتی نفرت، یِہہ گٔژھ دے، گاشُک لول، گاش یُس سو چھچ رِژرِچ فراخدِلی تہٕ نیکی ہنٛز علامت چھِ خوشحٲلی ہُند قاصد چھُ ۔ گاش چھُ جان مستقبلچ بشارت ۔ آشن تہٕ وۄمیزن ہُند ہرتر ؎

کران اُسی کالہٕ پگہٕ ہیچ سٔتر بران دوہ    نہٕ آسُن کٕرِ یوٗٹھ ییوٗ ہارس کوٗرُن پوہ

چھٕنِتھ پَن ییوٗ بَہارَس لاوِ موٗرے    مگر وُنہٕ ژونگ لوٗلُک سانہٕ زوٗرے

چھُ وُزوان گاش گٕژھ کارس کران توہ    اَمی اکہٕ گاشہٕ لیہ تھٔوآش میأنی

یِتھے پأٹھی وُچھتوکھ "اَسہِ کوٗر فاصل" نظمہ ہِندی یِم مِصرٕ ے

اَسہِ کوٗر فاصل سیٛزرَس پزرَس روزٕ نالی نال

راتھ گٕژھ کأسِتھ پرٛتھ صُبحچہ پرٛدسون استیقبال

نأدِمس اگرا اشتراکی فلسفہ پسند آمُت اوس تہٕ مارکسی ادبی نظرِیہ کِس اثرکِس تحت نے تہٕ اُردو ترقی پسند شاعرن ہنٛدِ آیہٕ شعر وِنان اوس' اتھ اُسی کینٛہہ وجوٗہات۔ یہِ فلسفہٕ اوس سماجی تہٕ معاشی درجہ بنٛدی خلاف تہٕ نأدِمس اُسی اَمہِ درجہ بنٛدی ہنٛدی کٕرِ ژھٕ ژھی لگی ہتی نسل تہٕ مذہب چہِ بنیأدِ پیٹھ تہٕ اوس نہٕ یہِ فلسفہ کُنہِ اِمتیازُک روادار۔ یِم گٔنڈ تہٕ اُسی لُگن رَتہٕ وأدی کران۔ پوزِ پیٛلہِ روٗسس منٛز تہٕ سٹالنس ہوِس شخصس رَب کرنہٕ آیہٕ بٔرم پھٹ، ترقی پسندن ہُنٛد خاب گوٚ چھٕلہِ چھٕلہِ تہٕ تِموٚ ہیوٚت نوِ نمانہٕ سوٚنچُن یا وُنی توٚ پنٛنہٕ سوٚنچَن تراپہٕ پیٹھ نظرِ ثأنی کرٕنی۔ یہِ چھُ سُے وَق ییٚلہِ مشہوٗر اُردو شأعر کیفی اعظمی یَن "آوارہ سجدے" عنوانہٕ پنٕن کلامہٕ بازرَ تراوِنُک سٔنز کوٗر۔ نأدِمنس سوچس منٛز تہٕ چھےٚ اَمہِ تبدیلی ہنٛز ژینہٕ وَن تسنٛز وٕژھٕٹھ، وَنٕل، ڈٕل ٹٕھٹھی ٹٕھٹھی تہٕ سمجوتہٕ ہٕشو نظموکنٛی میلان۔ اکھ زِ مثالہٕ دِنہٕ روزَن مناسِب ؎

یِم بنٛگلہٕ چھِہ آسَن وأنی یہٕمنٛد دُنیا چھُہ الگ

ہَمہٕ پہٕرِ چھِہ زٕخمَن کٕراأی یہٕمنٛد دُنیا چھُہ الگ

اَڈی عاقل اَڈی یِیتہٕ چأری۔ ژٕٹکھ ہلہٕ پأری لگے

؎ زَن اوس نہٕ کینٛہہ تراوِیو کتھ    کانٛہہ لٕہر اتر اوِیو بَس تی چھُہ سٕیٹھا

؎ یِمَن سوٗنتَن کرٛن اوس گٔژھتھ کرٛاو

ژیٚیے وُنہِ خابَن، اندر خابَن کرُن ناو

یہِ صوٗرتِ حال چھےٚ اَہنٛدِس کلامَس منٛز اکھ زہر خند پأدٕ کران یِمیُک اِظہار "کاکدوأنی سینٛز ہَکھ" نظمہِ منٛز سٕیپمُت چھُ۔ دنان چھُ ؎

زیٛورہن کٕرِد گُفتار ہِنٛو

ردی کاغز اَخبار ہِنٛو

ہمی کتہٕ اون اَتھ کیتھ سَنہِ بے قل

یِمی کُن چھوٚن یِرتھ کنھ وَنہِ بے قل

کھوٚنہٕ وٕٹہٕ کھوڈ کیٚیا کینا کھَنہِ بے قل

یِرتھ کانہہ کتھ چھو پھِر پھیشار ہِنٛو

ردی کاغذ اَخبار ہِنٛو

پَزر چھُ یہِ زِ نأدِم صأبَن ییٚچھ پوشہِ دِنہِ نظمہٕ، ترقی پسندی ہُنٛد ہوا انوکمَ سَپدَنہٕ پَتہٕ تہٕ یہِ گرٕز ہمنہٕ پَتہٕ۔ بِلکلُ تِتھے پأٹھی یِتھ پأٹھی سردار جعفری سٕنٛز "پتھر کی دیوار" تہٕ "پیراہن شرر" ہِشہٕ شعرِ سوٚمبرنہٕ یہِ سہلاب وَسنہٕ پَتہٕ بازر بیٚنیہٕ نأدِم نٕہن یِرٛحن نظمَن منٛز چھےٚ کاٹھی درواز ہیٛٹھ گرِتاں" تہٕ "نابدٕ تہٕ ٹیٛٹھ وَنہٕ خاص پأٹھی گنٛزراوِنہٕ لایق۔ نأدِم صأبَن چھُ میٚے أکِس مُلاقاتس منٛز دوٚپمُت زِ تِمن آسہٕ ترقی پسندی ہِنٛزِ تِمے قدر ٹاچھ، یِہنٛز ملہٕ مِش بٕرٛدنٹھے سأئنسِ کأشرِس سوٚچس منٛز أس۔

# کأشرِس ادبس

## امین کأمِلُن دیٚن

ہندوستأنی ادبس پٮ۪ھا ترقی پسند دورن کیٚنٛہہ دیٚنُت مُرت کِنہٕ نہٕ یہٕ بحث
اوٚکطرف ترٛاوتھ چھےٚ یہِ کتھ ٹاکارٕ زِ اَمی پیٚٹھٕ لِکھارین مقأمی تہٕ علاقأیی زبانَن
منٛز لیٚکھنَس کُن مأل تہٕ مادری زبأنی منٛز اِظہارچن سہوٗلیژن ہُنٛد دیتنکھ
ظوٗن۔ نتیجہ دراو یہِ زِ علاقأیی زبانَن منٛز ہیوٚتُن ادب پریٚھنَن تہٕ پھانٛپھلُن
کأشرِ زبان تہٕ روٗزنہٕ اَمہِ اَثرٕ نِشہٕ مُچھ۔ ییٚتہِ تہٕ یمو قلم انگریزی، اُردو تہٕ
فارسی اِظہارُک وسیلہٕ بنوومت اوس، ہیوٚتُکھ ییٚمہِ مادری زبأنی کُن قَلمَس جِلو پھیرُن۔
امین کأمِل چھُ یموٕے قلم کارو منٛزٕ اکھ۔

امین کأمِل کِتہٕ زاو تہٕ کِتہٕ پھانٛپھلیاو، کِتہٕ پوٚرُن تہٕ کِتہٕ کرُن نوکری یِمہ
کتھِ تھاوِ نہٕ تُلِتھ۔ تِمنٛز ذاتھ بنیاد کیٛاہ چھےٚ۔ عادات اطوار کیٛاہ گردار کیٛاہ،
اَتھ پیٚٹھ تہٕ گژھہٕ نہٕ کتھ۔ مےٚ چھنہٕ اَمی سٟنٛدی تِمن گوٚکل نِنہٕ کڈنی۔ ایہِ کأم
چھےٚ اکِہ زمانہٕ سنتوش صأبن مٹہِ ہیٚرمِژ) تہٕ نہٕ اَمی سُنٛدِ ہمرُ وِژھناوان۔

میٚون موضوٗع چھُ سہ امین کأمِل یُس کأشُر ادب زانَن تہٕ یُس کأشرِ ادبٕکۍ وَنَن چھُ۔

امین کأملن نہٕ لیٚکھ لچھِ واد شعر تہٕ نہٕ ہتہٕ واد کِتابہٕ۔ تہٕ کرِتھ تہٕ چھُس کأشرِ ادبُک اَکھ تیٚتھُے اوٗرت بوٗرُت چھیٚل گُل، ییٚمہٕ چہ سارِنے لنگ لَنجہِ کوٚمہٕ منزٕ اَنِس بہٕ تھانتھرا چھُس زِ کوٗشش کرِتھ تہٕ ما گرِتھ کانہہ لُنڈ مچھ۔ کأملَن کوٚڈ کأشرِ ادبہٕ کین، مختلف مأدانن منزٕ پننِس قلمَس واش۔ ترجمہٕ تہٕ کوٗرُن، ڈراماتہٕ لیکھِن۔ تحقیق تہٕ تنقید تہٕ بنوٗن موضوٗع۔ ترتیب کار تہٕ روٗد تہٕ رسمی پیش لفظ تہٕ مُقدمہٕ نویسی تہٕ ہُر روٗن بہٕ۔ اِفسانہٕ نگار تہٕ روٗد تہٕ ادبی صحافی تہٕ، نظم، غزل یعنے شاعری منز تہٕ کرناوِن پننۍ اِنفرأدیت تسلیم تہٕ لسأنی زأوِی ہبار تہٕ دأنِرن۔

یہٕ چھیٚ اَسہِ سارِنٕے خبر زِ ١٩٤٧ ہس تاں اوٗس سون سورُے ادبی سرمایہٕ زیادٕتر نظمس تاں محدوٗد۔ تہٕ پننہٕ زبأنی منزٕ نثری سرمایہٕ پأدٕ کرنس کُن اوٗس اَسہِ خلاے ظوٗن گژھان۔ زبان چھیٚ ترقی کران نثرکہٕ فأضہٕ تہٕ اَتھ مأدانس منز قدم تُلنس اوٗس ٹھوٚر یہٕ زِ نہٕ ہہ نوٚموٗنا اوٗس نہٕ برٕونٹھ کنہٕ۔ ییٚارِ آسہٕ ہندوستأنۍ واریاہ علاقأی زبانہٕ کتہٕ کوٚر واژمژ۔ اَسہِ برٕونٹھ کنہٕ اوٗس اَکھ یہٕ مسلہٕ زِ نثرس کیٚتھ کِنۍ کرَو دسلابہٕ، بیا کھ یہٕ زِ سأنۍ زبان کیٚتھہٕ پأٹھۍ واتہٕ دوٚہ ہیٚتے منزٕ بیٚین زبانن ہندِس درجس۔ أمی دوٚہ لابن کرِ اَسۍ دُباثبر۔ اَسہٕ ہیٚوت اَتھ عمارژ کِنۍ تہٕ دِیُن تہٕ کوٚچ کرِ تھے ڈبہٕ ڈالانہٕ تہٕ تراوِنۍ۔ یہٕ اگر اَز چار رِے باسہٕ، پوٚز چارہٕ تہٕ اوٗس نہٕ اَمہِ سِوا۔ اَسۍ اَسۍ واریاہ کالَس نیٚندرِ کرِتھ دُتھمِتۍ تہٕ دوٚہ اوٗس کتہٕ کوٚر دوتمُت۔

کُنہِ زبانٕ منٛز چھُ نثرس ڈٕسلابہٕ سپدان ترجمو سٟتۍ۔ یَتہٕ چھِ دۄیمین زبانن

ہٕنٛدۍ نموٗنہٕ وُچھتھ علمی، ادبی مضموٗن لیکھنہٕ یوان تہٕ یتہٕ وارٕ وارٕ باقٕے نثرِ صنفہٕ

بارسس یوان۔ اَسہٕ ہیٛمہٕ زمانہٕ ترجمہٕ کَرٕنۍ ہیٛتۍ تمۍ ساتہٕ ہیٛتۍ ڈراماتہٕ افسانہٕ تہٕ لیکھنۍ۔

اوٕ موکھہٕ اگریم چیزٕ اوٕ کاپھِرۍ باسن، ڈیکٕس دٕرہٕ کھسنۍ چھنہٕ رَوا۔

ترجمہٕ کٲری ہندِس اَتھی ڈٕسلابہٕ کِس زمانس منٛز کوٗر کٲمِل صابن "بہاء اللہ تہٕ عصرِ جدید" ناوۍ اَکِس کِتابہِ آسان تہٕ روان کٲشرِس منٛز ترجمہٕ یُس بہایٖن ہٕنٛزِ رُوحٲنۍ محفلہِ ہِندِ طرفہٕ سنہ ۱۹۷۹ ءَس منٛز دِلّہِ چھاپ سپٕز۔ یہٕ اوس کٔشیرِ منٛز نیم سرکٲری تمدنی تنظیم کلچرل محاذ یَتہٕ کلچرل کانگریٖسک دور۔ اَتھ دورس منٛز آو ادب تشہیر کِہن تہٕ ابلاغہٕ کِہن ذٔریِعن منٛز شُمار کرنہٕ، سرکٲری پالیسی لُکن تام واتنا ونہٕ باپتھ اِستعمال کَرنہٕ۔ یٕہ زمین چھےٚ گریسی سٕنٛزٕ تہٕ ڈالر صاب ہیوٚ ڈراما چھِ اَمی زمانٕچ یادگار۔ یِمن دۄہن اوس ریاستس خصوٗصن وادی ہٕنٛد اکھ اہم مَسلہٕ سیلابن ہٕنٛز تباہ کٲری تہٕ لُکن اوس اَمہِ مصیبتُک مقابلہٕ کَرنہٕ باپتھ حوصلہٕ دِیُن۔ یہٕ مقصد پوٗرٕ کَرنہٕ خٲطرٕ آو ڈراما ژارنہٕ تہٕ یِم کینٛہہ ڈراما اَتھ موضوٗعس پیٹھ لیکھتھ اسٹیج کرنہٕ آے تِمَن منٛز چھُ اَمین کٲمِل صابُن ڈراما "پگاہ" چھِ گاشدار" قابلِ ذِکر۔ گنڈِتھ موضوٗعچ یہٕ حد بٔندی پھُٹراوِنۍ تہٕ "حبہ خوتوٗن" تہٕ "زِنۍ موٗزٕ دٕر" ہیوٚ ڈراما لیکھنۍ تہٕ چھےٚ کٲمِل صابنہِ حوصلہٕ مندی ہٕنٛز اکھ ٹاکارٕ مثال۔ یُدوے اَوٚ ہٕنٛد ڈراما حبہ خوتوٗن پرودکشنچہ کمزوٗری ہٕنٛد باس دِوان اوس پوٗز مواد سوٚمبراونس منٛز اَمہِنٛز محنت آس قابلِ داد۔ یَتہٕ سٟتۍ اَمی ڈرامہٕ کُ ریڈیو روپ، قومی ڈرامہن منٛز شٲمِل۔ کٲشُر ڈراما شہرکِس کھوتہٕ تیوٚتہٕ کوچو منٛز گٔڈتھ گامن گٔژھن تام واتناوِنۍ تہٕ عام لُکن اَتھ سٟتۍ زان کرناوِنۍ کوٚشِشن منٛز لیٚیا

حِصہٕ کأمِل صأبٕن ہیوٚ تمُت چھُہ، سُہ چھُنہٕ مُشراوُن لایق۔

کٲشِر منٛز ریڈیو اسٹیشن یِمنہٕ دوٚہَن قایِم سپدنہٕ کنۍ آیہٕ اسٹیج ڈراماہن علاوٕ ریڈیو ڈراماہ اَکھ نوٚ صِنف تہٕ بارسَس تہٕ ریڈیو خٲطرٕ آے ڈراما ترجمہ تہٕ کرنہٕ تہٕ طبع زاد تہٕ لیکھنہٕ۔ آل انڈیا ریڈیوکین ڈراما مُقابلن منٛز حِصہٕ ہِنہٕ خٲطرٕ لج کٲشرِن ڈراما لیکھارَن تہٕ مان مان۔ کأمِل صأبٕن لیوٚکھ "موہہٕ سٕرٕ" عنوانہٕ اَکھ طبع زاد ڈراما تہٕ ترٛیٚم یِنامہٕ میوٚلُس، اَمہٕ ڈراماہچ خصوٗصیت اَٲس بٔہٲرۍ سٕنٛز درد منٛدی ہُنٛد احساس، تِمۍ اوُس موہہٕ سٕرٕ پننہٕ روٗزیک ذٔریہٕ، یعنے مشیٖن اَکِس شخص حاجت کڈنہٕ باپتھ کنناوان ہووُمُت۔ ڈراماہس منٛز اَسۍ کأمِلنۍ فنکاری جایہٕ جایہٕ وُچھِتھ۔ تِلاں ریڈیو باپتھ یِم بیٚیہٕ کینہہٕ ڈراماہ ہِنٛدۍ اَتھ لیکھنہٕ آے، تِمن منٛز چھےٚ "ویدرانی" تہٕ اہمیت تھاوان۔ یہٕ کتھ پزٕ خاص کٕرتھ یاد تھاوٕنۍ زِ کأمِلَس چھُہ کٲشُر تہذیٖبک سوٚن احساس تہٕ یوٚہے احساس چھُ تَس کٲشرِ ہنٛد توارِخہٕ تہٕ عام لُکن ہٕنٛزِ زِندگی منٛز واقاتھ تہٕ کِردار ژارنس سبب بنان۔ ریڈیو ڈراماہس سٟتی سٟتی اوٚپیراہچ نوٚ صِنف یِتھ سٟتی کٲشرِس ادبَس نادی مِنہٕ دُسی زان پٔزٕ تہٕ گَیہٕ نہٕ کأمِلَس کُھچھ۔ تِمۍ لیوٚکھ "بوٚمبرٕ تہٕ لولرٕ" نادی اَکھ اوٚپیرا یَمیُک بُنیاد اَکِس نیم توارِخی واقعس پیٹھ آسی۔ یہٕ واقعہٕ ژارنَس تہٕ چھُہ کٲشرِس سٟتی کأمِلن عشق تہٕ تُنٛدرُوٗمٲنی مزاژٕ ذِمہ وار۔

اَتھ زمانس منٛز گوو باقے زبانَن منٛز لیکھنہٕ آمتۍ ڈراما کٲشرِس منٛز ترجمہٕ کرنک سِلسِلہٕ شروع، تہٕ کیٚتۍ ڈراما آے کٲشرِس منٛز پھیرنہٕ۔ اِمین کأمِلن کوٚر ٹیگورسٕنٛدِن دوٚن ڈراماہَن ہُنٛد ترجمہ۔ راژ تہٕ رٲنی تہٕ ڈاک گھر ناوی یِمن ترجمن ہٕنزِ زبان چھےٚ میٹھ تہٕ وَیہٕ وٕنۍ۔ کوٗشش چھےٚ آمٕژ کرنہٕ زِ اصلک روٗح

گوڑٕ قایِم روزُن۔

مےٚ وۄن پیٹھ کنہٕ زِ ۱۹۴۷ءَ پتہٕ ہیوٚتُن کاشُر زیوٚ گبرٕ ژلُن تہٕ اُدیبن ہنٛدِس اِظہارَس وۄدٕتھ ٹھۄر۔ یِمہٕ کِنۍ اکی ساتہٕ ادب کِس مختلف صِنفن پیٹھ قلم تُلنہٕ آو۔ یِمَن منٛز اَسی ساری پیش یِکھ اُدیب پننی تھامہِ گامٕتۍ امار جوشہِ سان بیان کَرنہٕ باپتھ بے تاب۔ ۔ ۔ ۔ چنانچہ ترجمَن، ڈرامہٕ ہَن، نظمن تہٕ مضموٗنن سیٚتۍ سیٚتۍ آے اَفسانہٕ تہِ لیکھنہٕ۔ اَمہِ ساتہٕ کہ اُدیبن زانی یہِ پننی ذمہٕ داری زِ تِس چھُ پریتھ کینٛہہ کرُن۔ شاعرو وُنۍ نہٕ شعرے یاتۍ بلکہ لیکھ کھ افسانہٕ تہِ۔ یِیٚمِچ مِثال دینا ناتھ ناد مِن "جوابی کارڈ" افسانہٕ لیکھُن چھُ۔ یِوٚتے یوٚت نہٕ تِمو ہیوٚت تنقیدکِس موضوعَس پیٹھ تہِ قلم تُلُن تہٕ مضموٗن تہِ لیکھنۍ۔ اہلِن کامِل تہٕ ژاد افسانہٕ نِگاری ہنٛدِس وانگنس منٛز۔ اَمی احساسہٕ کِنۍ نہٕ یوٚکُن مےٚ وُنۍ اِشار کوٚر، اَتھ اَسی بیٚیہ وَجہ تہِ۔ یِدوٚے پننِس اَفسانن ہنٛز" کتھ منٛز کتھ شومیرِ گوٚڑ کتھ لیکھان تِمُو وۄنمُت چھُ زِ" یُس خیال نہٕ مےٚ شعر بنیو تَتھ بنوٚوم افسانہٕ۔ پوٚز میوٚن خیال چھُ زِ اہلِن کامِل اوٗس افسانہٕ نِگار تہٕ ناول نویس بنُن یژھان۔ یِیٚمِک ثبوٗت یِمہٕ صدی ہنٛدِ شیٚیمہِ دہلہٕ کِین گوڈنکِین وریِن منٛز تِہنٛد گٕژھ منٛز گاش" ناول لیکھنہٕ تہٕ کینٛہہ افسانہٕ لیکھنہٕ سیٚتۍ میلان چھُ۔ اَتھ کِیاہ کرِ زِ" زِسہٕ اوٗس ژکہِ شاعر تہٕ سُے مِزاز اُوسُس باگہٕ آمُت۔ یِتھ یہِ کتھ تصدیق کران چھےٚ زِ تِس بیوٚ ناول تہٕ افسانک مادان جلدے ترٛاوُن تہٕ شاعری ہنٛدِس محاذس پیٹھ روٗد اَکہٕ پتہٕ بیاکھ مورچہٕ زینان۔

یوٚتاں کاشرِس افسانَس تہٕ ناولہِ ہنٛدِس مادانس منٛز یِہنٛد کُنٛڑی بیوٚشنک تعلق چھُ۔ اُہنٛز ناول 'گٕژھ منٛز گاش" چھےٚ کاشرِ زبانی منٛز لیچھہ مژن گوڈنچن

ترین ناولن منز شمار سپدان ۔ ییمہ کنۍ اَیہ اَکھ تواریخی حیثیت چھےٚ ۔ یمن
ناولن ہنزن فنی کمزورین پیٹھ ییتھ کوٚت تہ بحث کرنہٕ ، اَتھ کتھ ماہکو انکار
کرِتھ زِ یمو سیتی آیہ کأشرِ ناولہٕ ہنز وتھ مانڈنہٕ تہٕ پننہٕ زبأنی منز ناول لیکھنچ
کانٛہہ روایت موجود نہ آسنہٕ کنۍ بنیہ یہ اَکہِ نوٚر ہوایشہٕ ہندی گوڈنچ وتہٕ پدی ۔
یتھی انسانس وارِیاہ کینژھہٕ کرنُک شوق آسہ تہٕ وَق آسس ژھوٚٹ، سُہ چھُ
لأزی من بانبر ہُند شکار گژھان ۔ "گٹہٕ منز گاش" ناول لیکھان چھےٚ کأملنی
یہاےٚ کأفیتھ باسان ۔ یتھ اَتھ گوڈ چھ تیتھ چھس نہٕ تہٕر ۔ مےٚ نش چھنہٕ
اَتھ ناولہٕ موضوع کنۍ موال بلکہ موضوع کہٕ وَرتاو کنۍ ۔ مصنفن چھےٚ داستأنی
تیکنیک پسند کرمٕژ ، پوٚزِ یہ چھنہٕ اَندٕ واتان ۔ عبدالسلام چھ کتھ اَڈٕ وتی ترٛاوان ۔ ۔
کردار نگأری ہنز کینژہٕ کمزوری تہٕ چھس ۔ مثلن فأطمن کردارس نہٕ پوٚر پأٹھی فطری
باسان چھ ۔ مُصنفس چھ پنُن شوٗبہٕ دار اسلوب تہٕ کتھ وننٕک آے چھس تھکنُن
لایق ۔ علی محمد لون صأبنہٕ "أسی تہٕ چھہ انسان" ناولہٕ ہندی کردار چھ وے زیاد ۔ ۔ ۔
زور دار چھ تہٕ واقاتھ تہٕ پزی ، مگر پلاٹُک ڈیجبر چھُس مولہٕ والان ۔ رپورتاژ تیکنیٖک
چھےٚ تیتھراہ غالب زِ ناول چھےٚ رپورتاژے بنے مٕژ ۔ اختر صأبنہٕ "دود دگ" ناولہٕ
چھےٚ کردار نگأری ہنز غأمی تہٕ موضوعک بےٚ سوٚم وَرتاو ۔ کُلہم پأٹھی چھ ترٛشوے
ناولہٕ بڑو شنڈ کنہٕ تھاوتھ کأمل صأبنہٕ ناولہٕ اکھ خاص مُقام ۔

کأشر افسانہٕ نویسی ہندس مأدانس منز چھ امین کأملنی سیتی تاج اختر
محی الدین ، علی محمد لون ، صوفی غلام محمد ، اُمیش کول ، ہردے کول بھارتی تہٕ
تاج بیگم آسی میتی ۔ تہند پننہ وننہ کنۍ رُود کأشر افسانہٕ ۱۹۵۵ء پیٹھ ۱۹۵۹ء یس
تام یمنے شن افسانہٕ نگاران اَندی پکی پھیران ۔ تہٕ دعوا چھس زمین وٚرین منز

گۄے افسانہٕ نویسی ہِندی صرف ترٛیٚیہٕ اسلوٗب رنگ رٕٹِھتھ۔ اختر، اُمیش کوٗلن تہٕ یِہندٕ۔ یہِ دعوا چھُ وارِیہس حدس تام صحی۔ اوٚل اَمہٕ کِنہٕ زِ ناڈِم، روشن تہٕ ہارون ہیٚوٚ افسانہٕ لِکھار یوٚ اوس نہٕ کانٛہہ اسلوٗب قٲیِم کٔرِتھ ہیٚوکمُت۔ دوٚیِم اَمہٕ کِنہٕ زِ یِہندین سیٚتی باجن ہِندہٕ اوسنہٕ اُمس برٛونٛہہ تہٕ کانٛہہ اسلوٗب بنیوٚمُت تیتھ سُہ پاننادِ ہا۔ ترٛیِم اَمہٕ کِنہٕ زِ کٲمِل چھُ زبردست اِنفرادیت پسند روٗدمُت۔ نثر کیوٚ نظمس منٛز چھیٚ تِہٕنٛزٕ یٕہے کوٗشِش روزان زِ تس گوٚژھ نہٕ بیٚیہٕ سٕنٛزِ وتہِ یکُن پیوٚن۔ سُہ گوٚژھ پنٕنہِ باپتھ پانے وَتھ مانٛڈُن۔ یِہُنٛد افسانہٕ سوٚمبرن "کتھِ منٛز کتھ" چھپیوٚ یہِ ۱۹۶۶ء یَس منٛز پوٗز اَکھ منٛز شٲمِل افسانہٕ چھِہ تِمے یِم ۱۹۶۰ء یَس تام لیٖکھنہٕ آمتی چھِہ۔ یِم افسانہٕ چھِہ اَکِہ اَکِہ نوٚوٕ وتہٕ ہُنٛد باس دِوان۔ ترقی پسند دوٚرن دیُت کاشرین ادیبن اظہارٕکی مختلف وسیلہٕ وَرتاونٕک احساس پوٗز تِمی کٔرِ تِم اکِس خاص، داٲرِس منٛز گنٛڈِتھ کتھ کرنس پیٹھ تہٕ مجبوٗر۔ کٲمِل صٲبنٕ افسانہٕ پٔرِتھ چھُ باسان زِ اُمِس چھنہٕ صرف اَکُی داٲرِس منٛز روٗزنس منٛز برابری آمٕژ۔ اُمس چھیٚ صرف اَکے کتھ ہٕٹہٕ ڈٔرِ ھمٕژ تہٕ گوڈٕنیُن اوٚندپوٚکُ۔ پٔرزناوُن تہٕ اَمکی سٕنٛز وۄگنیار ڈیُھنی داچھنی۔ پنٕنہٕ سیٲسی تہٕ سمٲجی زندگی منٛز یِم ناہموارِیہٕ چھیٚ تِمن ہُنٛز کتھ کٔرٕنی۔ ۱۹۴۷ء پتہٕ اوس شخصی حکوٗمژ ہُنٛد نظام بدلیوٚمُت۔ پوٗز اَتھ نظامس سیٚتی وابستہٕ سمٲجی طبقہٕ آسہِ نہٕ گٔلی میٚتی۔ اَتھ سیٚتی اوٗس بٕجِس نوٚ دولت کٔرِتھ اَکھ تیٚتھ طبقہٕ وۄتلیوٚمُت یِہُنٛد عادات تہٕ اطوار تہٕ یِہنٛز نفسیات پرٲنی استحصالی طبقٕچ ہِشی آس۔ کٲمِلن قلم چھُ اَمہٕ طبقٕچہِ زندگی وُرِن تُلان تہٕ تٔہُنٛد افسانہٕ "نوٚوتاوَن" چھُ تَمہٕ پیوان بٕشیٖمہ ڈُلہِ کِن یٕتی مین وٕرِ یَن منٛزیُس تیٚلی ہوسگ ہوانوا کاشرِس مزارَس منٛز

ژاو تِمہِ مثال چھِنے یِتھِ ۔ ڈاکٹر اشرف چھُنہٕ اکھ کردارٕ ے یوٗت بلکہ سُہ چھُ تِمن
سارِنے کِرداران ہُند نمایند ۔ کاٗمِل چھُ کہے نِہنین اَفسانن ہُنز بنیاد لُکہ کتھن پیٹھ تہٕ
تھاوان تہٕ اَمی آیہٕ لکن ہُنز نفسیات دٔرِتھاوان ۔ اَسہِ چھُ بوٗڈ مصیبت وُچھتھ
لوکُٹ مصیبت مُشتھ گژھان کانہہ بوٗڈ عاب وُچھتھ لوکُٹ عاب صفحتے باسان
تہٕ پوزٕ آسے بوزٕ ووٗ جہنمی" افسانہٕ چھُنہٕ یِہٕ آسے کتھ باوان بلکہ وُرگہ پاٹھی اَمی تھیلی
ہوٗ سیح زِینہٕ دَن دِوان ۔ یوٗکُن مِئے پیٹھ کنہِ اِشارٕ کوٗر ۔ کاٗمِل صاٗبس چھُ اِنسانی
زِندگی ہِندی بُنیادی جذبہٕ ٹاٹھی ۔ تِہندِ نِیہٕ وَننہٕ کِنہٕ ہیکن نہٕ یِم فطری جذبہٕ زانہہ
تہٕ تبدیل گژھِتھ ۔ تبدیل لفظہٕ بدل وَنہٕ یِہٕ زِ ختم ہیکن نہٕ گژھِتھ ، مگر زانہہ
صوٗرت ہیکیکھ بدلِتھ ۔ یِمَن جذبن چھُ اِنسانی نفسیاتس سیتی دوٗر واٹھ ۔ یِمنے
جذبن ہُند ہُنر ترٕ چھُ اَمار ، لول ، محبت ، یُس رنگہٕ رنگہٕ رنگ ژھٹان چھُ ۔ ماجہِ ہُند
اولادِ ہُند لول ، عاشقس سُند معشوقہٕ سُند لول ، بینہِ باے سُند اَمار بیترِ ۔
کاٗمِل چھُ یِمَن فطری جذبن زِلو دِوان تہٕ اُہندے تولقہٕ انسانہٕ ہِنز نفسیات
دٔرِتھاوان ۔ یِہنیح شہادت "پوٗت کل" تہٕ "عشہ پھیار" ہوِ افسانہٕ دِوان
چھِ ۔ تہٕ "اٰنہٕ" چھُ یِتھیقِن افسانن مَنز لاجواب ۔ یِمنیک کِردار غوٗفر ، وِوِ ستاد
کاٗسرب تہٕ بنان چھُ تہٕ پوٗتس فرتوٗز تہٕ گژھان چھُ ۔ آبہ سرتہٕ کنہٕ پل" چھُ یِہندین
افسانن ہُنز شیر گوٗلاب ۔ یِہٕ چھُ اکھ علامتی افسانہٕ ، یُس یِہ ہاوان چھُ زِ اِنسان
کِتھ کِنہٕ چھُ بدلونین حالاتن سیتی سمجھوتہٕ کرنس پیٹھ مجبوٗر گژھان ۔ اَمہِ
افسانُک دٔرجہ چھُ شِہے یُس مشہوٗر اُردو افسانہٕ نِگار کرشن چندر سُندین اَفسانن
مَنز تِہندِس "غالیچہ" افسانس چھُ یا پریم چند سُندِس "کفن" افسانس چھُ ۔
شیخ مس ڈیلس مَنز لیکھنہٕ آمتین کاشرین افسانن ہُنز بُنیاز پیٹھ یِم

اسلوٗب دوٚہ تلنخ کتھ کران، کامِل پنُن اسلوٗب اَلگ آسنُک دعوا کران چھُ،
تَتھ چھےٚ ہیٚتھرٕ رٔنگی میانی کنِنز زٕ پھیر ہاو خصوٗصیتھ۔ اَکھ کامِلنی لفظ ژٲر، سُہ چھُ
اَکھ مناسب لفظ ورتاوان، مناسب زبان ورتاوان۔ بییہ اَنظُن ہِندِس
اِستیمالس منز محتاط، مثالہٕ پاٹھی یہ اَڈلیوکھ، برجستہ تہٕ اِشارٲتی جملہٕ "یتھ
نہٕ توٚہی نرم وچھِو تہٕ وُشنی ہوانی یوٚزِو، صرف سوٗ رمہ تہٕ کلا بوتے یوت" لفظن
ہُنٛدیہ محتاط اِستیمال کرُن چھُ سُہ شاعری ہیٚنچھ نووٕ مُت۔ یوٚز شاعر آسنَ چھُنہٕ
ہٮ۪تھ افسانہٕ نویسی منز عاب۔ یادٕ کرٕزی میتہ۔ کرشن چندر چھُ شاعر نہٕ آسِتھ تہٕ افسانن منز
شاعری کران، یُس تِہُندین افسانن ہُنٛد عاب بنیوٚمُت چھُ۔ کامِل چھُنہٕ افسانہٕ نویس
کامِلس نِش شاعر کامِلس دوہٕ کڈنہٕ دِوان۔ تِہنٛدین افسانن ہِنٛز زبان چھےٚ صرف
افسانن ہِنٛز زبان تہٕ یہ چھُ یِہِند کمال۔ لڑایہ منز کھیوٚنہٕ افسانہٕ نویس کامِلن شاعر
کامِلَس نِش شِکس۔ یوٚز بٹنگس منز پیٚیس آخر ہار مانٛنۍ۔ اَہنٛدین افسانن ہِند
اسلوٗبٕچ بیاکھ خصوٗصیت چھےٚ طنز تہٕ مزاح۔ یوٚزیم دوٚہ شوے چھُ نیٚ شونکھ۔
تیتھ لطیف زِ بعضے چھُنہٕ باسے لگان۔ پھاٹک "افسانہٕ چھُ اَمہٕ اسلوٗبٕچ بیان مثال۔
کامِل سٕندِس چھےٚ افسانہٕ نویسی ہِنٛدِس فنس پیٚٹھ جان نظر تہٕ اَمہٕ کِنہٕ زاوی بارَن
ہِنٛز خبر اَتھ۔ توے چھُ تِم واقعہٕ ژارنس تہٕ کردار وَنہٕ کڈنس کُن خاص توجہ دِوان۔
بہٕ چھُس کامِل پننہٕ دورٕکین خوش نصیب لُکن منز شمار کران۔ اَمہٕ کِنہ زِ سُہ
رُدٕ دوار یاہس کاس ریاستہٕ کِس اَکِس تھٕنس علمی، ادبی تہٕ ثقافتی ادارس سٍتۍ
وابستہٕ یُس پننہٕ نوٚعیتُک واحد دار تہٕ اَدس تہٕ اول دَرجُک تہٕ۔ اَتہٕ میوٚل اَمِس
پننہٕ فکرٕ ہِنٛد نیالا۔۔۔ تہٕ فنک شہ پاز تھدِ تھوٚد وُپھناونُک۔ مناسب موقعہٕ تہٕ
ماحول۔ یہ سوٚن کھوٚت اَتی کھوٚچھ تہٕ تتہٕ ڈراو پاسہٕ پنُن تخلیقی ناگہٕ راد جاری

تھاونس سٟتؠ پیٚیہٕ اُمس اَتہٕ ادبی نۆوؠ ترتیٖب سٟٹھا کاٲم کَرٕنؠ۔ ترتیب کار
تہٕ بنٕ، تبصرٕ نگار تہٕ مقدمہٕ نویس تہٕ۔ تحقیقس تہٕ تنقیدس سٟتؠ فطری لوٚے خوٚے
آسنہٕ کِنؠ دِیُت اَمی اَتھ مادانس منٛز تہٕ پننہٕ اہلیتُک ثبوت۔ صوفی شاعرن ہٕنٛز
کتاب ترتیب دِوان پیٚیہٕ تمن شاعرن ہٕنٛز زندگی ہٕنٛدی حالات تہٕ لیکھنۍ تہٕ ہنٛدی
زانسہٕ، آبادی روزن جایہ تہٕ وٕ تھٕنٛکہٕ ہٕنٛز طریقہ تہٕ معلوٗم کَرٕنؠ۔ یِمو منٛز
بعضے کینٛہہ کتھہٕ اَمہٕ بروٚنٛہہ غلط لیکھنہٕ آمژٕ آسہٕ یا وَنہٕ آسنہٕ۔ کاٲمِل صابن
کٔریہ کاٲم زٕ کٕہ سان تہٕ دِل دِتھ۔ یہ چھےٚ الگ کتھ زِ نوٚو تحقیقن کٔراَنہٕ کینٛہہ
کتھہٕ غلط ثابت یوٚزٕ اَنٛز مستحق پھِنہٕ میانؠ کِنٛز ڈٕنہٕ تہٕ جواب نیران۔ اَتھ سٟتؠ ییوٚ
یِمن اَتھ کتابہ تیوٚت زیوٚٹھ پیش لفظ تہٕ لیکھن یوسہٕ اَکھ پوٚر کتاب بنے تہٕ روٗحانی
فلسفہٕ ناوِ چھاپ سپنؠ۔ کاٲشر صوفی شاعری سمجھنس منٛز یُس اَتھ روٗٹ یہ کتاب
کَران چھےٚ تمیُک احساس چھُ پرتھ کانٛسہٕ پران وٲلِس۔ اَمہٕ کتابہ ہٕنٛدی ترٛیشوے
حِصہٕ ویدانت، ترکہٕ شاستر تہٕ تصوف۔ پرتھ مُتھ مصنفہٕ [illegible] تہٕ وسیع مطالعُک
باس لگان۔ یہ مُتھ مابعد الطبیعیات۔ یُس وژھ ناون سٟٹھا مشکل چھُ۔ بیٚیہ
کاٲشرِ زبانؠ منٛز تمیُک شمشاد قد دوٗر کنٛگ بارنہٕ وتھراوان اوسنہٕ۔ یوٚز کاٲمِل
صابن قلم چھُ اَتھ وارِ وارِ تہٕ مُتراوان، پھٹہٕ گٕڈان تہٕ پٔزنہٕ پاٹھۍ پرن والین ہٕنٛدۍ
کُن اَنان۔ یِمن سٟتؠ ہیکوٚ کُنہٕ کُنہٕ کتھہٕ پیٹھ اختلاف تہٕ کٔرِتھ۔ مگر یِہنٛدس عالمانہٕ
تہٕ محققانہٕ اندازس تہٕ مرتبس نِش ہیکو نہٕ کلہٕ پھیرِتھ۔ کاٲمِل صابن چھےٚ اَتھ
موضوعس پیٹھ قلم تُلن وِزِ کینٛہہ لفظہٕ تہٕ تَرٕنؠ ہیٚمٕژٕ تہٕ کینٛہہ اصطلاحہٕ تہٕ گَرنہٕ
پیمژٕ، یِمہٕ کِنؠ یِمو نے شوٗنکہٕ پاٹھۍ زبان سازی ہٕنٛز کاٲم تہٕ کٔرمژ چھےٚ۔۔۔۔
وردار تہٕ مبہم کتھہٕ فکرِ بارنہٕ باپتھ چھےٚ یِمو مثالن تہٕ کاٲم ہیٚژمژٕ تہٕ تشبیہن تہٕ

مابعد الطبعیاتس پیٹھ کتھ کرن دول کامل یمہ ساتہ طنز تہ مزاحس پیٹھ کیتھہ وَنن ہیوان پھُر۔ باسان چھُ یہ چھہ ییمی شہرک ساکِن در۔ اتھ موضوعس پیٹھ تہ چھُ گوڈٕ کتھ کرنگ بوش کامِن صابس۔ یمو چھہ ظرافتھ ہنٛدی بیون بیون رنگ زارنہ باپتھ انگریزی ادبس منز یتھین رنگن ہنٛدی ناو تھاری ہتی تہ تمی حسابہ کاشر زبانی منز ظرافتھ ہنٛدی نمونہ بد کڈی متی۔ سانین ادبین منز ظرافتھ ہنٛدین انگن چھُ نِہ وون، پنٕز خط وخال تہ یم ہیکو کھا انگریزی ادبہ چہ ظرافتھ ہنٛدین کھاتن منز تھاوِتھ کینہ نہ، یہ بحث یکطرف تراوِتھ چھُ یہ دِچھن زِ کامِل صابن کیتہ پاٹھو چھےٚ کاشر ادبہ کین یمن نمونن ہنٛز نشاندہی محنتہ سان کٔر مٔژ۔ مثالہ پاٹھی انگریزی ادبس منز چھُ ظرافتھ ہنٛدا اکھ رنگ پیروڈی یُس اردو ادبس منز تیپے یہن آو، کاشرِ چھنہ کیتھے اگراز کانہہ وَنہ قاضی غلام محمدن لیچھی پیروڈی تعجیب کتھ چھےٚ پوز عبد الاحد ناظمنہ پیروڈی کن اشار کرن چھےٚ کامِل صابن کام۔ یہ پیروڈی چھےٚ محمود گامی ہنٛدِس اکِس بٲتس کرنہ آمژ یمنک ووچھ میر چھُ "زند چھُ زند کتھ آبس ستی"، کتابہ ترتیب دِنہ علاوٕ آسی کامل صاب کاشر کی ایڈیٹر تہ، یہنٛزے شیرازہ پتہ اوس کاشر شیرازہ تہ سون ادب شایع سپدان امہ حیثیتہ تہ، یٔرہ وو ستادی لہٕنٛد ثبوت کامِل صابن دِیت۔ سٕرییہ نہ مشراونہ یِوٕتے یوت نہ زِ تم آسی بہتر چیزن ہنٛد انتخاب کران بلکہ بیان تہ اہم موضوعن پیٹھ آسی مضمون تہ لیکھناوان، مضمون نگارن کنہ کنہ جایہ مشورتہ دِوان ہیکھے تمن ہینچھ ناوان تہ، مے چھُ پاس تہ اکہ دوہ یہ لٹہ امہ آیہ کامِل صابن فاضی دو تمُت۔ خاص خاص موضوعن پیٹھ لیکھناوی نہ یمو مضمونہ پانی بلکہ شیرازک خاص نمبر تہ کڈ کھہ۔ مثالہ پاٹھی شیرازک نظم نمبر، افسانہ نمبر، ڈراما نمبر، لولہ

مثنوی نمبر، جنگ نامہ نمبر، یا سون ادب بسلسلۂ زبان تہٕ ادب نمبر بیتر۔ یمن خاص
نمبرن چھُ شیرازٕ ہندرٕ رٕ تہٕ موادکہ تھزرٕ کنہٕ سۆ مول زیٛہنز حیثیت چھیٚ مکمل
ادبی دستاویزن ہنز۔ یمو ستی چھ کاشرس تنقیدس تہٕ دٔس وۄتھمُت تہٕ تحقیقی
کام تہٕ باعمل آمٕژ۔ عام پرن والی، خاص ادب شناس تہٕ کاشر ادبکۍ طالب علم، یم
ناگزاد چھہ سارِنے ہنز ترژش زھیوراوِنی لایق۔ سون ادب یا شیرازٕ کین یمن خاص
نمبرن یوسہٕ گوڈٕ کنہ کامل صابن لیچھمژ پھٚیٚ اتھ منز چھیٚ وارِہن جاین
تنقیدکۍ مول نموٗنہ نظرٕ گژھان تہٕ فکرٕ چھُ تران زٕ نظم آسن یا افسانہٕ یا کانٛہہ
شعرٕ ذاتھ امیُک زگ تہٕ پرون ژارنس منز کیٛژاہ مہارت چھہ کامل صابس
تھوان۔ کاشرس افسانس مُتلق کتھ کران چھہ اکس جایہ وَنان " اخترس دیت
پننی مزازن ساتھ" تہٕ امی تراو سماجہ کین تمن لۄکن پیٹھ نظر، یم فرضی دُنیا
بدل حقیقی دُنیاہس اندر پھیلان تھوران چھہ۔ امہ ستی آو لازمی من اہندین
افسانن اندر صحی کاشر فضا تہٕ مزازٕ "یمیس جایہ چھہ لینکھان" کُنہ تہٕ ادبی صنفہ
اندر تجربہٕ چھہ اہمیژ ہیکنہٕ کانٛہہ تہٕ منکر آسِتھ۔ مگر نۄو تجربہٕ چھہ پرانہ زمینہ پیٹھ
وۄپدان۔ سانِس ادبس منز چھہ افسانہٕ یانہٕ وۄنہ اکھ تجربہٕ۔ پیٹھےٚ یانہٕ تجربہ
تہٕ تجربک شکار بناوُن چھُ سانِس افسانس تہٕ افسانہٕ نگارس کیژُت مُفرٕ یینہ
افسانہٕ سومبرنی "کتھ منز کتھ" ہنزٕ گوڈٕ کتھ منز چھُ افسانہ کس فنس مُتلق
وَنان" یرن وول گژھہ کُنہ پاٹھی افسانہٕ نگارس ستی اخرس تام یکُن تہٕ تتھ
پوشیدٕ انجامس تان واتُن یُس افسانک اصل مُدا مقصد آسہ۔ ینیٚ نتہٕ وَتی
ژھو کیٛو ٹیٛلہ وَنہٕ بۍ زٕ نچہ ماجہ رچ داستان تلِنیٚ: ییتھےٚ پاٹھی چھُ "نظم نمبر"
شیرازچہ گوڈٕ کتھ منز نادم صابنین "نابد تہٕ ٹیٹھ وین" تہٕ "لکھچہ چھہ لکھین"

نظمن مُتلق لیکھان "یمن نظمن منز چھُنہ نثری لحاظ کینہہ نوٚو سوٚرُخ بلکہ محض رمز انداز تہٕ اظہارٕ یوٚت موجوٗد۔ ناجِم صابُن سوٚرُخ چھُ وُنہ تہٕ اِشتراکی ترقی پسندی ہُندُ دامن رٚٹتھ مگر یہ بنیوو ورگہٕ پاٹھی اکہٕ نوٚسوٚنچُک سبب"۔ یابیٚس جایہ جدید تیٚس مُتلق "جدید شاعری چھنہٕ وردار اظہارس، نوٚن تشبیہن تہٕ اِستعارن یا مبہم تہٕ بےٚ جوڑ شعرن وَنان۔ جدید شاعری چھ تَتھ مزازس تہٕ سوٚنچن نِہچہ ناوٕ یوان یُس اَزی کِس اِنسانہٕ ہنٛز ذہنی روٗحانی تہٕ نفسیاتی تضاد تہٕ کَشمکشہ ہنٛز آنہٕ آسہ۔ اَمہ لحاظٕ چھنہٕ ساٚنی واریاہ شاعری جدید"۔

سوون اَدب تہٕ شیرازُک ایڈیٹر آسنہٕ کِنی چھےٚ کامِل صابن خاصہٕ تتھ اَکِس ادبی صحافی ہنٛز تہٕ۔ صحافتی اَدب چھُ اَکھ چیز تہٕ ادبی صحافت بیاکھ اَدبی صحافتُچ کامل صابن سیٹھاہ دیُت۔ اَہنٛد ادبی صحافتی آسنُک بیاکھ ثبوت چھُ مشہوٗر تہٕ ماری موٚنٛد رسالہ "نیرِب"۔ یُس یَمنہٕ پاراو چھاپیہ، مواد تہٕ شیرازُک کِنی خبر کیتیس کالس یِنِس جوالس پرارِ ان روز۔ اَمہ برونٛہہ آسی تِم "گلریز" رسالس سیٚتی تہٕ وابستہ روٗدی متی۔ یوٚز "نیرِب" رسالہ کڈنہٕ سیٚتی ووٚن یموٚ یَمن نیرب۔ اَمہ ساتہٕ آسی یِم نہٕ کانٛسہ آویزہ تہٕ نہ کانٛسہ ہنٛز کوشش روز یہلے زِ تخلیقی اَدب پارن سیٚتی سیٚتی گژھی اَتھ منٛز تِم چیز تہٕ چھپن یموٚ سیٚتی اَکہ صحت مند تنقیدی روایت قایِم سپدہ۔ یتھی چیز آسی "را[illegible]" "تراے" "یہ کھوچہ" سام "عنوانہٕ چھپان۔ تحقیقہٕ باپتھ اُوس عنوان "پس پردٕ" رسالہ پَرن وٲلی آسی "زوٚک موٚدُر" ناوی کالمَن منز پنُن خیال باوان تہٕ رسالہ کِس مواد س مُتلق کتھہ کران۔ "ظرافت" عنوانس تل اُوس کاشُر طنز تہٕ مزاح پھانٛپھلاونہٕ یوان۔ یہ رسالہ اُوس تر رتھوارہ ستمبر ۶۸ء پیٹھہ جون ۷۰ء یَس تام دراے۔ اَمکی پنداہ شُرہ شمارہ کاشرِ ادبہ کِس نثرس ییتھہ منز افسانہٕ، ناول، تنقید، صحافت بیتر یوان چھہ)

مقابلہٕ چھُ کأمِل صابنُ زیادٕ دیٖت کأشرِ شاعری۔ اُہٕنز "مَس ملر" شعر سومبرنِ
پَتہٕ آیہٕ پوٚنُس پتھ اُہنز ترِ یے شعر سومبرنہٕ برونٹھ کُن۔ نوٚتہٕ پرٕد بیٚنیہ
سُے پان تہٕ پدٕس بوٚد زہار سے۔ یِمہٕ ترٛنٛیو ے شعر سومبرنہٕ چھپے یہٕ ۱۹۶۵ سنہٕ
پیٚٹھٕ ۱۹۷۳ سنہٕ تام یعنے اَکھٕنے وُری رٕن منٛز۔ امہٕ پتہٕ گے اَزتال وُری بداہ مَر
یمن منٛز زٕ اُہنز بیٚنیہ کانٛہہ شعر سومبران بازر ہیٚنیہ نہٕ۔ یِمہٕ کِنِ میانہٕ بابتھ یہ
انداز کرُن ہنا مشکل چھُ زِ تَتہٕ پیٚٹھٕ اَزتال کوٚت چھُ یہُند فن ووتمُت مُرف
چھپے یہٕ کانٛہہ کانٛہہ غزل اکہٕ رسالس منٛز۔ بہرحال اُہنز شاعری ہنز مولانکون
کرنہٕ بابتہٕ چھُ یمنے ترٛمن شعر سومبرنن پیٚٹھ تکیہ کرُن پیوان۔ کأمل صابنہٕ
شاعری متعلق چھُ واراہ کیٚنٛہہ وَننہٕ آمُت۔ اَتھ پیٚٹھ چھُ تمو سارِدٕ بے دوستو
کیٚنہ کُرمٕژ یمن کأشرِس منٛز تنقیدٕچ کیٚنٛہہ شود بود چھپے پوٚز۔ یہٕ وَنُن گژھہ
نہٕ گوٚب زٕ یہنٛدرَن سارِنٕے کھتن ہُنٛز بنیاد چھپے محمد یوسف ٹینگ صابنُن تنقیدی مقالہ
یُس "بیٚنیہ سُے پان" شعر سومبرنہٕ منٛز درج چھُ۔ کأملنہٕ کلامچہٕ یِم پھیر ہاد خصوصیژ
ییٚنہٕ۔ صابَن ہاوِمٕژ چھپے تِمے چھپے یٚنن لفظن منٛز بیٚنیہ پھیرنہٕ آمٕژ۔ امہٕ مقالہٕ
کِنِ ییٚنہٕ کأملنہٕ کلامک مول مُشخص۔ گژھان چھُ تَتہٕ چھُ ٹینگ صابُن تنقیدی
جبرٕ دٕتھ تہٕ اہرٕ بہہ نادان۔ فاضل نقادن چھُ اَمِس ووستادلال شناس ہٕندی
باکھی کأملنہٕ کلامکہٕ یِم گوٚن بدگُڈی منٛز۔ اوٚہند لہجہ داریا ہن لہجن تہٕ آوازن ہُند
سنگ آسُن۔ امہٕ لہجٕچ مردانگی ییٚتھ منٛز بےباکی تہٕ خود اعتمادی چھپے۔ اَتھ منٛز
گوٚنٛزٕ تلمی اسنُک زہر بوٚرُت انداز۔ بیاکھ دُشھن تہٕ لفظن ہُند وُریبہ معنے لہجٕ
تلخی، مزاح تہٕ مزدار انٛدازٕچ سرشاری۔ کیٚتھ باتھن ہند تہٕ مکالمک انداز۔ ہرون غم
تہٕ ویگن ترا سے۔ زمانُک شہر آشوب۔ یِم خصوصیژ دایرنہٕ بابتھ چھپے امہٕ سا

ٹینگ صابس پرٛونٹھ کنہِ زِ ے کتابہٕ آسمٕژ "لوٚتہٕ پٔرۍ تہٕ "ببیہ سٕے پان"۔ "پدٕس پوٚوژھاے" چھپے پیۅ
امہِ پتہٕ پانژٕ ؤہرۍ۔ کأمِل صأبنۍ یُس شعر مزاج اوٚت تاں بنیوٚمُت آساں چھُ۔ تتھ منٛز چھنہٕ پتہ
خاص کانٛہہ بنیأدی تبدیلی یوان۔ آ۔ فصاحت چھےٚ ہُران۔ بیاکھ وُٹھنی چھےٚ کم گژھان۔ ہیچھ تلخی
چھُ اضافہٕ سپدان۔ طنٛزِ ریٚہہ چھےٚ تیزان شہر آشوب تہٕ زمانہٕ آشوب اندازس سٟتۍ چھُ ذات
آشوبکُ رنگ ہنا شوخ گژھان۔ کینٛہہ مثالہٕ چھےٚ پیش ؎

پٔنٛنس پٔنٛنس آدِ لۍنس منٛز — پٔنٛنس پٔنٛنس پانس آلو
ساس ژسکرانہٕ یتھ زمانس منٛز — شہرِ گامن گیوٚن بسأوِتھ آکھ
مہ وَنکھ کینٛہہ وُچھن وُچھن کوتاہ — وُنۍ ٹھکِتھ ہین ٹھکٕرۍ گژھن پأنۍ
آسمانس رٕنیو وسہٕ تالو — تأرۍ گژتاں تِم چھیوٚن پانۍ
چھنہٕ روٗستے خاص وعامس زٕفن لجٕ — کس وَنیکھ تاں تنٛجہِ کلہٕ وأل جنابِ
چھِ ترٛاداں ووٚٹ گستاں مہرٕ شانَن — چھِ نابدٕ نٔٹ کراں گستاں مُبارک

مےٚ چھُ کأمِل صأبنۍ کلامہ بٔڈیہِ تہٕ کینٛژو گو نوکنۍ پسند تہٕ یِم گوو ن تہٕ چھِ شعر مہرنہٕ ہنٛد گھنہ
تینتھ گہنہٕ یُس تمیٚک حسن ہُرراوان چھُ۔ کأمِل صأبنہٕ نظمہٕ پٔٹھ چھےٚ کمےٚ پہن کتھ سپز ہمژ
شاید ادٕ کنۍ زِ تہنٛد غزلکۍ افتابن چھنہٕ تہنٛزِ نظمہٕ ہنٛز زوٗنہ پرٛزلنہٕ دِتمٕژ۔ ٹینگ صأب تہٕ
چھُ اہنٛزن تمنٛے نظمن تعریف کران یمن پٔٹھ غزلہٕ ہنٛد سایہٕ پیوٚمُت چھُ حامدی کشمیری چھُ
"جدید کأشر شأعری" منٛز یمن نظمن منٛز مشاہدچ نزاکت، خیالکۍ نوٚیرتہٕ نیٚرن تشبیہہ، استعار آسنک
اعتراف کرِتھ تہٕ وَنان یِم چھنہٕ تجربک فنی نموٗنہٕ بنتھ ہیچھ مژ۔ تسنٛدی کنۍ چھُ یمن دوٚہن
شأعر سُنٛد ذہن اکتسأبی او سمُت زیادٕ تخلیقی کم۔ مےٚ چھنہٕ حامدی صأبنہٕ اتھ کتھ سٟتۍ اتفاق
زِ یمن منٛز چھُ اُردو زبأنی ہنٛدین منظر نگار شأعرن ہنٛد ہیوٚ ورتاو۔ میأنۍ کنۍ چھےٚ یمہٕ نظمہٕ ترقی
پسند دورچ پۄت آواز کوٗشش چھےٚ یہ کرنہٕ آمژ زِ موضوع گوژھ تخلیقی توٚندرِ نیرِتھ

بڑونتھ کُن یِن ۔ یہِ چھِے بدل کتھ زِ اَتھ منز چھِ شاعرس کامیابی سپز مژ ۔ یِم حوالہ کرن
تخلیقی آیہ ترقی پسند موضوع ورتاونچہ کوششہِ تصدیق ے

وُڈتھ حیاتک شور وغوغا گو فنا موتک سکوت

جان چھا دُری یاہ خوش رفتار کینہ اکھ بنہ تلاو

(صُبح)

ؑ بس چھُے وُنی اکھ کاشہِ ہے چانی امارن اعتبار (دُور بیزبز لیوتارو کا)

ے جدوجہدک موت سو رِ گچھِ ڈیڈ پُھٹراواں چھُ تارِ ی

جدوجہدچ ناو بوڈ راوِنی گژھان داوس عذاب

(ڈل طُفانس منز)

نیتھ نُنی معنہ ' اندروٹ ' ، وگہ ٹہن ذیٹھنکی تھونگی ' نیلہ ناگ ' پرینی شاہراہ ' زونٹھی پوش بیترِ
نظمہِ چھِے امہِ دائیرہ نبر ۔ یژھن نظمن منز چھُ شاعرس بیٹہ کمہِ تاں دُنیاہک تلاش ۔ سہ چھُ فکرِ
ہُنہ جلوہ بیٹہ کتھ تاں شہرس کُن پھِرن یژھان تہ اوتا نچہِ فکرنش ناو سوّد ۔ وہ نی چھُ سہ علامتی
طرزِ اظہارس کائم ہینی یژھان تہ یژھن یژھن ہنٛدس چھو نرس تہ زھرس تننن کران
شہر آشوب ' شہج بوئی ' جنگل ' ہوس تہ حاصل ' یاد کرے ملہ ' تلاش ' آدم چھُ زِ ہینے
بے دَق ' زخمی ہیتا ' فنکار ' زاگی رینہ سیاہ برنز ' راوہ مژ ہانکل ' یگاہ کور گرنھکھ چھِے بدل
قسمچہِ نظمہ یمن نظمن منز چھُ اوسودٗ ہُنہ تلاش جاری ۔ سو طوری رینہ چھِے اَتی نکھ یوان
تہ اَتی دوران ۔ میون خیال چھُ زِ کائل صابنہ نظمہِ ہنٛدِ مُطالِچ چھِنہ وُنیک تاں تہ کانٛہہ
سنجیدہ کوشش کرنہ آمژ ۔ یِم اَتھ شہرس ژاے ' تم چھِ سرسری نظر اگزراد تھ دِرامتی نتھے
پاٹھی بیتھ کُنی سرکاری دورس پٹھ گومُت کانٛہہ شخص ہفتس کھنٛڈس پھیرتھ تھوُرتھ کُنہِ
شہرک حال وَنہ یتھین مُمکن چھُے اکھ مجبوری آسان ۔ کرن تہ کیاہ ۔ اکس مضمونس منز

یِمَن شاعرَن ہُند کلامہٕ موٗلوَن۔ یِہ تہٕ چھےٚ یِژھہٕ مجبوٗرِیہٕ، میٚ زَن چھنہٕ وارِیاہن شاعرَن مُتلِق کتھ کرٕنۍ۔ پوٗر نظمے یاژٕ چھمہٕ موضوع۔ بہرحال کاملنہٕ نظم چھےٚ میٚ وُچھٕ پوٗٹھۍ پاٹھۍ ترٚیِیو دورو مَنٛزٕ گُزران باسان۔ ترقی پسندی ہُندِ یمیُک دور، نوٚوِس مَنٛزلس کُن پکنک عبوری دور تہٕ جدید دور یِمَن ترٛیشوٕنی دوَرن ہنٛزٕ خصوصیژٕ چھےٚ تاکارِ یِہنٛزٕ نظمہٕ مَنٛز درینٛٹھۍ گژھان۔ گوڈنچہٕ دورچہٕ نظمہٕ چھےٚ لفظَن ہُندِ بےٚ وایہٕ ورتاوتہٕ بیانکہٕ غیر ضروری تفصیلہٕ کنۍ ہناوٕسی پایہٕ، پوٚز بروٚنٛٹھ پکان پکان چھُ کاملُ لفظ ورتاونَس مَنٛزٕ محتاط بنان تہٕ وحدتِ تاثرٕ وٚتلاونچ کوٗشِش کران۔ ترٛیمہٕ دورچَن نظمَن مَنٛز چھُ غزلہٕ شارک ہیوٗ اختصار۔ مثالہٕ پاٹھۍ یِہنٛز نظم "واپسی"

کاملنہٕ کلامچہٕ یِمہٕ پھیرِ ہاو خصوصیژٕ یِر کھاوَن والیو گَنٛزراوِ مٕژ چھےٚ تِموٚ علاوٕ چھِہ اَتھ بیٚیہٕ تہٕ کینٛہہ گوٗن۔ اکھ یہ زِ کاملُ چھُ پرَن والِس ہِندِ بن سارِنے حِسَن غذا واتناوان یِژھان لفظو سٟتۍ صوتکُ تصوٗر دِتھ کَنَن حظ واتناونچہٕ یِمہٕ مثالہٕ وُچھو ؎

چھماچھم چھم، پیشوازی واو ناوان، دٕرایہٕ اکھ گتہٕ رٟیِٔ حسین
چانٛدِ پازیبا ژھنتھ، قدمن گِنٛدان، تکہٕ تھےٚ تھےٚ

(زون)

کٔمۍ تامتھ تھِیہہ دِتھ مَردنگَس گم گمرٕ گمرٕ دِژ تھاپ اَتھچ

(یِیلہٕ تِمۍ دوٚپ)

گٔہے چھِہ امہٕ سٟتۍ خوفکُ فِضاتہٕ پادٕ کرنہٕ یوان ؎

| | |
|---|---|
| رَدٕ زٕژَن موصوٗم اَڈٕ پھلی گُلُ | ژٕہان شٕرٕ شٕرٕ وٕچھس |
| شُنہٕ وَساں پھوٗں پھوٗں سٕرٕچھ | ٹھنٛخ ٹھنٛخ تِمَن ژٕایان فِضا |

(اکنٛزٕ تُل بوٚحران)

لفظَن ہُندِ تکرارٕ سٟتۍ چھِہ تاثُر ہُراوان ؎

پان باسان چھُ لوٗت لطیف لطیف فان سپدان چھُ یِرِ ہتھ کثیف کثیف

کاٲمِل چھُ تشبیہہ تہٕ اِستعارٕ ییٚنہٕ دٕہہ شیچہِ زندگی تہٕ پینٕ اٮ۪ندی یکہِ منزٕ انان۔ یِم تشبیہہ تہٕ استعارٕ چھِ نٔوی، تازٕ، اَچھوِی تہٕ ساد رَوار۔ مثالہٕ چھےٚ یِمہٕ ـــ

تھر تھرِ سہِ یِرٕانین دیوارَن ضدی یَن ہُند وٕسی پھونٕلہٕ ووٚٹ

وٕقتچہِ لَنجہِ دِرٕ دِگ آگی شوگَن یٔتھرِس پیہو ہوٚ تمُت منگ دوہ

صُبح پھوٚل زَن گامہٕ یاوَن ناٲلی ژھَن دوٚلی دِزٕاو پوٚژھ

یا أکس اَنِہ ماجہِ یونگُ گاشدار أچھ گاشِس زاو

زیٹھِ زَن شرٕاونس اندر دِگرِس آسمان قد سفید پھرٕ ہنتچ ژھالے

کاشُر شار چھِ بےٚ تکلف۔ یِمَن منزٕ چھُ پانٕنیارٕ، اَہنزٕن کتھن منزٕ، اَہندِس ورتاوَس منزٕ تہٕ پانٕنیارَس چھُ اَوٚہند کتھ باتہِ ہُند اندازٕ تیٚہہ ژھٹناوان۔ یہِ مکالماتی اندازِ بیان دیُت کاشرِ شاعری خصوٗصَن غزلِ کاملنے۔ یِم شار بوٗزِو ـــ

ژےٚ بٕہ راوے تہٕ کیا سنا مولہٕ وکھ

ژٕ رٕ میٚنے راوکھ ہمتھ بہٕ شارَن مٕلی

اَز بہٕ چھُس لِگاہ آسا اَز ژھ چھکھ لٕسُن پٔژھے نے

بوزِ کتھ میٚتے کَر تَم ہأرِی یےٚ کتھن زامَن

وٕقت ژیےٚ اوے بَرس تَل کٕمژی ژینٕدر چھکھے

یِمے ملالہٕ ژٕتھ یوٚت ژٕلَی یہِ موٚت کیاگوس

وَتہِ پیٹھ سمکھے یکھ دِرٕایکھ ڈٕنی تھے گرٕژھی زےٚ محلکُناو

یہِ مکالماتی اندازٕ چھُ تَمہِ ساتہٕ زیادٕ مولُل باسان یٔمہِ ساتہٕ مخاطب آسہِ پننہٕ ذاتھ یعنے پانٕسے سٕتی کتھ کرنہٕ ییتھ آسی خود کلامی وَنو شیکسپیرٕ یموٚ گو نو آسماں کھول۔ تِمن منزٕ چھُ خود کلامی خاص مقام یہِ ہنگہ

پھیوٚت تہٕ دِیت کاأثر شاعری کاأمِل صاأبنے ے

کُستاں ارمان، ہتھ آیوٚسس کتھ کتھ مَنٛز ووتُس کنہٕ کور

ینیتھی تھرزاألم خوٗنکی ژاأنگی تتھی تھرٕ لِش ازبےچھس دوٗر

میاأنی گرمی ژہان چھےٚ پوشن سیٚہ توتہٕ میوٗنے چھہ سرٕ سیٚہ گُلستانن

دیوٗزِ وعدٕ چھہ کینٛژہاہ دیوٗزِ اَنٛتھ چھےٚ کانٛہہ

رُمن رُمن چھہ وہاں توتہٕ انتظار تیٚتھُے

ٹیڈس شاأعر سٕنٛز اکھ بڈ پہچان چھےٚ یہٕ زِ تس چھہ رنٛگہٕ ناوسودگی ہُنٛد احساس آسان ۔ اَمی احساسَن چھہ مولانا رُوٗم وَنہٕ نووُمت ع

"گفت آنکہ یافت می نشود آنم آرزوست" تہٕ علامہ اقبال ے

زشرر ستارہ جویم زستارہ آفتابے سرمنزلے ندارم کہ بمیرم از قرارے

اَمہٕ چھہ یہٕ ناوسودگی ہُنٛد احساس کاأمِلنِس کلامس منٛز تہٕ میلان ۔ اَہنٛز نظیِمہ "شہر آشوب" علاوٕ تسٕنٛزن غزلن منٛز تہٕ یہ چیز دٕرینٛٹھ گژھان ے

ے پرٕ یتھ بامَس پیٹھ زوٗنے لوٗس عکسو روٗس پرٕ ہتھ آنا ۔ روٗد

ے عُمر گزرے یہٕ وچھتھ پکان لبہٕ تلی ترٛیش کہیٔ تاں لجے فُرات بنیٖ

ے یُس شہہ تہٕ ابسو چاأنی پادن سُے شہہ مے باسیوم اوم پن ہیوٗ

کانٛہہ تہٕ سنگلابہٕ ہوس آوٕنہٕ بامل ہے ہے

ژِ تھرٕ گگرایہٕ وہکی واونہٕ یتھ شہرس منٛز

کاأمِلس چھہ پننہِ زمانہٕ چہن حقیقژن ہنٛزِ تلخی تہٕ وقتہٕ کین دولابن ہنٛدِ کرٛیچھرک سوٗن احساس ۔ تکیازِ یہ چھہ پانہٕ اتھ نارٕ تلاوس منٛز ژہانٛٹھ وایان توے چھہ یہ احساس اَہنٛدِین شعرن منٛز مزدار پاأٹھی کاڈ کڈان ے

شیشہٕ یَن منز بستھ دوٗنی چھُہ یہِ روشن شہر

پان پٔلِنَ چھاوِ ہکھ پَل چھِہ بَنےٚ ہتی گولاب

؎ پننِس پننِس آدلِنس منز ۔۔۔ یَنِس پننِس پانَس آو

؎ راوِہی شہہ تہٕ سوٗرِہی ڈیٖراے ۔۔۔ میانہِ شہرک ہواژ چیٖنہِ ہکھ کاش

طنزی لہجہٕ یُس گوڈٕ گوڈٕ کاملُن شعر مزاز پٔترٕ ناونس منز مدد کران چھُ اتھ چھےٚ بروٚنٹھ بروٚنٹھ نکھتہِ زیادٕ ے پیینہ لگان تہٕ یٔدِس یوٗد ژھاے سوٚمبرنہِ ہنزِ ین غزلَن منز چھِ طیس بیٹھ واتان ۔ امیک نشانہٕ چھُ پنُن پان تہٕ بنان تہٕ باقےٚ لگھ تہِ ۔ مثلَن ؎

ساس شُکرانہٕ یتھ زمانس منز ۔۔۔ شہر گامن گیٚن بساوِتھ اکھ

سأری چھِہ اٚندٕ ئکی سوٚیوٗت قوٗمکی ۔۔۔ سأری چھِہ عالیجناب یارو

سانہِ وطنکُ شہُل ہوا واہ واہ ۔۔۔ اسی چھِہ ہوٚس ہیٚٹھن بچان خألی

لُکن یِم لاٹھ کھیتھ کھورنانہٕ ڈیٖہِن ۔۔۔ چھِہ تِمِ پأزار اسی سوٚمبران مُبارک

امین کاملَن لیکھی فریات تہِ 'غزلہٕ تہِ 'پابندتہٕ آزاد نظمہٕ تہِ 'شہر آشوب تہِ 'أمی کوٚر کأشر شأعری منز میأنی کنی گوڈنچہِ لٹہِ قصیدٕ لیکھنک تجروبہٕ تہٕ "گرٛزہ میأنی کشیری ژٕنے بوٚین آیری بَل" تہٕ اتھ منز دٕنیتن پننہِ فن کأری ہنٛد ثبوٗت ۔ أمی لیکھی قومی ترانہٕ تہِ 'شُرِ ین ہنزِ بأتھ تہٕ "بسمک یاہو" ہوی حمد تہِ ۔ دَپان مثنوی لیکھنک اکھ تجروبہٕ چھُن کوٚرمُت پوٚز مےٚ چھُنہٕ نظرِ گوٚمُت ۔ أمی ہوو یرٕ یتھ پوشہِ پیتھرِ پننہِ قلمک بہار ۔ أمِس چھُنہٕ کأشر زبأنی تہٕ ادبہٕ کےٚ ژکھ' بلکہِ کشیرِ ہنٛد تہِ ۔ تہٕ کشیرِ ہنٛد تہِ ۔ تہٕ کشیرِ ہنٛد بسکین آسنچ گوڈنچ پہچان چھےٚ کأشر زبوٚ زبأنی ہنٛز ترقی چھےٚ کُنہِ قومچہِ ترقی ہنٛز علامت تہٕ زبانہِ چھےٚ تموٚ خاص شرطو منز اکھ یتمہٕ سیٚتی کُنہِ قومَس قوم ہکوٚ ونتھ ۔ کاملَس چھُ امہِ نوٚکتک صحی پَے تۆے چھےٚ أمِس کشیرِ سیٚتی کأشرِ زبان تہٕ ٹأٹھ یِم شعر چھِہ اٚہندی ؎

کأشرِ ستین کأشری ساری      تہٕ وأرانٕکی حأران کاو

تُہنٛز زبان چھاپری ین زاہرٕ      میأنٛی زبان کینہٕ پھٕٹمٕژ زیو

کأشرِس اَدبَس یُس بٔرژر یِموٚ یِتھٕو تخلیقوٕ ستی کوٚر مُت چھُ، احساس اوٚکطرف ترأوتھ چھُہ یُہند کأشر زبأنی تہٕ اَسہٕ بیاکھ بوٚڑ احساس یوکُن کمیٛ ممکن ہُند توجہ گومُت آسہٕ ۔ سُہ گو کأشرِ اِملا شیرُن تہٕ عام کرُن ۔ اکیڈیمی آس منظوٗر شدہ رسمُل خطس منٛز کِتابہٕ چھاپ کران ۔ یوٗز یِمہٕ کِتابہٕ کیٚتیٛ لکھ آسی بیرأنی ۔ أزِکی پأٹھی ماوس ”کِتاب گھر“ ہیٚتھٕ سیل سنٛٹر تہٕ نہ آس اکیڈیمی ہنٛزِ پبلسٹی تیٚژ ۔ کأمل صأبن اوٚن یہٕ اِملا صوتی انٛدازس نکھہٕ یعنے اَمیچ بُنیاد تھأوِن زیادٕ یہِن آوازن پیٹھ ۔ اعراب مُکمل کرنہٕ باپتھ ہُر روٗن کشہٕ واوکُ (یایے معروف تہٕ واو معروف) ۔ کأشر اچھر زان نأوی کوٚرُن اکھ کِتابچہٕ چھاپ یُس لیکھن پرن والین تاں ووت تہٕ تِموٚ ہیوٚچھ نوٚو رسمُل خط ۔ اَمہٕ کِنی چھُس تہٕ کأمِل صأبُن ممنوٗن یہٕ چھےٚ بدل کتھ زِ اتھ اِملاہَس گیہٕ تہٕ سخ مُخالفت نہٕ، تہٕ کینژہ تبدیلی تہٕ سپز س ۔ یوٗز یِموٚ یہٕ ہیوٚچھمُت اوس تِموٚ ہیچ اسأنی سان نوٚوتبدیلیہ اقبوٗل کٔرِتھ ۔ کأمِل صأبن یُس اِضافہٕ کأشرِ زبأنی ہنٛز لفظہٕ راشہٕ کوٚر تتہٕ چھُ ژہتس تھاوُن ۔ کِتابہٕ ترتیب دوان یا پانہٕ مضموٗن لیکھان پیٹھ یِمن نوٚوی لفظ تہٕ نوٚو اِصلاح تہٕ گرنہٕ یِیمہٕ سیٚتی لفظن ہُند ذخیرٕ ہُریوو ۔ اَمہٕ علاوٕ کرٕ یہٕ یِموٚ اکہٕ لٔہٕ اِصطلاح گرنٕچ اکھ شعوٗری کوٚشِش تہٕ، تہٕ جغرأنی ہنٛزٕن اِصطلاحن مقابلہٕ بناوِکھ کأشرِ اِصلاح ۔ مثالہٕ پأٹھی خط استوا باپتھ منٛز رکھ ۔ اکھ زِ قسط چھپے یہٕ شیرازٕ رسالس منٛز یتو پییہ یہٕ کأم اَڈوٕ تے ۔ کأمِل صأبُن یہٕ سورُے دُیِت نظرِ تل تھأوِتھ واتناوٕ یہٕ پنُن مضموٗن تہندٕ نیٚ شعرن پیٹھ انٛدس

بیانکہ نوٚو پر شأعری ہُنٛد چھُ عرفان

یہٕ عرفان ہر کأنٛسہٕ سپدِ یوٗنہٕ حأصِل

نظرٕ تھوٚد تلوٚدم ژٕنُو ہوش تھاوِ و
چھُ لفظَن براَن معنہٕ گوٚ نماتھ کاملِ
کاشرِس پیرم زُلف نخشم کمال
میٚۓ دیان اَوِ میٚۓ دپان مردِ زبان۔



## روٗمانیت کیا گیہ؟

(مضموٗنہٕ منٛز)

پرٛیتھ کُنہٕ زبانٕ ہُنٛد ادب چھُ سوٚ زبان بولن وألہ قومہٕ کِس توأریخس، تمہ کین سیاسی، سمأجی، تہذیبی، معأشی تہٕ معاشرتی قسمہٕ کین مخصوص حالاتن سیتۍ واٹھ تھاوان تہٕ اکہٕ قومکی یتھی حالات، واقعات تہٕ تجربہٕ چھِ اکثر بیٚی قومہٕ نِشہٕ مختلف آسان۔ یوٗہے وجہ چھُ زِ صوفی شاعری ہنٛد یُتاہ سرمایہ فارسی زبانٕ منٛز چھُ، تیوٗت چھُ نہٕ خود عربی زبانٕ منٛز تہٕ انگریزی زبانٕ منٛز چھےٚ نہٕ کیٛتھے یتھے پأٹھۍ چھُ نہٕ کأشرِ زبانٕ ہنٛز لولہٕ شاعری ہُنٛد پوٗتر تہٕ تیوٗتاہ ووٚگ یُتاہ صوفی شاعری ہنٛد چھُ۔

دوٚیمہٕ زبانن ہنٛزن ادبی تحریکن یانہٕ ہُنٛد پوٗت منظر نہٕ زانِنہٕ کِنۍ یا تہٕ ہُنٛد اڈٕ کاچھُر علم آسنہٕ کِنۍ ییلہِ تہٕ کانٛہہ تیٚتھ شارا یتھ منٛز لولک یا محبتُک ذِکر آسہِ کرِن گژھان چھُ، أسۍ چھِن سُہ رومان کِس کھاتس تراوان تہٕ غزل گوٚ شاعرن رومانی شاعر آسنُک فاصلہٕ دِوان۔

# پروفیسر حاجنیؔ ـــــ اکھ شلح

شرح تہٕ حاشیہ نوٚیسی ہُند پے چھُ سٕٹھاہ پتھ کالہٕ پیٹھٕ دنیاہچین واریاہن زبانن منٛز لیکھنہٕ آمژٕ کتابو سٟتۍ میلان ۔ یہِ چھُنہٕ کانٛہہ نوٚو سِلسِلا کینٛژو لیکھار یو یُدوٚے مُستقل تصنیفہٕ پتھ کُن تراوِ تہٕ پوٚز تمو لٔب محض حاشیہ نوٚیسی کِنۍ صاحب تصنیف لکن ہِنٛز یا اَثر شوٚہرت ۔ پتھ کالہٕ اوس یہِ اکھ جان درجُک فن مانہٕ یوان ۔ تہٕ کیازِ چھاپ خانہٕ اوس نہٕ وُنہٕ ایجاد سپُد مُت ۔ کاکذ یتر بِناوِ یُخ ہوٚنز تہٕ اَمس نہٕ وُنہٕ بار سپدس آمژٕ تہٕ بُرزن پیٹھٕ لیکھنُک اوس رِواج ، توٚے اوس نوٚو کتاب لیکھنہٕ بجایہ حاشیہ لیکھنس پیٹھٕ قناعت کرنہٕ یوان ۔ چھاپ خانہٕ ایجاد گژھنہٕ پتہٕ تہٕ چھُ وارِہن چھپیمژن کتابن پیٹھٕ حاشیہ لیکھنہٕ آمُت تہٕ واریاہ کتابہٕ نوٚو سٕر حاشیہ کِنۍ چھاپ کرنہٕ آمژٕ ۔ چھاپ خانکۍ چلے جاون تہٕ نشر و اشاعتکۍ ذٔریہٕ عام گژھنہٕ کِنۍ گوٚو یہِ فن تہٕ واریاہن برانٛہہ فنن ہندی پأٹھۍ کال کھاتس تاہم چھِ اَزِ کِس زمانس منٛز تہٕ کُنہ کتابہٕ یا کانٛہہ شاعر سٕندِس دیوانس شایع کرن وِز

تتھ شرح یا حاشیہ لیکھنک ضرورتھ پیوان ۔

حاشیہ نویس بننہ تہ کتابہ حاشیہ لیکھہ، تس کھوتہ گژھیس دۄہر خبر اتر آسنۍ۔ صاحب تصنیف شخصیژ ہند کھوتہ گژھہ عالم آسُن تہ تمن سارنۍ فنن تہ علمن ہنز گژھیس زان آسنۍ یم اصلی ادیب زانان آسہ۔ پروفیسر حاجنین چھے کینہہ کتابہ یانے کینژن شاعرن ہند کلام ترتیب دِیتمت۔ یہ کام آسی یمن ریاستی کلچرل اکیڈمی منٛز تھاوِمژ۔ یم شاعر آسی یمن پننے پتھ ہندی پوز یہندی مادان آسی الگ الگ۔ علمک تہ فنک پرتھ کانہہ شوبہ زانن چھنہ ممکنے۔ کینژن نے علمن تہ فنن پیٹھ دسترس آسُن تہ چھہ باکمال آسنک ثبوت۔ حاجنی صابن دیتۍ یہ ہاوِتھ زِ کینژن لکن کاژاہ زان کاری چھے آسان۔ یمو دیتۍ وہاب پرین، اسد پرین تہ مولوی صدیق اللہ ہن کلام ترتیب۔ وہاب صاب چھہ فارسی زبانۍ ہند عالم اوسمت یہ کتھ چھنہ تس ہند دیوان پرِتھ پننان بلکہ امہ کنۍ تہ زِ پننہ زمانہ چھے تمہ کینژن خاص عوہدن ہنز ذمہ واری جان پاٹھۍ نباومژ یمہ فارسی علمہ رۄس ممکن اوس۔ تمن چھہ قرآن شریف، حدیث، فقہ، طب، نجوم بیتر علمن ہنز جان زان کاری آسمژ تہ فارسی زبانۍ منز کینژن علمن ہند مطالہ تہ تہند موضوع چھہ رودمت زیادہ ہن، رزم، بزم، اخلاقیات پتہ تصوف تہ عشق و محبت، اخلاقیاتس منز چھے دنیاہچ ناپائیداری، کردار سازی تہ تم انسانی صفت ییمو سیتی انسان تھدی مقام پراوِتھ ہیکہ۔ امہ علاوہ چھہ وہاب صابن پننین لوک ریوایژن پننس تواریخس تہ پننس وطنس سیتی دور رواٹھ اوسمت، کشیر ہنز جغرافیائی زانان آسی مژ۔ تمن چھے تصوفچ زاپھ آسمژ تہ پیر تہ چھکھ کورمت۔ یمہ کنۍ تہندس کلامس منز کینہہ صوفیانہ تجربہ تہ نظر گژھان چھہ۔ اسد پرے چھہ بلہ پایہ صوفی اوسمت

تہٕ یہ تمو وۅنمُت چھُ تہِ چھُکھ صاحبِ حال بُزرگہٕ ہِندِ حٲثیتہٕ وۅنمُت۔ دوشوٕنی شاعرن آسی پننہٕ ادبہٕ چین لوک ریواژن ہنٛز سٕرٕنی زان کٲری۔ مولوی صدیق اللہ چھُ عربی تہٕ فارسی زبانَن ہُند عالِم اوسمُت تہٕ امہِ علاوٕ شاعِر تہِ، موضوٗ چھُس رزم تہٕ اِسلٲمی توارٟخ روٗدمُت۔ امہِ علاوٕ فیقہٕ تہٕ فیقہٕ زانِنہٕ خٲطرٕ چھُ قرآن تہٕ حدیثُک علم تہِ ضرٗوری۔ لہٰذا اوسنہٕ یمَن ترٛین مختلف مادٕن ہنٛدین شاعرن ہُند کلام ترتیب دِنُن تہٕ اَتھ حاشیہِ لیکھُن سہل کینہہ۔

پروفیسر حاجنی صابن چھُنہٕ تہنٛدِس کلامَس شرح لیٛوکھمُت۔ صرف چھےٚ فٹ نوٹن منٛز کینٛژن لفظن تہٕ اصطلاحن وٕژھنے کرنہٕ آمٕژ یتھ آسی پتھ کالہٕ حاشیہ نویسی ونان آسی۔ کینٛژن فنی نوکتن کُن تہِ چھُ اِشارٕ کرنہٕ آمُت تہٕ کُنہِ جایہِ ہے کانٛہہ کمزوری نظرِ گژھان چھےٚ، تتھ کُن تہِ۔ اَتھ چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ یِتھ حاشیہ آسنہٕ ورائے ہیکہِ ہانہٕ یمَن شاعرن ہُند کلام جان پٲٹھۍ فکرِ ترِتھ۔ امہِ حاشیہ کینٛہ بیٛتہِ پانہٕ حاجنی صابنہٕ علمی مُک تہٕ زان کٲری ہُندانداز چھُ سیدان تتہِ چھُ یمَن شاعرن ہندِ علمی تجُرک تہٕ شاعرانہٕ ووستادِ ہُند تہِ بےمیلان تہٕ یہنٛدِس کلامس تہٕ چھُرِ ہُران۔ اَتھ کُن اِشارٕ کران چھُ کشیرِ ہُند نامور محقق تہٕ نقاد محمد یوسف ٹینگ صاحب کُلیات صدیق اللہ ہَس منٛز عرضِ ناشر عنوانس تحت لیکھان: "پروفیسر صاب چھِ مولوی صدیق اللہ ہنٛی معنوی وارث تہِ۔ تَس چھےٚ کاشرِس ادبس، اِسلامیاتس تہٕ جدید علومن پیٹھ زبردَس نظر۔ توٚے چھُ یمہِ کُلیاتہٕ کِس پرٛتھ صَفَس پیٹھ تٔمٕسنٛزِ نوکتہٕ دٲنی ہُند نقش زوتان۔ باسان چھُ تِ نتہٕ قوِدرتن محی الدین حاجنی اُمی کارٕ خٲطرٕ روٚچھمُت تہٕ زٕژھرٕ ہُت اوس۔ تٔمۍ سنٛدیو عالمانہٕ تہٕ بصیرت افروز حاشیو ہٕنٛز چھُ کتابہِ ہُند معنوی سمبھر کتہٕ کوٚر دوٚمُت۔"

پروفیسر حاجنی صابنین لیکھی متس شرحس تہٕ حاشیہ نویسی ہٕندین سارنے
نوکتن وضاحت کرن چھُ مشکل۔ بہٕ کرٕ کینژن اہم کتھن کُن اِشارٕ۔ گوڈنیتھ تہنٛز
تواریخ دانی کُن۔ وہاب پرین اکھ شعر چھُ اکہٕ مناجاتک شار ؎

دوستن تے دشمنن کیٛژ خوان یغما فراخ
مشترکن کیٛژ مار، عقرب، تار، تاریکی تہٕ وہ

خوان یغماہک مجازی مانے زن کرو، پوز تواریخی پس منظر کیاہ چھُس؟
حاجنی صاب چھِ لیکھان "۔ یہ چھےٚ اکھ نیامتھ۔ یمیُک رِواج ایرانس منٛز
اُوس۔ سارِی سے ڈریس منٛز آسی یہ نیامتھ اکی لٹہٕ میلان۔ خوان یغما اُوس
ایرانس منٛز تتھ ضیافتُک ناو یوسہٕ شاہ ایران کنہٕ بڈِس دوہس خاص کر نوروزس
پیٹھ تیار کران آسی۔" بیاکھ شعر چھُ ؎

چھُ منزل آفتابُک در حمل از
برابر راتھ تا ایام نو روز

اتھ شعرس منٛز چھُ نجومُک تہٕ تواریخُک نوکتہٕ۔ حاجنی صاب چھِ
لیکھان زِ حمل گوٚو برج حمل تہٕ نوروز چھےٚ عید یوسہٕ پیشدآری عہدٕ پیٹھٕ
مناونہٕ چھےٚ یوان۔ بیاکھ شعر چھُ ؎

پشنگ و تور اسفندیار، رہام و گیو با تخوار
ہمہ نابود گے یکبار تراوہ طوس تے کلموس

حاجنی صاب چھِ لیکھان " پشنگ چھُ شاہنامس اندر واریاہن ہندی ناو،
افراسیابن مول، تُند شیوہ نیچوی شُند دوٚیِم ناو، منوچہرن مول، فریدونُن
بوے "۔ باقے چھِ ایراہکی بی بی پہلوان۔

وہاب پرے نس اکس شارس منز ییلہ حضرت سلیمان سند ذکر آو۔ یمو لیو کھ یمہ وضاحت کران "حضرت سلیمان علیہ السلام یمو تھوو پور شاہی ہودی توارخس اندر وو پدیاو تہ روو (۹۶۰ تا ۹۲۶ ق م) تام حکمران۔ یہند یادگار روو میکل سلیمانی ییمہ اکھ گھنڈ یروشلم شہرس اندر " دیوار گریہ " ناوی موجود چھے۔ زیچھر ۴۰ رمیٹر، تھزر ۱۸ رمیٹر۔ وہاب پری ییہ اکہ رباعی ہند شار چھ ۵

کارِ لقمان، حصارِ افلاطون

از قضا و قدر سپن افراط

لقمانس متلق چھ لیکھان " از چھ وننہ یوان زِ یہ چھ اوسمت فیثاغورثنہ سند شاگرد ییس الکیمان ونان آسی (۵۷۱ ق م تا ۴۹۷ ق م) یہ اوس جنوبی اٹلی اندر کرزوٹان جایہ زامت۔

اسلامی توارخس سیتی چھے حاجنی صابس خاص دلچسپی روزمژ۔ وہاب پری ین اکھ شعر چھ ۵

کانِ صدق است حضرتِ صدیقؓ

تمی سیوو دے راز خود بہ دشمن وون

حاجنی صاب چھ حضرتِ صدیقس متلق لیکھان " حضرت ابوبکرس اوس گوڈ عبدالکعبہ ناو، بالغو اندر ییلہ سارِوے برونہہ یمو آنحضورنس ہندس نبوتس ایمان اون، یمن دیتُ آنحضورنٍ صدیق لقب تہ ناو کور تکھ عبداللہ "۔

کھوت نمرود آسمانس تیر لوین از خودی

تیر لوگ گاڈے نشانس زیاد زیادے گوم حرص

نمرود لفظچ وضاحت کران چھ حاجنی صاب سائنس علمی مس منز ییتھ پاٹھی

اِضافہٕ کرٕان۔ "اَز بۆد تہٕ اَلہٕ پلہٕ اکتاجی شیٚتھ وٕری آس ملک عراقس اَندر "عملیو"
خاندانٕچ حکومت۔ اُرشہر اُدس تہٕنٛد راز دانی تہٕ حکومتُک بانی اُدس "نمو" اَمہِ
خاندانٕک کیٚن پادشاہن رۅد "اُرنمو" شاہی خطاب۔ یُس عبرانی زبانی منٛز نمرود
بنیو۔ اَکِس نمرودس کُن آے حضرت ابراہیمؑ مبعوث کرنہٕ۔ نمرودٕ سٕنٛز گمراہی تہٕ
خود سری مُتلق چھےٚ دلیلہٕ کرٕنہٕ یِوان۔ پرٲنی رِوایتھ چھےٚ دپان زِ تمہِ اوس زامی ہیٚوت
العیاذ باللہ خدا مارُن، تہٕ لوٚین اسمانَس تیر۔ یُس اَکِس گاڈِ کلس آو۔ دراصل
گوو اتھ قومَس خدا غضبٕ تہٕ آو عیلامی قبیلہٕ مَن حملہٕ کرِتھ یمو یہنٛز شانکھ گاجی۔
مولوی صدیق اللہ چھہِ غزوہٕ بدر بیان کران ابو سفیان سٕنٛز زبو۔

مےٚ از شام اوٚن واریاہ مال و زر

وَلے از محمدؐ چھُہ خوف و خطر

اَمِچ وضاحت کران چھُہ حاجنی صاب، زین العابدین سٕنٛز پیامبر کتابہِ
ہندِ حوالہٕ مالک تخمینہٕ پنٛژاہ ساس پونڈ تہٕ الخضرمی سٕندِ حوالہٕ پنٛژاہ ساس دینار
لیٚکھان۔ ییٚلہِ مولوی صاب مکہٕ پیٹھٕ ابو جہلنہٕ پانٛژھ ہتھ گُر تہٕ اَکھ ساس
وونٹ ہیتھ مدینَس کُن نیرنک ذکر کران چھُہ حاجنی صاب چھُہ اَتھ بیانَس الخضرمی
سٕنٛزِ نور الیقین کتابہِ ہندِ حوالہٕ اَکھ ہتھ گُر تہٕ سَتھ ہتھ وونٹ وَنِتھ درستی
کران۔ غزوہ سویق کِس بیانَس منٛز "پور حرب" لفظس بیٚرٹ کڈان چھُہ
لیٚکھان زِ یہ گوو "ابو سفیانن، اَکھ نیچو حنظلہ، ہُہر عتبہ، بیٚتُر، ہُہر شیبہ تہٕ
تُنُد نیچو ولید جنگِ بدرس اَندر قتل گامتی" رسول اللہؐ چھُہ جنگِ احدس
منٛز حضرت حمزہؓ سٕندِ شہید گژھنہٕ پتہٕ تہنٛز مثلہٕ سپنہٕ مژ لاشس وُچھِتھ قسم
کھیوان۔

ستھۃ زٔنی پےٚ حمزہ تانو ہلاک
گرٕ کھ یُد دِیُم فتح یزدان پاک

اَتھ قسمس مُتلق چھُ حاجنی صاَب لیکھان زِ جبرئیل امین واتنو وحی زِ مو روس گرٕ ژھ ہِ بے حرمتی کرٕ ہٕ ہیٚ۔ ییمہٕ کِنی پتہٕ آنحضورنٛ اَمہٕ قسمک کفار دِیُن یِیو۔ مولوی صاَبنِس مغازی البنی کتابہٕ ہندس ذیلی عنوان صلح حدیبیہ ہِس منٛز آمتہٕ اَکہٕ شعرٕ کِس لفظ حُدیبیہ ہِس شرح کران چھِ حاجنی صاَب لیکھان" یہ اُوس مکہ شریفس نزدیک اَکہٕ کُنٛ ژِلینٛگ ناو تہٕ اُتھی ناوس پیٹھ بنٛیو وبستی ہِنٛد وَجہ تہٕ "مولوی صدیق اللہ چھِ فتح مکہ ہٕکی وجوہات دِوان لیکھان ؎

| | |
|---|---|
| بنی بکر بوٗ دُشمن انبیاءؑ | مدد گر تِمن مکہ گوٚو از جفا |
| پُھٹر کافرو عہد گوٚو خشم گین | رسول خدا ڈراو ہیتھ تیغ کین |

اَتھ چھُ حاجنی صاَب یِتھہٕ پٲٹھی وَضاحتھ کران۔ بنی بکرکی اَکی نفرن لیچھی مسلمانن خلاف ہجو۔ بنو خزاعہ ہٕکی اَکی نفرن ژٕھنُن یہ مارِتھ دِیمن دوین قبیلن اَسی بڑانہٕ عہد پیٹھ پانہٕ وانی لڑٲے) بنی بکرن ہیوٚت قریشن مدد تہٕ یِم آے تہٕ ژھنکھ بنی خزاعکی قریبَن دَہ نفر قتل کرِتھ۔ بنی خزاعہ آے مدینہ منورہ مدد منٛگنہِ۔ یوٚہے اِستدعا سپُد جنگُک اصل سبب۔ یاد چھُ تھاوُن زِ بنی خزاعہ اَسی مسلمانن ہندی حلیف تہٕ بنو بکر قریشن ہندی۔

دِتکھ خیمہٕ سُرخ بہر رسوٗلؐ
میان جچوں بہر قتل جہوٚل

شعرس مُتلق کتھ کران چھُ حاجنی صاَب یِتھہٕ کِنی درستی کران زِ" یہ چھُ

غلط آنحضورؐ اَسی غار مسلم قتل کرنہٕ دِژٕ امتی بلکہ اوس تمیٚ اعلان کوٚرمُت زِ ازٕ چھُ رحمتُک دوہ۔ یُتے یوت نہٕ تمیٚ اوس علمدارِ فوج حضرت سعدؓ صرف یہ کتھ وَنٕنس پیٹھ معطل کوٚرمُت زِ تمیٚ اوس شرارتہٕ ہوٚت وٚنمُت زِ ازٕ چھُ اِنتقامُک دوہ"۔

کعبؓ ابنِ زبیرؓ سُند دورِ جاہلیتس منٛز مسلمانن تہٕ حضورنؐ ہجو لیکھُن تہٕ فتح مکہٕ وِزِ ژوٚلُن زِ قصیدہ بانت سعاد حضورنؐ پیش کرُن تہٕ تاٹھس نبیؐ سُند تمِن پننہِ ردائے مبارک کھرینامہٕ دِنی، واقعہٕ چھُ وارِیہن پرٛی متین لیکھی متین مولوٚم پوٚز یمہٕ کتھِ ہُنٛز چھُنے سیٹھاہ کم لکن خبر زِ یہ اداکٕر کعبؓ بنِ زہیرؓ ہُند یو وارِث وٚ یتہٕ اموی خلیفن تہٕ ۱۹۲۴ء یس تام اَسی ساری خلیفہٕ بیعت رٹنہٕ وِزِ یہ ردا نالہٕ تراوان۔ ازٕ چھےٚ یہ ردا غالبن اِستنبولہٕ کس عجائب گرس منٛز" یہ خبر چھُ حاجنی صأب دِوان۔

"مولوی صأبنِس بدائع منظوم کتابہٕ ہندِس ترجمس منٛز آمتین کینٛژن لفظن پھٹ کڈان تہٕ کینٛژن مقامن پیٹھ وضاحت کران چھُ حاجنی علم فقہٕ ہس ستی پننہٕ زان کأری ہُنٛد ثبوت دِوان۔ مثالہِ پأٹھی تہٕ آب خرچاونس متعلق چھُ مولوی صأبنُ شعر مکروہاتِ وضو عنوانس تل

کوٚر مےٚ بیہودٕ آبس اسراف	عمر ضایہٕ کٔرِتھ تہٕ کٔرِ انصاف

تہٕ حاجنی صأب چھُ امام اعظمؒ صأبنِ ہدایتھ حوالہٕ زِنکٕ درج کران "اگر وضو کرن وول دریاوٕ دجلس پیٹھ تہٕ طہارتھ آسہِ کران تو تہٕ واتہٕ نہٕ تس حد بجاو آب خرچ کرُن۔ اعتکافکی مسلہٕ بیان کران ییتہٕ مولوی صأب لیکھان چھُ

کھینوٚن تہٕ چوٚن تےٚ شوٚنگُن مٔشید اَندر	اعتکافس اَندر کرِس نہٕ ضرر

اَن مہٕ پرٛوٚشہٕ کٔنُ یہٕ کھٮ۪کھ کنکھ ہرگز  تجارتھ کٔنُ تہٕ ہیٚون جائز

اَتھ مُتلق چھُ حاجنی صأب وَنان زٕ "یہٕ شرط چھُ اہم۔ لین دٟنکۍ چیز گژھن نہٕ مُشید اَندر اَنۍ۔ تمہٕ سٟتۍ چھِ مسجدِ ہندِس اَحترامَس تہٕ اعتکافَس دوٚہٕ وٕنی کراہتھ گژھان۔" ناقضاتِ وضو عنوانَس تحت ییلہِ مولوی صأب لیکھان چھِ زِ بڈ اسنہٕ سٟتۍ (ٹھہٕ ٹھہٕ کران) چھُ وضو پھُٹان۔ حاجنی صأب چھُ یتھ پأٹھۍ اَتھ شارَس وضاحتھ کران ۔

"بے ہوشی، بڈِ در نماز اَسُن  پھُٹ نماز رکوع و سجدہ دِیُن"

سہٕ ٹھہٕ ٹھہٕ اَسُن یتھ بلہٕ قہٕ تہٕ بوزن اَمہٕ سٟتۍ چھُ طہارتھ تہٕ پھٹان تہٕ نماز تہٕ۔ سہٕ ٹھہٕ ٹھہٕ اَسُن یتھ باقہٕ بُوزن نہٕ۔ اَمہٕ سٟتۍ چھےٚ نماز پھُٹان، طہارتھ نہٕ کینٛہہ۔ تمہٕ سٟتۍ نہٕ چھُ طہارتھ پھُٹان نہٕ نماز۔ نماز جنازس اندر چھِنہٕ رکوع تہٕ سجدہٕ، اَتھ اَندر اگر بڈ اَسُن ییہٕ، طہارتھ چھُنہٕ پھُٹان۔"

کلام اسد پرے چھُ اَکِس صاحبِ حال تہٕ بزرگ شاعرٕ سُند کلام۔ اَتھ کلامس شرح لیکھُن یا صوفی شاعری ہندین اصطلاحن وضاحتھ کرنہٕ خاطرٕ گژھِ صاحبِ حال شخص آسُن۔ یہٕ ظاہر اوس نہٕ حاجنی صأب صاحبِ حال کینٛہہ پوز ییٚنہٕ علمی وسعتہٕ کِنۍ تہٕ تصوفکہٕ علمی مجبہٕ زان کأری سببہٕ رُٹ یمَو یہٕ کأم تہٕ دردس تہٕ جان پأٹھۍ واتہٕ نأوِتھ اَنٛد۔ اَتھ منز کأژاہ کامیأبی چھکھ سپٕز مٕژ، اَمینکُ انداز ہیکہٕ یمَو مثالو سٟتۍ سپدتھ۔ اسد پرٟ ییٚنہٕ اکہٕ وژنُک بند چھُ۔

آدمس منز روح نوٚ ژاد و  ساز و سرُود کرنے تتہٕ آدو
مَس سپدتھ سوزن کوٚر گیر  یا خواجہ اجمیر اجمیر

حاجنی صأبنۍ وَضاحتھ چھےٚ اَتھ یہٕ" یہٕ چھُ وارہٕ ہن قومن ہندین سالکن

ہُند عقید نہ ازلہٕ دوہ مانیو نہ ، روُحن جِسمس اَندر اژُن پتہٕ آو اَکھ سرمدی سروُد پاد کرنہٕ ہیٚمہٕ سیتی روُحس اَکہٕ قسمٕچ بےٚ حِسی پاد گَیہ ، یوٚت تام زِ سُہ جِسمس اندر ژاو ۔ اڈین فلسفی ین ہندی کنہٕ چھُ یہ سروُد وُنہٕ تہٕ چلان ۔ مگر اَتھ چھِ صرف صاحبِ حال بُزرگ یوت بوزِتھ ہیکان ۔ کیٚنہہ چھِ اَتھ سروُدس صدائے دراز تہٕ ناد تھاوان ۔ '' بیٚیکہٕ وَژنک اَکھ بند چھُ ؛

دائم در شمار قائم روز      تارِ تارِ منہٕ کےٚ سوزاہ بوز

سوٚے غزل خوانن ہُند افسر      سِلسلہٕ چشتی چھُم راہبر

اَتھ منٛز چھُ '' دائم '' لفظس پھُٹ کڈان لیکھان '' فرض دائم ، یہ چھُ تصوفس اَندر سُہ مقام ییٚتہِ سالکہٕ سُند وُجود چھُ عان ذِکر بنان ۔ حضرت غوث الاعظم چھُ فرماوان '' اِذَا صَحَّ الْقَلْبُ صَارَ ذِکْرًا دَائِمًا فِیْہِ یَکْتُبُ جَوَانِبَہٗ وَعَلٰی جَعَلَتِہٖ فَتَنَامُ عَیْنُہٗ وَقَلْبُہٗ ذَاکِرًا لِرَبِّہٖ عَزَّوَجَلَّ یَرِثُ ذٰالِکَ عَنْ نَبِیِّہٖ صَلَّی اللہُ عَلَیْہِ وَسَلَّمَ تہٕ گوٚو ییٚلہِ سالکہٕ سُند دِل چھُ روشن سپدان ، تتھ اندر چھِ ذات مستقل پاٹھی بسان ۔ اَمہٕ دِلہٕ کِس پرٛتھ طرفس تہٕ کُل وجوٗدس پیٹھ چھےٚ ذِکر پوان لیکھنہٕ ۔ پَس تیٚلہِ تسنٛز اچھی شونگان تہٕ چھےٚ تسُند دِل چھُ رب العالمینہٕ سنٛز ذِکر کران روزان ، سُہ ذِکر چھُ اتھ سالک آنحضرت صلی اللہ علیہ وسلمن نِشہٕ بطورِ وراثت لبان (الفتح الربانی مجلس ۵۵)

یوٚہے مقام گوٚو ذِکرِ دائم سرٛنک مقام ، سےٚ مقامِ سوز چھُ سارِوٕے کھوتہٕ جیادٕ سرٛوٗر دِنہٕ وول ''۔ امی وَژنک بیاکھ بند چھُ ؛

نوٗرِ ذات سلطان سُلہٕ ناوُن      نوٗرِ صفاتس مِلہٕ ناوُن

ذات وصفات چھی موٗ خھر      سِلسلہٕ چشتی چھُم راہبر

امیُک شرح چھ یِتھٕ پأٹھۍ کران " ذات ، سِرٕ فی گٔیہٕ ، نبوت تہٕ صفات سِرٕ نی ، ولایت ، سالک ییلہِ ولایتہٕ کِس درجس تان واتان چھُ ۔ تَنٛدِس شہودس چھُ نبوٗک تمکین پیوان تہٕ سُہ چھُ بقول حضرت شیخ سیّد عبدالقادر جیلانی ؒ الانبیاءِ یُرِیہِم الحقّ عزوجل بکلامہٖ والاولیاءِ یُریہِم بحدیثہٖ والحدیث ھو الالہام فی قلوبھم ہ اللہ تعالیٰ چھُ پأغمبرَن پننہِ کلامہٕ سۭتۍ تربیت دِوان تہٕ اولیاہن پننہِ حدیثہٕ سۭتۍ ۔ حدیث گوٚو الہام یُس اولیاہن ہندین دِلَن پیٹھ نأزِل چھُ سپدان ۔"

بتیکہِ وژنہٕ کِس اکِس بندس منٛز آمتِس واجب الوجود اِصطلاحس وِژھنے کران چھ لیکھان زِ " یہ چھُ اکھ فلسفیانہٕ اصطلاح ییٚمُک عام مفہوٗم چھُ زِ کأیناتھ یَتھ نہٕ انکار ہیٚکہِ سپدتھ تہٕ ییٚمیُک ظأہری وجوٗد چھُ دراصل کأیناتھ گیرٕ روٗحک ( خدایہٕ سُند ) سُہ پرتو یمیُک وراے کُنہ چیزُک وجوٗد ڈنجہِ ہیٚکہِ نہٕ روٗزِتھ بلکہ بنہِ عدم محض ۔ وحدت الوجود نظریہِ چھُ تہٕ اُمی عقیدٕ اندر نیران ۔"

اسد پری یُن اکھ شعر چھُ

سَرٕ کر سَتھ نورٕ ، وُچھتس یہِ ظہوٗر

سَتن ڈبہ نٕے تار اسے یار

" سَتھ نور " سیرس چھُ حأجتی صأبن یتھٕ پأٹھۍ ٹھاند ظُلمُت ۔ " روٗحانی دُنیاہس اندر چھِ سَتن مقامن ہندی سَتھ نورٕ ۔ (ا) عالمِ شہادتھ (نفسِ امارہ) نیٖوُل (ب) عالمِ برزخ (نفسِ لوامہ) زرد (ج) عالمِ ارواح (نفسِ ملہمہ) سوٗرخ (د) عالمِ حقیقی (نفسِ مطمئنہ) سفید (ھ) عالمِ ارکان (نفسِ راضیہ) سبز (و) عالمِ غیب (نفسِ مرضیہ) سیاہ (ز) عالمِ کثرت و وحدت (نفسِ کاملہ) یتھ نہٕ

کانٛہہ زنگ چھُ۔ "بیٚکہِ اکہِ وٕژنِکس اَکِس بندس منٛز آمتِس "ترک ترک" اصطلاحس چھِ وضاحتھ کران زِ "ترک ترک چھُ تصوفس منٛزٕ سہ منزل یٚتہِ سالکس چھےٚ نہٕ یٚتہِ خبر روزان زِ مےٚ کیاہ ترٛوو یتھ کُن۔ اَتھ چھِ کُنہِ وقتہٕ غنا الغنا ر یا مقام حیرت تہِ وَنان۔ یہِ چھنہٕ عبادژ ریاضت سیتی حاصل بنان بلکہ اللّٰہ تعالیٰ ہندِ فضلہٕ تہٕ رحمتہٕ سیتی۔ اِنَّ النَّفْسَ لَاَمَّارَۃٌ بِالسُّوْٓءِ اِلَّا مَا رَحِمَ رَبِّیْ (سورہ یوسف) تہٕ اَتھی مقامس کُن چھُ مولانا روم یتھہٕ کٕنۍ اِشارٕ کران ؎

عقل ایں جا ساکت آمد یا مُضل
زانکہ دِل با او ست یا خود او ست دِل

حاجنی صابس چھنہٕ صرف اِسلامی تصوفہٕ کِنۍ رموزن ہُنٛز خبر بلکہ معاصر تصوف (CONTEMPORARY MYSTICISM) خاص کر کاشُر صوفی شاعری ہنٛدِ (۲) وارِیاہن نوکتن ہُنٛز تہِ زان۔ اَمہِ خاطرٕ دمہٕ ہٕ اَکھ زٕ مثالہٕ۔ اَسہِ پرکِ یٚتہِ اکہِ وٕژنُک گوڈ چھُ۔

چوونس ناران ناگُک (۲)
بہٕ رٕسہٕ رٕسےٚ کوٚرنس تیار

اَتھ منٛز چھُ اَکھ لفظ آمُت "ناران ناگ" یتھ مُتلق حاجنی صابٕ لیکھان چھِ۔ "یوٚدوےٚ ناران ناگ چھُ وانگت کامس نزدیک لار پرگنس اَندر اَکھ مشہوٗر ناگ یٚتہِ گنگہِ بلہٕ والیس پھیرتھ کاشرۍ پنڈت آخری سران چھِ کران۔ اَما پوز میون خیال چھُ یہِ زِ غالبن چھُ "نرائن ناگ" ناوٕ ۍ تمہِ ناگُک ژھوٗٹ ادا تہِ یُس بیرو پرگنس اَندر چھُ تہِ کیاز زِ نرائن ناگس مُتلق چھُ کیٚژ وِثرانیو موٗرخو لیو کھمت زِ اگر کانٛہہ اَمہِ ناگہٕ کس بٔٹھس پیٹھ آواز ترٛاوان چھُ، اَتھ ناگس چھِ ملر ووتھان۔

علمی نو کتہٕ نگاہ کنہٕ اگر یہ کتھ چھےٚ نہٕ وژنس لایق مگر لوک ادبس منز چھےٚ
یہ کتھ ڈرتھ گامژ۔ کاشر یو اکثر صوفی شاعرو چھ شاید امی دیو مالائی خصوصیژ موجب
"ناران ناگ" پننس باطنی آگرس کن بطور تمثیل ورتوومُت۔ یتہِ ذکر سیٚتی وجدانس
چھےٚ وُزنی لگان"۔ اسد پرن یتہٕ امی وژنک بند چھ۔

اوٗم نارائن ست لوٗگم سیٚتی — اوٗم کرِتھ ڈراس اوٚمکار سے
بہ رسہ رسے کوٚرنس تیار — توسس اوٚمہ کی پن کھاری مسے

اتھ متلق چھ لیکھان "اسلامی تصورس اندر چھ اتھ مقابلہٕ بسم اللہ
ہندی فلسفس اندر چھ "اوٗم" سارِوے کھوتہٕ تھز حقیقژ ہنز علامتھ تہٕ۔ تنز شاسترن
منز چھ اوٗم تہٕ اومکار کنہٕ وقتہٕ تحقہ باطنی سرودس تہٕ وُنان یُس کائناتس وجودس
ینہٕ وزِ پادٕ گوو۔ مشہور یونانی فلسفی فیثاغورس متلق چھ ونہٕ آمُت زِ سہ اوس
دعوی کران زِ بہٕ چھس وُنہٕ تہٕ سہ سرود بوزان"۔

یہ زن مےٚ یتہِ مضمونہٕ کس ڈسلا پیٚٹھ منز ووٗن، شرح لیکھن والیس
گژھہ تمن سارنےٚ علمن ہنز زان آسنۍ تہٕ تمن فنن ہنز خبر اتر آسنۍ یم اصل
تصنیف کس زمانس منز مروج آسمتۍ آسن۔ وہاب پرے اوس جان پوٚرمت لیوکھمت
نشد کلام پرِتھ چھ باسان زِ طب، نجوم، تواریخ، تصوف بیترِ علمن ہنز آسس
زان۔ تمہِ زمانہٕ کین خوجن تہٕ دیار والین ہندی شوق تہٕ آسس، شطرنج اوس گندان
موسیقی سیٚتۍ تہٕ آسس دلچسپی تہٕ صوفیانہٕ موسیقی تہٕ حافظ گیوٗن (صوفیانہٕ آسہٕ یمے
گیوان) تہٕ اوس بوزان۔ امہِ فنکی کینہہ نوکتہٕ آسس وُنی۔ مولوی صدیق اللہ
اوس مذہبی عالم، تفسیر، حدیث تہٕ فقہِ زانان۔ اسد پرے اوس صوفی شاعر تہٕ
درویش تہٕ یمن ہندس کلامس شرح لیکھن دوٚل گژھہ یہند یو سارِوے موضوعو

نِشہٕ باخبر آسُن۔ حاجی صاب چھُ اَتھ کھوچہِ پیٹھ کھٕسِتھ یِمنٕ اعتبار قایم تھاوِتھ
ہیکان۔ تصوف تواریخ، قرآن و حدیث، فقہ، اسلامیات علاوٕ چھِے تس باقے کینژن
عِلمن تہٕ فنن ہُنز زان کاری تہ یِمینک انداز بوٚ نہٕ کنہٕ ذٕرِ متو کینژو مثالو کنہِ سید تھ ہیکہ۔
وہاب پری یُن اکھ شعر چھُ ؎

مےٚ ہووُن روے زیبا آفتابا
نَتہٕ گٕھر ژوٗن مےٚ سرطانہ ازراتھ

اَتھ منز چھُ اکھ لفظ "سرطان" حاجی صاب چھُ اَتھ مُتلق لیکھان :۔
"بُرج سرطان" یِیلہٕ اَتھ بُرجس منز ژوٗن چھِے آسان، سو چھِے باقے دوہو کھوتہٕ
زیادٕ لوٚپہٕ ہٕ دِنی یوان بوزنہٕ۔" یُہنٛد اکہِ وٕژُنک بند چھُ ؎

وہابو، تراو ہستی
پناہ منگ تَس زِ مستی
نظر کر سوے بلعم
بہٕ آدم ، دم غنیمتھ

اَتھ منز آمتس "بلعم" لفظس مُتلق چھُ لیکھان "بلعم باعورُس دولتکی
نشن تباہ کوٚر۔ بنی اِسرائیلی عالم"۔ وہاب صاب چھُ "ح" ردیفس منز منقبت
حضرت سلطانس اندر یہ شعر وَنان ؎

چھُم لیکھتھ از خطِ طغرا نامِ سلطان بر جِگر
یُتھ نقش آسان کھوٚنمُت بر جبین سنگ لوح

ظاہر چھُ زِ خطِ طغرا یِہنہٕ سُے شخص یَس خطاطی ہُنز پے آسہِ۔ حاجی

صابٕنۍ گُف چھُ۔ " اکھ خاص رسم خط یتھ اندر حرف چھ آسان تتھٕ کٔنۍ لفظس منز وأنٹھتہٕ زِ لفظ چھُ بنان پوش ہیوٗ۔"

دہاب صابٕنہِ اکہِ وَژنُک اکھ شعر چھُ۔

ستہٕ ریشین پتہٕ لارٕ    یارٕ چھانے شرٕ

اَتھ منز آمتِس " ستہ ریٚشۍ " لفظس مُتلِق چھِ وَنان زِ یِم گئے تِم سَتھ قطبی تارکھ یِم قطبی ستارس اَندٕ ٕپکھی چھِ نَژران آسان۔"

دہاب صابٕنہِ اکہِ وَژنُک شعر چھُ۔

پرے یو فارسی راست    بہارو بیہہ ہَنا

اَتھ شرح کران چھُ لیکھان زِ " راست بہار چھُ موسیقی ہندِ زِ مقام۔۔۔"

حاجنؔ صابٕنس یوٗدوَے وارٕہَن علمن تہٕ فنن ہنزان کأری اُس پوٗز تہنٛد خاص مأدان چھُ منیأفی۔ کنہ گوڈٕ اِسلامیات تہٕ پتہٕ کشمیریات، کأشرٕ تواریخ تہٕ جغرافی ہنٛز سماجیاتچ، رسمن، رِواجن، کلین کتھن، یادٕ دارن، عادات و اطوارن ہندی اِنسائکلوپیڈیا چھِ آسی ہِتی۔ وہاب صأب چھِ اَکِس مناجاتس منز وَنان۔

یَتھ ڈلس منز کأتی ہو کوٚر ناو سأل

یَتھ کوہس کوٚرِ کأتی ہو لکوٚو بہٕ روگ

حاجنؔ صأب چھِ اَتھ پھُٹ کڈان زِ یہ چھُ لکوٗ روگ یہیلہِ وارٕیاہ لکو یکہِ وَٹہٕ پکان آسُن۔ اَتھ جمأژ چھِ وَنان لکو روگ۔ یہنٛدے اکہِ منقبتُک شار چھُ۔

چھُ چندرٕ گیرٕ، چندرٕ ہوٚم چندرٕ

بِنا از جدِ عأٰلی جاہ فرخ

اَتھ مُتلق چھِ وَنان، یِم چھِ کٔشیرِ منٛز زٕ، ترٛیٚیے تہٕ ژٔور کامہِ۔ یِم وہابُن خیال چھُ زِ رامہِ ژُندر ناوی وزیرِ اعظمن چھِ بناوی متہٕ۔ رامہِ ژندر اوس ۱۳۰۱ ایس پیٹھ ۱۳۲۰ءیس تام راجہ سہدیو سُند سپاہ سالار تہٕ وٗزیر۔ وہاب صابٔنِس اَکِس غزلہِ شارس منٛز آمتِس "گُل ٹور" لفظس مُتلق چھُ وَنان زِ یہِ چھُ "لیٚنڈر آسان"۔ بییس اَکِس ؤرن شارس منٛز آمتِس "چار میخ" لفظس مُتلق چھِ وَنان زِ یہِ اوس کٔشیرِ منٛز مجرمن سزا دِنک اَکھ آلہٕ۔ سکینجہِ یُس اۆنگجن منٛز ترٛاونہٕ تہٕ چیٖرنہٕ یوان اُوس۔ وہاب نِسے اَکِس شارَس منٛز آمتِس "دیوان خانہٕ" لفظس مُتلق چھُ ییند گُف زِ جاگیرداری ہندِ عہدٕ اُوس "دیوان" اَکھ تھود عہدہ تہٕ اَمی سُند گرٕ اُوس دیوان خانہٕ یانے سو جاے یوٗت ماتحت لکھ یوان آسی۔ پَتہٕ بنے پرتھ خوجہ تہٕ ذیلدار صابٔنٛز بیٹھک "دیوان خانہٕ"۔ بییس جایہِ یتھ شارس ۔

بہٕ خوشنودی وہاب اَز رہبرِ خود

زگرد نعل آں جو در توقع

منٛز آمتِس "جودر" لفظس مُتلق چھِ وَنان زِ یہِ اُوس سلطان العارفین سُند گُرِس ناو۔ وہاب نِس اَکِس رۆوِس منٛز آمتِس "شالہٕ باغ" لفظس مُتلق چھُ یہُند خیال زِ یہِ اوس شہرس منٛز پرانہٕ وَقتہٕ یِمہِ وجہ مشہور زِ بادم دار لگنہٕ یَتہٕ آسی شہرِکی لۆکھ اوت یِوٗسمن پھُلے چھاونہٕ یوان۔ وہابنہِ غزلہِ ہندِس اَکِس شارَس منٛز چھُ "عالی مسجد" لفظ آمُت۔ اَتھ مُتلق چھے وَرٕھنے "سلطان سکندرنہِ وَقتہٕ چھے اَرِمہِ بٔرن کھالنہٕ آمژٕ۔ یہِ بٔرن آسی حضرت میر محمد ہمدانی صابٔنٛز مِلکیتھ ٲسٕژ۔ سُلطان سکندرس پَتہٕ کۆر اَتھ مشید تَندی نیچوی علی شہن داریاہ کھنجر زِچھیر تہٕ اَمی سُندی سے ناوٕس پیٹھ چھِ اَتھ "علی مسجد" بدلہٕ "عالی مشید"

ناوِچلہٕ دٔون روٗدمُت۔

حاجنی صاب چھُ کیٚنژن غلط رِوایژن کُن تہٕ اِشارٕ کران یِم پَتھ کُن دٔرِتھ گامٕژ چھےٚ۔ مِثالہٕ پاٹھۍ کوہِ قاف، تھزر، وَچھژار، شرفہٕ تہٕ خوفناک آسنہٕ کنۍ مشہوٗر گژھُن۔ حاجنی صاب چھُ وَنان "یہِ کوہ چھُ ایرانی دیوٗ مالایی اَثر" باشرف" ماننہٕ آمُت۔ ورنہٕ چھُنہٕ اَتھ کانٛہہ خاص شرفا۔ ایرانی آسۍ گرا ملک کاکیشاہس، کُس اَمہِ ناوٕ کِس کوہس آگر پَچھنہٕ ہُندٕ گرٕ تصوٗر کران تہٕ گرا آسۍ تِم تَتھ کوہس قاف وَنان۔ یُس ساری سے عالمس تہُندٕ عقیدٕ موٗجُب نال وٚلِتھ چھُ"۔ وہاب چھُ اَکِس غزلہٕ منٛز سرفہٕ سٟنز موسیقی سیتۍ لےٚ آسنَس کُن اِشارٕ کران تہٕ حاجنی صاب چھُ اَتھ مُتلق وَنان" یہِ چھےٚ کتھ دٔرِتھ گامٕژ ورنہٕ سَرپھ چھُنہٕ تیوٗت اَچھو وِچھان یوٗت کُنو چھُ بوزان۔

سیٹھا موٗلُل آسنہٕ باوجوٗد چھُنہٕ یہِ حاشیہ یا یہِ شرح نقصو تہٕ کمزورِیو نِشہٕ مُچھ۔ تہٕ یہِ چھُنہٕ بشر آسنہٕ کنۍ حاجنی صابَس نِش غار متوقع۔ کیٚنژن لفظن چھُ بلی مانہٕ لیکھنہٕ آمُت یِہُندٕ مانہٕ چھُ نہٕ مُشکل یِم لفظ چھِ دُنہٕ تہٕ مروج مثلن "خارس" "کوٗنٛڈ" معطر، خوشبودار۔" دِیان کرٕ" کل کر، خورد و نوش، کھیوٚن چوٚن، "پالن" اداکرُن بیتر۔ اَمہِ علاوٕ ہیوٚ مےٚ اَکِس دٔون جایَن پھیر ہیوٚہ۔ خبر حاجنی صاب سے چھا مغالطٕ گوٚمُت کِنہٕ مےٚ چھُنہٕ خبر، تِمو چھا زور گِیل لاۓ مرکِتہٕ قلمہٕ چھکھ نیرِتھ گوٚمُت۔ تہٕ دوٚیمِ نظر چھکھ نہٕ دِتھ ییٚچھمِتہٕ۔ خدایی چھُ زانان، توٗبہ نصوٗحس اوٚس شرح کرُن نصوٗح سُندٕ توٗبہ۔ نصوٗح چھُ اَکھ شخص اوسمُت، اَمہِ علاوٕ.. نذیر احمدنہٕ اَکہِ اُردوٗ ناولہٕ ہُندٕ کردار تہٕ۔ اوٚکُن چھُنہٕ اِشارٕ کرنہٕ آمُت، صرف یہِ مانے دِیتمُت زِ یہِ گوٚو نصیحت دِنہٕ وول توٗبہ۔ یِتھےٚ کنۍ چھُ تمۍ امرناتھ

وَتہِ منٛزٕ ینہٕ وٲئِس ناگَس نیٖل ناگ وَنان ییٚلہِ زَن یہِ شیٖش ناگ ناوٕ وی
مشہوٗر چھُ۔ خرمتی چھِ مانہٕ لیکھان خرٕ شنٛز ہش مٔتی۔ پۄز یہِ گٔیہ سنٛخ متی۔ خر
چھُ فارسی بڑونہہ لۄگ مثلن خرمگس۔

....

## رومانیت کیا گیہ؟

(مضموٗنہٕ منٛزٕ)

سادگی، شوٗزر، سیدِ سیوٗد کتھ وننُک انداز، شریفانہ طرح تہٕ مکمل
کلاسکی اَدبُک خاصہٕ خیالس تہٕ اِظہارس وسیلس منٛز چھُ صحی ربط آسان۔ فنکارٕ
سنٛز یا ادیبہٕ سنٛز شخصیت چھےٚ ژھایہِ روزان تہٕ چھُ تِمنس فن پارس منٛز
شرٛوٚپِتھ آسان۔ فن یا ادب چھُ غارٕ شخصی تہٕ معروضی۔ موادس متلق کیا
چھُ تٔمۍ ورتاو، کَمہِ جذباتی ووسہٕ درو سہِ منٛزی گُزریاو تہٕ یمن کتھن ہُنٛد
چھُ نہٕ پے لگان۔ اَتھ برعکس چھُ نہٕ رومانی فنکار پنٛنہِ فنہٕ نشہِ بدوٗن،
تٔمۍ سنٛدی ارمان، تٔمۍ سنٛز شخصیتھ، تٔمۍ سنٛز آشہٕ، تٔمۍ سنٛدۍ امارٕ پٔنٛنۍ چھِ تٔمۍ سنٛز
یاوٕژ منٛز نٔنۍ نیران۔ تٔمۍ سنٛد طرزِ بیان چھُ سراسر موضوعی تہٕ شخصی۔ رومانی
فن کار چھُ جوہر تہٕ زندگی اسرار باوٕنی ژھان یتھ نہٕ معروضی اظہار لگی یہِ
ہیٚکو مبہم یا اَٹھی باوتھ، وُلتھ مُلچھتھ، علامژن ہُنٛدے وردن لاگتھ۔

## منظور ہاشمی

# تدوین کارۍ تہٕ ترتیب کارِ سنٛز حیثیت

کأشرِ زبأنی ہُنز پوشہ تھٔریم کُلہ یُس ہُس بٔرِ گے تِموٚ منٛز چھُ اکھ مأرۍ موٚند پوش منظور ہاشمی، بسنہٕ کہ نیسبتہٕ وترگأمی تہٕ نسبی سِلسِلہِ کِنۍ نہ صرف سیدٕے بلکہ پَتھ یہن ہکیتھ ہاشمی تہٕ۔ مےٚ آو نہٕ تِمن پٔژ ژھنکُ زانہہ تہٕ موٗقعہ زِ توٚہی کمہِ نیسبتہٕ چھو پانس ہاشمی لیکھان، سیٚد آسُن گیٚو ناہاشمی آسُن۔ پانس چھُم باسان زِ یتھ زمانس منٛزیٚلہِ اوأل موأل تہٕ سیٚد بٔنِتھ گے تِموٚ ماہیٚوت ہاشمی لفظہٕ سیتۍ سیٚد آسنس دربر ہیو بأدِ کرُن، اَتھ سیتۍ "کشمیری" لفظ ہُراوُن باسیٚو کھ شاید ہاشمی لفظہٕ پتہٕ فضوٗل۔ کیٚنہہ ؤری برٛوٗنہہ ییٚلہِ مےٚ علی گڈھ کینٛشرن دوہن روزنس دوران یہٕ نِنیٚو زِ منظور ہاشمی ناوُک چھُ اکھ اُردو شاعرتہٕ۔ پتہٕ تس سیتۍ ملاقات تہٕ سپُن تہٕ تِمۍ پننۍ اکھ شعرِ سوٚمبرن "بارش" تہٕ عنایت کٔرۍ، مےٚ گوٚو پننس منظور ہاشمی صأبس کُن ظوٗن سوٚنچُم اُردوٗ یأتھی اگر کأنٛہہ مضموٗن، مقالہ یا غزل نظم بیٚتر کنہ رسالس منٛز چھاپ سپنہٕ، یم گژھن اکھ اکہ سندس کھاتس۔ خار ہاشمی صأبن نش کوٗژم

لہ یہ مضموٗن آو تمی دوری لیکھنہ یمہ وزِ منظور ہاشمی صأب رحمتِ حق گیہ

یہِ ذِکر تمو اَسناوی وُچھ تہٕ بس۔

ساًنی منظور ہاشمی یعنے منظور ہاشمی کشمیری آسی پیشہ کِنۍ ووستاد، تعلیمہٕ کِنۍ اُردوُہَس منٛز طیس واتی ہیتۍ یعنے ماسٹر آف آرٹس تہٕ ادبی صلاحیژو کِنۍ شاعر، قلم کار، نثر نِگار، ترتیب کار، مزاح نِگار، مدوّن تہٕ اَمہِ علاوہٕ بیٚیہِ تہِ کیٚنہہ۔ تِمن آسۍ اِنسانہٕ سٕندِ حیثیتہ تہِ وارِیاہ گون یِم مےٚ خالے کاٚنسہ منٛز میلان فُچھ۔

وُنی کین ترٛاوہٕ یہٕ تِہنٛزِ ادبی شخصیژ ہِندِس صرف اَکِس پاسَس کُن نظر۔ سُہ گوٚو تِہنٛز تدوین کاٚری۔ کاٚنسہِ ژرانِس شاعر سٕنٛد کلامہٕ یا تِہنٛدی لیٚکھی ہیتۍ ادب پارہٕ ژھانڈتھ گاٚرتھ اَکی سیٚے جایہِ سوٚمبراونۍ تہٕ نووِ میزانو تہٕ معیار حسابہٕ ترتیب دِنۍ سرکھرِ کٔرتھ اَمِچ اہمیتھ نٔنۍ کڑنۍ تہٕ پتہٕ اَکِس شوٚبدار صوٗرژ منٛز بازر ترٛاونۍ گو تدوین۔ یہِ کاٚم مٔژ ہیٚنہٕ وٲلِس گژھِ تنقیدی بصیرت تہٕ آسنۍ تہٕ تحقیقی بصارت تہِ۔ یوٚتے یوت چھُنہٕ کاٚفی زِ تَس تگہِ قلم چلاوُن یا زبانۍ تہٕ بیانَس پیٚٹھ آسِہ قدرت، تَس گژھَن لَژھ گاٚہتۍ موکھتہٕ کھِلی یرٛزناونۍ تہٕ تُلنۍ تگنۍ۔ سُہ گژھِ آبہٕ سرن زول دِنہٕ وول آسُن۔ سنہٕ ژانَن دَسہٕ یِنۍ تہٕ تھزرن کھسہٕ پٔنۍ ہیکتھ تہٕ ژھانڈ گاٚر دِینۍ سخی ژالنک ہیٚتر گژھِس آسُن۔

منظور ہاشمی صابنہٕ تدوینی صلاحیژ ہِنٛد ناکار ثبوٗت چھُہ کلیاتِ امیر شاہ کریری۔ امیر شاہ مرحوم سٕندیٚن کلامہٕ ہاشمی صابَن مدوّن کوٚر تتھ منٛز چھُہ سام نامہٕ تہٕ خاور نامہٕ شاٚمل، یِم دوٚشوَے رزمیہ چھِہ بٔنیوو شاعرو تہٕ شعرن منٛز وُنۍ ہیتۍ۔ مِثالے رکھمن کول بلبکن تہِ چھُہ سام نامہٕ وٚونمُت تہٕ علی شاہ ہریلن تہٕ خاور نامہٕ لیٚوکھمُت۔ یوٚز امیر شاہ سٕندے خاور نامہٕ چھُہ غلام محمد نوٗر محمد سٕندی وَسی چھاپ ہیٚوکھمُت سِندِ تھہٕ تہٕ علی شاہ ہرل سٕند بقول علی محمد شہباز وُنہِ

مسودٕ چہ صورتس منز۔

یِمہ کتابہ غلام محمد نور محمد شندی ڈسی چھاپ سیدان روزٕ تھندین
مختلف ایڈیشنن منز روٗد پھیر گیر گژھان۔ کیٚنژھا کاتبن ہنز لاپرواہی کنی تہٕ
کیٚنژھا تا جرانہٕ مجبوٗری کنی۔ زیادٕ مواد کم صفن منز برن ییتھ لاگیتھ کم گژھ
یا اصل مسودس اڈم زڈ کران ییتھ کیٚنہہ ہنار میتھ ہیٚکن۔ پبلشرس چھےٚ ینٕس
مقصدس پیٹھ نظر آسان تہٕ لیکھن والیس ینٕن مدعا بدلے۔ یہ کتھ چھےٚ مدونس
کاٗم ہنا مشکل بناوان، پیٹھٕ یِیلہ تدوین چہ عملہ دوران اصل مسودٕ اتھی ییہ نہٕ۔
بدقسمتی چھےٚ یہ زیمہ قلمی نسخہ سانین گرن منز آسی گژھی یا اسہ ینہ کیٚنژ
منز میلی گژھی یم چھ لندنہٕ برٹش میوزیمس منز تہٕ تتہٕ پیٹھ چھ اسہ تہندی
عکس منگناوٕنی پیوان۔ کیتین مشکلن تن دِتھ چھ تاہم ہاشمی صابن کیتی قلمی
نسخہ اڈیٚکی یا ساٗلم تہٕ چھاپی نسخہ بہم کٔرِتھ ہیٚکی میتی۔ یِمہ نسخہ لر لور تھاوِتھ
اکھ معتبر مسودٕ ترتیب دِنٕس چھُنہٕ سہل کیٚنہہ تہٕ حاراٗنی چھےٚ سیدان رسوا کھ
ہیوٚہ اکھ مرکہٕ اٚسِتھ کتہٕ چھ ہاشمی صابن ییتھ بتر اڈنمت۔ امہ پریشاٗنی ہند
ذکر چھ یم پانہ یمن لفظن منز کران: "بہ گوس اور پور ورقہ کاٗمتی اڈیٚکی
مڈیٚکی خاورنامکی قلمی نسخہ وٹس انان، یوت قلمی مسودن ہند تعداد ہران
گو تیوٗت آس بہ تہٕ ٹاکین وہراونہٕ تہٕ میاٗنس کلہٕ گیرس منز تہٕ گوٗہر پیدان۔"

یِم ییتی قلمی نسخہ بہم کرِنی آسی توٗتانی بے معتہ یوٗتانی تہٕ فارسی خاورنامک
کانہہ قلمی نسخہ میلہ ہا۔ تہٕ کیاز کاٗشُر خاورنامہ چھ فارسی خاورنامہ کے ترجمہ
طبع زاد چھُنہٕ تہٕ ہاشمی صاب چھ فارسی خاورنامک قلمی نسخہ دستیاب کرنس منز
کامیاب سپنہٕ میتی۔ تہندیہ دعوی باسہ ہانہٕ صحی۔ یوٗزتمو چھ فارسی خاورنامہ کین

شعرن ہُنٛد تہٕ حوالہٕ دِتِمُت ۔ اَتھِن چھُ اَکھ سوال پٲدٕ گژھان فارسی زبٲنۍ
مَنٛز چھِ ییٚژھہٕ رزمیہ مثنوی لیٚکھنہٕ آمژٕ ۔ اکھ چھےٚ مولانا جمال الدین محمد بن
حسام صٲبنۍ لیٚچھمٕژ یوسہٕ عام طور ابنِ حسام ناوی زانہٕ یوان چھےٚ ۔ یہ چھُ
نیشاپورس نکھہٕ خوسف ناوِ جایہِ زامُت ، سرخش ، ہرات تہٕ اَنٛدۍ پٔکھۍ کیٚن بییٚن
کیٚنژن شہرن مَنٛز دوہ گُذارنہٕ علاوٕ چھُ محمد تغلق ہٕنٛدِس عہدس مَنٛز
ہندوستان تہٕ ووٚتمُت ۔ تٔہنٛد وَننہٕ چھُ یمُ تہٕ یہ قصہٕ عربی زبٲنۍ پیٚٹھ پہہ اوٚنمُت
ییٚمہٕ کِنۍ اَتھ تہٕ ترجمے دِنیتھ ہیٚکو ۔ فارسی زبٲنۍ مَنٛز یہ رزم تارِیتھ چھُ سہٕ اَتھ
"خاوران نامہٕ" ناو دِتھوان ۔ اَمہِ ہٕنٛدِس مرنِ سَنس مَنٛز چھُ اختلاف ، اَکِس
جایہِ چھُ ۷۳۰ھ تہٕ بییِس جایہ ۸۹۳ھ یعنے وری ہتھ ڈوڈا پھیر گیر ۔
فارسی زبٲنۍ مَنٛز چھُ بیا کھ خاور نامہٕ کٔشیرِ مَنٛز لیٚکھنہٕ آمُت ۔ سید محمد
خاوری ہٕنٛد اَتھ ۔ اَڈِین تذکرن مَنٛز چھُ اَمہِ سُنٛد ناو سید محمد قادری لیٚکھِتھ
ہاشمی صابن چھُنہٕ شاید اَوہ کِنۍ اَمہِ سُنٛد ذکر کرُن ضروری زوٚنمُت زِ امیر شاہ کریری
صٲب چھُ ابنِ حسام سُنٛدے حوالہٕ دِوان تہٕ یہ قصہٕ گوڈٕ عربی زبٲنۍ مَنٛز آسُن
چھُ تٔہنٛد یوٚت تھٲو شعرو سیتۍ تہٕ ثابِتھ سیدان ۔

| | |
|---|---|
| خرد مند وستاد تازی نژاد | ز اخبار تازی کران یی چھُ یاد |
| خرد مند استاد ملک حجاز | کڈان چھےٚ دریں نامہ نقش طراز |

اُردو زبٲنۍ مَنٛز چھُ خاوران نامس کمال خان رستمی ناوی اَکھ شاعرن ترجمہٕ
کوٚرمُت ۔ تمۍ چھُ یہ ترجمہٕ بیجاپور دکن کِس پادشاہ محمد عادل شاہ سٕنٛز خدیجہ سلطان
شہربانو ناوی بیگمہٕ سٕنٛز خاہشہ پیٹھ کوٚرمُت ۔ ترجمہٕ موکلاونک سَنہٕ چھُ ۱۰۵۹ھ ...
رُستمی سُنٛد گٔف چھُ زِ ابنِ حسامس اَسی فردوسی وَنان ۔ یہ خاور نامہ چھُنہٕ چھاپ

سپدِتھ ہیوٚکُت تہٕ اَمیُک اَکھ نُسخہٕ چھُ انڈیا آفس لائیبریری منٛز بوز باسان چھُ
زِ امیر شاہ صابَن چھُنہٕ رُستمی سُنٛد ترجمہٕ دستیاب اوسمُت۔ "دکن میں اردوٗ"
مولفہ نصیرالدین ہاشمی کہِ حوالہٕ چھِ ہاشمی صابن رُستمی ہٕندِ خاورنامکۍ کینٛہہ شعر
تہٕ درج کٔری متۍ۔

ہاشمی صابَس چھُ فارسی خاوراں نامُک قلمی نُسخہٕ بہم اوسمُت۔ تَوے ییٚکۍ
تِمو فارسی شعرَن ہندۍ حوالہ دِتھ۔ تِمَو چھُ معراجِ محمدیؐ کہِ بیانُک نموٗنہٕ دِوان
شعروٗ مٕنٛز مُسلسل پیش کٔری متۍ۔ اصل نُسخہٕ حاصل سپدُن چھےٚ اَکھ بڈ کامیابی مختلف
قلمی تہٕ چھاپی نُسخہٕ اکھ اَکِس سٟتۍ رلاوٕنۍ تہٕ تِمَن ہٕنٛد پھیر گیر وُچھنہٕ تہٕ کمی بیشی ہٕنٛز نشاندہی
کرنہٕ پتہٕ بازر تراونَس لایق اکھ مسودٕ ترتیب دِیُن اٰسی اکھ صبر آزما کام یوسہٕ تِہنٛدِ
اَتھہِ انجامس واتۍ۔ یِمَن ہیٚنٛزِ کینٛہہ حوالہٕ جات لندنہٕ پیٹھٕ یوٚر منگناونۍ اَمہٕ علاوٕ
چھُنہٕ کینٛہہ کیٚژ فارسی، اردوٗ تہٕ کاشُر کتابہٕ سوٚمبراوِتھ پرنہٕ تہٕ پتہٕ کینٛہہ نتیجہ اخذ
کرنۍ۔ تِمہٕ اٰسنہٕ کُنہِ کالجس یا یونیورسٹی مٕنٛز یِ کانٛہہ بٔڈ لائبریری آسہِ ہیکھ میسر۔
تِہنٛدِ خاطرٕ آسنہٕ کتابہٕ سوٚمبراونہٕ سہل کتھ۔ یہِ زانہٕ چھُ سہٕ لیس یہِ کرُن ہیٚیہِ۔ پیٹھٕ
نہٕ ہیٚیہِ یاتر کام، سرکٲری نوکری تہٕ گرٕ پکناونَس تہٕ شُرِن بازن ہٕنٛد بارٕ تُلُن تہٕ۔
سماجی تعلقات تہٕ رسم و رواج نِباونۍ تہٕ تہٕ شاگردَن ہٕنٛد کلام شیُرن تہٕ۔ ابنِ
حسامن خاورنامہٕ چھُ فردوسی سٕنٛد شاہنامہٕ پتہٕ اکھ ضخیم رزمیہ مثنوی اَمہٕ
کِس اردوٗ ترجمَس منٛز چھِ ۲۳۷۲۵ شعر۔ کاشرِس ترجمَس منٛز چھُ شعرَن
ہٕنٛد تعداد ۱۲۰۶۵ یِمو منٛزٕ ییتھ ۷۰۷ شعر قبوٗل صابنہٕ قلمہٕ دراے متۍ
چھِ ییتۍ شعر اکہِ اکہِ وُچھتھ واچھتھ ہشیر زار کٔرتھ رسم الخط منٛز لیکھنۍ چھےٚ
جوٗ صلح تہٕ تمہ منٛز کام۔ یہِ اوس ہاشمی صابَس اکھ چیلنج یُس تِمو اسان اسان

قبوٗل کوٚر۔ خاورنامس چھُ صفن ہنٛزن مَرن پیٹھ اَکھ زیوٗٹھ سرنامہٕ۔ یَتھ منٛز خاورنامُک اہمیت تہٕ اَتھ متعلق شیٚچھ خبر چھےٚ دِنہٕ آمٕژ۔ اَمہٕ دلیلہٕ ہُنٛد مختصر ذِکر تہٕ ترجمہٕ گوٚن۔ مسودَن ہُنٛد حال زرم بزم تہٕ سراپانگاری منٛز امیر شاہ صابٕنۍ قلم زنی یہٕ سوٗرُے چھُ ویٚژھناونہٕ آمُت۔ خاورنامُک اہمیت بیان کران چھِ لیکھان۔

"فردوسیس پیٹھٕ ابنِ حسامَس تام یِم تہٕ رَزمیہ مثنوی فارسیس منٛز تصنیف کرنہٕ آمٕژ چھےٚ تِموٗ سارِوۍ منٛزٕ چھےٚ خاوراں نامہٕ سِے اَکِھ مکمل رزم نامُک حیثیت حاصل۔ اَتھ منٛز چھِ میدانٕچ تہٕ دریاوی دوٚشونی جنگن ہِندۍ منظر لبنہٕ یوان۔"

ہاشمی صابٕ چھُ منظرکشی، واقعہ نگاری تہٕ رزمی واقعاتَن ہنٛدرٕن جان نموٗنَن ہُنٛ اِشارٕ کٔرِتھ امیر شاہ صابٕنہٕ مثنوی ہُنٛد موٗل ننہٕ راوان تہٕ اَمہٕ کِس قدروقامتس پُشتے کران۔ لیکھان چھِ "مناسب لفظن ہٕنٛز شیرٕزار چھِنے کلامس بلندی تہٕ لطافت بخشان یوٚدوے خاورنامس منٛز کٔنٛژ تام رکیک شعر تہٕ نظر گژھان چھِ مگر کلہم پأٹھۍ چھِ پس واقعہٕ مناسب لفظن ہٕنٛز شیرٕزار سیتۍ کتہٕ کور واتناونہٕ آمٕژ۔" دوہٕ لوسنہٕ کہِ منظرُک یہٕ نموٗنہٕ چھُکھ پیش کوٚرمت ؎

ییٚلے آفتابس دُہُک تاج زَر | شبکۍ ژوٚر نیوٗس تَھیِھ دِتھ زَبر
زِ شرمندگی ژوٚل شتاباں شِتاب | چو زر روٗد پنہاں سہ در زیرِ آب

امیر شاہ صابٕنۍ حالات زندگی تہٕ عادات اطوار چھکھ دوٚن ژوٚن صفن پیٹھ لیکھمتۍ تہٕ سیتۍ چھکھ تِہنٛزَن کِتابَن ہُنٛد تفصیل تہٕ دِیُتمُت۔ ییٚمہٕ کِنۍ کینٛہہ سوال وۄتلان چھِ۔ کُلیات امیر شاہ کریری چھےٚ سامنامہٕ تہٕ خاورنامہٕ سِے پیٹھ مُشتمل

گوڈنیُک جِلد چھُ سام نامہٕ تہٕ دوٚیُم تہٕ ترٛیِم خاور نامہٕ ۔ اَمہِ علاوٕ یمہٕ کتابہٕ امیر شاہ صابنہِ قلمہٕ دٔرامژ چھےٚ تِموٚ روٚستے یاییُس کلامہٕ اَتھ منٛز شامِل کرنے روٗد تمہِ روٚس چھا اَتھ کُلیات وَنُن مناسِب؟ جنگ علقمہ تہٕ ظفر نامہٕ روٚس ہیکوٚ نہٕ اَتھ کُلیات رزم تہِ وَنِتھ ۔ دوٚن بیٚیلہِ انوارِ محمدیؐ' اعجازِ سرمدی تہٕ معراجِ احمدیؐ ہشہٕ مثنوی تہٕ نمبرے روزن یہ کیاہ ری بنے یہ کُلیات ۔ یمَن دوہن یہ کُلیات ترتیب دِنہٕ آیہ، اکیڈیمی یمہٕ رسم الخط منٛز کتابہٕ شایع کران آس، تمہِ بُنیاد آس صوتی حسابہٕ پیٹھ یعنے یُس لفظ ییمہِ آیہ آسہٕ نیرِ تمے آیہ گرٛتھ لیکھنہٕ یِن ۔ یتھہٕ پاٹھۍ ووٚت فارسی تہٕ عربی لفظن کیو مرکباتن سیٹھاہ دٕدارٕ ۔ کُنہِ کُنہِ پیوٚ معنیس تام پھیر ۔ پوٚز اَتھ سِلسِلس آو کُنہِ ڈوٚل دِنہٕ ۔ یِم قلمکار اَتھ خلاف آسۍ تہٕنزٕ کوٗشِشہٕ روٗزٕ جاری تہٕ آخر آیہ یہ کتھ تسلیم کرنہٕ زِ عربی، فارسی لفظ گرٛھن پننے آیہ لیکھنہٕ یِنۍ ۔

اَمہِ باوجوٗد چھےٚ ہاشمی صابن کوٗشِش کٔرمژ زِ لفظن تہٕ مرکباتن ہُنٛد بیشتر ذخیرٕ گوٚژھ پننے شکلہِ منٛز روزُن تہٕ آسہٕ سارۍ سے کلامَس نَس ڈُرج مژ ۔ فٹ نوٹ تھاوِتھ چھُ تِموٚ تمَس پٔرتھ لفظس وَضاحت کٔرمژ ییٚمہِ سیتۍ ذٔریوٚکھ گٔرٛژھتھ ہیکہِ ہا یا لفظ فِکرِ ترٛنَس منٛز ٹھونٛھ ییہِ ہا ۔ یتھے گٔیہِ چھےٚ نسخن ہُنٛز تفاوُت تہِ گینٛزِ کڈنہٕ آمژ ۔

کُلیات امیر شاہ کریری سِلسِلُک گوڈنیُک حِصہٕ یعنے سام نامہٕ مرتب کرن وِزِ تہِ چھےٚ ہاشمی صابن سیٹھاہ محنت کرٕنۍ پییمژ ۔ سام نامہٕ چھُ کاشرِ پاٹھۍ... امیر شاہ صابن وہاب پریہٕ نِس مشورس پیٹھ وَنُن ہیوٚتمُت تہٕ اَمیُک ذِکر چھُ سرنامس منٛز میلان ۔ سام نامہٕ چھُ لِکھمن کوٗل بُلبُل صابن تہِ ووٚنمُت ۔ دوٚشوٚنٕزِ سام نامن

منز چھُ پننین آگرن کُن اِشارٕ کرنہٕ آمُت ۔ سام نامکی آگر چھُ ترێنے ۔ فردوسی سُند شاہنامہٕ، عسجدی سُند شاہنامہٕ تہٕ خواجو کرمانی سٕنز "لولہٕ مثنوی" ہمائے ہمایوں"۔ بُلبُل چھُ فردوسی سُند حوالہٕ دِوان ؎

ہِکَن تھوٚو ارِ فردوسی وَنَن چھُے
چھُپے پوٚرمُت زِ شاہنامہٕ نَن چھُے

بُلبُل چھُ صاف صاف وَنان زِ مےٚ کوٚر اَکِس فارسی سام نامس ترجمہٕ ؎

بہ غیرت سام نامہٕ مَنگِہ نووُم
شبیہ نینٛدر دُنک آرام ترٛووُم

کوٚرُم اَز فارسی تیتھ ترجماتھ
سٕنزرِ ترأوِتھ ژٕم دریش ہیٚ وَتھ

امیر شاہ چھُ سام نامہٕ کین یِمَن ماخذَن کُن اِشارٕ کَران ؎

خِرد مند وو ستاد طوسی لقب
وَنان چھُے یِوہے داستانا عجب

خرد مند وو ستاد خواجو خطاب
وَنان چھُے یِوہے نوکتہٕ اندر کِتاب

سخن سنج سُے عسجدی نامور
وَنان یی چھُ از سام نیرُم خبر

یعنی سُہ چھُ فردوسی، عسجدی تہٕ خواجو سُند حوالہٕ دِوان ۔ خواجو سٕنز مثنوی ہِندِس سِلسِلس منز چھُ بڈین بڈین عالمَن دوکھہٕ لوٚگمُت ۔ گومر سُند یہ وَنُن چھُ چھ اثر "خواجو نے شاہ نامہٕ فردوسی کے پیش نظر ایک تاریخی نظم بعنوان سام نامہٕ لکھی ہے۔" ہرمن آیتھے تہٕ چھُ محض کیل لایان "سام نامہٕ دراصل خواجو کی مثنوی کا REPRODUCTION ہے۔" ہاشمی صابَن چھُ ہاوِتھ دِتمُت زِ امیر تہٕ بُلبُل ہٕندین ترجمن ہُند اصل چھُنہٕ ہُوے تہٕ آگر چھُنہٕ کُنے ۔ بُلبُل ہٕند سام نامُک دلیل چھُے امیر ہٕندِ سامنامچہٕ دلیل ہِندِس گوڈنِکس حصَس سٟتی واٹھ کھیوان تہٕ ہُریمانہٕ واقعات یِم امیر سٕندِس سام نامس منز چھِ، چھِنہٕ بُلبُل سٕندِس سام نامس منزٕ کُنی فردوسی سٕندِس سام نامس منز یِمہٕ کٕنہہ میلان چھِنے ۔ تِمہٕ چھُے تسٕنز عمر ہٕندین

پٹھ مین دوہن ہنز۔ ییمہ کنہ یہ نتیجہ نیران چھُ زِ فردوسی سُنٛد چھُ خواہ مخواہ حوالہٕ
دِنہٕ آمت۔ مےٚ میوٗل نہٕ امیُک کانٛہہ ثبوت زِ ہاشمی صأبن چھا یِم ترٕٛیشوے
ماخذ وُچھمتۍ کینٛہ نہٕ۔ اگر وُچھمتۍ آسہانکھ تموٚ آسہٕ ہاضرورٕ اتھ کتھ پھٹ کڑمٕژ۔
خواجو سٕنٛز مثنوی ہمائے وہمایوں نہ چھے خیال صأبن دسیاب گامٕژ تہٕ نہ
ہاشمی صأبن نتہٕ وَنہٕ ہن تِم سۅ کتھ ضرورٕ ییتھ کُن مےٚ طوٗن گوٚو یعنے واقعات
معموٗلی پھیرِ باوجود تہٕ کِردار چھِ سام نامس تہٕ ہمائے ہمایوں منٛز ہوی صرف چھ ناوی بَدل۔ زِہرا
خانٛرۍ چھےٚ ہمایوں ہرہمایہٕ خوابو سٕنٛز سام نامہ مثنوی ہنٛد ذکر تہٕ کران۔ پوٚز یتہٕ چھےٚ میأنی کنی گیلیٚ تکیاز خولجو کتھ پاٹھ
پھرِ ہابے واقعات تہٕ لینکھ ہا بیاکھ مثنوی مد فضوٗل، ییٚہنٛد چھُ تُسند مزاز لولہٕ
مثنوی لیکھنک یا صوٗفیانہٕ۔ تُسٛد رزم چھُنہٕ ہٹہٕ وسان۔ تس چھُ مقصد او سمُت کینٛہہ
صوٗفیانہٕ رموٗز فکرِ تارٕنۍ تہٕ لیچھن لولہٕ مثنوی ہمائے وہمایوں۔ امیر شاہس اُوس
مقصد کاشرِن منٛز غیرت پأدٕ کرُن تہٕ لیچھن رزمیہ مثنوی سام نامہ۔ بیاکھ یہ زِ
واقعات ما چھِ ہمائے وہمایوں مثنوی منٛزے نِنہٕ آمتۍ تہٕ پتہٕ پننہٕ آیہ بیان
کرٕنہٕ متۍ۔ پوٚز امیر شاہس کیاہ ضروٗرت پیوٚ عسجدی سُنٛد حوالہٕ دِنُک، تیلہٕ ما چھُ
عسجدی سٕنٛدِس شاہنامس منٛز سامس متعلق پوٗرٕ شیچھ خبر تہٕ سُہ نسخہٕ آو امیر
شاہس اَتھہٕ۔ ہاشمی صأب چھُنہٕ اَتھ دوہلابن کُنےٚ وأتتھ ہیوٚکمُت۔ تِم چھِ امیُک
اعتراف یِمن لفظن منٛز کران "سامہ سٕنٛدِ داستانُک گوڈٕ حِصہٕ اَنٛد واتناونس سیتۍ
امیر سُنٛد غیر مُبہم تہٕ ٹاکارٕ لفظن منٛز وُنُن زِ سامہ سُنٛد یہ دوٚیُم سفر چھُ عسجدی سُنٛد
بیان کوٚرمُت تہٕ پتہٕ یوٚ یہے دوٚیُم سفر اَنٛد واتناونَس تام صرف عسجدی سٕنٛدے
لوت حوالہٕ دِتھ سام نامہ کین مختلف بابن ہنٛد آغاز کرُن چھُ ییمہ کتھ ہنٛز
ژینہٕ وُن دِوان زِ امیر سٕنٛدِ سام نامکۍ ماخذ چھِ دُنہٕ تہٕ تحقیق طلب "۔ تدوین

کارِ ہنز یا ادیبہ سٕنز دیانت داری گیہ یِہانٛے زِنٛشہ تھیکہِ نہ یِنہٕ علم وفضل تہٕ پرن والین لاگہِ نہٕ برمن ہنٛز والہ واشہِ۔

ہاشمی صاب چھُ سام نامس منٛز موجوٗد ترجمہِ کارِ ہنٛز فنکاری ہندی گوٗن گنٛز راوان۔ مثالہِ پاٹھی روانی، منظر کشی، جذبن ہُند بیان، لڑایہِ ہنٛز عکس بندی بیٛتر تہٕ یِم گوٗن ہاوِتھ تہٕ ثبوٗتہٕ رٛنگی ترجمہِ کارِ ہنٛد قلمہٕ ڈرامتین شعرن ہنٛز مثالہِ تہٕ دِوان۔ اَتھ چھار زمیہ پُوتر گوٗب کِنہٕ ارضی عشقکُ، تہٕ چھکھ حان پاٹھی وٕیژھنُو مُت۔ آں گوٗن چھکھ گنٛز رٛاومتی، پوٗز اگر کُنہٕ کانٛہہ خٲمی نظرِ گامٕژ چھکھ تتھ چھکھ پردٕ ے تژٕو مُت۔ تدوین کارِ ہنٛد فرض چھُنہٕ تنقیداوٕک پاسٕل بناوُن یا تژ کرِنہٕ مووسیٛو درٛٹُن۔ بہٕ کرہٕ صرف اَکس کتھِ کُن اِشارٕ۔ یِہنٛز زبان چھےٚ تیٛژ فارسی آمیز زِ اکھ یا ہ لفظ ادلہٕ بدل کرِتھ چھُ شعرُک شعرٕ ے فارسی بنان۔ گوٗ بہٕ گوٗ بہٕ ترکیبہٕ، نامانوس لفظ تہٕ دوٗر از کار تشبیہہ چھےٚ کلامُک موٗل کم کران۔ وُچھتو یِم شعر ے

> ہماں لحظ فرہنگ آتش نہاد
>
> برقہر واں پیو گرِژھتھ ہمچو باد
>
> سمن بوے مستور شمشاد قد
>
> قمر روے خوٗتونہِ خورشید خد

غیر فطری بیان مثلاً ے

> قد وٕسری تہٕ شاہانہ انبری تہٕ ناکھ
>
> سفر قند زر ہامی، کشمش تہٕ واکھ
>
> جگر دان بمہٕ ژوٗنٹھ نارنج خاص

ژۄنِہ، ژیرِ، اولچہ، توٗت و گلاس

یم میوٗ چھنہٕ اَکی سے موسمس منٛز آسان تہٕ نہ اوس تمہِ زمانہٕ فرج ہیوٗن چیزن ہُنٛد رواج۔ بہر حال ہاشمی صابَن چھ تدوین کاری منٛز پننہِ پوٗرہ مہارژ ہُنٛد ثبوت دِتمُت تہٕ اَتھ ہُنٛد چھ امیر شاہن ززم مدوٗن کرِتھ سیٹھاہ کاشرِس ادبس سیٹھاہ احسان۔



# عبدالاحد آزادٕنۍ لولہٕ شاعری

(مضموٗنہٕ منٛز)

کلیاتِ آزادٕکۍ ترتیب کارن چھ گوڈنکہِ دورٕکۍ وژن تہٕ غزلہٕ پوٗتُس درج کرِمتۍ، دویم دورٕکۍ منٛزس تہٕ آخری دورٕکۍ گوڈنیتھ۔ شاید یہ زانِتھ زِ گوڈنکہِ دورٕک کلام ما آسہِ فنی لحاظہٕ کمزور (زمانی لحاظہٕ چھنہٕ یہ ترتیب صحی زانِنہٕ یوان. غار، یِس کلام تمۍ پوٗتُس دِتمُت چھ یانے گوڈنکہِ دورٕک کلام، تتھ منٛز چھےٚ غزلہٕ کمے، وژن چھ زیادٕ۔ اَمہِ دورٕ چھ آزاد، احد تخلص ورتاوان اوسمُت پوٚز اَمہِ تخلصکۍ چھ سیٹھا کم باتھ میلان تہٕ یہِ چھےٚ سارنے خبر زِ ابتدأیی مشق کران کران کوٚتاہ کاغذ چھ سیاہ کرنہٕ یوان۔ باسان چھ میتھ وارا کلام چھ تلف کرنہٕ آمُت۔ جانباز تخلصس تحت لیکھنہٕ آمُت کلام تہِ چھنہٕ ییوٚتاہ میلان. اَتھ تہِ ما چھےٚ یہاے وَنن کانٛہہ۔ بہر حال کینٛہہ مقبولِ عام باتھ چھ اَتھی دورس سیتۍ تولق تھاوان۔ مثالہِ پاٹھۍ

# مرزا عارف

## بزمِ باز کٔرِنہٕ تنظیم ساز

کأشرِ زبأنۍ تہٕ ادبس ووٚتھر بوٚدِنہٕ خأطرٕ گوڈنچہ لٹہٕ اکھ تنظیم قأیم کرنُک تہٕ سارِوے برونٹھ اوٚکُن قدم تُلنُک شرف پرٛاوُن تہٕ اوس مرزا عارف مرحوم سٕندی سے ڈٕکس لیکھنہٕ آمُت یہِ تنظیم کٔر تمو "بزمِ ادب" ناوٕ ۱۹۴۵ء یَس منٛز قأیم۔ میٚون مطلب چھُنہٕ زِ اَمہِ برونہہ کیا اوسے نہٕ کینٛہہ کرنہٕ آمُت... توأریخی نِشرن کُس ہیکہِ انکار کٔرِتھ۔ ۱۹۴۰ء برونٹھ گٔژ وُری ایس پی کالج سرینگرٕکس پرتاب میگزینَس منٛز کأشر شعبہ آسُن تہٕ کالجس منٛز پرن والین لڑکَن پننہِ مادری زبأنۍ منٛز لیکھنُک اوپ ژوپ کرُن ییموٚ منٛز کینٛہہ برونٹھ کُن ییکِتھ نامور ادیب تہٕ شاعر بنیتھ ہیٚکی) اَمہِ پتہٕ مہجور صأبنہٕ (دۄیِ کأشرِ زبأنۍ منٛز اکھ ہفتہٕ وار اخبار (گاش) کڈنچہ کوٚششہٕ ماہیکن مُشراونہٕ ییتھ۔

تہٕ چھُ میوٚن مطلب یہِ زِ کشیرِ منٛز یا ریاستس منٛز کیاہ آسۍ تہٕ اوٚتاں
کانٛہہ ادبی تنظیمہٕ نظرِ گامژٕ۔ جموٗں وکشمیر بزمِ ادب یمیُک جنرل سیکریٹری
قیس شراونی صاب اوٚس تہٕ یمہِ کہِ اہتمامہ تحت مشاعرہٕ بُلاونہٕ آے یمن
منٛز ریاستہٕ نیبرِم حفیظ جالندھری، روشن صدیقی، احسان دانش،
عبدالمجید سالک تہٕ فیض احمد فیض ہوۍ نامور اُردو شاعر شامِل سپدان آسۍ۔
یہِ تنظیم آس ۱۹۳۶ء یَس منٛز قایِم سپنٛز تہٕ ۱۲۔ اپریل ۱۹۳۷ء کِس اَکِس مشاعرس
منٛز ییواتھ منٛز بیٹھ کنہٕ دینہٕ آمتیو شاعرو علاوٕ جگر مرادآبادی، جوش ملیح آبادی
تہٕ ہری چند اخترن تہِ حصہٕ۔ اَمی وَری سپنٛز یٚتہٕ انجمن ترقی اُردو (ہند)
تنظیمہِ سیٚتی تعلق تھاوَن واجنۍ مقامی ریاستی انجمن تہِ قایِم۔ اَمہِ پتہٕ وَہری
بزمِ اخوان الصفا ناوٕچ تنظیم یتھ سیٚتی تعلق تھاوان والین شاعرن تہٕ ادیبن
منٛز مولانا محمد سعید مسعودی، حیرت کاملی، فطرت گیلانی، غلام رسول
نازکی، مولوی محمد حسن تہٕ شیر علی خان بسمل شامِل آسۍ۔ سنہ ۱۹۳۹ء یَس منٛز
لٹریری لیگ تہٕ سنہ ۱۹۴۱ء یَس منٛز بزمِ ادب کشمیر تہٕ پراگریسو رائٹرس لیگ
یا انجمن ترقی پسند مصنفین اَمہِ حسابہٕ آسۍ نہٕ عارف صابنۍ قایِم کرمژ "بزمِ ادب"
گوڈنیچ تنظیم۔ وون اگر اَتھ اولیت حاصِل چھےٚ سو چھےٚ اَمہِ لحاظہٕ زِ یٚیتہٕ
اوٚتاں قایِم سپنٛزمژ ادبی تنظیمہٕ اُردوٗ زبٲنۍ تہٕ ادبچہ پایہٕ پرجاٲنۍ باپتھ کامہٕ کران
آسہٕ تتہٕ اوٚس اَتھ کٲشرِ زبٲنۍ تہٕ ادبُک خدمتھ کرٕنۍ مُدا تہٕ مقصد۔ اَمہِ ساتہٕ
آسۍ کٲشرِ زبٲنۍ ہندۍ کینٛہہ بہلہ پایہٕ شاعر مثالہٕ پاٹھۍ مہجور، آزاد، احد زرگر تہٕ
صمد میر تہٕ بیٚیہٕ تہِ کینٛہہ کٲشرِ زبٲنۍ ہندِس ادبی سرمایس ہُرر کران تہٕ تہندی
کلامہٕ سیٚتی اوٚس فضاہس منٛز گرز۔ یوٗز عارف صابنہٕ ژھ ہشہٕ کوشش کٕرِن

اُوس نہٕ یِمو منٛز کانٛسے ظوٗن گوٗمُت ۔ بَس اوس پانہٕ پانہٕ، اوٗک اوٗک وارِ
سونٛچِن زِ کاشرِس شارِ سرمایس کیاہ ہیٚکہِ بہٕ دِتھ ۔ پانَس سٟتی باقیے تہٕ پکناوٕنی ، اَکھ
آلوٗدِیِن ، اَکھ نادلایِن ، تہٕ اکہِ اکہِ سوٗمبرِتھ اَکھ کاروان بناوِتھ قدمُ تُلُن اُوس
عارِف صابس نصیبہٕ یوٚہے تواریخی بزر نظرِ تَل تھاوِتھ دِیُت شُمالی کشمیرچہِ
نامور وفاقی ادبی تہٕ تمدنی تنظیمہ (ادبی مرکز کمراز ن) کیٚنہٕ وُری برونٛہہ عارف
صابس "سالارِ کاروانِ ادب" خطاب تہٕ عزت افزائی تہٕ کرُنس عارف صابن
تُل یہٕ جرأت مندانہٕ قدم تمہِ وِزِ یِلہِ کٲشُر ہٕندی اکثر ادیب تہٕ شاعر کاشرِ
زبٲنی مازآنی آسی نہٕ ۔ مازِ نہٕ چِھنہٕ کیٚتھے ، ہیٚڈان تہٕ بڑیڈان آسی زِ یہٕ کوسہٕ زبانے
چھیے ۔ اَتھ منٛز کیاہ چُھ لوبر لولروٗس یہٕ آس سراسر تہٕنٛز لاعلمی تہٕ جہالتھ ۔
کاشرِ شاعری ہٕنٛد سرمایہ یا امہِ زبٲنی ہٕنٛد یتھ کال وُیوٗد نہٕ آسنُک نتیجہ ...
اَمیُک مُطالعہ نہٕ ۔ اُردو ہُک تہٕ انگریزُک کم کاسہٕ مطالعہٕ پوٗز کاشرِ نہٕ کیٚنٛہہ ۔ کیٚنٛہہ
وو تھوٗنی ادیب تہٕ شاعر یِم اَمہِ ساتہٕ اُردو زبٲنی منٛز لیکھان آسی ۔ آے
عارِف صابنٕے کوٗششو کاشرِس کُن تہٕ اوٗکُن مال پھیرِتھ پرو تِمو کیٚنٛژن
وُری ین منٛز ترٛھ شوٗہرِتھ یِیمیُک نہٕ یِم اُردو یا ہندی زبٲنی منٛز لیکھان
لیکھان وُہرِ ڈٲکھ گرِتھ تہٕ خاب وُچِھتھ ہیٚکہِ ین خوش نصیب عارِف
صابنِس خیالُس گرِ وقتن تہٕ پُشنے تہٕ زمانن تہٕ کوٗر اَہنٛدِس مقصدس ڈکھ ۔
ترقی پسند تحریک آسی مقامی زبانن ہٕندِس ادبس تہٕ اہمیت دِوان تہٕ علاقائی
زبانن منٛز لیکھنس تہٕ مٹہٕ مٹہٕ دِتھ حوصلہ ہُرراوان ۔ یہٕ تحریک آس یِمن دوہن
دلیس پیٹھ ۔ کیٚنٛژھا عارِف صابنین کوٗشش ۔ ہٕنٛد نتیجہ تہٕ کیٚنٛژھا وتھ زِ یہٕ
وٕنی ۔ کیٚنٛہہ کاشرِ ادیب تہٕ شاعر لگی اُردو ترٲوِتھ کاشری پاٹھی لیکھنہٕ ۔ سنہ ۱۹۵۰ء

پَتہٕ نوٚن نیرَن وٕوِل لِکھارِین تہٕ گوٚو ماتَن ہٕنٛد پوٚر کھیٚول لوٚگ اُردو زبانَس منٛز لیکھنُک شوٚغُل ترٲوِتھ کٲشرِ پٲٹھۍ لیکھنہٕ۔ صرف رود کانٛہہ کانٛہہ دورِ بہتھ وُچھان تہٕ ژرژان۔ شُکر چھُ زِ تمہٕ ژَتجہٕ وٕرِ لوٚب کُن روٗزِتھ تہٕ آے تِم کینٛہہ وٕری برونٛہہ کٲشرِ سے کُن۔

اُردو مشاعرن ہندی سے طریقس پیٹھ کٔر عارِف صٲبن کٲشر زبٲنۍ منٛز تہٕ مشاعرٕ بُلاونٕچ اَکھ روایتھ قٲیم۔ بند کُٹھین منٛز تہٕ نیبر کھُلہٕ مٲدانن منٛز، عوامس برونٛہہ کنہٕ۔ مٲلِن تہٕ بڈِین دوٚہن پیٹھ، بادام وارِ شالہٕ مار، باغ علی مردان بیتر جاین۔ لُکو ژیٚنہ زبٲنۍ ہُنز شاعری ہُنز اہمیتھ۔ اَمیُک بجر وُنیک تاں آسی نہٕ تِم یِتھ پٲٹھۍ گوٚو ماتَن نکھہٕ آمتۍ۔ تِمو اوس یہنٛد کلام یا تہٕ گیوٚن والین نِش بوٗزمُت یا مٲتۍ مجلِس منٛز۔ تِم تہٕ آسی یا طالین تاں محدوٗد یا تِمن پَرٕھین تاں یِم خاندَرن خوٚندرن پیٹھ سالس آمتۍ آسہن۔ پانَس برونٛہہ کنہٕ آسی نہٕ تِمو گوٚو ماتھ شار پران وُچھمتۍ۔ یِم آسی گوٚو ماتن بالافطری مخلوق زانان۔ ووں آسی تِم زِندٕ پانہٕ آدمی مرِن منٛز برونٛہہ کنہٕ یِہ چھیے الگ کتھ زِ تِمَن چھیے ازتہٕ "آدمی بستن منٛز چھ سر" کتھ پیٹھ پَرٕھ۔

۱۹۴۸ ءِ یس منٛز یوٗسہٕ پراگریسو رائٹرس لیگ بنیو اُس۔ تتھ سیتۍ آسی پریم ناتھ پردیسی، دِیرو شیشور، دینا ناتھ دار کوشاہد، سوم ناتھ زُتشی تہٕ راماند ساگر یُس بمبیہ پیٹھ یوٚر یِتھ لیگ بناونَس منٛز پیش پیش روٗدمُت اوس۔ یِم ادیب آسی کُٹھی میٹنگ کران، لیکھان آسی اُردوٗ پٲٹھۍ، یوٚدوے کٲشرن لُکن ہُنز زندگی ہِندی مسلہ موضوٗع بنان آسی۔ یِمن لُکن مُتعلق گَیہ غلط فہمیہٕ ہُران تہٕ یِم لیٚپنۍ اَکھ حلقہ ادب ذوق ناوٕ دِس پیٹھ مجبوٗر یِہ زٕ ان منٛے مرحوم

علی محمد لون اُکس ملاقاتس منز وۄنمت چھ۔ ۱۹۴۶ءیس منز تھوٚو اَتھ دُبارٕ انجمن ترقی پسند مصنفین ناو تہٕ کیاز دوٚیہ آسن کینژن نیٚبرِمِین ترقی پسند ادیبن ہنز اکھ نوچھ وکہ ہند کشیر واتنہٕ سیتی، اَتھ وانس۔ ییٚہ کینہہ ہرہمیشہٕ تہٕ ووٚیہ آسی ییتہ اَتھ جنڈس تَل دیپک کول، پران کشور، محمود ہاشمی، پروفیسر محمود احمد، صلاح الدین احمد، کنول نین پرواز، علی محمد لون، سوم ناتھ زتشی بیترِ تہٕ۔ پوٚز اَمہِ کتھہِ ہنز چھنہٕ کانٛہہ شقہ شہادتھ از مرزا عارف تہٕ کیاہ آسی یمن سیتی شامل۔

نومبر ۱۹۴۷ءیس منز بنیوو قبائلی حملہ سپدنہٕ پتہٕ کلچرل فرنٹ یتھ سرکٲری سرپرستی آس پیر عبدالاحد شاہ بنیوس آرگنائزر تہٕ پریم ناتھ پردیسی جنرل سیکریٹری۔ یہ آسو اکھ سیاسی تہٕ ہنگامی قسمچ ادبی تہٕ فنی تنظیم، حکومتہٕ ہندین پبلٹی شوبن، نشر و اشاعت کِس محکمس، کلچرل فرنٹس تہٕ نیشنل کانفرنس کِس آرگنس تال میل تھاونہٕ باپتھ مرکزی کمیٹی منز آسی عبدالاحد شاہ، مولانا مسعودی، جانکی ناتھ زتشی یس علاوہ مشہور کمیونسٹ بی۔ پی۔ ایل بیدی تہٕ شامل۔ عارف صاٖبس اوسُکھ ریڈیوکِ ذاتی تال تروومُت۔ توٚے چھنہٕ یمن ادیبن سیتی تند ناو انظر گژھان۔ انجمن ترقی پسند مصنفین تہٕ آسے کلچرل محاذس منز تہٕ باقے وارِیاہ ادیب تہٕ شاعر تہٕ۔ کلچرل محاذس تحت یم لوکچہ موکچہ کتابہٕ شایع سپنہٕ یمن منز چھے "گاٴے جا کشمیر" خاص پاٹھۍ ناو ہینس لایق تہٕ اَتھ منز چھ عارف صاٖبن لیوکھمُت ترانہ تہٕ۔

۱۹۴۹ء وٕری اٹھ دُنے سپز جنگ بندی۔ ہنگامی دور رُح ہوٕ دُہ گیہ کم پوٚز مسٔلہ آسی موجود، جنگُک خطرٕ اوس نہٕ کم سپدمت، حکومتہٕ تہٕ اوسنہٕ

دربر لوٚبمُت ۔ ییٚنہٕ گژھنچہ دِتہٕ آسہٕ بند تہٕ ضروریاتِ زندگی آسہٕ نایاب ۔ خار
ووٚں آیہٕ قومی کلچرل کانگریس ناوٕ اکھ نوٚو اَدبی تنظیم وجوٗدس منٛز ییٚتھ ییٚتہٕ
ترقی پسند مصنفین کشمیر ہیٚتھ وارِیاہ لیکھارؠ وابستہ سپٕدۍ ۔ پوٚزاے بوٗزیو یہِ
تنظیم تہٕ آسہٕ سیاسی زیادٕ تہٕ ادبی کم ، کُلہم پاٹھۍ سرکارۍ سرپرستی تَل ۔ صدر
اوٗسس غلام محمد صادق تہٕ ترٛیہِ نائب صدر آسہٕ اَتھ مرزا محمد افضل بیگ،
جسٹس جیالال کلم تہٕ مسٹر اسداللہ کاظمی اَتھ تنظیمہ اوٗس مرزا عارف صاب
جنرل سیکریٹری ، سیکریٹری اوٗسُس شیودان سنگھ چوہان تہٕ خزانچی مس محمودہ
احمد علی شاہ اَتھ آسہٕ ترٛیہِ بڑی شوبہ ۔ انجمن ترقی پسند مصنفین ییٚتھ دیناناتھ
نادم جنرل سیکریٹری اوس ، پراگریسو تھیٹر ایسوسی ایشن اَتھ آس جنرل سیکریٹری
شیلا بھاٹیہ انجمن ترقی پسند مصورین ییٚتھ ترلوک کول جنرل سیکریٹری اوٗس ۔
بزم ادب تنظیمہ ہِندی پاٹھۍ آسہٕ اَتھ تنظیمہ لاکم مرزا عارف سٕندین اَتھن منٛز
یوٚدوَے تَس اَتھ منٛز اہم رُتبہ اوٗس ۔

ستمبر سنہ ۱۹۴۹ءیس منٛز دراو ، کونگ پوش رِسالک گوڈنیُک شمارٕ ۔ اَتھ
اوٗس لیکھتھ قومی کلچرل کانگریس کا آئینی جُز ، انجمن ترقی پسند مصنفین کشمیر کا
ماہواری ترجمان ۔ کیٚتھ چھپیٚ صاف زیٚتھ پاٹھۍ ہندوستانس منٛز ترقی
پسند نیا ادب تہٕ ترقی پسند ادب ییٚنین ذہنن منٛز تہٕ واضح اوسنہٕ تیتھے
پاٹھۍ اوسنہٕ ہیٚتہٕ تہٕ ۔ یہِ تنظیم چھا انجمن ترقی پسند مصنفین کینہٕ قومی کلچرل کانگریس
بہرحال امہ کِس ایڈیٹوریل بورڈس منٛز آسہٕ غلام احمد مہجورس سیتہٕ
مرزا عارف تہٕ بییہ دیناناتھ نادم ۔

کونگ پوش کہ نوٚمہِ شمار ہیٚتھ اوٗس مرزا عارف ، مہجور صاٲبس تہٕ

صادق صابس سرپرستن منز شامِل۔ ایڈیٹوریل بورڈس منز نہ کینہہ۔
کُہ مہ شمار پیٹھہ دویمہ جِلدکس ژورِمس شمارس یعنی مئی ۵۲ء تاں چھہٕ اِمی
سُندناوٕ نظر گژھان۔ نہ سرپرستن منز تہٕ نہ ایڈیٹوریل بورڈس منز
امہٕ پتہٕ چھُ بییہ سرپرستن منز شامِل۔ ۱۹۵۱ء ہس منز سپز قومی
کلچرل کانگریسکی نوی انتخابات یمن منز مرزا عارف تہٕ بحیثیت عوہدٕدار نظر
گژھان چھُ تہٕ نہ بحیثیت ممبر۔

کوِنگ پوش رِسالُک گوڈنیُک دور چھُ ۴۹ پیٹھہٕ ۵۲ء یَس تام۔
پتہٕ گوٚو یہ بند دوٚیمہ لٹہ ڈراو دسمبر ۵۴ء یَس منز تہٕ ۱۹۵۶ء کس نصف
تاں روٗد چلان۔ کوِنگ پوشس سپز کیاہ تام اختلاف پیدہٕ گژھنہٕ کوٚڈ مرزا عارف
صابن "گلریز" ناوُک رِسالہٕ ہیس نومبر ۱۹۵۲ء پیٹھہٕ نیران روٗد تہٕ ۱۹۵۵ء ہس
منز ژھوکیو۔ رسالس اوٚس مختارِ کُل پانہٕ عارف صاب، گوڈٕ اوٚسُس امین
کامِل صاب سپتی۔ کینٹزِ ریتی پتہ برق صاب تہٕ پتہٕ پروفیسر حاجنی صاب...
ایڈیٹر اوٚس ہیتھے محمد صدیق کبروی۔ دوٚیمہ لٹہ ڈراو ۱۹۶۰ء ہس منز تہٕ
پتہٕ گوٚو کینٹز کالہٕ بند، غلام نبی خیال تہٕ حبیب الحسن آسی رِسالہٕ تیار کران۔
گلریز رسالہ کہٕ ذریہ یہ یوسہٕ کٲم کرنہٕ آیہ، کاشُر ادبکہٕ تولقہٕ خاص کرتہٕ بلے
ادبہ کہٕ تولقہٕ کُلہم پانٹھی تمیُک پھیوت تہٕ کھسہٕ گوڈٕ پھندی ہیے دستارس۔ کاشُر
زبانٕ ہند معاملہٕ پیتہٕ تہٕ اوٚس، عارف صاب اوٚس ژروٗنہہ بروٗنہہ۔ کاشُر
رسمل خط تیار کرنہٕ باپتھ یوسہٕ کمیٹی بناونہٕ آیہ تمہ منز اوٚس غلام احمد
عشائی جیالال کول تہٕ پروفیسر توشخانی ٲیس سپتی عارف صاب تہٕ۔ آل انڈیا
لنگویجز اسکالرس کانفرنس تہٕ آل انڈیا کانفرنس آف لیٹرس منز کرہٕ یمو

کاشِر زبٲنؠ ہٕنٛز نمائندگی۔ ساہتیہ اکادمی منٛز تہٕ رُوٗدی کاشِر زبٲنؠ ہندی نمایندٕ۔ ہمو کٔری محمد امین بٔڑھ صاحبن سیتؠ رٔلِتھ کشمیر کونسل آف ریسرچ قٲیم یمہٕ تحت کاشِرِس تواریخس تہٕ ادبس مُتلق جان کٲم سپٕز۔ یم رُوٗدی اقبال اکیڈیمی ہندی سرپرست تہٕ۔

عارف صابن دُچھ سہٕ بارغ پننیو اُچھو پھولان۔ یتھ ہمو گژھیمُت تہٕ وُل تھٕل کوٚر مُت اوس۔ تِمن یا سیو وٕنِنؠ مِشن کامیاب سپدان یٔمہ سیتؠ تِم تسکین تہٕ اطمینان لبان آسی تِم چھ تِمن خوش نصیبن منٛز شامل یِمن پننہٕ زندگی منٛزے پننہٕ محنتٕ ہنٛد پھل میلان چھ تہٕ تہنٛزن خدمتن ہنٛد۔ تہنٛدِ دتینک آو تہنٛزو اُچھو دیدمانٕ اعتراف کرنہٕ۔ ریاستی کلچرل اکیڈیمی کٔر تِمن عزت افزٲیی۔ ساہتیہ اکادمی ہندِ طرفہٕ تۄرکھ "لولہٕ ؤترار" عنوانہٕ کلام چہ سۄمبرنی پیٹھ ایوارڈ، کشمیر کونسل آف ریسرچ کہٕ طرفہٕ میجکھ اکھ توصیف نامہٕ ہٕن تہٕ ادبی مرکز کمرازن دتیکھ "سالار کاروان ادب خطاب۔



# کاشِر نثرٕچ تامیر کار

(مشعل سلطانپوری منٛز ترتیب دِتھ کاشِر نثرٕچ تواریخ)

ناشر:

کاشُر شعبہ کشمیر یونیورسٹی سرینگر

# قرآن شریفکہ کأشر ترجمہ چہ کوٗششہ

## اکھ موختصر سام

قرآن شریفس کأشرِ پأٹھۍ ترجمہ کرنچہ کوٗششہ ییٚنہٕ سیٹھا ژیرِ شوٗروٗ...
یٚژھن کوٗششن ہندِ سلسلک پتاہ چھُ اسہِ چک دوٗرس منٛز میلان۔ بٔڈشاہ صأبنہِ
زمانہٕ تہٕ ما آسہِ ہٕن یِژھہ کوٗششہ ییٚنہٕ مٕژٕ بلی کہ مےٚ چھُ یقین زِ ضرور آسہٕ ہن
ییٚنہٕ مٕژٕ پوٚز تمہِ متعلق چھےٚنہٕ وُنہِ کینٛہہ تہٕ خبر اتر لٔبِمٕژ۔

وُنہٕ چھُ یوان زِ چک دورس منٛز چھُ مُلا احمد مہری صأبن قرآن شریفس
کأشرِ پأٹھۍ تفسیر لیٚوکھمُت یُس قلمی نسخہٕ چہ شکلہِ منٛز موجوٗد اوٗس۔ امہ پتہٕ
روٗز اتھ سلسلس منٛز مزید کوٗششہ ژٕنہٕ ییٚنہٕ وٕژھے۔ یہ سلسلہِ ہیٚوک نہٕ برونٛھ
پکِتھ۔ اَتھ چھےٚ میأنۍ کنہِ یِم وجوٗہاتھ۔

۱۱۔ سانین عألمن ما آسہِ ہابنہٕ مذہبک تہٕ دینک ژرکھ تہٕ زانن تِم تہٕ تہند
خودا پوٚز چھُ یہ زِ یہ چھُ اکھ نوٚن پزر زِ ینہِ زبأنۍ ہُنٛد ژرکھ اوٗسکھ نہٕ کینٛہہ۔ تِمن
اوٗس عربی تہٕ فارسی زبانن پیٹھ بلہٕ ناز۔ تہٕ یمے زبانہٕ زانن تہٕ گیوٗو علم و فضلکہ کمالک

ثوٚبوٚتھ۔ تِمَن ٲسۍ نہٕ پننۍ زبان ٹارِ کھسان تہٕ اَتھ ٲسۍ بَخچہٕ نظرٕ وُچھان۔ یہِ کَتھ چھےٚ اَزتہِ واریاہَن وعظہٕ مجلسن منٛز گژھِتھ عالِمَن ہٕنٛز کَتھ باتھ بوٗزِتھ پوٗز باسان...

تہِ کیازِ تِم چھِ کٲشُر زبان تیٚژاہ عربی تہٕ فارسی آمیزِ بناوان زِ عام لوٗکَن بِچارَن چھُنہٕ کِہِنہٕ پَلہٕ پیوان۔

(۲) کٲشُر ہندۍ لُکھ ٲسۍ پٔرِتھ لِحاظہٕ پِتھ کھورِ۔ خانٛدٕ اُوس ہَتہٕ مَنٛزٕ اَکھاہ باضے نہٕ سُہ تہِ۔ تِم ٲسۍ مَلَن تہٕ پیرَن نِشہِ عربی قرآن سوا اَتھ پَرُن تہٕ ٹھُدٕ کَتھ زانان پیٹھ ٲسۍ نہٕ عموٗمَن یِم پیر یا ملہٕ تہٕ عالِم آسان۔ یِمَن نہٕ پانہٕ مانہٕ وٕلیوٗد آسہٕ تِم کیاہ ہیچھناوِہَن بیٚنیَن۔ منے چھےٚ اَتھ کَتھِ پیٹھ پٔرِتھ زِ ازتہِ چھِ نہٕ واریاہ پیر تہٕ مَلہٕ صحی پٲٹھۍ قرآن شریف پٔرِتھ ہیکان۔ معنے یا تفسیر زانُن چھےٚ نہٕ کَتھے۔ یِتھِس حالَس منٛز اَگر تفسیر لیکھنہٕ یِی ہاتہٕ، پَرِ ہاکُس۔ نقل نویس اَے قلمی نسخہٕ تیار تہِ کَرِہَن، مُلی کُس ہیٚیِہ ہا۔

(۳) کٲشُر زبان یوٗدوَے پَرونٛتھ پیٹھےٚ اَدبی زبان ٲس، پوٗز علمی زبان ٲس نہٕ۔ علمی زبان بناوُنہٕ خٲطرٕ ٲس سرکٲری سرپرستی ہٕنٛز ضروٗرَتھ یوٗسہٕ نہٕ اَتھ زاہ تہِ نصیب سپٕز۔ دوٚہ اَندٕ ہاکینٛہہ نَتہٕ کینٛہہ عالِمن ہٕنٛدِ توجہ دِنہٕ سِیتی تہٕ ڈیٖتُن نہٕ کٲنٛسہٕ۔

سِکھ راجس منٛز سپٕز انگریزَن ہٕنٛز اِلہامی کتاب بائبلہٕ کٲشرِ پٲٹھۍ ترجمہٕ کَرنٕچ کوٗشِش تہٕ بائبلہٕ ہُنٛد یہ گوٚڈنیُک ترجمہٕ سپُن۔ ۱۸۲۱ عیس منٛز شاردا خطس منٛز ۱۸۸۵ عیس منٛز فارسی خطس منٛز چھاپ یہ ترجمہٕ آو دُبارٕ ۱۸۹۹ عیس منٛز عہدنامہٕ عتیق کہ اَکہِ حصک کٲشُر ترجمہٕ ہیتھ شائع کَرنہٕ۔

یہِ ما آسہِ اَکھ وجہ سپُد مُت قرآن مجیدس کٲشرِ پٲٹھۍ ترجمہٕ کَرنٕچ کُل وُزناوُنُک۔ یہِ کُل وُزے یہِ سیٹھاہ تٕریری۔ حال حالے ڈوگرٕ راجس منٛز یہِ کُل وُزنہٕ

پَتہٕ آیہِ قرآن شریفس کاشُر ترجمہٕ کرنٕچہٕ واریاہ کوٗششہِ کرنہٕ۔ کینژن ہُند پے
چھُ لوٗبمُت تہٕ خبر کاژن ہُند چھُنہٕ پیٚی۔ یِمَن کوٗششن ہُند پے لبنہٕ آمُت چھُ
تِمَن منٛز چھِ تِم ترجمہٕ تہٕ شامِل یِم شایع سپٕنۍ تہٕ تِم تہٕ یِم وُنہٕ قلمی نُسخَن ہٕنٛز
صوٗرژ منٛزے چھِ۔

گوڈٕ کرو اَسۍ تِمَن ترجمَن ہُند ذِکر یِم شایع سپٕنۍ۔ یُتھ گوڈنیک ترجمہٕ عمّہٕ سپارِ
ہُند چھُ مولوی محمد یحییٰ میر واعظ کشمیر سٕنٛد اَتھٕ سپُد مُت۔ کاشرِن یِم میر واعظ
خاندانٕچ واریاہ ایحسان چھِ تِمَن منٛز چھُ یہِ تہٕ شامِل۔ مولوی محمد یحییٰ صاحب یِم ۱۳۰۷ھ
منٛز رحمتِ حق سپٕنۍ۔ چھِ ساری ہے قرآن شریفس ترجمہٕ کرنُک یراد کران۔ ترجمے
نہٕ بلکہِ تفسیر تہٕ۔ یِمَن حِصَن ہُند تفسیر تِمَو کوٗر مُت چھُ تِمَن منٛز چھُ تفسیر سورۂ فاتحہ،
تفسیر سورۂ اِخلاص، تفسیر آیۃ الکرسی، تفسیر سورۂ یوسف تہٕ تفسیر عمّہٕ سپار
شامِل۔ یہِ تفسیر چھُ تِمَو وعظہٕ مجلسَن منٛز لُکَن بوزنٲوِ مُت آسان مگر یہِ چھےٚ نہٕ خبر ز
پریٚتھ وٲری یہِ کیٚژاہ وعظِ مجلسہٕ آسہٕ سپدان۔ عمّہٕ سپارِ چھُ تِم اَمہِ کِنۍ گوڈنیُتھ کاشُر
تفسیر لیٚکھان، تہٕ کیازِ اَمہِ کی سورہ چھِ عٲم مومِن نِمازِ ہٕنٛزن رکاژن منٛز پرنہٕ یوان
تہٕ تِم اَسۍ وِرژھان، لُکھ گژھن نِماز پران پران اَمیُک مانہٕ تہٕ زانٕنۍ۔ عمّہٕ سپارِ
ہند اَمہٕ ترجمُک یُس ایڈیشن ۱۳۲۹ھ یَس منٛز شایع سپُن تمہٕ کِس ۲۷ ہمس
صفحس پیٹھ چھُ لیکھِت زِ مولوی صاب ہیٚوک نہٕ ساری ہے قرانس پننہٕ
آوریر سببہٕ تفسیر لیکھِتھ۔

اَتھ ہیکو نہٕ تفسیر وَنِتھ بلکہِ چھُ یہِ ترجمہٕ یُس شکلہِ منٛز شایع سپُد مُت۔
نموٗنہٕ چھُ یہِ:- **اذالشمس کوِّرت** یِیلہِ آفتاب وٹنہٕ یِیہ۔ وَاذالنجوم
انکدرت یِیلہِ تارکھ گٹہٕ گژھن " وَاِذالجبال سُیِّرت" یِیلہِ کوہ پکناونہٕ ین

مولوی نورالدین قاری صاأب یِم سٹیٹ ہائی سکول سرینگرکی ہیڈ ماسٹر تہٕ رودی متی چھہ تہٕ یمو اِسلأمی مذہبہٕ کین وارہین پہلووَن مُتلق کأشری پأٹھی کِتابہٕ لیچھم چھےٚ چھہِ امہٕ پتہٕ قرآن شریفس کأشری پأٹھی ترجمہٕ تہٕ تفسیر لیکھنچ کوشش کرانؠ یوٚدوے یہ تفسیر موخصر چھُ۔ یہ چھےٚ نہٕ خبر یمو کرِیاوٕ سأری سےٚ قرآن شریفس تفسیر کِنہٕ نہٕ۔ یہ کینٛہہ شایع سپُن تہِ منز چھُ عمہٕ سپارٕہندِ تفسیر زیادٕ عام۔

پیٹھہٕ کنہٕ لیکھِ متین آین ہُند تفسیر چھہِ تِم یتھہٕ کٔنہ۔

لیکھان :- ییلہِ آفتاب وٹہٕ اِیہٕ، رۄحأنی نِظامس اندر سپنہٕ خللِ عظیم واقع، علم دین یتہٕ تُلِتھ ننہٕ، ییٚلہِ ییٚلہِ تارکھ گٹہ سپنہٕ۔ یانے دینی علمی مٔن ہنٛز حالتھ سپنہٕ خراب تہٕ ناگفتہٕ بہ، ییٚلہِ ییٚلہِ کوہ دور تُلنہٕ ین یانے سٹرکن ہندِ خاطرٕ۔ بجہٕ بجہٕ سلطنژ یمو ستی اِنتظام دُنیا چھُ تِم ین وُڈاونہٕ تہٕ فنا کرنہٕ، ییٚلہِ بڈی بڈی سرغنہٕ یِم حق پھالاونس منز حأیل تہٕ روک چھہِ سپدان تِم ین نیست ونابود کرنہٕ"

میٚ چھُ مولوی نورالدین صأبنہٕ امہٕ تفسیرُک نوٗمونہٕ عمہٕ سپارٕہندِ تِمہٕ تفسیر پیٹھہٕ نیوٗمُت یُس ١٣٤٥ھ یَس منز شایع سپُدمُت چھُ۔ یِرن وألی ہیکن اندازٕ کٔرتھ زِ یہ تفسیر کمہٕ پایُک چھُ۔ مولوی نورالدین صأبن چھُ یِمن آین تِمہٕ زمانہٕ کِس تقاضہٕ مطأبق مانہٕ کوٚرمُت۔ سائنسچہٕ ترقی تہٕ نوٚو وژھینو چھےٚ یہ کتھ پزرس نکھہٕ وأناوِمٕژ زِ یوٚہے آفتابہٕ تہٕ یِمےٚ تارکھ ہیکن اکہٕ وقتہٕ گٹہ گژھتھ۔

امہٕ پتہٕ چھہِ کران مولوی احمد شاہ صأب قرآن شریفس کأشر ترجمہٕ کرنٕچ بٔیاکھ کوشش۔ اَتھ چھہِ تِمن سارٕ ترٛیےٚ وٕری لگان۔ ییمنُک اِظہار یِمو "اعتذارِ مترجم" عنوانس تحت کوٚرمُت چھُ۔ میٚ چھُ امہٕ ترجمک سہ ایڈیشن وُچھمُت یُس ١٣٨٦ھ یَس منز شایع سپُدمُت چھُ۔ یہ ترجمہٕ تہٕ چھُ لفظی ترجمے۔ پیٹھہٕ

کنہٕ دِتی متین آیَن ہُنٛد ترجمہٕ چھُ تِم یِتھ پٲٹھۍ کران۔

"یِیلہِ آفتاب وَتھنہٕ ییہِ (بےنوٗر سپدِ) یِیلہِ تارکھ گٹ گژھن، یِیلہِ کوہ پکناوٕنہٕ یِین۔" اَمہِ زمانہٕ چھِین کاشرِن کتابن ہٕندِس اَندس پیٹھ چھُ غلام محمد نوٗر محمد سٕنٛزن چھاپ کرٕمژن کاشرِن کتابن ہُنٛد فہرست دِتھ۔ تہٕ اَتھ منٛز چھُ قرآن شریف ترجمہٕ کشمیری تہٕ لیکھتھ۔ قیمتھ چھُس دٔہ روپیہ۔ اَمیُک مانے ہیٚکہِ یہٕ تہٕ آسِتھ زِ ساری سے قرآن شریفَس چھُ ترجمہٕ کرنہٕ آمُت تہٕ چھاپ تہِ سپُدمُت۔ مگر وُچھمُت چھُنہٕ کانٛہہ۔

یہِ چھُ یِیہے مولانا احمد شاہ صٲبنٕ تفسیر۔ اَمہِ پَتہٕ چھےٚ قرآن مجیدَس کاشُر تفسیر کرنٕچ تازٕ کوشِش۔ میرواعظ مولانا یوسف شاہ صٲبنہِ دٔسی سپدان۔ مولوی صٲب چھِ اَتھ ترجمہٕ تہٕ تفسیر وَنان۔ یہِ چھُ تی۔ میرواعظ صٲب چھِ اَمہِ کِہ گوڈنِکہِ جلدِکس دیباچس منٛز لیکھان۔

"مےٚ اوٗس اَزِ کہِ بٔرونٛٹھ واریاہ وٚری شوق تہٕ ارادٕ کہِ بہٕ لیکھہٕ ہا پننِس جَدِ بزرگوار سٕندِس طرزَس پیٹھ ساری سے قرآن شریفَس کاشرِ پٲٹھۍ ترجمہٕ، چنانچہ اَتھ اوٗس مےٚ شوٗروٗ تہِ کوٚرمُت۔ کٔشیرِ اَندر، مگر ہجرت تہٕ ترکِ وطن کرنہٕ موکھہٕ روٗدی تِم اوراق تہٕ اِجزا وطنس اَندر تو پَتہٕ یِیلہِ پاکستانَس اَندر سٕنہٕ ترٕواہ شتھ تہٕ ستتس اَندر بعض احبابَن ہُنٛد توجہ دِنہٕ سیتی خوٗصوٗصَن جناب مشتاق احمد گورمانی ہٕنٛدِ تجویزٕ سیتی (یِم تَمِن دوہَن وزیرِ اموٗرِ کشمیر آسی) اَمہِ کامہِ ہُنٛد شوٗروٗ۔ سٕنہٕ ترٕواہ شتھ ستہٕ کِس ابتداہَس اَندر گٔژھ مہِ ماہِ صفر المظفر سٕندِس بہٕ ساری سے قرآن مجیدَس کاشرِ پٲٹھۍ ترجمہٕ لیکھنہٕ نِشہٕ خودایہٕ سٕندِ فضل و کرمہٕ سیتی فارغ۔" یانے یَمِن چھِ اَتھ کامہِ اَکھ ریتھ تہٕ ستھ دوہ لگی متی۔ یِہنٛد ترجمہٕ چھُ واضح یِہَن، یُوزِ تفسیر ہیٚکو نہٕ وَنِتھ۔ اَمہِ ترجمُک گوڈنیُک جلد سپُن ۱۹۷۳، یَس منٛز علی محمد بُک سیلر حبہ کدلہٕ سٕنٛد

ڈسی چھاپ نوٗموٗنہٕ چھُ یہِ۔

"وَاُحِلَّ لَکُمْ مَّا وَرَآءَ ذٰلِکُمْ" بییہِ آیہِ حلال کرنہٕ تہٕنٛدِ خاطرٕ تمہٕ ساری زنانہٕ یِم یِموٗ زنانو وَرٲے چھےٚ "اَنْ تَبْتَغُوْا بِاَمْوَالِکُمْ" اینکہ ژھانڈیوٗ کھ توٗہۍ تِم زنانہ پنٛنہٕ نیو دیارو بدل "مُحْصِنِیْنَ غَیْرَ مُسٰفِحِیْنَ" درحالیتکہ گونٛاہ نشہٕ بچہٕ وٕنی أسوِ گونٛاہ کرٕوٕنی أسو نہٕ یانے باقایدٕ ایجاب و قبوٗل کٔرِتھ مہر مقرر کٔرِتھ دوٚن شٲہدَن برٛونٛہہ کنہٕ یییہِ نِکاح کرنہٕ "فَمَا اسْتَمْتَعْتُمْ بِہٖ مِنْہُنَّ" پَتہٕ تمو زنانو منٛزٕ یمَن نشہٕ توٗہۍ نفع تُلو یانے نفسچ خٲہش پوٗرٕ کٔرو "فَاٰتُوْہُنَّ اُجُوْرَہُنَّ فَرِیْضَۃً" پَتہٕ دِیوٗ تِمَن تہٕنٛدٕ مہر یُس مقرر کرنہٕ آمت چھُ"۔ (والمحصنٰت)

یِمَن صاحبَن ہٕنٛد قرآنِ شریفُک کوٗرمُت کٲشُر ترجمہٕ لکِن وٲتِتھ ہیوٗک نہٕ تِمَن منٛزٕ چھِ محی الدین نہایپوٗری مشہوٗر۔ أمِنٛدِ ڈسی سَپدے مُتہٕ ترجمُک دُراوٕنہٕ کُنہِ پَے پتاہ۔ وَنٛنہٕ چھُ یوان زِ پنٛڈت رعنا ہَن تہٕ چھُ قرآن شریفُک ترجمہٕ کوٗرمُت۔ ڈانگر پوٗرہ سوپوٗرٕ کۍ پیر غلام احمد شاہ صٲبن چھُ سورہ فاتحہ، سورہ ملک، سورہ نوٗرٕ تہٕ سورہ قلم کٲشرٕ مانہٕ دِتھ لیٚکھی متہٕ۔ دَپان مولوی محمد سبحان ناٚوی أکی صاحبَن تہٕ چھُ ساری سے کلامِ پاکُک ترجمہٕ کوٗرمُت۔ یہِ مَسودٕ چھُ کلچرل اکادمی منٛزٕ تہٕ امہِ ترجمہٕ چہِ الٓمٓ سِپاہٕ ہٕنٛد حصہ چھُ حٲجنی صٲبن شیوٗرمُت ^(۱) بالا سرینگرٕکۍ محی الدین مسکین صٲبنہِ ڈسی سَپدے مُتہٕ قرآن شریف کہِ کٲشرِ ترجمُک ناو تہٕ چھُ ہینہٕ یوان۔ پوٗز اتھ منٛزٕ چھُ الٓمٓ سِپارٕ ہٕنٛد منظوم کٲشر ترجمے

---

^(۱) مولوی محمد سبحانُن نسخہٕ ووٚت مدینہ شریفہٕ پیٹھٕ حیدرآباد بیٚتہٕ پیٹھٕ تُجی غلام ہٕنٛدِ ذٔریعہِ یمیُک فوٹوسٹیٹ کاپی یوٗر انٛنہٕ آیہِ (ادارہ)

یوٚت شامِل۔ ہرِن ہندوارٕکی علی شاہ صابَن تہٕ چھُ قرآن شریفہٕ چَین ژرہ دہَن سِپارن کاشُرِ پاٹھۍ تفسیر کوٚرمُت۔ یِمیُک قلمی مسودٕ علی محمد شہبازن وُچھمُت چھُ..
مفتی ضیاءالحق بخاری ایم کَڑ یرکی چھِ تہٕ از پاکستانس منٛز بسان چھِ۔ تِمہٕ چھُ قرآن شریفہٕ کِس وارِہس حصَس کاشُر ترجمہٕ کوٚرمُت۔
غلام محمد حنفی سوپوری صابَن تہٕ چھُ قرآن شریفس ترجمہٕ کوٚرمُت یُس تِہندِ لیٚکھِمَتہٕ اَکہٕ بیانہٕ مطابق بموٗنظرِ گُذرِ دِنہٕ باپتھ تہٕ شایع کرنہٕ باپتھ میر واعظ مولوی یوسف شاہ صابس سوٗزمُت اوٚس۔ پَتہٕ دِژاو نہٕ اَمیُک کیٚنہہٕ پے پتاہ۔ صفاپورکی لال محمد خان زخمی صابَن چھُ سورہ یوسفُک مفہوٗم کاشرِ شارَن منٛز توٚرمُت۔ تہٕ آیہٕ امانتس منظوٗم تفسیر کوٚرمُت۔
۱۹۷۰ءیس منٛز سپُد " تبیان الفرقان " ناوِ " آلم " اَک ترجمہٕ تہٕ تفسیر شائع۔ یہ تفسیر تہٕ ترجمہ چھُ جناب علی جلال الدین غازی صابَن (شریعت آباد بڈگام) کوٚرمُت
غازی صاب چھِ " تبیان الفرقانس " منٛز " معذرت " عنوانس تحت لیکھان۔
" مےٚ کوٚر یِہندِس (یانے مولوی یوسف شاہ صابنِس ترجمس تہٕ تفسیرس) اِمامی مسلکہٕ کِین لوٗکن ہندِ باپتھ ایزاد۔ چنانچہ ناوتَلہٕ چھُ ظاہر تیکیاز تبیان گوشہٕ بیان یُس ایزادٕ تہٕ اِضافہٕ آسہٕ "
یمو چھُ قریب قریب ساری سے قرآن شریفس ترجمہٕ تہٕ تفسیر کوٚرمُت۔ مگر وسایِل بہم نہٕ آستہٕ سپہٕ چھُ وُنہٕ شایع سپدنے۔
اَتھ دوٚرِ یَس یانے ۱۹۷۰ءمنٛز سپُد " کشف الاتیق فی الشرح قانوٗن عتیق " ناوِ " اَلم " سِپارٕ ہِند جناب مولوی مُصطفےٰ احسین انصاری صابَن ترجمہٕ تہٕ تفسیر شایع۔
قرآن شریفس کاشُر ترجمہٕ تہٕ تفسیر کرنہٕ چہ انفرادی کوٗششہٕ چھِنے خبر کیٚژ

سیدان ۔ پۆز اَنٛد چھنہٕ کانٛہہ واتان ۔ اَنٛد واتہٕ لَگے کوشش سو گییہٕ مولوی یوسف شاہ صابنہٕ ۔ یہ چھہ تِہنٛدس ایحسان یُس نہٕ کأشرِ لکھہ تہٕ کأشرِ زبان نکھہ واتِتھ ہیٚکہٕ ۔ حال حالے چھنے بی دۆن صاحبن ہِنٛد ذِکری یہ تہٕ تِہندٕ کوششہٕ سپزٕمژٕ ۔ اکھ مرزا غلام حسن بیگ عارف سُنٛد یمو قرآن شریفس منظوم ترجمہٕ کوٚرُس دۆیِم چھتہ کینٛژن عالمو اعتراض تہٕ کوٚر ۔ بی اعجاز رتن پوری صابنہٕ یمو تہٕ چھُ قرآن شریفس کأشُر منظوم ترجمہٕ کوٚرمُت ۔

. . . .

## عبدالاحد آزادٕنی لولہٕ شاعری

(مضمونہٕ منٛزٕ)

کُلیات آزادٕنی ترتیب کارن چھُ گوڈنکہٕ دورکی وژن تہٕ غزلہٕ پۆتش درج کٔری مژ ۔ دوٚیِم دوٚرکی منٛزٕ تہٕ آخری دورکی گوڈنیتھ، شاید یہ زانِتھ زِ گوڈنکہٕ دوٚرک کلام یِیا آسہِ فنی لیحاظہٕ کمزور ۔ زمانی لیحاظہٕ چھُ نہٕ ترتیب چھی زاننہٕ یِوان ۔ خارٕ یُس کلام تمۍ پۆتس دِتمُت چھُ، یاتے گوڈنکہٕ دوٚرک کلام، تتھ منٛزٕ چھے غزلہٕ کے، وژن چھہِ زیادٕ ۔ أمہِ وِزِ چھُ آزادہ احد تخلص ورتاوان اوسمُت پۆز أمہِ تخلصکی چھِ سیٹھاہ کم باقتھ میلان تہٕ یہ چھے سارنے خبر زِ ابتدأیی مشق کران کران کوتاہ کاغذ چھُ سیاہ کرنہٕ یِوان ۔ باسان چھُ یتھ واراہ کلام چھُ تلف کرنہٕ آمُت ۔ جانباز تخلص تحت لیکھنہٕ آمُت کلام تہٕ چھُ نہٕ تیوتاہ میلان ۔ اتھ تہٕ ما چھے یہاے وَنٕ گامژٕ ۔

# مرزا عارفِ تہٕ چہل اسرارک کاشُر ترجمہٕ

کٔشیر منز اسلام کس توارِیخس اندر چُھ حضرت میر سیّد علی ہمدانی صأبس تھوٚد مقام حاصل۔ یُدوٚے تمَن برونٹھ حضرت بُلبُل شاہ صأب تہٕ بیٚیہ کینٛژن مبلغن ہِندِ ذریہ یتھ وادی منز اسلام پھٔہلاونچہٕ کینٛہہ کوٚشِشہٕ کرنہٕ آمژ تہٕ آسہٕ۔ تہٕ کرِتھ تہٕ چھُ شاہ ہمدانؒ صأب سانہٕ کٔشیر منز ہزی پاٹھی اسلامس کٔن وینہٕ ووٚل مانٕنہٕ یِوان۔

یعنے آں بأنی مسلمانی میر سیّد علی ھمدانی

نہٕ صرف تبلیغ اسلام بلکہ کأشرِن ہنز کلہم تہذیبی، تعلیمی، معاشرتی، معاشی تہٕ اخلاقی ترقی منز تہِندی تہذیبی خدمات نظرِ تَل تھوٚوِتھے چھُ علامہ اقبالن ووٚنمُت۔

خط را آں شاہ دریا آستین

داد علم و صنعت و تہذیب دین

تم اُسی صاحب علم تہٕ تہٕ صاحب عمل تہٕ ۔ تموٕ واتنوٗ وٕلکن روحانی
فائس تہٕ تہٕ اتھ ییتی ہوٗمہٕ روٗد کھ عرفانکین ترٛیشہٕ ہتین کیتی کایہٕ ترٛیش تہٕ ۔
تہنٛدی تصنیفات چھہٕ واریاہ ۔ اکہٕ حسابہٕ لگ بگ دوٗن زٕ ہتھ تہٕ ہیکہٕ نشاندہی
کٔرتھ ہنتھ ۔ کشیرِ منز چھے تہنٛزٕ لیچھمٕژ ترٛیے نسخہ ہنہ زیادٕ مشہور تہٕ لکن
ہنٛدس پلس منز۔ ذخیرۃ الملوک" چہل اسرار تہٕ اوراد فتحیہ ۔

چہلِ اسرار تصنیف چھے تہنٛزن ژ ترٛجہ ہن غزلن ہنٛز سوٗمبرن ۔ یم
غزلہٕ چھے سراسر عرفانی قسمہٕ چہٕ ۔ یمن غزلن ہنٛدس شان نزولس متعلق چھہٕ ونہٕ
یوان تہٕ یہٕ رِوایتھ چھے کینژو صاحبو تحریری شکلہٕ منز تہٕ دٔر رأوٕمژ
زٕ پیرس کوٗر اکہٕ دوہ اکی طالبن سال یپرٛن کوٗر قبوٗل ۔ یتہٕ آو بیاکھ طالب،
اُمی تہٕ کوٗر امی دوہ شامن سالس یِنک درخاس ۔ یم تہٕ کٔر کھ نہٕ ناوومید،
ییتھے یاٗتھی کوٗر امی دوہ اکی ہے وقتس ییٹھ ژھو طالبو سال، نکار کوٗر کھ
نہٕ کانٛسے ۔ سارنی ہنٛدی گرٕ واتی تہٕ تہٕ کھیو کھ چیوکھ ۔ یرٛتھ طالبہٕ سنٛد گرٕ
وٕنکھ اکھ اکھ غزل ۔ یگاہ چھہٕ طالب اکھ اکس سمکھان تہٕ ونان زٕ پیر
اوس راتھ شامن سوٗن سالس آمُت ۔ اکھتے وٕنکھ یہٕ غزل تہٕ ۔ بیاکھ طالب
تہٕ چھُہ ییتھے دعوا کران تہٕ ژوٗبوٕ تہٕ رنٛگی غزل تہٕ لیکھتی ہاوان ۔ ژترٛجہ وٕ ے چھ
ین ینہٕ کتھ ہنٛدس ژوٗبوٗتس منز اکھ اکھ غزل پیش کران ۔ عجب حیرانی
ہنٛد عالم اوس ۔ خاص پیر سنٛدس بجرس ییٹھ اٗس طالبن یرٛتھ ۔ تمن توٗر فکر،
شک کوٗر نہٕ کانٛسے ۔ یہ آیہٕ پیر سنٛز کرامتھ مانہٕ ۔ بالکل تِتھے ہش کتھ
یوسہٕ حضرت شیخ فریدالدین عطارن "منطق الطیر" مثنوی منز بیان
کٔرمٕژ چھے ۔ سیٹھاہ خاص تِلکھ ییلہٕ جانا واریہ نین مٔنزی لن واتان

چھِ۔ اَتہِ چھِ کل تڑ ہے جانور موٗژ یمتی آسان تہٕ اَتہِ چھِ پڑ یتھ اَکس سمیرغُس منز
پینہٕ نے پان لبوٗزنہٕ یِوان۔

غارٕ، کتھ چھےٚ چہل اسرارس منز شامِل غزلن ہنز۔ یِم چھےٚ فارسی زبانی
منزٕ تہٕ بیٚین زبانن منز یِم غزلہٕ پھیرنچہ چھےٚ کیٚژ کوٗششہٕ سپنز مژٕ ییٚتہٕ گُژھ
منز چھِ یِم غزلہٕ اُردوٗ تہٕ کاشُر زبانی منز ترجمہٕ کرنچہ کوٗششہٕ کرنہٕ آمژٕ۔ عارف
صابُن گُف چھُ زیمن پڑوٗنہٕ چھِ پیر عبدالکبیر صابُن اُردوٗ نثرس منز یمن غزلن
ترجمہٕ کوٗرمُت تہٕ سیتی تفسیر تہٕ یہِ چھُ ۱۹۶۵ء یَس منز شایع سپُدمُت یوٚز عارف
صابَن کوٚڈ یہِ ۱۹۶۹ء منز دُسیاب۔ یِمو غزلو منز اوٚس کینژن محمد امین بڑھ
صابن تہٕ اُردو نثرس منز ترجمہٕ کوٚرمُت۔ یُس ۱۹۵۲ء پتہٕ گلریز رسالہٕ
جاری سپدِتھ اَتھ منز قسطن منز چھاپ کرنہٕ آو۔ یہِ چھُ عارف صابن نظرِ
تَل روٗدمُت تہٕ اَتھ چھُن اِستفادٕ تہٕ کوٚرمُت۔

کاشُرِ زبانی منز یِم غزلہٕ پھیرٕنٕچ گوڈنیچ کوٗشش چھےٚ ولی اللہ مُتی مرحومن
کرٕمژٕ تہٕ ترجمہٕ چھُ منظوم تہٕ بقول عارف صاب ۱۳۶۰ھ یَس منز سپُدمُت۔ یوٚز
تہند مرُن سنہٕ چھُ ۱۸۵۸ء دانرنہٕ آمُت۔ یتھ ازوٗری ہتھ ڈوڈا گژھان چھُ۔ اَمہِ
کنی گژھِنہٕ یہِ ۱۳۶۰ھ بلکہ ۱۲۶۰ھ آسُن۔ یہِ ترجمہٕ چھُ چھاپ سپنمُت تہٕ بازرس
منز دستیاب تہٕ اوٗسمُت۔ عارِف صابَس تہٕ چھُ تہندِ وَنُنہٕ برونٹھ کُنہٕ اوسمُت
یوٚز تیم چھِ وَنان زِ یمن ووت نہٕ اَمہِ سیتی کانٛہہ خاص فایدٕ تکیازِ یہِ ترجمہٕ چھُ
اَکِس صاحبِ حال سند جوش قلب ترجمہٕ کین ضابطن تہٕ قادو بندن اندر چھُ
نہٕ متو صاب روٗدمُت۔ یوٚز محمد یوسف ٹینگ صاب چھُ اَتھ ترجمس متلق لیکھان

---

۱ چہل اسرار . . . مرزا عارف ص ۵

زِ" ترجمہٕ چھُ نہایت کامیاب تہٕ میوٚکھ۔ شعرس منٛز شعرُک ترجمہٕ چھُ پوٗر کمالہٕ
سان کرنہٕ آمُت ا سیتی چھُ یہ باسان زِ ولی اللہ ینٛتہٕ کاشر زبانِ ہیٚتھ پوٗر عبوٗر
اوٗس تھاوان تَتہٕ چھُس فارسیک بوٚڈ عالم تہٕ اوسمُت[۱] ووٚن وچھتو اُتھ
ترجمس مُتلق پروفیسر غلام محمد شاد صابنٛز رائے: "کشمیری زبان میں اِن غزلوں کا
اوّلین ترجمہ حضرت ولی اللہ نے کیا ہے جس سے شائقین کماحقہٗ مستفید
نہیں ہو سکے۔ اِس میں زبان و بیان کی شدید خامیاں ہیں اور یہ درحقیقت
اِس چیتانن کر رہ گیا ہے اور اِسے کسی بھی لحاظ سے منظوم ترجمہ نہیں کہہ
سکتے ہیں۔ یہ نثر پراگندہ ہے[۲]"

کاشرِ پاٹھی چہل اسرار غزلہٕ سوٚمبرنی ترجمہٕ کرنٕچ دوٚیم کوشش چھے
عارف صابنٛ تہٕ امیُک سبب بیان کران ینٛتہٕ تِم لوکچارس منٛز ینہٕ گرکہٕ
ماحولہٕ نِشہٕ متاثر گژھنس کُن اِشارہٕ کران یہ وَنان چھِ زِ تِمن چھُ گوڈہٕ ینٛی بابہٕ
صأب مرحوم سرفراز بیگن نقشبندی سِلسِلہٕ زان کرٕمژ۔ تیمہٕ کِنی یہ ونان چھِ زِ
گرُک ماحول چھُ علمی آسنس سیتی سیتی مذہبی تہٕ متصوفانہٕ اوسمُت۔ تَتہٕ چھِ تِم
زندگی منٛز مختلف پڑاون ہیٚتھ زمانہٕ چھ واو گرٛایو اور پور الان ڈلان چھکرس
عبدالقادر کبروی صابنٛ بیعت کران تہٕ پہنٛدی دسی روٗحانی تربیتھ لینہٕ کِنی
چھ شاہ ہمدانؒ صابنٛ عقیدت مند بنان۔ امی وجہ کِنی ہُرے یہ یمن پہنٛدِن
تصنیفن سیتی دِلچسپی تہٕ ہیوٚتکھ چہل اسرارس ترجمہٕ کرُن۔ یہ ترجمہ کرِتھ چھاپ تہٕ

---

۱؎ ولی اللہ متو، محمد یوسف ٹینگ سنہ ۱۹۶۲ء ص

۲؎ کشف الانوار ترجمہٕ چہل اسرار۔ غلام محمد شاد ص ۷

چھنہٕ سہروَردس پیٹھ اَمہِ کِس اَندرِمِس صفس یا آخری صفس پیٹھ دِتھ۔
سری نگرٕ چھُ فلاح عام پریس منٛز چھاپ کرنہٕ آمُت۔ یوٗزِ پیٚش گفتار کین صفن
ہندِس اَندس پیٹھ چھُ ۲۶، اگست ۱۹۶۰ء تاریخ لیکھتھ۔ پیٚش گفتار چھُ ترٛیَن صفن
وہاوِتھ یتھ منٛز زیادٕ پہن یتن کرٕ کُلی ماحول، زندگی ہندین بیٚون بیٚون منٛزلن
منٛز پیٚنہِ ترٕ پھ ہند حال، مثالہٕ پاٹھی تعلیم دوران لوہر تہ علی گڈھ شہرن منٛز کمیونزمُک
ہواوِ یماغس اَثر۔ اَمہِ نظریہ ہکی عاب گنٛزراوٕ نی یتہ بیٚیہِ روحانی سِلسلہٕچ
پٲروی، کیٚنٛژن صاحبین سیتی ترجمس مُتعلق صلاح مشورٕ، کمن کتابن پیٚٹھ ادبٕ پوس
ژھانڈتھ نظرِ دِنی (یتھٕ ٹوین کتابن ہنٛد چھِ ذکرٕ کران) مسوّدٕ یم تہٕ اکھ اَکس سیتی
رلان چھِ، تہٕ خاص کر امیر کبیرٕنٛز زندگی ہندی حالاتھ، تہنٛد شجرٕ، تعلیم تربیت،
روحانی سِلسلہ تہٕ اَتھ عالمس منٛز حاصل سپنٛزمٕژ تربیتھ، تہند زمانہ، کٲشیرِ سیتی
وسط ایشیاہکو تعلقاتھ، امیرٕ سٕنٛدی کٲشیرِ واتنکی حالاتھ، تہند تبلیغی مشق، زبٲنی تہٕ
تحریری، عملی تہٕ قلمی تبلیغ، مشہور تصنیف، تہند روحانی بجر، علم و فضل، کمالات
بیٚترِ وِتھٕ ژھناونہٕ آمُت چھُ۔ چہل اسرارٕچن غزلن ہنٛز فنی قدرٕ بیان کرنہٕ۔ اتھٕ
مولانکون، زبٲنی ہنٛز تہٕ بیاںچہٕ خوبی یہِ، شارت، ارٕ تہٕ کھرٕ، رٕژرٕ تہٕ میٚنہٕ ہرٕ
ترٛہن کتھن کُن چھُنہٕ مُلے توجہ دِنہٕ آمُت۔ اَتھ پیٹھ چھُ سیٹھاہ افسوس کرنہٕ
آمُت زِ اَہندین تصنیفاتن یوت اِستفادٕ کرُن پزہے تیوٗت آو نہٕ کرنہٕ۔ میانی
کنٛہ کرتھِ ترجمس سیتی سیتی فارسی زبٲنی منٛز لیچھمٕژ اصل غزلہ تہٕ دِنہٕ آمژٕ آسنہٕ
یمہِ کنہِ ترجمہٕ مولوٗن ممکن گژھِ۔ غزلن ہنٛدی گوڈٕ تہٕ چھِنہٕ دِنہٕ آمتی۔ حرف
گوڈنکی زٕ یا ترٛینے ترٛیٚیے لفظ، یوہے اِشارا ہیٚنو کرنہٕ آمُت زِ یہِ چھُ فلانی
غزلہِ ہنٛد ترجمہٕ۔ نتہٕ پرن والس سو غزل زبٲنی یاد چھےٚ۔ یمہِ کس حالس منٛز

اے ترجمہ موٗلونہٕ ییہ تہٕ کیتھہٕ پاٹھۍ۔ یہ آو ناضروٗری، زانہٕ کیٛنہٕ چالاکی ہش آیہ وَرتاونہٕ، خبر چھا صلیے کُن ماگرٛتھہٕ یرَن وول مائل ییتہٕ زَن مُدا چھ زِ سہ گرٛتھہٕ ترجمہ یرُن۔

کأشرِ پأٹھۍ چہلِ اسرارس ترجمہ کرنٕچ ترٛیم کوشش چھےٚ پروفیسر غلام محمد شاد صأبن۔ یِمو کوٚر کشف الانوار ناوی اَتھ ترجمہٕ تہٕ آو شوٗبہ دار پأٹھۍ رتِس کاکدس پیٹھ رٕتی پأٹھۍ ۱۹۸۷ ہس منٛز دلہِ چھاپ کرنہٕ یانے عارف صأبنہٕ ترجمہ پتہٕ سداہہِ وُہرِ تہٕ اُمی وُری یہ آو شاہِ ہمدان بین الاقوامی کانفرنسہ منٛز پاکستانہٕ مظفر آباد جایہ شائع کرنہٕ۔ پیش گفتار چھ موختصر تہٕ صرف یمنٛے غزلن متعلق۔ شاد صاب چھ لیکھان زِ " ان یں اختصار اعجاز کی حد تک ہے لیکن اِس کے ساتھ کمال فصاحت و بلاغت بھی ہے، ساری غزلیں سوز و گداز میں ڈوبی ہوئی ہیں " یتھہٕ پأٹھۍ چھ یمو غزلن ہُند جانہر، اَہند فنی مرتبہ، اہند اسلوب تہٕ مواد ییٚتہِ سر کھر کوٚرمُت، کیتھہ حدس تاں چھ لفظو اَتھ روٹ کوٚرمُت تہٕ ادا کرنس منٛز تحلیلن وَفا نبوومُت۔

قبلۂ دِل آفتاب روے اوست — کعبۂ جان خاک راہ کوئے اوست

(شاہ ہمدان)

قبلۂ دِل مہر روتس یارٕ سُند — کعبۂ جاں خاک کوتس یارٕ سُند

(ولی اللہ)

قبلہٕ دِل کُے چھُم تُسند آفتاب روٗئے — کعبۂ جانک چھم تُسندے خاکِ کوٗئے

(عارف)

میانہٕ دِلہٕ کُے قبلہ مہرِ روتُ سُند — میانہ روحُک کعبہ خاک کوتُسُند سہ

(شاد)

اصل شارس منز قبلہ تہٕ کعبہ یا دِل تہٕ جان لفظن ہنٛز مناسبت تھویو نظرِ تل۔ یتہٕ یمہ مصرس منز "قبلہٕ" لفظ آو تھٲوِتھ منز "آفتاب" یمہ کہ لوسُنگ اَندے چھنا قبلہ مانتہ یوان۔ دِلکُ قبلہ چھُ بنان تہٕنٛد روے "اختابہ ہیوٚ روے۔ یعنے آفتاب لفظن نی اَسہِ دۄن مانہ ہِن کُن۔ استعار رویکُ خوبصورتی ۱۱کہ حسابہ تہٕ قبلہ ہاوان دوٚل بیکہ حسابہ۔ یتھے پاٹھۍ کعبہ، خاک، راہ، کوے، لفظن ہُنٛد کینٛہہ تناسب! پکان پکانے واتو کعبس کُن، وَتھ چھےٚ مانٛدٕنی، وَتَن چھےٚ میٚژ تہٕ کعبہ بنیوٚ مُت تہٕ کتھ چھُ۔

ولی اللہ صاٗبن تھوٚ قبلہٕ دِل تہٕ کعبہٕ جان دوٚشوے ترکیبہٕ موجود فارسی چھے، مہر رو تہٕ خاک کونہٕ، تس یارٕ سنٛد لفظ جُر وِتھ بنیوٚو کاشُر، عارف صاٗبن پھیرِ لفظ قبلہٕ دِل اَتھ بنووِن قبلہ دِل کُے، کعبہٕ بنووُن کعبہ جانک، کاشُر شکل ہِش گٔیہ آفتاب روے تہٕ چلہ "پوٚز" خاک کوے" ہِش ترکیب گوٚ بےٚ زَن یشاد صاٗب گٔے نہٕ اَتھ نو کتھ کُن شاید، تَوے ترٛووُکھ "جان" لفظ تہٕ اوٚنکھ "روح" بی کہ غزلہ ہُنٛد گوٚڈت چھُ ۔

ہر آں جاں کز غمش دروے رقم نیست
ندیمش در دو عالم جز ندم نیست

ترجمہ چھُس۔

ییٚمس تس جان جانُن غم پھوٚرسے نہ — تمس دوٚن عالمن منٛز کینہہ تورے نہ
(امتو)

نہ اَشر روٚس تہٕ تس دون عالمَن منٛز — رفیقا ییٚس نہٕ غم جانس سِنیوٚوے
(عارف)

کھٔنتھ ییمی تھٔود نہٕ جگرس یارِ سنٛد غم　　　خجل دون عالمن منٛز گوٚو سہٕ ییم

(شادؔ)

اصل شارس کُن اَے وُچھوٚ تہٕ غم لیکھتھ آسُن چھےٚ اکھ کتھ، یہٕ چھُ توٗرے لیکھتھ آسان۔ اَتھ چھُ متو صاٰبن نفیس ترجمہٕ کوٚرمُت "غم پھیرُن" یہٕ چھُ محاورٕ "مرگ پھیرُن" محاورٕ کی پاٹھی۔ محبوٗبس "جان جان" وَنُن کیتھٕ سرٛون موجبتھ چھُ ہاواں۔ اصل شارکس دوٚیمس مصرس منٛز "ندیم" تہٕ "ندم" زنتہٕ اکی آگرٕ اَنی متی۔ مانہ بیوٚن تہٕ مولِ اکھ۔ یٚیتہٕ عارف صاٰبن گوڈنکیو دوٚلیو پاتریو لفظو سٟتی اوٚکُن اِشارٕ کوٚرمُت چھُ زِ کَمہٕ غزلہٕ ہنٛد ترجمہٕ گژھہ آسُن۔ تَتہٕ چھُ شاد صاٰب گوڈٕ پانے مطلع سالِم لیکھان یٚیمہٕ سٟتی یہٕ زانُن مشکل گژھان چھُنہٕ زِ یہٕ کَمہٕ غزلہٕ ہنٛد ترجمہٕ چھُ۔

ترٛییو ترجمہٕ کارو منٛز چھُ ولی اللہ متو صاٰبن ترجمس منٛز مثنوی ہنٛد اندازٕ وَرتاوومُت یُدوَے بحر مثنوی ہنٛز چھہٕ نہٕ۔ یا نےٚ پوٗرٕ غزلہٕ چھُنہٕ غزل ہیٛتھ منٛز ترجمہٕ کرنہٕ آمُت۔ مثنوی ہنٛدی پاٹھی چھُ پرتھ شارُس قافیہ بدلاں۔ کیتھ چھےٚ صاف زامہٕ سٟتی چھےٚ ترجمہٕ کارُس سیٚٹھاہ سہولیتھ۔ قافیہ بندی ہنٛز سختی نٕش چھُ نجات لبان تہٕ شارٕ معنہ سوو بناوُن چھُس سہل گژھان۔ عارف صاٰبن تہٕ شاد صاٰبن یمو دوشوٚیو چھُ یمن غزلن، غزل ہیٛتھ منٛزے ترجمہٕ کوٚرمُت۔ ظاہر چھُ زِ یتھ پاٹھی یِیہٕ مُشکلات۔ گوڈٕ چھُنہٕ شارس ترجمہٕ کرنے مُمکن، اگر کُنہٕ حسابہٕ مُمکن بناوون سہل چھُنہٕ ہرگز تہٕ۔ ترٛشوٚیو ترجمہٕ کارو چھےٚ کوٗشِش کرمٕژ زِ بحر گژھہٕ سُے روزُن یُس اصل غزل چھےٚ۔ اَتھ کوٗششہِ منٛز چھُکھ کُنہٕ کُنہٕ کھوٚنٛدتہٕ لوٚگمُت۔

یہ مضمون زیٛٹھ واریاہ اگر سارِ نے غزلن تہٕ یمن ہندین تمام شارن ہندین ترجمن اکہِ اکہِ شارٕ تقابلی مطالعہ کرو۔ مناسب چھُ باسان زِ ووٚں کرَو اکھ کتھ۔ نمونہٕ اَنگو نمو کینٛژن غزلن ہٕندی گوڈٕ نی یانے مطلع۔ تہٕ یتہٕ وُچھو تژیٛشونی ترجمہ کارن ہٕند ترجمہٕ۔ یوٚزِ یہ کَران کَران پَزِ یہ کتھ صحی یاٹھی ذہنس تَل تھاوٕنی زِ۔۔۔

بِہل اسرارکین مختلف نوسخن چھُ پانہٕ وٲنی پھیر پیوان، کُنہِ لفظ بدلان، کُنہِ شار ہران چھوٚنان، کُنہِ مصرن ہٕندی مصرٕ ادلہٕ بدل گژھان۔ مثالہٕ پاٹھی اکہِ غزلہٕ ہٕند گوڈٕنیُک شار چھُ اَکِس نوسخس منز ؎

| | |
| --- | --- |
| از کنار خویش می یابم دمادم بوئے یار | در میان خون دل جان من ہمی گیرد قرار |

تہٕ بیٚیس نوسخس منز ؎

| | |
| --- | --- |
| از کنار خویش می یابم دمادم بوئے یار | زاں ہمی گیرم بہر دم خویشتن را در کنار |

یا اکہِ غزلہٕ ہٕندِس گوڈٕنِس منز اَکِس جایہِ لفظ "غنا" تہٕ بیٚیس منز "غنا" بدلہٕ "نا"۔

وُلو ووٚں وُچھو ترجمس منز ترٛین ترجمہ کارن ہٕند وَرتاو۔ گوڈٕ لیکھو اصل فارسی شار، پتہٕ ترتیب وار ولی اللہ صابُن، عارف صابُن تہٕ شاد صابُن کٲشُر پاٹھی کوٚرمُت ترجمہ۔ ترجمہ کَرنہٕ برونٛہہ گوٚتہٕ چھُ شار سمجھنہٕ آمُت ہمنس شروٗعتی تہٕ پتہٕ پننہِ زبٲنی منز پھِرنس۔ غمش لفظ ہاوان زِ کُہند غم؟ رقم نیست، لیکھتھ آسن اگتہِ؟ دُروے "تتھ منز ہاجانس منز، زِ نتہٕ "حسن" اکھ کتاب چھپے۔۔۔ متوصابن ترجمہ چھُ "جاں جان" اَمہِ اِشارٕ کَران زِ کُہند غم گژھہ آسُن، اصل شارکِس "غمش" لفظس سیدِ سیوٗد مناسب لفظ۔ دوٚن عالمن منز نہٕ کینٛہہ اتھ یُن یتیمانی حاصل سپدنُک صحی احساس دِوان۔ اتھ مقابلہٕ وُچھتو عارف

صائبُن ترجمہ ، گوڈٕ اکھ خامی زِ گوڈنیک مصرِ پوٗرٕ کرنہٕ باپتھ چھُ اکھ لفظ پر۔ سُہ
چھُ دوٚیمِس مِصرِس منٛز ندامژ روٗس نہٕ تَس دون عالمَن منٛز۔ کیاہ چھُس نہٕ
دوٚن عالمَن منٛز" رفیقاً" تَس چھُنہٕ ندامژ روٗس بیٚیہ کانٛہہ رفیق ؟ یَس نہٕ غم
جانَس ہنیٚوٗ وُے ، "کیٚتھ غم ، کُہند غم ؟ تہٕ چھُنہٕ ننان ۔ ندامژ سیتی رفیق لفظس
تہٕ چھُنہٕ تیٚتھ ہُشرا۔ ولی اللہ صائبن چھُ گوڈٕ یا مطلع وٚنمُت مطلع کِس ترجمس
منٛز تہٕ عارف صائب چھُنہٕ شارٕ بدل مطلع وَنِتھ ہیٚو کمُت۔ شاد صاب تہٕ چھِ موٗل غزلہ
ہِندِس گوڈٕ تَس ترجمہ کران تِتھس شارَس منٛزیُس گوڈٕ تُے چھ۔ پوٚز غم کُھنتھ
تھاوُن چھےٚ اکھ عمل یوٚسہ یرادٕ کرِتھ کرنہٕ ییہ ، شعوری حسابہٕ ، تہٕ موٗلہٕ شارَس منٛز
چھُنہٕ غم پاننا وریج کنٛتھ۔ تَتہٕ چھےٚ کنٛتھ غم نصیب سیدُن ۔ خدایہٕ سٕند طرفہٕ فضل
سیدُن تہٕ خدایہٕ سٕندین ناٹھین چھُ یہٕ فضل سیدان ۔ اَتھ منٛز چھُنہٕ اِنسانہٕ سٕنٛزِن
کوٗششن دخل ۔ دوٚیِم مِصرعہ چھُ ہاوان زِ" خجل گوٚوٗ" خجل گژھن تہٕ پشیمان
سیدُن ، اَتھ چھےٚ فرق ۔ اِنسان چھُنہٕ ژھان خجل گژھن تَس چھُنہٕ کانٛہہ خراب
کٲم کرِتھ فٲدٕ نےٚ اسان زِ مےٚ ییہٕ شرمندگی تِلنہٕ تکیاز تِمہٕ چھےٚ سیٹھاہ جٲلاکی سان
یہ کٲم کرِمژ آسان ۔ اَکھ شخص چھُ کانٛسہ چِندٕ ژھان ، خیال چھُس آسان مےٚ دِچھنہٕ
کانٛہہ ، ہنگہ منگہ چھُس کُستام اَتھس تھیپہ کران تہٕ یہ چھُ خجل گژھان ۔ بِیاکھ کنٛتھ
گیہ ، اَمی کرِ یہ کٲم ، وُچھنہٕ کانٛسے ، پوٚز چِندٕ ژورَس باسیو پانسے زِ مےٚ کرنہٕ یہ
جان کٲم ، اَتھ وَنو پشیمانی ، ندم ، یتھےٚ پاٹھی یُس نہٕ خُدا سِ ، تَس پننُ محبوٗب
بناوِ ، تِتھند فراق ژالہٕ ، پَتہٕ باسِس وانٛس روٗوم صرف یَڈ پالان تہٕ دوہ ڈالہ
کران ، یہ گیہ پشیمانی ۔

ون نی تو یہ شار یا اکھ غزلہ ہِندیہ گوڈٕ     ۵   از کنار خویش می یابم دمادم بوئے یار

بٔیس جایہ چھُ دوٚیم مصرٕ ؎

درمیان خون دِل و جان من ہمی گیرو قرار  زاں ہمی گیرم بہر دم خویشتن را در کنار

ولی اللہ صابُن کوٚرمُت ترجمہٕ چھُ ؎

منہ نشہِ ساتہٕ ساتے بوے دِمی سنز ہوان  چھُ سٕے منز س خونہٕ کس بوٚنہٕ تھانٹھ ہیم دِل ہوان

ظاہر چھُ زِ متو صابُن چھُ گوڈنِچہِ تتھ صوٗرِژ ترجمہٕ کوٚرمُت یتھ دوٚیم مصرعہِ چھُ "درمیان خون دِل ....." تو تہِ چھُ ترجمس عآب .... "از کنار خویش" گوٚو نہٕ منہ نشہِ۔

عآرف صابُن چھُ یتھے پاٹھی ترجمہٕ کوٚرمُت ؎

یار ہٕنزِ بوے چھم پانس ہوانی دم بدم  یأنی پانس چھُس توٚے بہٕ عُمتی گرانی دم بدم

یہِ چھُ سیٹھاہ نکھہٕ اصل شارس وآتان۔ شاد صابُن ترجمہٕ چھُ۔

چھَم ہوان ہر دم وچھس ینہٕ نِس اندر خوشبوے یار

یان چھُس للہٕ وان توٚے پننے کوٚچھے منز بار بار

الٔکھ کتھ چھُنے یہِ زِ "وچھ" لفظ چھُ مر دِ شدِ بایتھ کمی تہٕن ورتاو نہٕ ہوان۔ چھُ بیمار گرٛھنس کنُ نوٗان نہٕ زِ شوقہٕ سیتی یا مستانہٕ وار، نالہٕ متی کرنس کنُ مطلب ترٛجیح کمزوٗری۔

حضِ امیرٛ نٕنز اکہِ غزلہٕ ہُند گوڈُت چھُ ؎

عارفاں سِرِ خدا از کوہ و صحرا شنوند  رمزِ پُر شور و شتاب از کفِ دریا شنوند

ولی اللہ متو چھُ کاشرس منز یتھِ کنٕی پھِران ؎

عارفو صاحب حالو کوہہ آلو بوزٕ ے  آب شور و نشہِ مطلب نہٕ بالو بوزِ ے

عارف تہٕ گوٚو تی یہ صاحب حال تہٕ، فضوٗل ہُر میانہٕ لفظ، سِرِ خدا گوٚو نہٕ

کوہہ آلو" پرشور وشتاب"، چھُ "رمز" لفظن سیتی تولُق تھوان "کف دریا"
گوٚو نہٕ آب شورتہٕ" ونہ بال" کتہٕ آو، نتیجہ شاعرانہ عجز۔ پروفیسر شاد چھہ ترجمہ کران

ناوٕ چون عارف چھہ بوزان کوہ تہٕ صحرا نشے     رمز زانان بے قراری ہُند چھہ تمہ دریا نشے

"کفِ دریا" چھہ الگ مانے تھوان، یہ مانہ ہیکہ نہٕ دریا لفظ ادا کرتھ۔
"پُرشور وشتاب رمز" گوٚو نہٕ بیقراری ہُند رمز۔ اَتھ برعکس چھُ عارف صابُن
ترجمہٕ کوٚر مت ؎

عارِی فن شُرن تہٕ تھر زرن منز تہندی آلو گرِزھان
پوٚس تمن دریاوٕ نے ہُند شورِ شر کے سرٕ ونان

یہ چھُ بیٚین ترجمہٕ کارن مقابلہ موٗلہٕ شارس زیادٕ نِکھ واتان، کف دریا
گوٚو تیز پکن وألس دریاوٕکس آبس کھَسَن وول پوٚس، یوٚہے پوٚس چھُ شورٕ
شُرک رمز یعنے سرفِکر تاران۔

بیٚیہ کہِ غزلہٕ ہُند گوڈٕ ت چھُ ؎

ازنفحات قدم حضرت اسماء کشود     وزنسمات کرم صورت اشیاء نمود

ولی اللہ صاب چھ پھران پننہٕ زبأنی منز یتمہ آیہٕ ؎

اوس گھٹہ کُن تہٕ زوٚن پردٕ رٹتھ ذراو نوٚن
باطناً ظاہر سپُن روخ تہٕ موکھ وُچھ بیوان بیوٚن

شار بنیوٕ ترجمہٕ ٹلی کہ بدلے شارا۔ دوٚرتاں پلہ کرتھ چھُ مفہوم میلان۔ نہ
آو "نفحات قدم" ترکیبہ ہُند کانہہ تصور تہٕ نہٕ "نسمات کرم" نکتک۔ شاد
صأبن پھیر یتھ پاٹھی ؎

ازلہٕ پھوکھ لأیتھ دیتن پیٚنہٕ نتن وجود     فضلہٕ کے خوشبویہ سیتی لوب ساری نام نمود

"نفحاتس" چھ بلاشک اکھ معنے "پھوکھ" پۆز کنِھ پاٹھۍ۔ یہ چھ عربی لفظ اَکھ چھئے زِ شکلہِ یانے زِ پھوٚر۔ "نَفَخَ" یہ چھ فعل، مانہِ چھُس، واوڈلُن، خوشبوے پھہلُن۔ بیاکھ صورتھ چھُس "نفحہ" مانہِ چھُس خوشبوے۔ امہ کے جمع چھ نفحات، یانے خوشبویہ۔ یتھے پاٹھۍ گوٚو "نسم" آدم، پرُش۔ تہٕ "نسمۃ" گوٚو پھوکھ، روٗح، خوشبوے جمع چھُس "نسمات" تہٕ امیکُ مانے تہٕ چھ خوشبویہ۔ شاد صابن کوٚر دوٚیمِس مصرس بجان ترجمہ پۆز گوڈنکس ہرروٗن پننہٕ نی طرفہ "پَن پننہ نے صفتن" عارف صابن پھیشِریہ شار کاشرِ پاٹھۍ ییمہ آیہ ۔

اَزلکہ پھوکہ ستی مُترن نام پاکن بارگاہ

فضلکہ رتہٕ واو ترٲوِ نی صوٗرتن ہُنرے بنا

"نسمات کرم" ترکیبہ "فضلکُ رُت واو" وَنُن تہٕ "صورتِ اشیاء نمود" "صورتن ہُنر بنا ترٲوِ نی" وَنتھ چھئے ترجمہ کارِ شدس سَنِتھ سمجنس تہٕ پتہ باوِنس کُن ظوٗلِن گرٛھان۔

عارف صابن چھُ ترجمہ نے غزلن ترجمہ کوٚر مُت، شارہن کنہ غزلہ ہُری چھوٚنی تہٕ اَسِتھ۔ شاد صابن اکسا جہن تہٕ ولی اللہ متو صابن دوہ یہ تا جہن۔ پۆز مشہور چھُ یہ نِیم چھئے ترجمہ ہے غزلہ یہ زِ چہل اسرار" ناوِ تلہ تہٕ ثابتھ گرٛھان چھُ۔ شاد صابن کوٚر مُت ترجمہ یُدوے کُنہ کُنہ جایہ بہتر تہٕ آسہ، یا عارف صابن، متو صابنہ کھوتہ توتہ ہیکہ نہٕ یہ اندہ ہتھ سرس اَسِتھ۔

# کوٗنگ پوٚشؔ سالہٕ

## اکھ سرسری نظر

کاشُر زبٲنؠ منٛز صحافتُک توٲریخ لیکھنہٕ وِزِ چھےٚ گوڈنیتھ نظر پیٚوان کرالہٕ یار تہٕ درگہ جن کین ہسپتالن منٛز بیمارن ہنٛد بابتھ جٲری سپدن والین تِمن اخبارَن کُن یِم عیسٲیے مشنریو کٕلی چھاپس پیٹھ چھاپ کَرنؠ یِنٛتؠ مِتؠ آسی تہٕ یُہنٛد سلسلہٕ ہیٚوک نہٕ قٲیِم روٗزِتھ۔ اَمہِ سفرُک بیاکھ پڑاو اُوس ایس۔ پی کالجُک پرتاب میگزین، یَتھ اکھ حصہ کٲشرِ پاٹھۍ چھپان ہیوٚتُن تہٕ تِمہِ پاروی پَتہٕ بیٚیو کالج میگزینو تہٕ کَر۔ کالجن ہندِن میگزینن ہندی یِم حصہٕ آسی ادبی زیادہ تہٕ صحافتی کم۔ پَتہٕ کٔر بیاکھ کوٗشش شاعرِ کشمیر مہجور صابن یِمَو ابنِ مہجورَن ہنٛدِس ادارتس منٛز "گاش" ناوی اخبار کوٚڈ، کینٛژھا لکن ہنٛد مزاز تیارنہٕ آسنہٕ کِنہٕ تہٕ کینٛژھا بیٚیو مجبوٗریو کِنہٕ دٔراے اَمِکۍ زٕ یہ ترٛی شمارہٕ۔ اُردو اخبارَو دِیوٚے کاشرِ کلامہٕ بیترِ تہٕ چھاپان آسی یوٗزیمَن چھےٚ اکھ سرسری اہمیتھ تہٕ بس۔

یوٗز گوٚو یہِ زِ کاشرِ زبٲنؠ تہٕ اَدبہٕ خٲطرِ سپُن ۱۹۴۷ء یوٚر کُن یِنہٕ وول

زمانہٕ سیٹھاہ اہم ثأبت، ترقی پسند تحریکہ یوسہٕ عالمی سوتھرس ستی برِصغیرس منٛز تہٕ سیٹھاہ وُسوار تہٕ مقبول تحریک أس ؤڈٕر مقأمی زبانن منٛز لیکھنس اہمیتھ تہٕ کُکن ہُنٛد توجہ پھِرِ علاقأیی زبانن پوٗچھر دِنس کُن۔ یہ تحریک أسی یُنٛ دیٛت سیدِ سیوٚد عوامس تام واتناوُن یِڑھان، ادب اوس عام لوٗکن ہندین مسلن ہُنٛد ترجمان بناوُن تہٕ اِنقلابہٕ خاطرٕ اُوس عوام تیار کران۔ امہِ مقصد کِنۍ اوس یہ تہنٛزٕ پننہ زبأنی کھوتہٕ بہتر ذٔریہٕ بیٚیہِ کانہہ۔ کشیرِ منٛز أس وٚریُح منٛگ سیأسی سمأجی تہٕ معاشی حالات امہِ تحریکہ باپتھ موافق ہوا نوا یادٕ کران۔ "نیا کشمیر" پروگرام اُوس روسکہٕ اِشترأکی نظامہٕ مطأبق ترتیب دِنہٕ آمُت، یمہ کِنۍ محنت کشن تہٕ گرٛستین کیٛنٛہہ وعدٕ دِنہٕ آمتۍ أسی، الہٕ بأنی علمن أس گھرٕ مٔنٛزٕ تہٕ دزوت تہٕ دوٚکرٕ اوس أچھِ نأٹہٕ کران۔ کشیرِ پیٹھٕ أس دوٚن ہمسایَن دَب لجمٕژ، سہلاب تہٕ کھِہی کاس اوس نال وٕلِتھ۔ نتیجہ یہٕ زِ ادب تہٕ صحافت تہٕ لگہٕ پننس محاذس پیٹھ کأم کرنہٕ۔ کشمیر کلچرل فرنٹ آو بارسس تہٕ یُیلہٕ یہٕ فرنٹ، قومی کلچرل کانگریس بنیو، امیُک ترجمان رسالہٕ سپُن "کوٚنٛگ پوش" نأوی جأری۔

قومی کلچرل کانگریس بٕک گوڈنیُک اِجلاس سپُن ٥ جُلے ۱۹۴۹ٕ، اتھ اِجلاسس منٛز آے ورکنگ کمیٹی ہِنٛدی ممبر ژارنہٕ صدر، غلام محمد صادق، نائب صدر محمد افضل بیگ، نائب صدر جیالال کول، نائب صدر اسداللہ کاظمی، جنرل سیکریٹری مرزا عارف، سیکریٹری ایس ایس چوہان، خزانچی محمود احمد علی شاہ، جنرلِ سیکریٹری انجمن ترقی پسند مصنفین دینا ناتھ نادم، جنرل سیکریٹری پروگریسیو تھیٹر ایسوسی ایشن شیلا بھاٹیہ، جنرلِ سیکریٹری انجمن ترقی پسند مصوّرین ترلوک کول، اتھ اِجلاسس منٛز پیٚیہِ کیٛنٛہہ قرار داد تہٕ پاس۔ یمو منٛزٕ خاص خاص یِم چھہِ، نیا کشمیر منصوبہ

کین بُنیادی اصولن تائید چھین کیس نجات دہندہ تہ جس سلام ہمدرد جعفر
تہ یِتھی پال بنز گرفتاری ہنز مذمت۔ پاکستانس منز ترقی پسندن چھِ
سپدنہ دِلبور ظلم تمہ چھنی۔ تہ شِر اندرِ چھِ تمہ ترقی تہ ترِ لیکھنہ یِوان اَہیں قلم
ترقی پسند مقصدو پاپتھ ٹھنگ اِستعمال۔
کونگ پوشک گوڈنیک شمارہ ونہ تہ تمہ سیتی یمن منز نگو دِتھ
چھُ اندرِ میس صفس پیٹھ لیکھتھ "قومی کلچرل کانگریس" آتھی اَنجمن
ترقی پسند مصنفین کشمیر کین ہند ماہواری ترجمان" یہ اوّل جِلد تمہ
ایڈیٹوریل بورڈ اوسُس۔ غلام احمد مہجور، مرزا عارف، دینا ناتھ نادم تہ
ایڈیٹر سوم ناتھ زتشی، گوڈنکِہ شمارِکی لیکھن والی آسی غلام محمد صادق، مہجور، کشمیری"
مرزا عارف، دینا ناتھ نادم، غلام نبی عارض، شریدر رینہ زار، پرتھوی ناتھ
پشپ، نور محمد روشن، شیام لال دربہار، دوٚیمِس شمارس منز آسی کونگ پوش
کشیرِ ہِنٛدۍ مزدور شاعر۔ اَزِمح جد وجہدیم غلام محمد صادق، مہجور، تہ شودان سنگھ
چوہانن لیکھی مت آسی اَتھی منز سیدی زتشی صابُن "بیٚلہ پھول گاش" تہ نادم
صابن "جوابی کارڈ" افسانہ چھاپ۔ نظمن ہندِس حصس منز آسی، مزدور عرفانی
عبدالستار عاصی، امبار دار، مہجور، عارض، نادم، آزاد، مجبور، برق تہ
حبیب کامران ہنز تخلیقہ۔ اَتھ شمارس اوس ژتھر ۲۰۰۶ سنہ لیکھتھ یانے مارچ ۱۹۵۰ء۔
گوڈنکی شمار نظرِ تل تھوتھ چھُ نان زِ کلچرل کانگریس آسی سیاستس
اوٚیز تہ کونگ پوش اوس سیاسی مقصد پراونہ خاطرہ جاری کرنہ آمت۔
پوز اَتھ کتھِ ہیٚکہ نہ اِنکار سپدِتھ زِ کاشُر زبان بنیہ یہ قابلِ توجہ تہ اَتھ منز
لیکھنہ سیتی ووٚت اَتھ فایدہ۔ مختلف موضوع ژارنی تہ تمن پیٹھ لیکھن سیٚن

اَمہِ کِنۍ سود مند ثابت زِ اَمہِ زبٲنۍ ہندِس دامنَس ہیوتُن واش ہیوٚ نیرُن۔ مقالہٕ، مضموٗن، افسانہٕ، نظمہٕ، آزاد نظمہٕ آیہِ لیٖکھنہٕ۔ اَمہِ علاوٕ ایڈیٹوریل، تہٕ ڈرامابیٚترِ تہِ ووہر زبانن منٛز لیٖکھنہٕ آمتۍ چیٖز ہیٚتھ ترجمہٕ ژنگی کاشرِس منز ییٚنۍ۔

پٲنٛژہِ مہِ شمارٕ ہیٚتھٕ یُس مارچ ۱۹۵۱ء یَس منٛز دراو ہیوتُن اَتھ رسالَس منٛز اکھ حِصہٕ اُردو پٲٹھۍ تہٕ چھپُن یہِ سِلسِلہٕ روٗد گوڈنکہِ جلدِکِس ہٕژِمِس شمارَس یُس جنوری ۱۹۵۲ء یِس منٛز دراو تہٕ جِلدِکِس پٲنٛژِمِس شمارَس یُس جون ۱۹۵۲ء یَس منٛز دراو تام جٲری۔

۱۹۵۱ء باپتھ سپٕنۍ قومی کلچرل کانگریسکۍ نٔوۍ انتخاب۔ صدر روٗدۍ صادق صاحب تہٕ ترٛیے نایب صدر آسۍ جیالال کلم، غلام احمد مہجورٕ تہٕ عبدالرحمٰن راحت، جنرل سیکریٹری سپُن نادِم صاحب منتخب، سیکریٹری، شیلا بھاٹیہ تہٕ خزانچی مس محمود احمد علی، رحمان راہی جنرل سیکریٹری انجمن پسند مصنفین، نور محمد روشن، انجمن ترقی پسند تھیٹرک تہٕ سوم ناتھ بھٹ انجمن ترقی پسند مصورین ہٕنٛک جنرل سیکریٹری۔

کونگ پوش جلد ۴ نمبر ۵، شمارس چھِ لیٖکھتھ، سرپرست غلام محمد صادق، غلام احمد مہجورٕ مرزا عارف، دینا ناتھ نادِم تہٕ ایڈیٹوریل بورڈ اوسُس رحمان راہی، امین کامِل، مہندر ناتھ تہٕ عزیز ہارون۔ یِتھہِ پٲٹھۍ آسۍ یِمن پھِرتھہِ سپدان روزان۔ نادِ گوژھُن اُدِیا سرپرستن منٛزۍ یا ایڈیٹوریل بورڈکین ممبرن منٛز۔ نادم صاحب گٔیہِ سرپرست تہٕ گاہے ایڈیٹوریل بورڈک ممبر۔ سارۍ شمارٕ وُچھتھ چھِ باسان زِ کونگ پوش رود وارٕ وارٕ باڈو کِنۍ ژمان۔ جون ۱۹۵۲ء کِس شمارٕ (۳)

منٛز چھُہ صرف اکھ مضموٗن تہٕ ژور نظمہٕ کأشرِس حِصس منٛز تہٕ صرف اکھ مضموٗن
اُردو حِصس منٛز گوڈنچ ہِش رنگارنگی تہٕ نہٕ کینٛہہ۔

کونگ پوش رسالس منٛزیم اداریہ لیکھنہٕ یوان آسی، تِم چھِ ہے ییٚنہٕ زمانہٕ کِٕن عالمی یا مُلکی مَسلن مُتلق آسہٕ ہن یا مقامی مسلن مُتلق ٹکیل آسکھ آسان سیاست قرار دادنہٕ آسی اِبہِ امن منٛز یتھۍ نے مالِن مُتلق پاس کرنہٕ یوان۔ کینٛہہ اداریہ آسی مثالہٕ زٕنگی یمن عنوانن تحت لیکھنہٕ آمتۍ۔ کٔشیرِ مُتلق سرآون ڈِکسن سُند پلان۔ امن تحریک تہٕ اسی کأشرۍ۔ رائے شُماری ہُنٛد بہانہٕ، آیئن ساز اسمبلی تہٕ سُون فرض، پرٛانہٕ سأزشہ نوِ سأزشہٕ، امنُک آلوہ عالمگیر امن تحریک تہٕ کٔشیر ہُنٛد مسلہٕ بێتر۔

کونگ پوش رسالس منٛز اوٗس عزیز ہارون صرف نثر لیکھان۔ بضمونو علاوٕ ترقی پسند افسانن ترجمہٕ کران، نور محمد روشن اوٗس نثر تہٕ نظم دوشونی مأدانن منٛز لبنہٕ یوان، مرزا عارف تہٕ اوٗس نظم کیوٚ نثر لیکھان، نأدم صأب اوٗس اُردوٗ زبأنی ہندِس جوش ہِندی یأنی گرٛزوُن شأعر آسی تھِے سێتی ہێتی افسانہٕ تہٕ لیکھنۍ تہٕ مضمون تہٕ۔ کونگ پوش رِسالن دیت لیکھن والین یہ ایحساس زِ شارہٕ سرمایہ چھُ کأشرِس منٛز برونٛٹھے سیٹھاہ ضرورت چھِے نثر لیکھنچ، ییمہٕ زٕنگی یہ زبان چھێنی تہٕ زُھرہٕ چھێے۔ اَوتام یُس ادبی سرمایہ کأشرِس منٛز موجوٗد اوٗس، تمہٕ منٛز تہٕ آو قأبلِ توجہ تیوٚتے زانہٕ یتھ کنہ نتہٕ کنہٕ زٕنگی معأشی مَسلن سێتی توٗلق اوٗس۔ حضرت شیخ العالمس مُتلق سپٕز اکھ مضموٗن چھاپ "شیخ العالم تہٕ محنت کش" صوفی شأعری منٛز تہٕ آو یتھۍ نے جیزِن زول دِنہٕ۔

نادار کران کوٚنجہٕ
دارنده ہسأ ہے

مسکین گے نتہ موٚنجہٕ    پینچہٕ سانہٕ دلو بیہہ

غلام نبی عارضنٕ معانی انقلابی شأیری تہٕ فہرِ یمنے وٚری (ن) ہٕتھین میہنت کش طبقن متلق تہٕ بیلہٕ پاٹھۍ نظمہٕ لیکھنہٕ۔ مثلہٕ پاٹھۍ عارف صابنٕ نظم "مزرنی" نادم صابنٕ نظم "ڈل ہانزنہٕ ہندٕ گیوٚن" پریم ناتھ پریمی بسنٕ نظم "گزپیتس کُن" تہٕ "منوجہ" تمہ لیکھنٕ ہندٕ پاٹھۍ تہٕ تہجی پاٹھۍ تہٕ۔

دویمہٕ عالمی جنگہٕ ستی یمہٕ تباہی تہٕ بربادی دُنیہس باگہٕ آیہٕ۔ تمہٕ کِس نتیجس منز اوس ژاپل ہاتیوٚدوس امنکہٕ جندہٕ تُلمت۔ امن تحریک چلاوٕنی آسی ترقی پسند ہُنٕد فرض، کشیرِ ہٕندی حالاتھ تہٕ آسی امنک تقاضہ گران۔ کوٚنگ پوش رِسالس منز آو اتھ متلق تہٕ واریاہ لیکھنہٕ۔ نظم کیٛو نثر، خواجہ احمد عباسن لیوٚکھ "انسان اور ایٹم بم" تہٕ ارجن دیو مجبوران لیوٚکھ "خربز تہٕ ایٹم بم" ناوی افسانہٕ۔ ییٚتھۍ پاٹھۍ نادم صابنٕ نظم "جنگ باز خبردار" تہٕ "مے چھم آش پگہٕ ہٕچ" راہی صابنٕ نظم "زِکتہ چھکھ دوٚرۍ پزاران" فراق صابنٕ نظم "توفہٕ کیا پوشن" بیتر۔

کوٚنگ پوشس منز یمن شاعرن ہُنٕد کلام چھپان اوس تِم چھہٕ مہجور، عارف، نادم، راہی، نور محمد روشن، فراق، مجبور، پریم ناتھ پریمی، امبار دار، عبدالمجید سالک، دینا ناتھ المست، امین کامل، شریدر رینہ زار تہٕ غلام نبی عارض "یموٚ منز اوس کانہہ کانہہ نثر تہٕ لیکھان۔ نثر لیکھن والیٚن بلکہٕ ادیب آسی پُشکپ، ہارون، عبدالرحمان راہوت، سومناتھ زتشی۔

کوٚنگ پوش رِسالس منز یہٕ کیٛنژھا چھپان اوس تہٕ اوس نہٕ فنی لحاظہٕ تیوٚت تار کھٕژن لایق آسان، تتھ اوس اکھ وجہ یہٕ زِ ترقی پسند لیکھاری آسی موضوعس اہمیت دوان مواد نظرِ تل تھاوان، بیانس تہٕ اظہارس نہٕ تیوٚتاہ مازان۔ دویم وجہ اوس یہٕ زِ

فن چھُ خون جگر منگان تہٕ سیٹھا ریاض کرُن پاوان۔ ییمہِ اَسۍ وُنہٕ اَتھ مادانس منٛز قدم تھاوان تہٕ اَزکۍ ہیلہِ پایہٕ لکھاڑۍ اَسۍ وُنہٕ شُرۍ باشے سیٹھاہ۔ تمہِ اگر یتھ درجس واتُن یہٕ چھُ یِتہِ ییمن پنٛژہن وٕری ین ریاض کرنُک نتیجہ۔ یہ کیشر ہا تمو تہٕ دورس منٛز لیوکھ تہٕ چھِ تمہِ پانے اَز گال کھاتس ترٛاوان ہیکیاز تہٕ پرٛتھ چھُ تمن پانس تہٕ ییتھے ہیوٗ گرھان۔ پوٗز فنکہِ مادانہٕ کس سفرس منٛز چھِنہٕ کانٛہہ تہٕ پڑاو مُشراوُن جان۔ شُر چھِ گوڈٕ کھوکھش کران، پتہٕ پکُن ہیوان، پتہٕ وُسوار جوان بنان تہٕ پتہٕ اَکھ دانا مرد یا دم۔

کونگ پوش رسالُن یا تمہٕ تنظیمہِ ہنٛزٕ یہ ترجمان اوس ہگر کاشرِ زبانۍ ہنٛز آیینی حیثیژ تہٕ امی کین جایز حقوقن کُن توجہ دیتمُت آسہ ہا۔ دوداوس اَبل وُنے۔ اَتھ ما آسہ ہا علاج سپدمُت۔ مگر پزر چھُ یہ زِ کاشرِ زبانۍ کُن کل کرنۍ اَسۍ تمن دوہن پرٛیہِ ہتس طبقس منٛز چھُ باسان توٗے اوس لکھارن اردو زبانۍ ہنٛد فوبیا تیتھے پاٹھۍ یتھ پاٹھۍ تمہٕ برونٛہہ کُن تام فارسی زبانۍ ہنٛد فوبیا اوس۔ یہ مانو تہٕنٛد حوصلہٕ زِ تمو ہیوٚت کاشرۍ پاٹھۍ لیکھُن۔

کونگ پوش رسالُن کوٚر کاشرِ زبانۍ کُن مال پھیرنس تہٕ اَتھ زبانۍ منٛز لیکھنٕچ کلٕ گنٛز راونس منٛز اَکھ اہم رول ادا۔ اَمہِ پھیرناوِ لیکھن والۍ ینن قلمن ہنٛدین رٕنٛگن ہنٛد جلوا ادبی مادانہٕ چِن مختلف وَتن کُن ینہٕ والین لکھارن ییہٕ نہٕ وَتہٕ ژھانٛڈنہٕ تمو نیہٕ ناویم وَتہٕ تتھہٕ پاٹھۍ زِ از چھُ سانٛی کارتہٕ وو گنان تہٕ اَسۍ چھِ کُنہٕ تہٕ ملکی زبانۍ ہنٛدِس اَدبس برٕ لوٚرین کاشر ادب تھاوِتھ ہیکان۔

# منظور ہاشمی سٕنز نظم

دُنیکٕ تمام دٔسیاب کاشرِس شارٕ سرمایَس منز نظم لیکھنکۍ گوڈنکۍ نمونہٕ چھ اَسہِ حضرت شیخ العالم علیہ الرحمہ ہندِس کلامَس منز نظر گژھان۔ چاہے تمو کانٛہہ تہِ موضوع کیاز آسہٕ دَر تووُمُت، پَتہٕ یمہِ زمانہٕ مثنوی لیکھنس چلیے جاوٕ نوگ منظوٗم قصہٕ تہِ ہیکو کھٕ اُتھۍ وانگس منز اَنِتھ، پۆزیُس تصوّر نظمہِ مُتلق یورپی ادبہٕ خصوصن انگریزی اَدبہ کہِ ذٔرِ یہِ تَمہِ کہٕ اَثرٕ اُردو اَدبہٕ کہِ ذٔرِ یہِ کاشرِن شاعرن تاں وۄت، سُہ اُوس ہنا دٔیر۔ ساٛنۍ یِم شاعر انگریزی تہٕ اُردو اَدبہٕ نِشہٕ زانٛنۍ یاب آسۍ، تِمو تہِ ہیٚژ یہِ شرٛے پارُوی منز نظمہٕ لیکھنہٕ۔ انگریزی تہٕ پتہٕ اُردو زبانٛنۍ منز چلیوو یہِ سِلسلہ پایہٕ پتھ پایہٕ، گوڈٕ پابند نظمہٕ تہٕ پتہٕ آزاد نظمہٕ یلنے آزاد نظمہٕ تاں واتان واتان اوس اَتھ شارٕ ذاتٕژ اَکھ سفر کرُن پیوُمُت، اَتھ اُوس اَکھ وقتا لوٚکُٹ۔ کاشرِس منز سیٚنٛن تہٕ تہِ، مہجوٗر صابنہٕ نظمہٕ پیٚٹھٕ دینا ناتھ نادمس تاں لگۍ اَتھ پَنداہ وٕری تہٕ یمہِ ساتہٕ ساٛنۍ شاعر یِلہ

پاٹھی نظم لیکھنہٕ لگی، پابند نظمو کھوٗتہٕ اُوس آزاد نظمن ہُند رِواج۔ اُتھی وقتس منز آو منظوٗر ہاشمی شاعر سِندِ حیثیتہٕ برٛونٹھ کُن۔

منظوٗر ہاشمی چھُ ہیٚترِ تہٕ موضوٗع کہِ اعتبارٕ مختلف شارٕ صِنفہٕ ورتاوُس منز آنان، غزل، نظم، تِکیٛہ ہیٚر حسابہٕ حمد، مناجات، نعت، مرثی، سلام، نوحہ، مدح لول بێتر موضوٗع حسابہٕ۔ کیٛتہ موضوٗعس سیتی چھُ سہٕ زیادٕ دِلچسپی ہاوان تہٕ کیٛتہ سیتی کم، تہٕ چھُنہٕ مێ وُنکین چہٕ وونُک یراد۔ یہٕ چھُس وُنکین صرف تشریح نظمہٕ متعلق کینٛہہ کرنی پێرسان۔ ییٚتہٕ گژھنہٕ بێیس اَکس کینٛہہ کُن اِشارٕ کرُن تہٕ نامناسب زیہت تہٕ موضوٗع اَکھ کُن تراوِتھ، نظمہٕ ہندِس اسلوٗبس تہٕ معیارس متعلق تہٕ چھُ تصوّر بدلان روٗدمُت، اَکس دورس منز اوس وننہٕ یوان زِ غزل چھِے اندرمہِ حیاتُک باوَتھ تہٕ اکھ چھِے اِشاریہ تہٕ بیاکھ بیانیہ صِنف۔ ییٚتہٕ روٗد نہٕ محض بیانیہ آسنس کانہہ خاص مول تہٕ وضاحتھ تہٕ باسیہ یہٕ غار ضروٗری۔ نقادو وۄن زِ یہٕ گیہٕ نہٕ شاعری شاعری گژھ شاعری آسِنۍ۔ ناظم آسُن گوو اکھ چیز تہٕ شاعر آسُن بیاکھ۔ نظمہٕ ہند مصرٕ تہٕ گژھ شارٕ مصرٕ آسُن۔ اَتھ منز تہٕ گژھن شارٕکی لوازم آسنۍ۔ امہِ حسابہٕ واتِہ غزلہٕ ہندِس اسلوٗبس نکھ۔ صرف روٗز فرق اکہِ خاص تسلسلچ تہٕ ربطچ، تِتھ تہٕ دِوت STREAM OF CONCIOUSNESS کہِ ذریعہٕ دِدار۔

یمن سارِنۍ کتھن ہُنز شہادتھ چھِے منظوٗر ہاشمی مرحوم ہِنزن نظمن منز موجود۔ یمن چھُ زیادٕ لوٚے خوٚے پابند نظمہِ سیتی، سہٕ تہٕ چھُہ بیانیہ قسمچ نظمہٕ پوزیم چھنہٕ کینٛہہ منظر محض ہیاتی ییت کران، یم چھہ دِیکھن واقعس ہند زاویہ نظرٕ تہٕ ہاوان تہٕ یہند زینگ انداز تہٕ نوٚن گڈان۔ مثالہ پاٹھی نمو ہُنز نظم "کرناہ"

منظر کٔشی ہُند نوموٗنہٕ چھُ یہِ ے

تھٔزٕر پیٹھٕ منظر یوان یتھ دِل کُش　　　کیا سنبر ووہ گنیار کیا تینتالہٕ کیا

ون ہٕگہلی شبنمی طراوتھ ہیتھ زوٗبارٕ　　　مُشکہٕ انبر نافہٕ رٕسٹہٕ وُن خوش ہوا

تہٕ منظر کٔشی کران کران چھُ شاعر یتھ نتیجس پیٹھ تہٕ واتان ے

باہمتھ ییتہٕ کی جفاکش مرحبا

راتھ رژہ کوٗران چھ سنگلاخن جگر

چھُکھ تگان کنہٕ منز کڈان روٗزی ینن

چھُکھ تگان سِکہٕ لین چھ ووہ پداوان ثمر

"روزِ عید" نظمہٕ منز ییتہٕ عینز ہنز ووسہٕ ذِروسہٕ بیان کران چھ، تتی چھہ ینہٕ مخصوص ژینن تراے تہٕ بروٗنٹھ کُن انان، کتھ چھےٚ یژ مگر اوٗکُن چھُ خالے کانہہ ظلوٗن گرژھان ے

پردٕ آے تُلنہٕ تھوٗد دریچن ہنڈی　　　قہوہ خانن تہٕ پھیر روٗنق ہش

داندرو کانڈرو پھوتین بٔری ڈیار　　　لوٗہٕ بوٗہ درین شمار گوٗ صبحائے

گوری لالو رلوو آبس　　دوٗد　　　آبہٕ دوٗد یوٗک کوکو کو کو صبحائے

ییتہٕ "نوروز نغمہٕ" تہٕ "ارضِ مراد" چھ ابیانیہ شاعری زانتہٕ ییہٕ، تتہٕ چھےٚ "اسیری سیشن" تہٕ "حاجن ہسپتالس منز" دون مختلف موقن پیٹھ ووتلے ہٕتین احساسن ہنز ورگہٕ باوتھ آسنس سٟتی ستی انسانی قدرن تہٕ اسبندزالان "لل دیدِ ہندِ ناو" تہٕ "حبہ خوتوٗنہٕ ہندِ ناو" نظمس منز چھُ اہنڈس شاعرانہٕ بجرس باج تارنہٕ آمُت۔

نظمہٕ ہندس نوٚس معیارس مُتعلق چھُ تہنز نظم ییتھ عنوانٕے "نوٚ نظم" چھُ

یٔرتھ ٹاکارٕ پاٹھۍ تہٕندۍ نوٕ قطعہٕ نظر واضح سپدان، تمہِ چھہٕ اَتھ صنفہِ ہندِس چھہٕ ابیانیہ آہنگس حقس منز، تہٕ اَتھ منز ابہام، گچھہٕ تہٕ داری تہٕ ورگہٕ باوُژ خلاف باسان، اُچھہِ چھُہِ ژُتہٕ بیٚیَن ہندی پدی آکھ وَتہٕ ہاوکھ بناوٕنی چھُنہٕ تمَن وٕژان تہٕ یٔرتھ نظمہ چھےٚ نہٕ تمَن ٹارِ کھسان۔ یہٕ چھےٚ اَکھ موختصر نظم یوٚسہٕ صرف ژۄن پاٹھن مصرن ہنٛزے نظم چھےٚ تہٕ خود بذاتہٕ چھہٕ نوٕ نظمہِ ہنٛد نموٗموٗنہٕ ؎

ہُتھ جو یہٕ چھُہٕ کھوٚلوٚ ووٕنی وَسان

تہٕ مأدان چَھل چھےٚ گردِ تَل

لفظن، استعارن تہٕ تشبیہن ہندی مُتی داندٕ چھہٕ

ہینٛگن رب لدان

تہٕ ہوڈل گُرن ہنٛد ہٕدرمار چھُہٕ زمینہِ ژٹان

اندیشہ، سماج، عشق، طلب، ناوی نظمہ چھےٚ نوٕ قسمچہٕ آزاد نظمہِ ہنٛد تمہِ تصور نشہِ بناوکھ یُس تصور "نوٕ نظم" عنوانہٕ نظمہِ منز پیش کرنہٕ آمُت چھُہٕ۔ منظور ہاشمی صأبنہِ کلامچ ترمیم سۄمبرن "لولُک سرگم" چھےٚ ۱۹۸۲؁ءیس منز چھاپ سپنٛز، اَتھ منز شأمل اَکھ نظم "ژٕر پارٕ جگر" یوٚدوَے قدرن ہنٛد زوال وٕکھناوان چھےٚ۔ یوٗز باسان چھُہٕ زنتہٕ یِتہٕ مین وُرییَن ہندِس پوٚت منظرس منز لیکھنہٕ آمٕژ۔

گواہ چھُہٕ یہٕ بند ؎

| | |
|---|---|
| پٔریتھ موڈس پیٹھ وقتکی چنگیز | اِستاد چھہٕ ہیتھ نٔنز کرتَل از |
| پٔریتھ پتوکس رتہٕ سیتی ژرامتہٕ چھٹھ | پٔریتھ آنٛگن مقتس مقتل از |

"سلام" عنوانہٕ اَکھ مسدس ہَل مِن ناصرِ شبِ عاشورہ تہٕ بناے لا الٰہ زَن چھےٚ موضوع، کنہٕ عقیدتی شأعری ہندِس زمرس منز یوان، یوٗز ہیٚژ کنہٕ چھےٚ نظمے

یمن منز شاعر مختلف انداز پننہ عقیدک احترامک تہ ذہنی تہ فکری وابستگی ہُنْد اظہار کرتھ اسہ پانس کُن متوجہ کران چھُ۔

حال حالے چھاپ سپنزِ رے منز "اچھر پھُلے" ناوی سوٗمبرنہ منز چھُ یہنز نظمہ ہُنْد انداز بروٗنٹھمیو نظمو نِشہ مختلف۔ اتہِ چھِ تِم پابند نظمہ کے یہن متال بران شایداوِ کنہ ذِوق چھُ کتہِ کوٗر آمُت۔ ووٗں چھُ صرف آزاد نظمے، نظمہ وَننہ یوان اَتھ منز چھےٚ بہاریہ نظمو علاوٕ صرف نیماز، "بڈ عید" روز عید ہندِس موقس پیٹھ" تہ "راتھ" پابند نظمو سِوا سارے نظمہ آزاد نظمہ۔ یم نظمہ چھےٚ اُدر زُو، کیُل، قناعتھ تصویر، مدرس، مرثی تہ عکس بیٚنتر۔ میانہ خیالہ چھےٚ یم سارے اَکس دوٚن نظمن سِوا تمام بیانیہ۔ مرثی چھےٚ یٚزی پاٹھو مرثی یہ پرتھ چھُ صاف باسان زِ یہ مرثی گھنٕہ چھےٚ ۔

ییٚنہ ژھیتہِ گیہ امہ براندِ چ مشعل

تتہ براندِ یان

ظُلمچ پریڈان

مرثی چھےٚ پران

مرثی چھےٚ پران

"کمیس" نظمہ منز چھےٚ کملی ہنزِ زندگی ہُنْد عکس تہ تہ سماجس منز امی ہنز اہمیت تہ۔ مدرّس نظمہ چھُ مدرّس سُنْدرو تہ تہ امی ہنْدی فرائض دائرٕ اوٕنس ستی تُستی از کل امہ پیشچ بدحالی تہ مدرس ہنزِ بے خبری تہ غفلتھ بیان پیٚنز منز۔

اڈین سُستی   اڈین کاہِن   کنس گشنُگ اڈین عادتھ

اَڈیوٚ رزچیر کرمنز تھیٚھ   چھِ مضمونُک ژھری عنوان

بدل کینٛہہ جانوارو بُلبُلن ہندی آدٕ قبضاوی منز

اَتھ سوٚمبرنہِ منز چھےٚ زٕ نظمہٕ اَکِس چھُ عنوان "تصویر" تہٕ بیٚیِس "عکس" یِمَن دوٚن نظمن ہیٚکو جان آزاد نظمہٕ وَنِتھ۔ "تصویر" نظمہِ منز چھےٚ تہٕ تصویر بنِتھ ہیکان تہٕ کیاز گاش چھُنہٕ موٚلیس، روٚتُل چھُ، سوٚت گاش چھُ، یَتھ تَل نہٕ کُنہی لیکھنہٕ ییہِ۔ وَنان چھُ ؎

ملاوٹ دار میٚثرِ تیلُک سوٚتیو مُرت گاش

بَتہِ منز بند

تہٕ ڈِزٕ یِلہِ کرٕ اٹھ

اَکہِ اَندٕ آولادان مَن

تہٕ بیٚیہِ اَندٕ کاڈٕ گوٚبراوان

خداوندا مےٚ تصویرن بہارٲوسم

خداوندا مےٚ تصویرن نِگارٲوسم

مگر کرٕ کُشیاہ

"عکس" چھےٚ موٚختصر نظم تہٕ اَتھ غاٲن نوٚہن آزاد نظمن ہنٛدے نوٚموٗنہٕ۔ زیٚٹھی تہٕ ژھوٚٹی ییٚہ مصرٕ داہ مَرٕ۔ بےٚ چہرٕ گی یُس اَزی کس بشرٕ سُنٛد لون مُیُدٕ، ہیٚنٛد بیٚ وایہِ اِظہارٕ یتم مصرٕ چھُس ؎

مقابلہ روٗے چھُ یُس

تَتھ چھُنہٕ روٗئی کینٛہہ

نہٕ بُتھ اصلی

نہٕ بُتھ نقلی

نہٕ ہیُتھی بدلی

منظوٗر ہاشمی مرحوم ہٕنز نظم گوئی ہُنٛد یہ سرسری تعارف ہیٚکہ اَمہِ کتھِ ہٕنز
جان ژرینہٕ وَن دِتھ۔ زِ کاشُرِ شاعری ہنٛدِس توارٖخس منٛز یٚلہِ تہٕ نظم زیرِ بحث
یِیہِ اَہنٛدِ ناوِ یِیہِ ضوٗرٕ ہیٚنہٕ تہٕ اَہنٛدِ روٗس یِیہِ نہٕ نظم نِگارن ہُنٛد فہرست مکمل
زانٛنہٕ۔

....

## عبدالاحد آزادٕنی لولہٕ شاعری

(مضموٗنہٕ منٛز)

آزادٕنی شاعری ییٚمہِ دَقتہٕ زیادہ مقبوٗل سپٕز بچاہے پریم ناتھ بزازنہٕ ہمدرد
اخبارِ کنٕز، بچاہے دِہچ قسط منگ نِنس تَل تھوٗنہٕ کنٕز، شہ اوس پوٗرٕ ہندِ س۔ تانس منٛز یہ
نہٕ، دنیاہس منٛز روسی فلسفہٕ یانے اِشتراکیت کہِ چلٕے جادُک زمانہٕ۔ برصغیرس منٛز
اُس ترقی پسند تحریکٕ طیس پیٹھ تہٕ یَیں نظریہٕ اَتھ ڈکھس اوس، تِمہٕ کنٕز گُرٕژھ کتھ
کرنہٕ ینٕز صرف سماجی تہٕ معاشی نا برابری ہٕنز، طبقاتی تقسیم کہِ نوسوٗرچ، اَتھ نظامس
تَلک پیٹھ کرنٕچ، اِنقلابٕچ دغارٕ وغار، لوٗلہِ چھیٚنہٕ کھیٚتے مذہب تہٕ گیوو
گال کھاتس تراوُن تہٕ اَتھ اُتس یوان سو آفیمن وَننہٕ یوٗسہٕ لکن شونگِھتے تھاوان
چھیٚ۔ یانہٕ آزادن اَکھ شار چھُ اَتھ کُنہٕ اِشارٕ کران

تِمہِ لولہٕ کھوتے بیہتر زدلانہٕ غلامی ہُنٛد
اِستاد جوان مردس یُس لول پھیٚر پادٕ

# فارسی تہٕ کٲشرِ سامٕ نامہٕ

کشیرِ منز لوٗگ فارسی ادبُک اثر شہمیرؠ نہِ ہندِ زمانہٕ پیٹھٕ تہٕ وَق گُزرنَس سٟتؠ سٟتؠ رودا تھ ہُرٕ ہُرٕ گرٛزھان چَک تہٕ موغل دورٕ پتہٕ پٹھانن ہندِس عہدس منز فارسیُک راج تاج آسُن چھےٚ نہٕ تاریخ کتھ۔ پوٚز اَمہِ بالا دستی روٗزنہٕ صرف سکھ عہدس منزٕے بلکہ ڈوگرٕ راجس تام قٲیِم۔

کٲشرٕ شاعرو لیچھ مثنوی گوڈٕ فارسی زبٲنؠ منز مثالہِ پٲٹھؠ ہی مال یوسہٕ گوڈٕ ملا اشرف ویری صٲبن (۱۶۸۲ءتا ۱۷۶۵ء) لیچھۍ تہٕ پتہٕ صدرالدین وفٲیؠ تہٕ بابا اسرار قٲدری صٲبن، یِتھے پٲٹھؠ لیوٗکھ حمید اللہ شاہ آبادی فارسی پٲٹھؠ اکبر نامہٕ تتھؠ زمانس منز ییلہِ ییتہِ فارسی مثنوین ہنٛز چلے جاو اوس تہٕ یمن مثنوین کٲشرِ پٲٹھؠ ترجمہٕ کرٕنٕ یا یمنٕے مثنوی لیکھنٕ یا یمے قسمٕ ینمہٕ زبٲنؠ منز پھیرٕنٕ کُل ٲسی گنٕ ہنٕ تہٕ کینہہ کوشش تہٕ آسہٕ شروع کرنہٕ آمٕژ۔

کٲشر زبٲنؠ منز یمِ فارسی مثنوی ترجمہٕ سپٕز تِمَن منز آسہٕ لولہِ مثنوی تہٕ تہٕ

جنگ نامہٕ تہٕ ۔ یِیتہٕ گرٛشھنہٕ یہٕ کتھ وَننۍ بےٚ موقہٕ زٕ ژھپر کانٛسہ آسہٕ تہٕ آسہِ ساٛنی بہلہِ پایہِ مثنوی نگار شاعرٕ پانہٕ وانۍ ہم عصر۔ محمود گامی، ولی اللہ متو، مقبول کرالہٕ واری، امیر شاہ کریری، لکھمن کول بُلبُل ، پرکاش رام کُری گام بیتر۔

فارسی پیٹھہٕ کانٛشرِ زبانۍ منٛز پیرنہٕ آمتۍ جنگ ناموٚ منٛز چھِ شہنامہٕ ،سکندر نامہٕ تہٕ سام نامہٕ سرفہرس تہٕ یِم ترٛیشوے چھِ رزمیہ شایری ہندی مولل لال سکندر نامس کوٚر ماجنکیہ مولوی صدیق اللہ صابن ، شہنامس اتہٕ کی وہاب پرے صابن تہٕ سام نامس ناگامکی لکھمن کول بُلبُل صابن تہٕ کریری امیر شاہ صابن ترجمہ۔ یِم ترجمہٕ چھ چھاپ سپدمتۍ تہٕ اَسہٕ چھِ ۔ یِمو منٛز چھِ وٕنیکین سوٚن موضوع صرف سام نامے یوٚت۔

لکھمن کول بُلبُل سُنٛد ترجمہٕ کوٚر مُت سام نامہٕ چھُ نور محمدی چھاپہٕ پیتہٕ غلام نبی خیال صابن ترتیب دِتمُت تہٕ کلچرل اکیڈیمی چھاپ کوٚر مُت تہٕ امیر شاہ کریری سُنٛد ترجمہٕ کوٚر مُت سام نامہٕ چھُ منظوٗر ہاشمی صابن ترتیب دِتمُت تہٕ کلیات امیر شاہ کریری کہٕ گوڈنکہٕ جلدٕ ژِنگر ریاستچہٕ کلچرل اکیڈیمی شائع کوٚر مُت۔

سام نامہٕ کیٛت آگرن متعلق یِم کتھ وَننہٕ آمژ چھےٚ ، تمو سیتۍ چھ کینہہ سوال وۄتلان ۔ امیر شاہ کریری چھُ فردوسی طری ، خواجہ کرمانی تہٕ عبدالعزیز بن منصور مروزی عسجدی سُنٛد حوالہٕ دِوان تہٕ لکھمن کول بُلبُل فردوسی تہٕ دُچھن چھ یہٕ زٕ یِمو ترٛیشوی چھا سام نامہٕ لیکھی متۍ کِنہ نہٕ ۔ بدرس مولوٗمات نظرِ تل تھوتھ چھُ نہٕ یہٕ وَنُن غلط زٕ فردوسین چھُنہٕ سام نامہٕ لیوٚکھمُت شاہ نامس منٛز چھےٚ کینہہ کتھ سامس مُتلق میلان تہٕ یِم چھےٚ سامنہٕ زندگی ہندین پتٕمین دوریہ سیتۍ تعلق تھاوان۔ یا نے سام پہلوانس زال ناوی نیچو زیون ۔ تسنٛد نقیدس

آسُن تہٕ یہ خبر بوٗزتھ سامُن سُہ پنٕنہ نسلہٕ زالُن تہٕ پھیشل کٕتھ زانتھ کوہِ
البرزس پیٹھ تراوُن ییتہِ سُہ آگر پچھِن روٗد چھ۔ خالبس منٛز سامس اِشارٕ میلن
زِ سُہ چھ چوٗنے نچوتہٕ زندے چھُ۔ ساٲی پوٗترن ملاقاتھ سپدُن تہٕ منوچہر
پادشہس نِشہ یِن۔ امہِ پتہٕ زالُن کوٗبل گرٛشُن تہٕ تتہِ چہٕ پادشہ کور رٲد بس
عاشق سپدُن، سامہٕ سنٛد کوبلہٕ کس پادشہس سٟتی جنگ تہٕ زال روداین
غانٛدر۔ یمو کتھو منٛز چھینٕہ ترجمہ کرنہٕ آمتین سام نامس منٛز اکھ کتھ تہٕ میلان
دِل کپارٕ چھُ فردوسی سنٛد حوالہٕ دِیٕن صحی۔ پتھ روٗدی زِ شاعر عسجدی تہٕ
خواجو۔ عسجدی چھُ فردوسین ہم عصرتہٕ محمود غزنوی سُنٛدِ دربارُک
اکھ اہم شاعر اوسمُت۔ خیال صاٮ۪ن چھ اُمس متلق "مظاہر مصفاکہ بیٚیمہِ حوالہٕ
"دیوانے ازو درست نیست۔ درسالہائے اخیر آقائے طاہری شہاب شعرہائے پر پر
اگندہ ایں شاعر را از تذکرہ و فرہنگ ہائے فارسی گرد آوردہ" یہ کتھ وننی یژھان
زِ امی چھنہٕ کہنہ سام نامہ لیوٗکھمُت۔ پوز ٲستی چھُن رضازادہ شفق سُنٛدِ
تاریخ ادبیات ایران کہ اردو ترجمک یہ حوالہٕ دیتمُت "کہتے ہیں اسکے دیوان
میں تیس ہزار شعر تھے۔ اب بعض قصیدوں، قطعوں اور ایک مثنوی کے
چند اشعار کے سوا جو اس کے نام سے تذکروں میں محفوظ رہ گئے ہیں۔ اسکے
اشعار کا کچھ پتہ نہیں ملتا" منظور ہاشمی چھُ لیکھان زِ خواجو کرمانی چھُ ۶۷۹ ہجری
۔۷۵۳ھ) کرمانس منٛز زامُت۔ اُمی سنٛد نسب چھُ شیٚیو واسطو نظام الدین
طوسی یس ٲستی رلان۔ اُمس کُن یس سام نامہ منسوب چھُ یوان کرنہٕ تمنک

---

۱؎ کلیات امیر شاہ کریری جلد اوّل۔

دویم ناوچھ ہمائے وہمایون ونہٕ یوان"[1] تموچھ رضازادہ شفق سنٛدیہ حوالہٕ دیتمُت"یہ عاشقانہ داستان ہے بحر تقارب میں کہی گئی ہے اور ذیل کے شعر شروع ہوتی ہے ۔۔

بنام خداوند بالا و پست کہ از ہمتش ہست شد ہر چہ ہست"[2]

گومُر سنٛدِ یمہٕ حوالہٕ "خواجو نے شاہنامہ فردوسی کے پیش نظر ایک تاریخی نظم بعنوان سام نامہ لکھی ہے"[3] چھِ تم تسٛندِ وَنہٕ متہٕ سام نامہ آسنک تہٕ باس دوان تہٕ ستی ہَرمن ایتھے سنٛدیہ حوالہٕ "یہ سام نامہ دراصل خواجو کی مثنوی ہمائے دہمایون ہی کا Reproduction ہے، جس میں محض نام کی تبدیلی کی وجہ سے قاری کو دھوکہ دینے کی کوشش کی گئی ہے"[4]۔ دِتھ اسہِ اَتھ تجسس پیٹھ واتناوان زِ سام نامہ چھُنہٕ الگ پاٹھی لیکھنہٕ آمُت ۔میون خیال چھُ زِ خیال صأبن تہٕ ہاشمی صأبن چھِینہٕ مثنوی ہمائے وہمایون ژھارہِ تہٕ تتھ نظر گزر دِہ کوشش گرمژ تہٕ اگر گرمژہٕ تہٕ چھیکھ تہنزٕ یہ کوشش چھےٚ نہٕ کامیاب سپنزمژ۔

خیال صأب چھُ کاشُر شیرازٕ جنگ نامہ نمبرس منز شأمل سام نامس متلق بننس مضمونس منز لیکھان زِ عسجدی سنٛد ذات نامہ لیکھن والی کأنسہِ تہٕ ادیبن یا سورخ لگارن چھُنہٕ یمہٕ کتھ ہند کنہہ اشارٕ کورمُت زِ عسجدی ین کیا چھُ کنہہ سام نامہ لیوکھمُت۔"[1] یہ چھےٚ سورا یمہٕ کئی یہ باس لگان چھُ زِ خیال صأبن چھُنہٕ اکھ تہٕ تذکرہ یا تو أریخ وچھنہٕ روٗس تردومُت تہٕ یہ چھُنہٕ موٚکلنے ۔اگر عسجدی سنٛد لیوکھمُت کنہہ

---

[1] تا [2] کلیات امیر شاہ کریری جلد اول

[3] شیرازہ کاشُر جنگ نامہ نمبر۔

سام نامہ چھُی نہٕ، امیر شاہ کتھ پاٹھۍ چھُ سام نامہ کٔس دٕیمیس حصس منز صرف
عسجدی سُندرے حوالہ دوان تہٕ سُہ کتہِ چھُ تم واقاتھ انان یم تمۍ پھرِ ہتی چھُ ڈاکٹر
زہری خانلری چھُے رہنمائے ادبیات فارسی تالیفہ منز خیال صاٲبنِس بیانس ہستی
ہشر تھاورخ کتھ کران لیکھان "دیوانے بہ عسجدی نسبت دادہ اند کہ درست
نیست فقط اشعاری از قصائد و قطعہ و مثنوی در تذکرہ ہا بہ نام او ثبت است"[1]
پوز اتھ رایہ منزیُس لفظ مثنوی آمت چھُ سُہ ہیکہ سام نامہ تہٕ آسِتھ۔

اَمی سُندرے گفت چھُ خواجو کرمانیس مُتلق یہ زِ "کمال الدین ابو العطاء
محمود بن علی کرمانی از شاعران بزرگ قرن ہفتم ....... دیوان غزلیات و قصائد
بہ سبک نظامی ہمائے و ہمایون، گل نوروز، روضتہ الانوار، کمال نامہ، سام نامہ،
گوہر نامہ"[2] یمہ ہستی یہ اشارِ میلان چھُ زِ ہمائے و ہمایون تہٕ سام نامہ چھُے اَمہٕ سُنز
لیچھ مژ زِ الگ الگ مثنوی یمہ گنی ہرمن ایتھے سُندس بیانس پیٹھ شک چھُ سپدان
لکھمن کول بُلبُل تہٕ امیر شاہ صاٲبنِن ترجمن چھُ وارہ ہشر۔ یوتاں امیر شہنہ
سام نامہ کہ دٕیمہ حصک تولُق چھُ تمکی واقاتھ چھُ ہریمانہٕ۔ لکھمن کول بُلبُل چھُ
شاہ چیپنٕن ہنز کور پری دخت وزیر سُندِس تہٕ خانس منز قادٕ تھاوتھ تہٕ تسنٔز مرن
والدٕ ترٲوتھ بے فکر گژھنس تہٕ سامن اَمہِ ژھلکٕ پے لیتھ پری دخت قادٕ منز کڈتھ
شاہ چیپنس ہستی جنگ لڈنس تہٕ یمن دوشوٕنی ہنڈس خاندرس تہٕ پننٕ وطن ایران
واتنس پیٹھ، قصہ اندٕ واتناوان۔ ییلہ زن امیر شاہ، شاہ چیپنس ہستی جنگ کرنہٕ بونٕتھ
بی تہٕ کینہہ واقاتھ بیان کران چھُ۔ مثالہ پاٹھۍ سامن رضوان پری انہ پری دخت

---

۱۔ رہنمائے ادبیات فارسی ص ۲۶۶ ایضاً ص ۱۵۱

قاۓدِ منز کڈتھ اَنہ ناوُنہٕ تہٕ وتے دیوابرہ سندیم دوشوے تلُتھ نَنہٕ تہٕ شہر فناکس
طلسماتس منز قاۓد کرنہٕ سامن دیوابرہس سیتی جنگس نیرن وتہٕ شاپورسُ
سقلابیس، قہرمانس سیتی جنگ۔ شہر سگسار واتن نیمہٕ تَمن ہندس مُلکس
منز جنگ۔ نارٕ شہر منز نیرتھ شداد ثانس مُلکس منز جنگ۔ حصار زرین واتنُ
دیوار قمر مارنُ، الواج، بعلاج مہابت تہٕ عوج ناوی بڈین دیون سیتی جنگ۔ پتہٕ
زنانہ سلطنتٕ منز لڑائی تہٕ کوہ فناواتتھ دیون سیتی جنگ۔ دیوابرہ سنز گرفتاری
چین واپس یُن تہٕ شاہ چینس سیتی ترٛے جنگ۔ فغفورُن مارٕ گژھن تہٕ سانُ
پادشہ بنُن۔ پتہٕ پری دخت پننس نکاحس منز آننی تہٕ واپس پنُن مُلک
ایران واتنُ۔

سام نامہ کین دوشونی ترجمن منز چھُ کردارن تہ ہشر تہٕ واقاتن تہ۔ ییتنِ زَن
امیر شہن زیچھر دیُتمُت چھُ تہٕ واقاتھ تفصیلہٕ سان بیان کٔرِتھ متی چھُ، تہٕ چھِے بُلبُلن
کتھ ژھوٗٹراوُنچ کوٗشش کٔرمژ تہٕ بیانہٕ کہ تکرارٕ نش پتھ ہیوٚتمُت۔ امیر شاہ چھُ جایہ
جایہ مقابلس آمتین جنگ بازن ہُنٛد رجز تہٕ تمہِ پتہٕ جنگکی ژھل تہٕ جنگی عمل وِژھناوِتھ
لیکھان ییمہ کنی جنگ نامہ باڈوٗ دار بنیومُت چھُ۔ کردارن تہٕ واقاتن ہنٛد شہر چھُ
ییمہ کتھ ہنٛد ثبوت زِ دوشونی ترجمہ کارن چھُ ہوٚے فارسی سام نامہ دستیاب اوسمُت
یُس شاۓرٕ سنٛد سام نامہ بُلبُلس میوٗل تُسی تاں ووت امیر شاہ تِہ۔ یہ کتھ چھِے امیر شاہن
سام نامہ کس گوڈنکس حصس تاں صحی باسان۔ پتہٕ چھُ امیر شاہس بیاکھ سام
نامہ تِہ دستیاب سپنمُت، ییمہ کنی سُہ ہُریمانہٕ واقاتھ بیان کٔرِتھ ہیوٚک۔ کتھ آس
سام نامہ کین آگرن ہنٛز۔ اَتھ سِلسِلس منز سپزٕ مٔے خواجو سنٛز مثنوی ہمائے
و ہمایوں دستیاب ییتھ متلق یہ وننہٕ آمُت چھُ زِ سام نامہ تہٕ یہ مثنوی چھِے ژٕکہ کنی۔

صرف چھِس ناوٕز۔ یہ مثنوی چھپےٚ ۱۳۴۸ ھ یَس منٛز انتشارات بنیاد فرہنگ ایران کہ طرفہٕ شائع سپٕز ہٕرتہٕ کمال عینی صاۂبن ترتیب دِژہٕر۔ اُمہ سٕندِ تحقیقہٕ کٔنٛز چھُ خواجو کرمانی سٕنٛزن پانٛژن مثنوی ین ہندِ پے میلان۔ تم چھپےٚ روضۃ الانوار کمال نامہ، گوہر نامہ، ہمائے وہمایوں تہٕ گلُ و نوروز۔ ہمائے و ہمایون مثنوی ہٕنٛد گوڈ شار چھُ یہ سہ

بنام خداوند بالا و پست      کہ از ہمتیش ہست شد ہر چہ ہست

سام نامکی کأشرِ ترجمہ بیٚلہِ اَکھ مقابلہ تھأوتھ یِروکھ تہٕ ننان چھُ زِ قصک پلاٹ چھُ ہوٗے بلکل ہِوُے۔ صرف چھِ کرداڑن ہنٛدی ناو بدل۔ واقاتھ تِہ چھ کلھم پأٹھی تِمے۔ ہُتہ چھُ ایرانہٕ کِس منوچہر پادشاسٕند دربارتہٕ بیٚتہِ شامہٕ کِس پادِشہ منوشنگ سٕنٛدیُس کے سِلسِلس سیٚتی تعلق تھاوان چھُ۔ ہُتہ چھُ قصک ہیرو نریمانہٕ سٕنٛد نیچو سام تہٕ بیٚتہ خود شہزادِ ہُما۔ سرکش گرُ چھُ دوشونی قصن منٛز غراب نأوی یَس صِرف ہیرو رام چھُ کران۔ دوشونی قصن چھُ ہیرو سٕنٛدِ شکارس گژھنہٕ پیٹھ دس وۄتھان ہیرو چھُ لشکرٕ نِشہ گورخرس پتہٕ دوران ژھینہٕ گژھان تہٕ اَکِس باغس منٛز وأتتھ اکھ تصویر وُچھتھ لولہٕ چہ والہٕ واشہ لگان۔ یہ تصویر چھپے چھینہٕ چہ شہزادِ ہِنٛز ہُتہ چھس ناو پری دُخت تہٕ بیٚتہِ ہمایوں۔ ہیرو چھُ دوشونی قصن منٛز مأیِس ماجہ پأغام سوزان تہٕ دہ دِ بوے ہتھ چھین کُن نیران۔ ہُتہ چھُ ہمر ہُس فلواد ناو تہٕ بیٚتہ بہزاد دوشونی چھُ زنگین سیٚتی مقابلہ ہیوان کرٕن۔ یسٕندِس زِ ژھس سمنٛدون ناو چھُ۔ خاور زمین دأتتھ چھُ ہیرو پادشابنان تِکیاز اَتہِ چھُ پادشاہ مود مُت آسان تہٕ مقامی رٕواژ کٔنٛز چھُ اَدرواتن دول یوہ ہے گوڈنیک شخص آسان۔ ہُتہ چھُ فلواد وزیرٕ سٕنٛزِ کوٗر آذرا فروزِ عاشق گژھان تہٕ بیٚتہ بہزاد ہُتہِ چھُ سأنسُن بیٚتر بوُے

قلوش ایرانہٕ پیٹھ مدنس یوان تہٕ ییٚتہِ چھُ ہیرو سُندس پترِس بأیس مہرشاہ ناو
سامس عاشق گژھن واجنہِ نازنینہِ چھُ ناو پری زاد یوٚسہٕ تس لیوٗمبِ چھےٚ دارِتھ دوان
خواجو سنٛزِ مثنوی منز چھےٚ بےٚ حرکت شمس خاوری کران۔ سعدان سوداگر چھُ دوشونی
قصن منز ہیروس رہبری کران۔ ژنٛدجودو گار تہٕ نارِ شہر چھُ ہتہٕ تہٕ ییٚتہٕ تہٕ۔
زرینہ در ملکس منز دأنتھ رہاکرنہٕ پتہٕ واجنیٚ شہزأدی چھےٚ ہتہٕ پری نوش تہٕ
بیٚتہٕ پری زاد۔ ہیرو چھُ دوشونی قصن منز کےٚ خسروٗن خزانہٕ لبان۔ زرینہ درِ رہا
سپدن واجنیٚ شہزأدی چھےٚ شاہ چینہٕ سنٛز باوِز۔ شہرِ چین وأتھ پادشاہس سلامہِ
گژھان گژھان چھ ہیرو دوشونی مثنوین منز پننہٕ مطلوب وُچھتھ تس پان
وندِنس واتان۔ اَمہِ پتہٕ واقاتھ تہِ چھُ ہوی۔ عشقہ سرِس فاش گژھن، ہیرو
سنٛدی دُسی پہرِ درتہٕ باغوان مارِ گژھن۔ شاہ چینن ہیرو قأد کرُن یس پتہٕ اکھ
نازنین موکہ لاوان چھےٚ۔ اَکس جایہ چھُس ناو قمر رخ تہٕ بییس جایہ سمن رُخ عاشق
تہٕ معشوقہ سُنٛد مکالمہٕ تہٕ عاشقہ سُنٛد ناوہ بید گژھتھ ون رٹُن تہٕ چھ ہوےٚ۔
عاشق معشوقہ سُنٛد جنگ لڑن تہِ چھ دوشونی قصن منز میلان۔ شاہ چینہٕ سنٛدی
فندتہٕ فریب، پننیٚ کوٗرِ تھہٕ خانس برٛتھ تسنٛز مرن وأنی تراولی تہٕ وزیر زادِ سُنٛد شہزادِ
ہنٛز پترِ بنہٕ عاشق سپدُن تہٕ شہزادِ ہنٛد تہندس گرس منز قأد آسنک سرِ ونُن،
ہیرو ژھانڈِتھ انُن تہٕ تس اَتھِ شہزادِ ہنٛز رہأیی ہنٛدی واقاتھ چھُ دوشونی مثنوین
منز اکے انمانہٕ۔ ہتہِ چھُ وزیر زادس قمرتاش ناو تہٕ ییٚتہِ فرنیوش۔ پترِ بنہٕ چھےٚ سام
نامس منز پری نوش تہٕ خواجو سنٛز مثنوی منز پریزاد۔ شاہ چینس ستی جنگ تہٕ سہٕ
مارِ گژھن۔ ہیرو سنٛد چینک پادشاہ بنُن۔ عاشقن تہٕ معشوقن ہنٛدی خانٛدر تہٕ پتہٕ
پننُن وطن واپس ینکی بیان تہِ چھ رلان۔ اگرناون ہنٛدِ پھیر باوجود واقاتھ رلان

چھِ تیلہ چھُنایوہے قصہ ترجماوِنہٕ آمُت ۔ پوز ناون ہنٛد پھیر کیاز پیوٚ؟ خواجو کرمانی سٕنز مثنوی چھےٚ گوڈٕ لیکھنہٕ آمٕژ ۔ تیٚلہ چھا ترجمہ کارو ہے ناون ادلابدلی کٔرمٕژ؟ اگر سو کتھ چھینہٕ تیٚلہ چھا خواجو سٕنز سام نامہ ناؤوٕ تہٕ کہنہٕ مثنوی؟ پوز اُکی ہے پلاٹس پیٹھ کیٚنا مطلب چھُہٕ مثنوی لیکھنُک؟ یم چھِ محققن کیٛتہٕ اہم سوال۔

ہمائے وہمایوں تہٕ کأشری سام نامہ پٔرتھ چھُ باسان زِ خواجو کرمأنی یَس چھُ مثنوی لیکھنُک مقصد اوسمت کینٛہہ صوفیانہ رموز فکرِ تارٔنی تہٕ مجاز کس پردس منٛز عشقِ حقیقی یکی وأری داتھ بیان کرٔنی ۔ یِیٚلہ زن کأشرین ترجمہ کارن جنگی جذبن وتشِ دِنک خیال اوسمُت چھُ ۔ اَمِچ شہادتھ چھ امیر شاہ کریری سٕنٛدی یم شار دوان ؎

| | |
|---|---|
| چھُ کأشرِ نشان گوہِ زِ خنجر وٕ چھُتھ | اژان لرزِ چھکھ کہنہٕ دلاورو چھُتھ |
| منٛزی جامن اندر گمتی ٹھیلہٕ پوش | کجا درع خفتاں کجا تاو توش |
| ہمی گورزِ شمشیر رزم وجواں | چھُ از لفظ کشمیر گفتن محال |

تہٕ ہمائے وہمایون مثنوی ہنٛدی یِم شار چھِ شأیرٕ سٕنٛز فکرِ ہنٛد باس دوان ؎

| | |
|---|---|
| نہ ماند کسی زیر چرخ کہن | زار باب دانش بماند سخن |
| ہمہ دانش و پند و تدبیر ورائے | ذکر دار فرخ ہمایون وہمائے |
| تواین داستاں رائگی گنج ساز | پُراز گوہر پند و لو لوئے راز |

مقصدُک پھیر چھُ فارسی مثنوی ،لولہٕ مثنوی بناوان تہٕ کأشرس منٛز جنگ نامہ ۔ اوے کٔنی چھُ کأشرِ ترجمہ کارو جنگن ہنٛدس بیانس کٔرُن زیادٕ توجہ دِیٛتمُت تہٕ دلیلہ ہنٛدس عشقہٕ پاسس کٔرُن کم ۔ انتھ منٛز چھُنہٕ کہنہٕ شک زِ کأشری شأیر چھِنہٕ محبوبہٕ سٕنٛد سراپا بیان کرنس منٛز کہنہٕ کسر تھاوان تہٕ لولہٕ وأری داتھ

تہٕ پیش کران۔ پۄز یہِ چھُنہٕ تہند مقصد باسان اَتھ مقابلہٕ چھُ خواجو سٕنز
مثنوی منز لولہٕ وأری داتھ پرزنہٕ پأٹھی بیان سپنمتی تہٕ جنگن تہٕ لڑاین ہنٛد اظہارٕ
وزِ چھُ سہٕ سرسری پکان۔ یم مثالہٕ وُچھوِ

| | |
|---|---|
| سمن بر ہمایوں چو خنجر بدید | کیانی سپر را بہ سر در کشید |
| چناں بر سپر زد کش از زخم دست | سر تیغ تا قبضہ درہم شکست |

داش میٚ کڈتہٕ یوٗتہٕ مُغفورس سٟتی جنگ سٕ

| | |
|---|---|
| سر کوہ افتادہ از زخم تیغ | سر از تیغ باراں چو باراں زمیغ |
| ز سہم دلیران پولاد جنگ | شکست دل شیر و پُشت پلنگ |
| چکا چاک تیرِ و شفاشاف تیغ | زدہ آتش سہم در جان میغ |
| فنا حملہ آورد ہم چوں پلنگ | اجل باز کردہ دہاں چوں نہنگ |
| پُر از کاسۂ سر ہمہ صحن خاک | طبق ہائے گردوں پُر از جانِ پاک |

اتھ مقابلہٕ چھُ کأشرِ ترجمن منز جنگن ہنٛد بیان سٹھا وضاحتہٕ تہٕ تفصیلہٕ سان
میلان۔ یوٗتہٕ یوت نہٕ کینہہ واقہٕ تہِ چھُ ہُرراونہٕ آمتی۔ یم یمن ترجمن بولہٕ مثنوی
بننہٕ بجایہ جنگ نامہ بناوان چھ۔ شاہ چین چھُ خواجو سٕنز مثنوی منز فند فریب کران
پۄز تم چھِ بدل اندازکی۔ یاتہٕ ہیروس ہرم دِیُن یا سہٕ قأد کرُن یا پننہِ کورِ ہنٛز مرن
وأنی تراوٕنی۔ کأشرِ سام نامن منز چھُ سہٕ یمو حیلو علاوہٕ شہزادس ہینِن بلاین تہٕ
پُشران۔ سہٕ چھُ تس زنگال دِہو مارنہٕ سوزان أمہٕ نیٚژِ زِ اپأری نیس سہٕ گأیتھ
امہ علاوٕ چھُ کینژن بأقے دیوٚن سٟتی جنگن ہنٛدی واقاتھ تہٕ ہُرراونہٕ آمتی۔ مثلن
چین واتنہٕ برونہہ ژندرجو دوگار سٕندس بأیس مگو کال دیوس سٟتی جنگ، شدادن
تہٕ نیمہ تنن سٟتی، ارقم لعلاج تہٕ ایلاج، مہابت، عوج نأوی خطرناک تہٕ پانژألی بایہ

دیٛوٕن سٟتؠ تہٕ دیٛوا بر ہٕس سٟتؠ جنگ تہٕ یمن جنگن ہٕنٛد تفصیل دِوان صفن ہٕنٛدی صفہٕ لیکھنی چھہٕ آمہٕ کتھہِ ہٕنٛد ٹاکارٕ ثوبوٗت زِ مثنوی لیکھنک مقصد اوس صرف رزم نگأری زٕ مثالہٕ چھِہ پیش۔ مگو کال دیٛوس سٟتؠ جنگ یَس دیٛوٕن ہٕنٛد فوج سٟتؠ اوس

تلُن گوٗزٕ رٕ ئے شیر پیکر بدس
دیٛوٕن پیٛٹھ کوٗرُن حملہٕ چوٗں شیر نس

تیٛتھٕے بود دان ضرب گرز گران
مُتھے رستمن کوٗر بہ مازندران

اَکِس گرزٕ کے دب دوان بو کلس
پیٛوان بوسہٕ یکیس دِوان بو تلس

گہے بو تُلان نیزٕ صدا اَرش
دیٛوٕن ہٕنٛدی جگر بود دِوان تس خورش

کران اوس دیٛوٕن اندر کارزار
سیٛٹھا دیٛو مأرن دراں گیرودار

کندار دیٛوس سٟتؠ جنگ

بشدّت کڈن تیغ الماس رنگ
ؤتھینہٕ آو سامس پیٛٹھن بے درنگ

کوٗڈن ضرب سامس پیٛٹھن بے دریغ
مگر سامنے بر سپر رٹ سو تیغ

سپنی سہٕ شمشیرِ دیو لعین
جہاں پہلوان گو سیٛٹھاہ خشم گین

کوٗرن حملہٕ مانند غرندہ شیر
روٹن تمؠ گلو گاہ دیو دلیر

تلُن یک قلم گرزٕ دست دِگر
نگوٗدُن سہٕ کندار دیٛوس بہ سر

اکے ضربہٕ گو ہوش تمؠ سند تباہ
پتھر پیو سہٕ کندارِ دیوسیہ

پہلوان آسی جنگس نیرتھ پننس مد مقابلس گوڈٕ پننہٕ طاقتُک اہر بیٛہہ نأوِنہٕ تہٕ تس نفسیأتی اثر تراوِنہٕ موکھ لافہٕ تہٕ دوان۔ آمیُک بیان گےیہٕ رجز نگاری۔ رزمیہ اوس ادٕ مکمل۔ امیرٕ شہن چھُنہٕ یہ پاس تہٕ مُشرو ومُت۔ سام چھُ یتھہٕ پأٹھی رجز دنان

ژٕ ئے چھُہ ناخبر کینہہ تہٕ اے بد لگام

دپان سے چھِ سام نر۔ بمان بنام

مئے نش شیرواژ درانن چھی نہٕ تاب

بہٕ ڈیشتھ گژھن دیونٕ زیرِ آب

کرے یدٕ وُنے نارٕ اکھ قہرٕ ستی

مرن دیو ساری لکے نعرٕ ستی

اگر سام نامہٕ، ہمائے و ہمایون مثنوی ہندٕ ے ترجمہٕ مانون، ترجمہ کارو چھُ پلاٹ نہٕ واقاتھے یاتی آتہٕ یہٕ آنی ہتی تہٕ پتہٕ پننہٕ انداز ترتیب دِتھ، پننہٕ آیہ یہ پارچہ ود نمت شارٕ شارٕ ترجمہ آسنہٕ بجایہٕ چھِ یم آزاد ترجمہٕ۔ کنہٕ جایہ چھُ کھنہٕ کھنہٕ شارا، اصلی شارس ستی رلان۔ مثالہٕ چھےٚ یم ے

ہمہ دامنِ کوہ پُر لالہٕ بود — ہمہ لالہ پُر قطرٕ ژالہ بود (فارسی)

مادان بُرتھ از گل ولالہ اوس — زِ شبنم ہران موختہ زن ژالہ اوس

یکے گور دیدانداراں پہن دشت — کہ برطرف نخچیر گہہ برگزشت (فارسی)

ازاں جملہ سامس بہ نخچیر گاہ — شتابنٛد گورا وچھُن ہمچو ماہ

شہر چین کُن نیرنی وِزِ چھُ شہزادٕ ماگس ماجہ فارسی مثنوی منزیہ پاٗغام سوزان ے

بگوئید کاں کت جگر گوشہ بود — مُراد راز خون جگر توشہ بود

بہ خون جگر پرورانیدیش — نمی زیستی گر نمی دیدیش

کنوں رفت وجاں رابہ جاناں سپرد — کزیں گونہ نخچیرش ازرہ بہ برد

نہٕ کاشرس سام نامس منز چھےٚ یہ شیچھ ییمہ آیہ ے

دنومینزٕ تس ماجہ میانے سلام — ڈیوتس جگر گوشہ چونے سہٕ سام

سہٕ کتھ پاٹھی رٕد پیچھن بہ خون جگر — دِتھ کھین تمس قندو شیر و شکر

در آخر چین سے گرفتار عشق | بہ جان و بہ دل گو پرستار عشق
بہ صحرادِ تس گوڑنے اگی فریب | بہ گلشن ژُجش صوُر تھاہتھ شکیب
چو پروانہ بر شمع دیوانہ گو | سوے چین رواں بہر جانانہ گو

فارسی مثنوی منز ییلہ شہزادس شاہ چینہ سنز کوٗرِ ہنز شبیہہ چھنہٕ ہاونہ یوان یری چھےٚ تس وَنان سے

دریں صورت از راہ معنی ببین | فرماند صورت پرستان چین
بہ معنی دہد صورت دوست دست | نہ چوں خویش بنیان صورت پرست
زصورت بہ برتا بہ معنی رسی | چو مجنوں شوی خود بہ لیلیٰ رسی

اَتھ بجایہ چھےٚ کاشُر مثنوی منز پری، شاہ چینہ سنز کورِ گل رخت پری ہند سراپا بیان۔ امیرِ شہن چھُ شیٹھو ہیٹھی شارن منز یہ سراپا اوٚنمُت۔ صرف اَکھ ہُن متلق چھ یم شار سے

بوٚے برگ بادام زن سایہ دار | یبٚرزل چھےٚ تتھ تل بخواب خمار
دوان گتھ چھ عاشق تمس کاہتھ سے | کران قبلہٕ قوسین محراب سے
یبٚرزل تہٕ شاخ یبٚرزل وچھن | اشارایہ گونتہ تے دوٚن اَچھن
مسکی کھاٗسی زن چھس لبالب بٔرتھ | گمرٕ مَس تمے عسلم جودو یٔرتھ
وچھان زن چھہ آہوے گردن فراز | شبان کیا تمن کحل بادم نیاز
کرشمہ کرٔتھ عاشقن دل نوان | زغمزٕ سیٹھا نیم بسمل پیوان
تمے چشمہ چھس ترک مردم شکار | اَچھرِ وال چھس صف گنڈِتھ تیز دار
اشارا کری یوٚد شہ مژگانئے | گژھان پارٕ سنین تہ بی جانئے

خواجو چھنہٕ سراپا بیان کرنس منز یوٗتاہ زیچھر دوان۔ تس چھ زے ژور ے

شار کأم دوان سہ

بہشتی روان بخش و طوبیٰ خرام — بہشتی مثال و قیامت قیام

قصب پوش ماہی بہ طلعت چو روز — قصب بست بر ماہ گیتی فروز

نموداری از خلد عنبر سرشت — بہ رفتار طاؤس باغ بہشت

چماں چوں خرامند سرو چمن — درخشاں چوں رخشاں سہیل از یمن

فارسی مثنوی منز چھُ جدائی بے قرأری ہنز کأفیتھ، نالہ زاری بیتر تتھ پأٹھی اظہار س منز یوان ز پرن وألی سند دل چھُ وگہلان تکیاز پوشن پائے تھاون ودل عشق چھُ یمنے کتھن ہند تقاضہ کران ۔ یہ اثر تہ یہ وہگن تزائے چھےٚ کأشرین ترجمن منز کمے پہن نظرِ گژھان اثر آفرینی ہنز جایہ چھُ اتہ زور آفرینی کُن توجہ کرنہ آمُت ۔ فارسی مثال چھےٚ، شہزادِ سُنز بے قرأری وزِ سہ

چراغ گل از دل برا فروختے — بہ مرغ سحر نوحہ آموختے

چو از دل دم آتشیں بر زدے — بہ کحل رواق آتش اندر زدے

گہے نوحہ می کرد گہہ می گریست — ندانست ہر کس کہ دردش ز چیست

اتھ مقابلہِ کأشر مثال سہ

نہ تس صبر در دل نہ جانس قرار — نہ تس در بدن ہوش پانس قرار

ودان اوٗبرزن بوکڈان آہ سرد — دوان نالہ چون رعد از دل آدرد

وصلک بیان چھُ شأیرس اکھ ازمائش ۔ تکیازِ یہ چھُ اکھ نوزک موقہ ۔ اتہِ گژھ متانت قائیم روزنی تہ شائستگی گژھِ نہ راونی ۔ علامژ، تشبیہہ تہ استعار یأتی چھِ اتہِ شأیرس اتھہ روٹ کران یا بیانس پیٹھ قودرتھ آسنی ۔ فارسی شأیر چھُ اَمہِ موقکُ نقشہ یتھہ پأٹھی پیش کران سہ

سر درُج لولوش رابر گرفت　　دومر جانس درلولوئے تر گرفت

زِمشک ازمیانش کمر می کشاد　　زلب درد ہانش شکر می نہاد

تہٖ کأشر شأیر ییتھ پأٹھۍ اظہار کران سہ

نمِس نوبہارس ژٕتھ درکنار　　ژٹان بو گہے خضر گاہے انار

گلاب برکہ سپتن سمن بور ژٹان　　لوٚدرٕ اوس یاقوت سپتن ژٹان

گہے بور ژٹان زلف تمۍ سند بدست　　وُچھان تہٕ بچھان زن سیہ مارِ ست

کلُہم پأٹھۍ اگر وُچھو فارسی مثنوی منزیُس زور بیان، بلاغت، شارت، اثر آفرینی تہٕ اختصار نظرِ گژھان چھ سہ چھُ شأیر سنز فنکارانہ مہارژتہٕ تسُند شأیرانہٕ توٚژھ ہنز ژینہ دن دوان۔ اَتھ بجایہ چھِنہٕ کأشر تتھ رو تبس تاں وأتتھ ہیکی ہتی۔

فارسی شأیر چھُ شوٚزتہٕ صاف زبان ورتاونچ کوٗشش کران تہٕ کم کھوتہٕ کم عربی لفظ استیمال کران۔ اتھ بجائے چھُ کأشرِ ین شأیرن ہنز زبان تیٚزاہ فارسی تہٕ عربی آمیز، خاص کر امیر شاہ کریری سنز زوتارچھُ وو تھان۔ اگر صرف اکھ یا زٕ لفظ کأشر بدلاو سو رے شار روزِ فارسی۔ مثالہٕ چھِنے یم سہ

شنیدم چوں دل زبر ما گرفت　　بہ چین رفت وراہ خطا بر گرفت

فلک بین کہ چوں می دواند مرا　　تو گوئی کہ خون می دواند مرا

سہ زمین خستہ گیہ از سم تازیاں　　ہوا بستہ گو از دم غأزیاں

بہ شمشیر د تیر و کمان و کمند　　کرکھ بستہ مأرکھ تہٕ آنکھ بہ بند

سہ سام سریماں درآں فرغ زار　　کران بو نہ اصلا سہ قصد شکار

تاہم چھُ لکھمن جو بُلبُل رنہ ملہٕ زبان ورتاونس منز سیٹھا موحتاط تہٕ کوٗشش چھن کرمژ زِ چھرا کأشر سپنہ استیمال مثلاً سہ

زمشرق آفتابا زن کھسیہ وُن      تھرے پھولمت گولا بازن اسہ وُن
ترے ہتھ دہ دِ ماجہ تھونس دایہ ستی      رچھان آسس اَچھن منز مایہ ستی

منظر کشی چھےٚ مثنوی منز اکھ خاص اہمیتھ تھاوان تکیاز مثنوی چھےٚ سراسر اکھ بیانیہ فارسی مثنوی منز چھےٚ اَمچ مثال یہ سہ

زباد بہاری ہوا مُشک بیز      زریحان وسُنبل زمین مُشک خیز
گل از جیب غنچہ بر آوردہ سر      بہ گفتار بُلبُل در آوردہ سر
تذرواں سرایندہ بر دشت وراغ      ہزار آفرین خواندہ بر طرف باغ
زمین از شگوفہ شدہ حُلہ پوش      زآواز مرغان جہاں پُرخروش

تہ سام نامس منز یہ سہ

چمن در چمن سروے سبز پوش      وُچھتھ تم گٹرھان بوترو تاز ہوش
تتھےٚ عنبر افشاں گوٚمُت بید مُشک      دِماغس معطر کران بید مُشک
برخصت خضر کُلی گمتی بے دراز      کلیٚن بے رچھان سایہ ہےتل تہ ناز
قدو سُرِ تہ شاہانہ انبرِ تہ ناکھ      سفر قندزِ رہاَم کشمش تہ داکھ
جگر داَن بوٚمہ ژوٗنٹھ نارنج خاص      ژہنٛز ژیر اولچہ توت وگلاس

صاف چھُ ظاہر ز فارسی منظر چھُ اصلس نکھہ ۔ ییٚلہ زن کاشرس منز "تیٚلہ مالِ آسن تیتھی کیرن ۔ ٹنگ ژوٗنٹھ پہن ژیرن ہم ستی" کتھ تصدیق سپدان چھُ تہ شاعرس چھُ مُشتھ گژھان ز خضر کلی تہ بید مُشک ہیکن نہ اَکی ہے آب وہوہس منز اَستھ ۔ یِدوے مبالغہ فارسی شاعری منز تہِ      کم چھُنہٕ پوٗز کاشر بوزم نگار و چھُنہٕ حد حسابک خیالے تھوومُت ۔ امِچ مثالہ چھےٚ سام نامن منز جایہ جایہ نظرِ گژھان ۔ وُچھو سہ

تلُن گوٚرزِ نہ صدمنے تمی بدوش      دِتُن تاب نیزس زِ زہراب جوش

مکالمہ یانے پانہٕ وأنۍ کتھ باتھ، یتھ منز کُنہ وزِ گژھ دو گژھ اوِیہ ہند انداز تہٕ آسان چھُ چہ مثالہ چھےٚ خواجو سُنز مثنوی موٗل کھاران۔ سام نامَس منز یتھی موقہٕ اکثر راو راوہٕ آمتی۔

فارسی مثالہ چھےٚ ؎

بگفتا کہ گر عاشقی جاں بدہ — وگرنی برو ترک جاناں بدہ

بگفتا کہ در جاں دہم در خورست — چو جانم ہمایوں مہ پیکر است

خواجو سُنز مثنوی منز چھُ شأیر ساقیس مخأطب سپرتھ شراب منگان زنازگی سپدِ حاصل تہٕ سُہ چھُنہٕ یہ شراب یتھ دچھِ رس ونان چھِ۔ پوٚز امیر شاہ تہٕ چھُ وزِ وزِ شرابٕ ژھاران پیٚیلہ زن لکھمن جو بُلبُل کأشرِ چایہ مٔنٛز گوٚمُت چھُ تہٕ امہ کِنۍ کأشرِس مزازس تہٕ رِواجس نکھ واتان چھُ ؎

ترو تازٕ دم پیالہ اکھ از شراب — گژھ ہمہ ہوش پیدا ڈلہم اضطراب (امیر)

ییأری یکھنا گژھے ساقی ژےٚ پاری — دِتم چایا کرے بوجان نثأری (بُلبُل)

فارسی مثنوی منز چھےٚ دانأیی نصیحژن تہٕ پے دار کتھن ہندی موٚلی دردانہٕ میلان ؎

تفرّج حلال است ازیں شاخ و بس — کہ کس را نباشد بداں دسترس

چو دہقان در بوستاں بر کشاد — مرنج از ترنجی زشاخے فتاد

سخن چیست آبے چکیدہ زجاں — گہر چیست خاکے رسیدہ زکاں

تہٕ کأشرِ شأیر چھُ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ دنیاچہ ناپائداری کُن اشارٕ کران ؎

جہانس اندر ووت یُس برکمال — سخن موختصر آس آخر زوال

بقأیی چھُنہٕ دنیہس اے پسر — چھُ آخر کرن سوئے عقبیٰ گژر

فارسی مثنوی یوٚسٕتی آو کأشرِس ادبس منز رزم تہٕ بزم دو شوے۔ یہند اثر گیہ کأشرِس منز بیانیہ شأیری شورٕ وٕتہٕ رزمیہ شأیری سیتی گیہ حوصلہ مندی، مُہم پسندی، ہمتھ جرأتھ

تہٕ بوٗدوٗرِ ہٕنٛز تمہِ جوٗیہِ بینہِ روان یم خاص وٕجوٗہات آسنہٕ کنِہ خوشک گامٕژ آسہٕ۔

## عبدالاحد آزادنی لولہٕ شاعری

### مضموٗنہٕ منٛز

گوڈٕ گوڈٕ آسہٕ یہِ شاعری تمی قسمہٕ چِہ کوٗتہٕ یم پریتھ مبتدی شاعر یاان ہیٛچھر کران چھُہ تھتے پانٹھی یتھِ پانٹھِ نوٗد نوٗدے سکوٗل سوٗزمتہٕ شُر مشقہٕ پچہ میٛچھڈ حرف لیکھنہٕ بجایہِ رکھہ پوٗنژ کران آسان اوس۔ دوٗن گوڈ طبیعتس منٛز آسہٕ موزونیت تہٕ خدائے تعالیٰ ہیٛن آسہٕ حسِ لطیف ہِش دولتھ تہٕ عطا کٔرمژ۔ داراہ کالا روز اُمی شنٛز شاعری صرف رسمی تہٕ رِوٲیتی۔ یوٗتاں اُمی شنٛزِ زندگی منٛز ژٕزی پانٹھی لول داخل سپُن تہٕ ذاتی تجربہٕ تہٕ دِلی وٲری دات بیان کرنٕچ بنیاد میسر سپٕنٛز

آزادٕنی شاعری تہٕ اُمی سُند فکر و فلسفہ رِوٗان دوٗن چھینے اکثر تنٛز شاعری ہندین پتمین دورن منٛز نظر تراونہٕ یوان تہٕ تسنٛز لولہٕ شاعری، مقدارٕ کہ لحاظہٕ ینِمہٕ کُہ پوٗتر گوٗیہٕ پہَن چھُہ، کاں کھاتس تراونہٕ یِوان۔ چھُنا سلاح ازِ دمو اُسی اُکتی نظر گُزر۔

کُلیات۔ آزاد ترتیب دِنہٕ دآرٕ صاٗبن چھینے یہِ کُلیات پنٕنہِ پسند مطابق ترتیب دِژمژ۔ ساڈٕ شیے ہتھ صفہٕ کتابہِ ہندی دوٗن ژہتھ صفہٕ چھہِ، فہرست، حالاتِ زندگی، دیباچہ دمقدمہ ہوٗہن عنوانن سیتی مو کلیامتہ۔





کٲشرِ زَبٲنۍ ہُند اَکھ اہم تہٕ معتبر شاعر،
نثر نویس، تنقید نگار تہٕ تحقیق کار مشعل سلطانپوری
پَتمہِ اَلہٕ پَلہٕ نِصف صدی ہٕ دوران یِمو سُخنو
تہٕ قلمکارو کٲشرِ زَبٲنۍ عصر آگاہ تخلیقی جودت
تہٕ عِلمی ادبی گوہر عطا کٔرِتھ بَاپتھ تہٕ کٲشرِ
زبٲنۍ ہنٛد لسٲنی اعتبار ہُرراونہٕ موکھہٕ ہینہٕ بسیار پاسل کوٗشش، یِمو چھے جاری تھاوِمٕژ
منٛز چھہٕ مشعل سُلطانپوری اَکھ سیٹھہٕ موٗمتاز تہٕ موٗحترم ناو۔
کٲشرِ ادبُک کانہہ تہٕ تذکرہ یُس تہٕ مشعل صابنہٕ ذکرٕ ورٲے مُفصل مانہٕ، تِمن ییٚم اعزاز ریاستہٕ
اَندرِ ین تہٕ نیبرِ ین سوٗتھرن پیٹھہٕ حاصل سپدی متی چھہٕ تِم چھہٕ تِہنٛزِ معنہٕ ساوِ تہٕ مٲری منٛز سارِ
باوژ ہنٛدی حق پسند اعتراف۔
مشعل صابن چھُہ شاعرِ علاوٕ نثر نگٲری ہِنٛدِس مٲدانس منٛز تہٕ امتیاز پرٛوومُت
تِہنٛد خود موٗلُ نوشتہٕ آسی تن یا ترجمہٕ سلوٗبِ منٛز چھہٕ تِہنٛد ذہنی وُسعت تہٕ تخیٖلی
ڈوکھ وارٕ تِہنٛزِ پُرکار سادگی دامن کش ماپتھ سپدان۔ تِہنٛد ادبی تنقید یا تبصرٕ آسن یا عِلمی مضموٗن
یا تحقیقی مقالہٕ اکثر صوٗرتن منٛز چھُہ تِہنٛد نوکتہٕ سنٛج سوٗچ، نوٗزک حِس وانتیارٕ تہٕ موزوٗن ردِ
عمل تِہنٛزِ منہٕ ماٗنی ورٕتھنے تہٕ راست اِظہٲری توجہ طلب بنان۔
دروست کتاب چھے مشعل صابنین گوٗن درگوٗن صلاحیتن آینہٕ ہاوان تہٕ کٲشرِ نثر
نِگٲری ہِنٛدِس بُنیادَس مضبوٗط کران۔

رحمٰن راہیؔ
(۲۹ نومبر ۲۰۰۵)

Designed & Printed by:
AL-HAYAT printographers
GawKadal, Srinagar
2473818, 9419403126
9419061068, 9419422263

منز سون غار سرکاری قومی ترانہ بنیومت۔ یہ نظم چھے غزل ہیٔژ منز۔ تحریک دوران لیچھ مہجورن بی تہ کیٚنہہ نظمہٕ۔ ہندو مسلم اتحاد باپتھ "نیلے تزآو وماے تھاودو" تہٕ تحریکِ آزادی ہندس سلسلس منز باغوانا مہربانا" نوو دُنیا ژوٗن نوو کشیر تہٕ "پنن باغ"۔ یمن منز گوڈنچہ ترییٚ غزل ہیٔشر منز چھے رُدُرمِ تہٕ شیٖمِ وَژن ہیٔشر منز۔ نوو کشیر، نظم چھے وَژن ہیٔشر منا تبدیلی کٔرِتھ لیکھنہ آمژ تہٕ یہ نظم چھے تمہٕ خابک تصویر پیش کران یُس ۱۹۴۴ہس منز "نیا کشمیر" آئینک مسودِ مہاراجس پیش کٔرِتھ، لوٗکن ہاونہٕ آو تہٕ یتھ شخصی حکومتہ موکلتھ تہٕ اَزیک تانی کانہہ تأبیر دراونہٕ۔ اتھ نظمہٕ منز چھُ "نوِ کشیر" ہُند تیتھ نقشہ پیش کرنہٕ آمُت تہٕ تمہٕ فنکاری سان زیٚرن وول چھُ اَکس پرستانس منز واتان۔

کانٹھ واتہ ناونہٕ زوِ ذاتہ آزار ماز نہٕ مازس بنہِ پرہیز گار

ژھارِتھ کھیٚنیہ پھل زانا"

شاعِر چھُ خابنے لور آسان تہٕ منے چھُ اتھ نظمہٕ ملٕشز بوزنہٕ ییٚنہٕ وول خاب پزِ خابہ کھو تہٕ جادِ پسند۔ بوزِ نا خدا اتھ نیر صحی تأبیر۔ ژوٗن نظمہٕ منز تہٕ چھُ کشیرِ منز حالژ ہندی وِدا کھ دِنہٕ آمژ۔ یمہٕ کنہٕ یہ پراشر بنیمژ چھے شخصی حکومژ ہُند بتر گول سیدنہٕ پتہٕ لیکھی مہجورن آزادی ہندی نغمہ تہٕ قبائلی حملہ وِز جنگی ترانہٕ تہٕ۔ ۴۷ہِ پتہٕ یمن دولابن منز کشیر گرفتار سپز، تمن متعلق تہٕ لیچھِن نظمہٕ۔ ہندوستانس تہٕ پاکستانس لٔج کشیر سامنس پیٹھ ٹھولہ ٹھول تہٕ ییٚنکھ لوٗکھ گیہ پریشان تہٕ حالِ حاران، مہجورن کوٗر یمن نظمن منز گژھے بجاد کونسلس زار پار تہٕ گژھے دیتن ییٚتہ کیٚن لوٗکن حوصلہٕ، گژھے دِتن تمہٕ تھپلی ہوٗسکی باروٚس کٔشیرِ منز آزادی پتہٕ ووٚتھ تہٕ گژھے کوٗرن نوٚ حکومژ منز